**"ATH ZULMAATAS LAAL KYA CHHI TAI"** is a collection of research articles pertaining to various aspects of Kashmiri Language, Literature and Folklore. It presents a critical appraisal of the texts of Kashmiri Poetry, literary trends and contributions made by different poets to Kashmiri. It is hoped that this book will generate further discussion among scholars on some relevant and important issues related to Kashmiri Literature in general and Kashmiri Poetry in particular.

# اَتھ ظُلما تَس لعل کیٛاہ چھِ تَے

(تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن ہُنز سۆمبرن)


شاد رمضانؔ

کتابہٕ ہُند ناو : اَتھ ظلماتس لعل کیٛاہ چھِ تَے

مصنف : شادؔ رمضان

سرورق : معراج ٹُرکوی

کمپیوٹر کمپوزنگ : شوکت ابوبکر

ژورم چھاپ : ۲۰۰۹ء

تعداد : ۵۰۰

مول : ۳۵۰ روپیہٕ

پبلشر : مصنف

کراون پریس سرینگر

**کتاب میلنُک پتاہ:-**

ا۔ڈپارٹمنٹ آف کشمیری، یونیورسٹی آف کشمیر، حضرتبل سرینگر 190006

۲۔کتاب گھر، مولانا آزاد روڑ، سرینگر 190001



# اِنتساب

پَنِنِ وَالدِ مُحتَرَم

## مرحُوم خير مُحَمّد شاه

سُندِناءِ

جيهنَن روُح پرور مُحفلَن ۾ علمي
مجلس منز حاضِر رهَڻِ ڪه ميون من
۾ ذهن پچا نچليو۔

وہ صُورتیں الٰہی کِس دیس بستیاں ہیں
اب جن کے دیکھنے کو آنکھیں ترستیاں ہیں



# ترتیب



☆

# گوڈٕ کتھ

کاشُر تحقیق تہٕ تنقید چھُ پننۍ اِبتدأیی منزل طے کٔرِتھ اکھ خوش رفتار تہٕ سنجیدٕ اِرتقاءٕ پڑاوان ۔ اَتھ سنجیدٕ اِرتقأیی سفرس منز چھُ محققن تہٕ نقادن ہُند اکھ کاروان شأمِل یَتھ ستۍ قدم رلاونکہِ مارِمَتہِ بہٕ تہٕ اَز پننین تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن ہنٛز دَرِدَس سۆمبرن ہیتھ پننۍ اَرزتھ زأنتھ بازر دژامُت چھُس ۔ یہِ زأنتھ تہٕ زِ اَتھ بازرس منز چھِ صاحبِ نظر تہٕ ببدار مغز خریدار چشم کُشا پژاران ۔ اَما پوز اِشتیاقس کنیا گرٕی زِیُس عقلہِ پیٹھ غألب سپدِتھ بجہِ ستھر کون ہیتھ بازر کڈان چھُ۔

دِرِدَس کتابہِ منز شأمِل تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ چھِ پتِمین پندہَن وٕرِیَن دوران لیکھنہٕ آمتۍ یِمو منز کینژہ گوڈٕے چھاپ سپدیمتۍ چھِ تہٕ کینژہ چھِ گوڈنچہِ لٹہِ چھپان ۔ یِمن دوشونی قبیلہٕ کین مقالن ہُند موضوع چھُ یسلہٕ پأٹھۍ کأشرِ شأعری ہُند تحقیقی تہٕ تنقیدی مطالعہٕ ۔ کأشرِ شأعری ہنٛدِس اَتھ مطالعَس دوران پٔرن تہٕ تٔتھۍ تیٚتھۍ مطالعہٕ، مشأہدٕ تہٕ شو دبو دٔرتأوِتھ تہٕ اعلیٰ شأعری ہُند تخلیقی معیار مدِ نظر تھأوِتھ روٚدمے پھرِ پھرِ یہ احساس گنان زِ کأشرِ شأعری ہُند خزانہٕ چھُ بختاورییتہٕ عظیم شأعری ہنٛزٕ زُتنہٕ تہٕ گہہ ژھٹان چھےٚ ۔ پننہِ دیدآگہی تہٕ سوخن فہمی ہُند ژونگ زالن وألس پژتھ

شعر شناسس ژٲلہٕ اَتھ خزانس وۄن دِوان بےٚ پھرٕ ژیک پاٹھی نیرِتھ:

## اَتھ ظُلماتس لعل کیاہ چھِ تے

اَتھ پوت منظرس منز ژھےٚ مےٚ پننہِ دَرِ دس کتابہِ ہُند ناو ڈاکٹر بشر بشیر صٲبس نِشہِ ظٲہر کوٚر، ناو بوٗزِتھے ژٕول تٕمس واہ نیرِتھ۔ میٲنس انتخابس کھوٚت أندرِ أندری بوش تہٕ اضطرابک عمل ووت اَند۔ پننس ووستاد پروفیسر رحمٰن راہی سُند حق کتھ والہٕ نگھہِ یہُند علمی بُرتہٕ دانشورانہٕ تفکرمےٚ ہمیشہ رہبری کران روٗد۔ یِہُند شکریہ کرُن گوٚو پننین لفظن ہُند کم بُرٕنٔی راوُن۔ دَرِ دَس کتاب تیار کرنس دوران روٗدی مےٚ پروفیسر محمد زمان آزردہ تہٕ پروفیسر شفیع شوق سٕندی نیک خٲہشاتھ آیتن یمہِ باپتھ بہٕ تہٕند سو دِلہٕ شکرگذار چھس۔ ڈاکٹر رتن لال تلاشی، ڈاکٹر مجروح رشید تہٕ ڈاکٹر غلام بنی خاکی سُند چھس ممنون یم یمہِ کتابہٕ ہند بن مختلف مرحلن دوران مےٚ موٕللی مشورٕ دِوان روٗدی۔ معراج ترکوی سُند چھس مشکور تیٚمی کتابہِ ہُند سروق تیار کوٚر۔ بہٕ چھس شوکت ابوبکر سُند بے حد مشکور تیٚمی پٕنٕنی سارٕے کٲم اوٚک طرف ترٲوِتھ یمہِ کتابہٕ ہنز کمپوزنگ مکمل کٔر۔ ناشکر گذأری گوِ ھ ہرگاہ نہ بہٕ پننہِ شریکِ حیات، پننین بینین باین تہٕ پننین اولادَن ہند رسمی طور شکریہ کرٕ یم ہمیشہِ میون ژوٚک موٗدُر ژٲلتھ میانین آلوَن کن تھاوان چھِ۔

شاد رمضان

# أرینہِ رنگ گوم

أرینہِ رنگ گوم شرٛاون ہیے     کر ییے درشُن دِیے
موکھ ہووَنم بُرقعے تٔلی     چھوکھ دِتھ یار ژٕوٗلم ژٕھلی
وُچھتہٕ تٔہنزٕے اپُر درٛیے     کر ییے درشُن دِیے

ژھایہِ روٗزِتھ گومے اَپٲری     پایہِ بڈِس لگہَس بہ پٲری
روشہِ وٕنِس خوش آو ییے     کر ییے درشُن دِیے

مشرٲوِتھ نیوٗم گمہِ سونیے     ہتہٕ کرہَس رولیس مونیے
گوم ترٛاوِتھ رَچِن ییے     کر ییے درشُن دِیے

سأٔلی سِنگار چھُس کیا زلن     چھُنہٕ میٚے گُن تس دِل رلن
وأٔلی کٔنن چھم بأٔلی ییے     کر ییے درشُن دِیے

مأرنس أمی دعوادارن     پرٛاروِنس چھُس کوٚت پیارن
ژٕوٕنژٕ روزس بو بنٛدٕ گیے[1]     کر ییے درشُن دِیے

---

[1] ژٕوٕنژٕ روزس ییہ بند گیے (کلیاتِ محمود گأمی) ........ ترتیب کارناجی منور، ۱۹۷۷ء

رُمہٕ زاُوِجہٕ چھس بُمہٕ وَنجے گوم گُرِتھ وانجہٕ کھنجے
سَزٕ پوشِ چھس ووزالِیے کر ییٖہ درشُن دِیے

قندٕ نابدٕ آرُد مُتے پھند گرِتھ ژوُلم کوٚتے
خندٕ گرٕ نَم لگن تھیے کر ییٖہ درشُن دِیے

موختہٕ[۱] جوٚرمس پونبرٕ دشن سوختہٕ کوٚرنَم چھُم نو مشن
پوختہٕ کارس خوش گوم پیے کر ییٖہ درشُن دِیے

آمہٕ تاوَے کاژاہ گجس شامہٕ سوندرٕ پامن لُجس
نامہٕ پاغام تس گس نِیے کر ییٖہ درشُن دِیے

زَرِ زونتھس کوتاہ زرَے برٕ اَژِتَم ہا دِلبرے
محمودس ارمان چھیے کر ییٖہ درشُن دِیے



محمود گامی سُند مذکوٗرٕ باتھ اُرٕنہٕ مالہٕ ہنزٕ لونچہٕ گنڈن والین محققن چھنہٕ پٔنن

---

[۱] موختہٕ نورس پونپوٗر دشن سوختگی نو مے زاہ مشن
پوختہٕ کارس خوش گوم پیے کر ییٖہ درشُن دِیے کلیات محمود گامی

'موختہٕ نورس پونپور دشن' چھُ بے معنی مصرٕ۔ یہ چھُ دراصل ''موختہٕ جوٚرمَس پونبرِ دشن''۔ 'پونبر' گیہ دَشہٕ دار پشمینہٕ فرد۔ ڈیچھتو محمود گامی سُند یہ مصرٕ تہٕ: ''توسہٕ پونبرِ لمیامس'' یا یہ لگہٕ وَنت:
نوبن لمن پونبرِ دشن پزٕ اَنی مشن پشن تل

وُتاۓ لۍ فاصلہٕ دِنہٕ وِزِ یتھ گتھہِ کُن ظوٗنہٕ گومُت زِ پرٕتھ شعر تخلیقہِ بلکہ پرٕتھ شعرس چھےٚ اکھ ترٛٹھ مخصوص لسانی صورتھ آسان۔ یتھ تخلیق کارٕ ہندِس فکری، جمالیاتی تہٕ ثقافتی پوٚت منظرس ستی سوٚن واٹھ آسان چھُ تہٕ یہۍ لسانی صورتھ چھےٚ شاعرٕ سنٛز شاعرانہٕ شخصیتھ تعمیر کرتھ تٔسند منفرد اوسلوٗب متشخص کرنک اکھ اہم وسیلہٕ بنان۔ حالانکہ شاعر چھنہٕ کانہہ الہامی زبان ورتاوان تہٕ نہ چھےٚ زبان شاعرٕ سُند کانہہ ذٲتی یا انفرادی جاداد بلکہ زبان بولن والین ہُند اکھ مشترک ثقافتی میراث۔ اما پوز شاعر چھُ امی مشترک زبٲنی ہندِ اظہارکہ تہٕ ورتاوکہ سرتازٕ امکان تہٕ گُپتھ گوٗن ڈٔریافت کران تہٕ اَتھ ڈٔریافتس دوران زبٲنی ہُند اکھ مخصوص تخلیقی نظام وجوٗدس انان تہٕ زبٲنی ہند یوہے مخصوص تخلیقی نظام چھُ شاعرٕ سنٛزِ کلہم شاعرانہٕ شخصیژ ہُند اکھ مشترک پرزناون نشانہٕ بنان۔ اَتھ پوٚت منظرس منٛز چھُ مذکورٕ بٲتھ اُچھوکھوربو پننہِ آگرٕچ باوتھ کران۔ اَمہِ باوجوٗد زِ اَتھ بٲتس چھُ محمود گامی سُند لکھُت تہٕ محمودنہِ زمانہٕ کین سارِنے قلمی نُسخن منٛز چھُ یہِ بٲتھ لفظ بہ لفظ درج۔ دوٚیم یہِ زِ اُرکنہِ مالہِ ہندِس وجوٗدس متعلق تُلنہٕ آمتین سوالن پیش نظر مذکورٕ بٲتھ اُرکنہِ مالہِ ستی منسوٗب کرُن گوٚو واوہالہِ ژونگ زالنس برابر۔ اگرچہ یِمن سوالن ہندِس پوٚت منظرس منٛز محققن ہندبن دون ڈَربن درمیان ازتام سپُدمُت بحث میانہِ یِمہِ مضموٗن کہِ عنوانہٕ نِشہِ ہَناڈٔلتھ چھُ، اما پوز تہِ گٔرتھ تہِ چھُ مذکورٕ بحث کینژن بُنیادی سوالن زِبو انان۔ مثلن اُرکنہِ مال اُسا یِمی زمینہِ ہنٛزِ زندٕ زُو انسانی صورتھ پزاون واجنۍ کانہہ کاشُر خوتون...... کِنہٕ ہی گوٚنڈ

تہٕ اُرٛنہٕ[۱] گوٚنڈٕہو بن پوشن سٟتی وابستہٕ کأشرِ لُکہٕ ژبہٕ وُترٕیک اکھ اوٚسطور یا اکہٕ جذبٲتی سونچن ترٲیہٕ ہُند اکھ شعوری عمل۔ اُرٛنہٕ مال اُسا اکھ الگ وجوٗد تھاون واجنی کأنہہ کأشُر خوتون تہٕ مُنشی بھوانی داس (نیٖکو) سٕنزٕ آشنٕی اُس کأنہہ بیا کھ خوتون...... کِنہٕ منشی بھوانی داس سٕنزٕ آشنہٕ ہُندُ ے ناواوس اُرٛنہٕ مال...... اُرٛنہٕ مال ناوٕچ کأنہہ کأشر خوتون اُسا تہٕ شاعر...... کِنہٕ اتھ ناوس سٟتی چھِ کأنہہ داخلی تہٕ خارجی شہادتھ پیش کرنہٕ روٚستُے کینٛہہ کأشرِ بٲتھ منسوٗب کرنہٕ آمٕتی؟ یمن سوالن چھُنہٕ بدس کأشرِس توٲریخس، کأشرِس تخلیقی ادبس یا کأشرِس لُکہٕ ادبس منٛز کأنہہ معقول یا تسکین بخش جواب میلان۔ حالانکہ کأشرِس لُکہٕ ژبہٕ وُترس تہٕ چھُنہٕ اُرٛنہٕ مالہِ ہُند ناو، او ہند کأنہہ بٲتھ یا اُہنزٕ زندگی سٟتی وابستہٕ کأنہہ واقہٕ ژتبس۔ ییٚلہِ زن کأشرِس توٲریخس، تخلیقی ادبس تہٕ لُکہٕ ادبس سٟتی سٟتی للِ دیدِ تہٕ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہُند ناو، تہُند کلام تہٕ تہنٛزٕ زندگی سٟتی وابستہٕ اکھا کھ واقہٕ سأنٛس لُکہٕ ژبہٕ وُترس منٛز زٕژھرتھ چھُ۔

تس پدمان پورچہِ للے    تمہِ گلے امرِتھ چۄو

شیخ العالمؒ

☆

ژندہارِ گرٛیسی گرِ ژمٕس آیس    وقتن بناوِس پادشاہ بابے

مہجور

☆

---

[۱] 'اُرٛنی' ...... چھےٚ اکھ پوشہِ کُل یتھ لیٖدرٕ رنگہٕ پوش (اُرٛنہٕ پوش) پھولان چھِ۔ کینٛہہ چھِ اتھ خیأٔلی پوش گنٛزران۔

'ہی' ...... چھےٚ اکھ پوشہِ ٹھر یتھ (چھوٚرٕسان) سفید یا زرد رنگہٕ پوش (ہی پوش) آسان چھِ...... کٲشیرِ منٛز چھِ یمن دوشونی پوشن سٟتی وابستہٕ کینٛہہ مشہور اوٚسطور۔

لَلہٕ شاعری ہندی یِم زٕ وَنہٕ وٕنی ہُری تہٕ وُچھتو کھ:

لل دیدِ سانہٕ چھےٚ مرتب جادَے

نوٚٹ پھٹ آب روٗد اِستادَے

☆

تَتہٕ دزٕا و سُلہٕ تَے یوٚت ووت زُونے

یوسف حبہٕ خوتُونے آو

☆

اَتھ پوٚت منظرس منٛز یُس اَرِنہٕ مالہٕ ہندِس آسنس یانہٕ آسنَس متعلق محققن

درمیان از تام بحث سپد مُت چھُ، تَتھ چھِ زٕ دڑی۔ گوڈنیک دوٚر گوٚو پروفیسر جیالال

کول تہٕ تَسندی ہمنوا محقق تہٕ دوٚیم دوٚر گوٚو امین کأمل تہٕ تِمَن سِتی اتفاق کرن وألی محقق۔

دوشوَے دڑی چھِ پننی پننی دعواہ تہٕ دٔلیلہٕ پیش کران۔ گوڈِنکس دڑی سُند دعوا چھُ زِ اَرِنہٕ مال

چھےٚ کأشرِ زبأنی ہِنٛز اکھ مشہور شاعرٕ یوسہٕ پٹن پلہالن گامٕچ روزن واجنۍ اَس۔ اَمِس

کوٚرُکھ لوکچہٕ وأنسہِ منٛزے شہرٕکس منشی بھوانی داس ناوٕکس اَکس امیر زادس سِتی

نیتھر یُس افغان سرکارٕکس (۱۷۵۵-۱۸۱۹ء) شاہی دربارس سِتی وابستہٕ اکھ بارسوٗخ

تہٕ بااختیار شخص اوس۔ دوٚیم دوٚر چھُ اَرِنہٕ مالہٕ ہندِس آسنَس موٗلے انکار کران تہٕ

ونان زِ ۱۹۳۶ءیس تام اوس نہ اَرِنہٕ مال ناو کأنسہِ کأشرِس کنن گومُت۔ بلکہ چھُ یہِ

ناو محض کینٛژن محققن ہِنٛز اکھ غلط سوچن تہٕ ایہِ ہُند پأداوار یُس اکھ شوشہ بنأوِتھ

پھہلاونہٕ آو...... ممکن چھُ زِ مذکورٕ بحث ہیکہِ کینٛژن نوبن انکشافن تہٕ دڑی یافتن زَنم

دِتھ، اما پوز ونستام چھِ دوٚیمس دڑی ہندی دعواہ دٔلیلہٕ گوڈِنکس دڑی ہند بن دعوا ہن

پتھ بہر حال حأوی سپدان۔ امیک مطلب چھُنہٕ ہرگز تہٕ زِ کأمل صابنن دلیلن ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز قایم سپز ہٕمہٕ رائے کیاچھےٚ کانٛہہ حتمی فأصلہٕ تِکیازِ کانٛہہ تحقیق چھُنہٕ حتمی آسان مگر جیالال کول تہٕ اوتار کشن رہبر ہٕنٛدی دعوا چھِ محض جذباتن تحت وونہٕ آمتی فتوا باسان۔ پتھٕ اَتھ پوٚت منظرس منٛز ارجن[1] دیو مجبور ہٕنٛدی غأر ضروری سوال، نالگہار دعوا تہٕ بے معنہٕ دٔلیلہٕ چھِ اَتھ بخشس یہٕ دٔپی زِ تہٕ غأر سنجیدٕ بناوان، نہ چھُ خیالن کانٛہہ ربط تہٕ نہ جُملن کانٛہہ ترتیب۔ اما پوز حال حالے آیہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس سنجیدٕ تہٕ حساس محقق محمد یوسف ٹینگ ہٕنٛز ''شش رنگ'' ناوٕ کتاب بازرٕ یتھ منٛز ٹینگ صأب پننس ''حبہ خوتون...... وأری وبن ہٕتی وارٕ چھس نو'' عنوانہٕ کِس مقالس منٛز أری نہٕ مالہِ ہنٛدِس بخشس نوٚ سرٕ پھیر دِتھ اکھ ہَتھ تہٕ وُہ وری (۱۲۰) پرٛون اکھ توأریخی دستاویز پیش کران چھُ یمہٕ ہٕتی مذکورٕ بحث اکھ نوٚو موڑ تہٕ نوٚو منزل پرٛأوتھ ہیکہٕ۔ یہٕ توأریخی شہادتھ چھےٚ مشہور یورپی محقق ہِنٹن نولز (Hinton Knoweles) ہٕنٛزِ مرتب کرٕ ہٕمہٕ "A Dictionary of Kashmiri proverbs and sayings" ناوٕ چہٕ ڈکشنری منٛز موجوٗد۔ ٹینگ صأب[2] چھُ اَتھ عبارتس یتھہٕ کٕنی کأشرس منٛز پھران۔

''پٕندرٕ چھس کتان۔ زٕندرٕ ڈیٛشتھ بتہٕ ٹوٗک

پٕندرٕ چھم نہٕ یوان۔ ہِندرٕ گیم پانس

یہٕ بأتھ چھُ (کٔشیرِ منٛز) کٕنہِ وقتہٕ پھرنہٕ یوان۔ منشی بھوانی داسن

---

[1] ارجن دیو مجبور ہٕنٛز ''أری نہٕ مال'' ناوٕ کتاب آیہٕ ۲۰۰۴ ہس منٛز بازرٕ۔

[2] ''شش رنگ'' محمد یوسف ٹینگ (۲۰۰۵ء) صفحہ ۲۹۷۔

ژھنٛی پٔنٛی آشنی خبر کتھ اترِس پٹھ ترٛاوِتھ تہٕ گرٕ منٛز کڈِتھ۔ سو اُس لَرِ لوٗر
مکانس منٛز پڑتھ دوہ پنٛدر کتان کتان یہِ ہُر گِنگہٕ راوان۔ اکہِ دوہہ
بوٗز تٔمِس دی خانہٕ دارن یہِ بٲتھ پننٛو کنوٗ تہٕ تمہِ پتے سوٗزِن تٔس نادتہٕ
بسأوِن پننہِ گرِ بیٛہِ اکہِ لٹہِ۔"

محترم ٹینگ صأبنہِ ڈٔسی ڈٔری یاف کرنہٕ آمژ جارج ہنٹن نولزٕ[1] سنٛز لیچھمژ یہِ اہم
تواریخی عبارتھ چھےٚ اہم تہٕ غور طلب یوسہٕ اَتھ بحثس ضرور اکھ نوٚو موڑ دِتھ ہیکہِ،
بشرطیکہ یہِ وُنِن تحقیقی اعتبارٕ ممکن سپدِ زِ منشی بھوانی داس سنٛز آشنی اُس اٲرِ نہٕ مال۔

محمود گامی سُند "اٲرِ نہٕ رنگ گوم شرٛاون ہیے" بٲتھ اٲرِ نہِ مالہٕ ستی منسوب
کرن والین محققن چھنہٕ یتہِ ظون روٗدمُت زِ کانٛہہ شعرٕ تخلیق کأنٛسہِ شاعرس ستی
منسوب کرنس متعلق گژھن کہنی نے تہٕ کینٛہہ بنٛیادی خارجی تہٕ داخلی شہادژ موجود
آسنہِ۔ مثلن یہِ اوس سُہ زمانہٕ یَیلہِ شاعر پننہِ بٲتہٕ کِس آخری شعرس منٛز لازمَن پنُن
ناو یا پنُن تخلص بطورِ لکھٕت ورتاوان اوس۔ موجودٕ زمانہٕ کٔین کینٛژن شاعرن ہنٛز
جدید نظم تہٕ کینٛہہ غزل اوٚکطرف ترٛاوِتھ چھنہٕ کأشرِ تخلیقی شاعری منٛز سُہ کانٛہہ بٲتھ
یتھ نہٕ شاعرٕ سُند لکھُت آسہِ۔ اَتھ مروج مشرقی روایژ پتہٕ گنہِ یُس تصور کارفرما اوس
تتھ پٹھ یتھین بحث کرُن چھنہٕ ضروری، اما پوز لکھُت اوس باقے چیز وعلاوٕ شعرٕ تخلیقہِ

[1] جارج ہنٹن نولز اوس اکھ انگریز پادری یُس 1880 ءیس منٛز کشیرِ آو۔ کأشرِ زبان ہیٚچھتھ کرِن کأشرِ زبأنی تہٕ
ادبس پٹھ وارِیاہ کأم۔ کأشرِ بن لُکہٕ کتھن کوٗزِن انگریزی پأٹھی ترجمہ۔ کأشرِ بن محاورن، کہاوژن تہٕ ڈٔتین
ہنٛز کرِن گوڈنیچ ڈکشنری انگریزی ترجمہٕ ہیتھ 1885 ءیس منٛز شائع۔

منز شأعرسُند اکھ اہم پرزناون نشانہٕ یتھ شأعرٕ سنز موہرتہٕ ؤنتھ ہکو ۔خبرأرٕ نہٕ مالہٕ سِتیٚ منسوب کُنہٕ بأتس منز کیاز چھنہٕ 'أرٕ نہٕ مال' یا 'أرِنی' بطورِ لکھٕت ورتاونہٕ آمُت ۔ اَتھ برعکس چھُ محمود گأمی سُند بن باقیٚ بأتن ہندی پأٹھی مذکورٕ بأتس تہٕ محمودن لکھٕت؛

زَرٕ زَوتھس کوتاہ زرٕے   بَرٕ اَژتَم ہے دِلبرے

محمودس ارمان چھیے   کر پیٚیے درشُن دِیے

بیا کھ توجہہ طلب کتھ یہٕ زِ محمودنہٕ کلام شأعری ہُند مخصوص اۄسلوب دٲرِ یاف کرن وول کانٛہہ نقاد یا محمود شناس ہیکہٕ نہٕ اَتھ لکھتیٚ شعرس متعلق ؤنتھ زِ مذکورٕ شعر چھُ ووزُم اَنہٕ آمُت یا تتھے کُنہٕ گرنہٕ آمُت تہٕ تتھٕ کُنہٕ؛

پلہالن مالیُن چھیے

ووج مصرس متعلق ونہٕ آمُت یا ونہٕ یوان چھُ ۔حالانکہ اَمہٕ بأتہٕ کس (پلہالن مالیُن چھیے) گوڈٕ شعرس چھُنہٕ بأتہٕ کین باقیٚ شعرن سِتیٚ لسأنی اعتبار، باوژ طرز حسابہٕ تہٕ آہنگہٕ انہار کُنہٕ موٚلے کانٛہہ ہشر درژ پٲٹھی یوان ۔شاید چھُ یُوہے نۄن باوژ پھیرٕ ژینتھ جیالال کول پٔتن گوڈنیک بیان بدلاوان ۔گوڈنکس بیانس منز وۄن یُوہے ووج مصرٕ بنٛیاد بناؤتھ کول صأبن زِ أرٕ نہٕ مال چھے پلہالن گامچ کوٗرتہٕ دۄیمس بیانس منز چھُ ونان زِ سواُس سرینگرٕ کس أکس گرس منز زامٕژ تہٕ پرٕتھیمو ۔عبدالاحد آزادنس[1] بیانس پیٹھ کتھ کران چھُ امین کأمل سُند یہٕ وُنن بجازِ ''پلہالن مالیُن چھیے'' ووج مصرٕ نہٕ چھُ

---

[1] آزاد چھُ ونان زِ مذکورٕ ووج مصرٕ چھُ موسیقی منز درج۔

موسیقی منز درج تہٕ نہ چھُ اَتھ کانٛہہ ساز ندر گبوان۔ یوٗ ہے صورتِ حال چھُ ''اُرِ نہِ رنگ گوم'' بٲتہٕ کِنہِ تمن شعرن یا بندن ہُند تہِ یم اُرِ نہِ مالہِ ستی منسوب کرنہٕ آمتی چھِ۔ یعنے تم زٕ بند چھِنہٕ کُنہِ قلمی نُسخس یا کتابہِ منز درج یم اُرِ نہِ کُن منسوب کرنہٕ آمتی چھِ۔

دۆیم یہِ زِ محمود گامی سند بن تمن سارِنٕے قلمی نُسخن منز چھُ محمود گامی سندی ناوٕ مذکورٕ بٲتھ گوڈٕ پیٹھہٕ اندس تام خوش خط اچھرن منز درج یم محمودنس زمانَس منز یا تمِس پتہٕ لیکھنہٕ یا ترتیب دِنہٕ آمتی چھِ۔

ناجی منور چھُ ''کلیات محمود گامی (۱۹۷۷ء)'' ترتیب دِنہٕ پتہٕ ۲۵/ ؤری گژھتھ پنٕنس ''اُرِ نہِ مال...... اُسا کِنہٕ نہ اُس'' عنوانہٕ کِس مضمونس منز لیکھان:[1]

''اُرِ نہِ رنگ گوم شرٛاون ہیے'' چھُ وأنِتھ گأمِتھ محمود گامی یُن بٲتھ تیٚنچ شہادتھ تم قلمی نُسخہٕ چھِ یم محمود نہٕ وقتکی موجود چھِ۔ خاصکرِتھ عبداللہ ٹینگہٕ پُنٛ سنٛز تیار کٔرمٕژ سو بیاض یوس مہجور لائبریری منز زِیٚتھ واریاہس کالس روٗزِتھ دِلہِ ہنٛزِ نیشنل آرکائیوز لائبریری منز محفوظ چھِ۔ یہِ چھےٚ محمود سنٛز...... حالے حیأتی منز تیار سپدِتھ ۷۰-۱۲۶۸ھ منز مکمل گأمٕژ۔ غلط دعوا کرن والین چھُ خالے ییمہِ کتھہِ ہُند ظون روزان زِ کُنہِ ساتہٕ ما ییہِ پزٕ شہادتھ برونٛہہ کُن۔''

---

[1] ''آلو'' رسالہ...... جون ۲۰۰۱ء۔ حالانکہ مذکورٕ بٲتھ چھُ کلیات محمود گامی ۱۹۷۷ءیس منز گوڈے درج۔

گوٚو محمود گامی ہنٛزِ حیاتی منٛز لیکھنہٕ آمٕت یہِ قلمی نُسخہٕ چھُ اکھ ہتھ ستونزاہ (۱۵۷) ؤری پٕرون تہٕ بقولِ اوتار کشن رہبر محمود گامی اوس أرِنہِ مالہِ ہُند گوڈنیُک ہمکال۔ یہِ کتھ مدِ نظر تھٔوِتھ ہرگاہ اَتھ بٲتس أرِنہِ مالہِ ہُند چھُہہ تہٕ لوٚ گمُت آسہے، تیلہِ آسہے اَتھ ڈوڈس ہتس وٕریَس دوران کاشرِ زبٲنی ہندِس أکس قلمی نسخس منٛز تہِ مذکورٕ بٲتھ أرِنہِ مالہِ ہندِ ناوٕ درج سپدمُت یا کانسہِ توٲریخ دانن آسہے امیُک تذکرٕ کوٚرمُت۔ یوتام زِ محی الدین مسکین (تاریخ کبیر) یا بیربل کاچرو (وفات: ۱۸۶۰ء) تہٕ چھُنہٕ یمٕنس توارِیخس منٛز لل دیدِ تہٕ حبہٕ خوتونہٕ ہندِ بن ناون ہتی کُنہِ جایہِ أرِنہِ مالہِ ہُند ناو ہوان۔

ترٛیٚیم یہِ زِ غلام محمد نور محمد (تاجران کتب) چھُ گوڈنیچہِ لٹہِ کاشر بن شاعرن ہُند کلام جمع کٔرِتھ بار بار چھاپ کران۔ یِہنٛزن چھاپ شدہ سوٚمبرنن منٛز چھُ مذکورٕ بٲتھ کیتہٕ پھِرِ محمود گامی ہندِ ناوٕ چھاپ سپدمُت تہٕ تِہنٛزِ کُنہِ چھاپ شُدہ سومبرنہِ منٛز چھُنہٕ أرِنہِ مالہِ ہُند ناو یا تِہند کانٛہہ بٲتھ درج۔

وونی یم لُکھ یمٕنس دعواہس یہِ جواز پیش کران چھِ زِ أرِنہِ مال چھِ اَتھ بٲتس "أرِنہِ رنگ گوم" وٕنِتھ پننہِ ناوٕ ہتی شروع کران اما پوز 'أرِنہِ' لفظ چھُنہٕ اَتھ مصرس منٛز کُنی اعتبارٕ شاعرِ ہندِس ناوس ہتی کانٛہہ مطابقت تھوان۔ شعر شناس نقاد ہکن پانٔے وٕنِتھ زِ پروفیسر جیالال کول ہندِس یتھ اظہارس "She weaves a delicate imagery out of her own name" منٛز کوتاہ پٔزرتہٕ کوسہٕ تنقیدی بصیرت [ل]

چھےٚ۔ کأمل صأبُن یہِ وُنُن چھُ صحیح زِ ''أرِ نہِ رنگ گرٕھُن'' چھُ محاورٕ رنگہٕ تشبیہہ۔ خبر کول صأبس یا تِہندِ بن ہمنوا محققن کیاز چھُنہٕ یوٗ ہے اظہار تہٕ انہار تھاون والین اَمہِ قبیلہٕ کین تِتھین شعرن کُن ظون گومُت تہٕ تِتھی ہوی درجن وادٕ بأتھ کیاز چھِنہٕ تِیلہِ أرِ نہِ مالہٕ ستی منسوب کرنہٕ آمتی۔

أرِ نہِ رنگ گوم شرٛاون ہیے
دأن پوشس ڈٔپی توس ییے — محمود گأمی

☆

أرِ نہِ رنگ گوم چانہِ امارو
بال مرے تہٕ کل چھَم چأنی — حبہ خوتون

☆

ہے وِسی ہیہِ تَنہِ أرِ نہِ ہُند رنگ گوم
کس وَنہٕ سنگ گوم یارس دل

☆

رٔسہٕ مٔسہٕ دِل نیوٗم گمہِ ہی مالے
أرِ نہِ رنگ گوم سوندر مالے — کشمیری موسیقی

☆

عبدالاحد آزادہس حساس محققس چھُ خبر کیاز مذکورٕ بأتس متعلق پانس تہِ پھیر گومُت۔ گوڈٕ چھُ (کشمیری زبان اور شاعری؛ جلد اکھ، صفحہٕ: ۱۰۱) منز اَمہِ بأتہٕ کین کیٛژن بندن منز بھوانی داس ہندِ ناوٕ چھاپان، اما پوز بروٗنہہ پیٛن پٔکتھ چھُ أتھی توأرٛتخس منز

(صفہٕ:۱۷۴) اَتھ بأتس متعلق ونان: ''یہ محمود کی ایک مشہور اور مقبول غزل ہے۔''
پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ چھُ کانٛہہ شہادتھ دِنہٕ بغأر یا کانٛہہ تبصرٕ کرنہٕ رؠستے
خبر کتھ انزأنی منز یاجیالال کول ہنٛدِس اثر و رسوخس تل یتھ مذکورٕ بأتک گوڈٕ شعر تہٕ
ترٛے بند أری نہٕ مالہ ہنٛدِس ناوس تحت پننہٕ مرتب کرمتِس ''کأشُر شأعری''[1] (۱۹۶۰) ناوٕ
چہٕ شعر سوٚمبرنہٕ منز چھاپان۔

أری نہٕ رنگ گوم ژراون ہیے کر ییِہ درشُن دِیے

شامہٕ سوندر پامن لُجس آمہٕ تاوو کوتاہ گجس
نامہٕ پیغام تس کُن نیے کر ییِہ درشُن دِیے

قندٕ نابدٕ آرُد مُتے پھند گرِتھ ژوٚلم کوٚتے
خندٕ گری نَم لُوکن تھِیے کر ییِہ درشُن دِیے

سُلہِ ووتھ دَو سنگر مالن لالہٕ ژھارُن کوہن تہٕ بالن
چھس پراران تھٕنزِ یے زِیے کر ییِہ درشُن دِیے

☆

گوڈٕ نکی زٕ بند چھِ حرف بہ حرف محمود گأمی ہنٛدی نقل کرنہٕ آمتی تہٕ ترٛیِیم بند چھُ لسأنی
انہارٕ، باوژ پھیر تہٕ مذکورٕ بأتہٕ کہ کلہِم موضوعی مزاجٕ نشہٕ موٚلے مختلف یُس محمود گأمی ہنٛدِس
کُلہم شعرٕ مزاجس ہتی کُنی اعتبارٕ واٹھ کھوان چھُنہٕ۔ یہِ مذکورٕ بند گژھ آو تہٕ اَتھ کیاہ

---

[1] کأشُر شأعری - ساہتیہ اکادمی، 1960

پوٚت منظر چھُ تتھ متعلق چھُنہٕ کانٛسہِ ترتیب کارن کانٛہہ شہادتھ پیش کرٕمٕژ۔ یمہِ کنۍ
اَمہِ قسمہٕ کہِن شعرن متعلق کانٛہہ تہِ سوال تُلنہٕ ہیکہِ یِتھ، تِکیازِ پزِتھ شعرس چھُ شاعر
ہندِس اوسلوبس ستۍ مکمل واتھ آسان۔ پزِتھ شاعر چھُ پننۍ اکھ مخصوص زبان ورتاوان
تہٕ اَتھ مخصوص زبأنی منز چھُ شاعرس پنُن اکھ مخصوص لفظہٕ نظام آسان تہٕ اَتھ مخصوص
لفظہٕ نظامس پنُن مخصوص ورتاون وَل۔ شعرس منز ورتاوس آمژ یِہے مخصوص لسانی
صورتھ چھےٚ شعرٕ تخلیقہِ منز اکھ ہیتی تہٕ موضوعی ربط تہٕ ہم آہنگی پأدٕ کران یُس شاعرسُند
مخصوص مزاز، لہجہ تہٕ آہنگ مقرر کران چھُ۔ مثالہِ با پٹھ نِتو کھ اَمہِ بأتہٕ کہِن کیٚنژن بندن
ہِندی یِم مصرٕ؛

شامہٕ سوندر پامَن لُجس

☆

روشہِ وٕنس خوش آوییے

☆

قندٕ نابدٕ آرُد مُتے

☆

موختہٕ جورمس پوشرِ دشن

☆

یِمن شعرٕ مصرن ہندِس لسأنی انہارس تہٕ باوٕژ طرزس مقابلہٕ چھُ یہِ مصرٕ یِہہ یاوَنو ووزُم
اونمت بلکہ گرنہٕ آمُت مصرٕ باسان۔

سُلہِ ووتھ دَو سنگر مالن

''سُلہِ ووتھ دَو'' چھُ اکھ غأرشاعرانہٕ اظہار یاوَنو مذکورٕ مصرس منز چھُ 'دَو' لفظُک ورتاو

أکِس اِکٹہٕ شاعرسُند نیب دِوان یتھ محمودنس لسانٲنی مزازس یا باوٕژ طرزس ستی کانٛہہ واٹھ یا ہِشر چھُنہٕ تہٕ نہ چھُس لسانٲنی ورتاوِ یا تخلیقی معیارٕ کنۍ تمن بٲتن ستی موٚلے کانٛہہ تعلق باسان یم باقی بٲتھ أرِنہ مالہ ستی منسوب کرنہٕ یوان چھِ۔ پانے وُنی تو یتھین شعرن ہُند تخلیقی جوہرتہٕ باوٕژ طرز چھاکُنہ اعتبارٕ اَتھ گرنہٕ آمتِس مصرس ستی واٹھ کھوان۔

میٚے شوقہ یارٕ سندِ بٕری مس[1] پیالہٕ تہٕ

آلودی توسے

☆

قندٕ تَے نابدِ بٕری مَس تھالہٕ تہٕ

رنگہ رنگہٕ نی توسیٚے

جود گوٚو عاشقن دود کتھہٕ ژالہٕ تہٕ

آلو دی توسے

☆

گچھِ گٹھِ نے تھوَے وتھرأوِتھ

لچھِ ناوِ منِدورے سانہِ بیہہ

[1] یمن دوشونی بٲتن ہُند شاعر تہٕ چھُنہٕ ویوٚد۔ حالانکہ پرتاپ میگزینس منٛز چھ جیالال کول ''مے شوقہٕ یارٕسندِ'' بٲتس نامعلوم شاعرسندِس ناوس تحت چھاپان، اما پوز کینٛہہ کال گوٚوتھ چھٕ أتھی بٲتس پتہٕ ''سٹڈیز ان کشمیری'' ناوِ کتابہٕ منٛز أرِنہ مالہِ ستی منسوب کٔرتھ چھاپان۔ تہٕ کٔرتھ تہٕ چھُ یمن دوشونی بٲتن ہُند اوسلوب محمود گامی سندِس کُلہم شعرٕ اوسلوبس ستی واٹھ کھوان۔

اَچھِ دٲر زَن روزَے پٲرٲوِتھ
زولہِ چھَم نو سوندرے سوندرے

پَتھہٕ چھُ اَتھ وَتاوُلی تَمہِ وِزِ موٗلَے وُرُن ووتھان ییلہِ ارجن دیو مجبور پنٕنہِ ''اَرنہِ مال''
ناوِ چہِ کتابہِ منز پَنُن دعواثابتھ کرنہٕ باپتھ کانْہہ تحقیقی جواز یا کانْہہ حوالہٕ دِنہٕ بغٲرٕ اَتھ
بٲتس ستی یتھ ہیوٗ گرنہٕ آمُت (یہِ ڈٖیِٹھ زِ تہِ اَرنہِ ہُند لبھُت بناوِتھ) بے توٗژ شعر
شامل کران چھُ۔ یتھ مذکورٕ بٲتس ستی کُنی اعتبارٕ کانْہہ ہشر یا واٹھ چھِنہٕ۔ حالانکہ مجبور
صاب چھُ پانہٕ تہِ یہِ کتھ زانان زِ یُتھ شعر تخلیقہٕ چھُ ہر پَتھہٕ بون تام اکھ مخصوص لسانی
کیو موضوعی مزاز آسان۔ اَمہِ شعرکِ ژوشوَے مصرٕ چھِ اَمہِ مخصوص مزازٕ نِشہِ موٗلَے
مختلف۔ تَس چھُ یتہِ معلوم زِ مذکورٕ شعرس نہ چھےٚ کانْہہ تحقیقی سند تہٕ نہ اَرنہِ مالہِ ستی
کانْہہ خٲرجی یا دٲخلی تعلق۔

بہ چھُس پراران منز پلہالن    لالہٕ پھیران تلُو مُلو نالن
پوشہِ ڈالیا تس کُس نیے    کر ییے درشُن دِیے

اوتار کرشن رہبر چھُ پننس ''کٲشرِ ادبچ توٲریخ'' ناوِکس ادبی توٲریخس منز
ژوٗرے پہن جذبٲتی گومُت تہٕ کانْہہ تحقیقی تنقیدی پوٚت منظر پیش کرنہٕ ورٲیی کتھن
معنہِ پُشران۔ اَتھ ادبی توٲریخس منز چھُ اکھ باب ''حبہ اَرنہِ رنگ'' عنوانس تحت
لیکھنہٕ آمُت۔ یتھ منز غٲر ضروری حدس تام حبہ خوتونہٕ تہٕ اَرنہِ مالہِ ہنٛزِ زندگی تہٕ شاعری
درمیان ہشر دِنچ یا ہشر ژھانڈنچ غٲر سنجیدٕ کوٗشش کرنہٕ آمو چھےٚ یُس اکھ غٲر فطری

عمل چھُ۔ اَتھ غاَر حقیقتھ پسندانہٕ طریقس متعلق چھُ ناجی منور سُند یہِ بیان دلچسپ تہٕ موقعہٕ محل۔

''یمن دون گونماتن منز باگ چھُ دون ہتن وٕریَن ہُند زیوٗٹھ زمانہٕ موجود تہٕ یتھس کالس چھِ زبان، زندگی تہٕ انسأنی سوچ کتہِ کور بدلان تہٕ واقاتن منز ہشر اَستھ تہِ چھُ اظہار کرنہٕ طور طریقن منز بنن پأدٕ گژھان۔ یہِ زمانہٕ چھُنہٕ شأعری منز تمہِ تعشوقہٕ شأعری ہُند یَتھ منز جبہٕ خوتونہِ ہندِس کلامس ہیوٗ رنگ آسہِ۔ اَمہِ وقتہٕ چھِ سارِوے ...... دینی تہٕ بھگتی باوٕچ شأعری گرہش۔ منزٕی رکتھہِ پأٹھی رَٹہِ ہے اَکس زنانہِ گونماتہِ ہُند کلام تعشوقہٕ رنگ۔''[1]

اَمہِ پتہٕ چھُ رہبر صأب 'اَرِکہٕ مال' عنوانس تحت کانہہ مثال یا کانہہ تبصرٕ کرنہٕ روٗستے یہِ باوٕنچ کوشش کران زِ اَرِکہٕ مالہِ چھِ پننہِ شأعرانہٕ ہونرمندی تہٕ سخنوری ہتی پننہِ دورٕ کی شأعرٕ ہتی تنبأ وی ہتی زِ محمود گأمی تہِ چھ تَس نشہِ متأثر گژھتھ یہِ ذٔلی زِ تہِ اوہند تقلید کران۔ رہبر صأب چھُ گوڈٕ محمود گأمی ہندِ ''اَرِکہٕ رنگ شرٛاون ہیے'' بأتکی نو بند محمودنی ناوٕ چھاپان تہٕ پتہٕ چھُ ''اَتھ برخلاف چھُ اَرِکہٕ مالہِ ہُند مشہور وژن یتھہٕ کُنی جُملہٕ وٕنتھ اَرِکہٕ مالہِ ہندِ ناوٕ مذکورٕ بأتکی ژور بند چھاپان یمن منز گوڈنکی ترٛے بند محمود گأمی سندِ بأتہٕ منزٕ ہوٗ بہوٗ کڈنہٕ آمتی چھِ۔ محمود گأمی سندِ بن یمن ترٛن بندن

---

[1] ''آلو'' رسالہ۔ جون ۲۰۰۱ء حالانکہ مذکورٕ بأتھ چھُ کلیاتِ محمود گأمی یَس منز گوڈے درج۔

ہٕندؠ گوڈٕ مصرٕ چھِ تہٕ تھٕ کٔنۍ؛ ’’شامہٕ سوندر پامن لٔجس ،قندٕ نابدٕ آرٕ د مُتے ،مۆرا اُتھ نیوٗم گمہِ سونیے‘‘ تہٕ ژوٗرِم بند ئیس باقی ترتیب کارِ و أرکنہِ مالہٕ ستۍ منسوب کۆرمُت چھُ یعنے ’’سُلہِ ووتھ سنگر مالن‘‘ اوتار کشن رہبر کمن بٔنۍ یا ذن پیٹھ چھُ یہِ شعرٕ ژارے کران تَتھ متعلق چھُنہٕ کانہہ شبقہٕ جواز یا معقول شہادتھ پیش کرِتھ ہیوٚ کمُت۔ اَتھ عجیب تہٕ غارٕ معقول انتخابس متعلق چھُ امین کأمل صأبُن یہِ جُملہٕ برمحل تہٕ معنہِ سوو؛

’’یہِ عجیب کمپیوٹری رنگہٕ ژارے چھےٚ حأرتھ ناکؔ[1]‘‘ ......حبہ خوتون

یہِ ژأرکرِتھ چھُ رہبر صأب محض ذأتی جذباتن تحت پننس تحقیقی تہٕ تنقیدی شعورس پأنٕ پانے لوٚژرِ دِوان تہٕ ونان:

’’محموٗدُن وژُن چھُ مزازٕ تہٕ لفظن ہٕندِ ورتاوٕ کِنۍ تٔنۍ پأٹھۍ زٕ رنگ ہاوان۔ یہِ چھُ تمہِ اثرُک نتیجہِ یُس أرکنہِ مالہٕ ہٕندو میٹھو وژنو محمودس پیٹھ ترٛوومُت اوس۔ محمودنین وژنن پیٹھ چھُ أرکنہِ مالہِ ہٕندِ بن وژنن ہُند سوٚن اثر لأزِم۔ تِکیازِ سو آسہِ محمودٕنۍ ہم کال تہٕ گُنہِ وقتس روٗزمٕژ ییلہِ زَن محمود سبٹھاہ لوٚکٹ آسہے۔ باسان چھُ زِ محمود آسہے پننہِ شأعری ہٕندِس گوڈٕ کالس منز أرکنہِ ہٕندۍ نےٚ لولہٕ ہُر بن اورٕ یور کرِتھ شأعری کران‘‘ ......کأشرِ ادبٕچ تأریخ، صفہٕ ۲۵۷

اَمہِ جذبأتی بیانہٕ تلہٕ چھےٚ زٕ توجہہ طلب کتھہٕ بروٚنہہ کُن یوان۔ اکھ یہِ زِ محمود گأمی ہٕندِس مذکورٕ بأتس چھِ مزازٕ تہٕ لسأنی ورتاوٕ کِنۍ زٕ رنگ۔ دوٚیِم یہِ زِ محمود اوس أرکنہِ مالہِ ہُند

گوٚنٛوھ ہمکال تہٕ أرِنہِ مال أس تیٚژ بلند قامت تہٕ عوٲمی سوٚتھرِس پیٹھ مقبول شاعر یَیٚمۍ محمود گامی لیس ہیوٚ قد اور شاعر متاثر کوٚر تہٕ یُس اوس پنٕنِس ابتدٲیی دورس منٛز تہنٛدی نےٚ بأتن اورِ یور گرِتھ پنٕنی بأتھ لیکھان۔

شاید گرِنہٕ کانٛہہ لسٲنی زان تھاون وول شعرشناس رہبر صابٕنِس اَتھ خیالس ستۍ اتفاق زِ محمود گامی سندِس مذکورِ بأتس کیا چھِ مزاز تہٕ لفظہٕ ورتاو کنٛہ نٔہ پأٹھی زِ رنگ۔ بلکہ سپد اَمہِ کتھہِ ہُند گوڈے ذکر زِ اَمہِ بأتہٕ کین کُلہم بندن ہنٛز مخصوص لسٲنی صورتھ تہٕ اَمہِ لسٲنی صورژ ڈسی پھانٛپھلن واجنی تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی تجربن ہُند ظہور چھُ محمود گامی سندِس فکری، جمالیأتی، ثقافتی تہٕ لسٲنی پوٚت منظرس ستۍ سوٚن واٹھ تھوان۔ بلکہ آو یتھ کتھہِ گُن تہٕ ظون پھرنہٕ زِ اَمہِ بأتُک مخصوص لفظہٕ ورتاو، باوُژ طرز تہٕ موضوعی مزاز چھُنہٕ تِمن گرنہٕ آمتین دون بندن ستۍ واٹھ کھوان یِم أرِنہِ مالہِ ستۍ منسوب کرنہٕ آمتۍ چھِ۔ اکھ گوٚو "سُلہِ ووتھ دَوسنگرمالن" تہٕ بیاکھ "بہٕ چھَس پیاران منٛز پلہالن"، تہٕ مذکورِ دون شعرن چھُنہٕ تِمن بأتن ستۍ تہٕ کانٛہہ ہشر یِم باقے بأتھ أرِنہِ مالہِ ستۍ منسوب چھِ۔

مانو زِ محمود گامی اوس أرِنہِ مالہِ ہُند گوٚنٛوھ ہمکال، اما پوز أرِنہِ مال أسا تیٚژ بلند قامت شاعر تہٕ پنٕنِس دورس منٛز عوٲمی سوٚتھرِس پیٹھ تیٚژ مقبول شاعر زِ محمود گامی لیس ہیوٚ ربو ایتھ ساز شاعر گوٚو أمِس نشہِ متاثر یا پنٕنِس ابتدٲیی دورس منٛز اوس أرِنہِ ہنٛدی نےٚ بأتن اورِ یور گرِتھ بأتھ لیکھان۔ اَتھ خیالس ستۍ کرِنہٕ شاید اوتار کشن رہبرس بغأر کانٛہہ کأشُر ادیب یا قلمکار اتفاق۔ أکس شاعرس نشہِ ہیکہِ بیاکھ

شاعرضرور متأثر گژھتھ یا وَنو استفادٕ کرِتھ، اما پوز ژھ شاعر گژھ محمودٕ نی پأٹھی ہیتی، موضوعی تہٕ لسانی اعتبارٕ ربوایتھ سازتہٕ تخلیقی شعور کنی بلند قامت سخنور آسُن ۔ محمود گامی چھُ سون گوڈنیک شاعر ییمی کأشر شاعری ہیتی کیٚو موضوعی اعتبارٕ رنگ بستہٕ تہٕ مالدار بنأو۔ کأشرِ زبأنی ہُند لفظہٕ راش، باوٕژ بل، معنوی تہدأری تہٕ امیک محاورأتی نظام کوٚرُن یتھٕ کنی ذٔری یاف زِ أمِس پتہٕ روٚذٕ صَدٕ یَن کأشرِ زبأنی ہندی شاعر أمِس نِشہِ استفادٕ کرِتھ یہِ ذٔپِی زِ تہِ او ہند تقلید کران۔ پروفیسر رحمٰن راہی چھُ کأشرِ زبأنی ہندِس أمِس طرح دار شاعرس...... ''ذہینٔ[1]، چشمہٕ وٚتھ، احساس مند، جذبہ وول، حوصلہٕ ہوٚت، تہٕ کشادٕ ہلم سخنور'' گنزران۔ بقولِ شفیع شوق:

''محمودن واتنو پنُن مخصوص اوسلوٗب یتھہٕ پأٹھی کمالس زِ أتھ اندریم امکان باوٕژ ہندی أسی تم ورتاوِن پانٔے تہٕ باقیَن کیُت تھووُن نہٕ اَمہِ روٚس کہنی زِ تم روزن أتھی طرزس پھیر دِوان یا وکھنے کران۔ ......کأشرِ ادبُک توأریخ

شأعرس چھُ پنُن لفظہٕ راش آسان تہٕ أتھ لفظہٕ راشس منز چھِ کیٚنہہ یتھی لفظہٕ ترکیبہٕ آسان یِہُند ورتاو شأعر بار بار کران چھُ تہٕ یِہ چھُ شأعرسُند اکھ پرزناوَن نشانہٕ بنان۔ وُچھتو کھ أتھ بأتس منز ورتاونہٕ آمتی: أرٕ نہِ رنگ، شراون ہی، برقعہ، روشہِ وٚون، پایہ بوڈ، خوش یُن، خوش گوٚژھن، روے، ووزٕلی، سأئی سنگار، وأنِی کن،

---

[1] ''انہار'' (غزلُک فن نمبر ۲۰۰۴ء)......کأشر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی۔

دعوادار، موختہٕ ہار، ژوٗنز، رُمہٕ اُویٖل، سَبزٕ پوش، آمہٕ تاو، خندٕ کرٕنی، ارمان کھیوٚن، سوختہٕ کرُن، پوختہٕ کار، نامہٕ پأغام، بَرٕ اَژُن تہٕ روشہٕ وُن ہوی لفظ تہٕ ترکیبہٕ چھِ محمودنہٕ لفظہٕ راشِکی انگ اَشناویم اَہنزِ گُلہم شأعری منز بار بار وَرتاوس آمتی چھِ۔ مذکورٕ لفظو تہٕ ترکیبو منز چھُنہ اکھ لفظ یا اکھ ترکیب تِمن بأتن منز نظرِ گژھان یِم اُرکہٕ نہٕ مالہٕ ستی منسوب چھِ۔ پیٚٹھہٕ وُچھتو کھ: رلن، زلن، پرارن، مشن ہوی لفظ یِمن سیٚدِ سیوٚد محمود گأمی سُند اسلام آبأدی لہجہ تہٕ تلفظ چھُ، یُس سرینگر یا پٹن پلہالن کہٕ لہجہ یا تلفظ نِش مختلف چھُ۔

اَتھ گُلہم پوٚت منظرس وٚون دِتھ محمودُن ''اُرکہٕ نہٕ رنگ گوم شراون ہیے'' بأتھ اُرکہٕ نہٕ مالہِ ہنزِ لونچہِ گنڈُن یا حبہ خوتونہِ تہٕ محمود گأمی یَس ستی تس کُنہِ اعتبارٕ ہشر دیُن یا گرنہٕ آمت کانْہہ شعر کأنسہِ شأعرس کُن منسوب کرُن گوٚو شاید پننِس تحقیقی کیٚو تنقیدی شعورس لوٚژر دِیُن تہٕ مول راوٕرُن۔

۲۰۰۵ء



# محمودؔ گامی سنز اکھ توجہ طلب تخلیق

بالہِ ہو رُمہٕ رُمے چھُم یارٕ چون تمنا
وَتہِ پپٹھ ڈیوٗنٹھمے گَتھہٕ جوراہ کربمنٛا

اَتھہٕ موٗرِتھ ژوٚلمے چھُم یارٕ چون تمنا
پینٛجہِ پپٹھ ڈیوٗنٹھمے کینٛژِ پولاو لرٛامَس

کینٛژ پھُٹرِتھ ژوٚلمے چھُم یارٕ چون تمنا
دوسہِ تل ڈیوٗنٹھمے توسہٕ پونبرِ لمیٛامَس

غوصہٕ کیا روٚٹمے چھُم یارٕ چون تمنا
دارِ کنِز ڈیوٗنٹھمے کارِ ووگُن آنگن ژام

تارِ دِل کوٚرنمے چھُم یارٕ چون تمنا
کاٗنٛز پپٹھ ڈیوٗنٹھمے ووٚنی لاٗگتھ آنگن ژام

داٗنی داٗنی گاٗج نمے چھُم یارٕ چون تمنا
ووگہٕ کنِز ڈیوٗنٹھمے چوغہٕ لاٗگتھ آنگن ژام

روگہِ روگہِ وُچھنمے چھُم یارٕ چون تمنا
پَشہِ پپٹھ ڈیوٗنٹھمے لَشہِ نارٕ زاٗ جنَس بو

نَشہِ کیٛا روٚٹمے چھُم یارٕ چون تمنا

کاشرِ زبٲنی ہندِ س طالبِ علمس چھُ پننِس شعر سرمایَس ستی ستی تحقیقی کیو تنقیدی موادس پھیُر دِوان اکھ توجہ طلب سوال ذہنَس گھر ٹلان زِ ...... آیا کتھ واکھس وَنو لَلہٕ واکھ تہٕ کُس شُرُک مانہٕ ہون شیخ العالمؒ سُند۔ تِکیازِ دوشونی شاعرن ہندِس ترتیب دِنہٕ آمتِس کلامس منز چھِ واریاہ واکھ تہٕ شُرُک مشترکہٕ طورا کھأ کِس ستی منسوٗب کرنہٕ آمتی۔ باضے چھِ ترتیب کارو پننین ذأتی جذباتن تسلا دِنہٕ موکھہٕ کینژون واکھن تہٕ شُرُ کین ہندی لفظ بلکہ مصرِ تام بدلأومتی۔ مثلن عوأمی سوٗتھرِس پیٹھ مشہورِ عام تہٕ زبان زدتہٕ کینژون قلمی نسخن منز درج لَلہِ ہُند اوسلوٗب تھون وول واکھ چھُ:

کلے پوٗرم کلے سوٗرم کلے کوٗرم پئن پان

کلے ہَنہِ ہَنہِ مویَس توٗرم اَدِ لَل وأژس لامکان

اَما پوز کینژَو جذبأتی محققو چھےٚ لَلہٕ ہندِس فکری کیو عقیدتی وبوہارس پردٕ تژاونہٕ موکھہٕ اَمہِ مشہورِ عام واکھُک ژوٗرِم مصرَے بدلأوِتھ پرَن وألِس بژم دِنچ کوٗشش کٔرِتھ یہِ لَلہٕ واکھ شیخ العالمَنؒ ستی منسوٗب کوٗرمُت۔

اَدِ شیخ ووتُس لامکان

حأرانگی ہنز کتھ چھےٚ یہِ زِ سٲنی کینہہ معتبر تہٕ باشعور نقاد تہٕ محقق تہٕ چھِ اَتھ وُتالِ فأصلَس اَچھ ٹُوتھ قبوٗل کٔرِتھ پننین تحقیقی کیو تنقیدی مقالن منز اَتھ واکھَس حضرتہِ شیخَس ستی منسوٗب کٔرِتھ پیش کران، بلکہ باضے پننِس ذأتی نظریہَس ڈکھ کرنہٕ موکھہٕ کینہہ لَلہٕ واکھ شیخ العالمَسؒ ستی تہٕ کینہہ شیخہٕ شُرُکی لَلہٕ دیدِ ستی منسوٗب کٔرِتھ پہنز

شأعرانہٕ شخصیت تہٕ عقیدتی پہلو مُشخص کران۔ حالانکہ تِمن چھُنہٕ اوکُن ظو نے گومُت زِ 'شیخ' چھُ اُمِس عظیم کأشرِس ریشِس شیخ العالمؒ، شمس العارفین، کأشُر واعظ، علمدارِ کشمیر تہٕ 'سہزانند' ہو بن القابن منز اکھ لقب ..... نہ زِ ناو یا تخلص یُس تِمن واصل حق سپدنہٕ پتہٕ عطا کرنہٕ آو۔ تِمو چھُنہٕ پننِن شُرکمن منز کُنی جایہِ 'شیخ' لفظ ورتو وُمت بلکہ چھُکھ پرٛتھ جایہِ پنُن ناو 'نُند' استعمال کوٚرمُت۔ 'شیخ' لفظس چھُ مُعنے پیٖر، مورشد، مذہبی عألم، فأضل، قأضی، مفتی، محدث تہٕ مُتوٗلی بیترِ تہٕ وویل ہاکھ تہٕ ہَندِ زِ زُرکھبنہٕ وول ریٚوش کتھہٕ وَنہِ پأنی پانَس 'شیخ'۔ یِتہٕ یوت نہٕ بلکہ چھِ سانو ادبی تو اریخ لیکھن والو تہٕ تِتھی ہوی وُتاکی بیان دِتی ہتی یمن منز 'بالہِ ہو رمہ رُے' نغمأتی طرزُک بأتھ مرزا اکمل الدین بدخشیؒ یَس ہتی کانہہ جواز دِنہٕ روٚستے منسوٗب کرُن تہٕ شأمل چھُ۔

وونی چھُ سوال ووتھان زِ تیلہِ کُس چھُ اَمہِ زیرِ بحث شعرٕ تخلیقہِ ہُند تخلیق کار۔ یہِ چھُ اکھ پیچیدٕ تہٕ توجہ طلب سوال۔ پیچیدٕ اوٚکنہٕ زِ اتھ بأتَس چھُنہٕ روایتی اندازٕ کأنسی شأعرٕ سُند لیکھُت دِنہٕ یوان تہٕ توجہ طلب اوٚکنہٕ زِ عبدالاحد آزادس ہیوٚ حساس محقق تہٕ نقاد چھُ اتھ بأتَس مرزا اکمل الدین بدخشیؒ یَن (یَس کأشرِ مبرزٕ کأملؒ ناوٕ زانان تہٕ پرکھاوان چھِ) ہتی منسوٗب کرِتھ اَمہِ بأتُک ذکر کران فقط یہِ وَنتھ کتھ ژٹان:

[1] "کہتے ہیں کہ کشمیری زبان میں بھی غزلیں لکھی تھیں، لیکن اس کے متعلق تاریخیں خاموش ہیں اور غزلیں ناپید۔ البتہ مرزا

---

[1] "کشمیر زبان اور شاعری"، حصہ دوم صفحہ ۲۵۰۔

صاحب کے مزار شریف پر ان کے عقید تمند سماع کی محفلوں میں کئی
بے مقطع نظمیں گاتے ہیں۔ ان کا خیال ہے کہ مرزا صاحب کے
ملفوظات ہیں۔ راقم کے نزدیک یہ امر قابلِ غور و تامل ہے۔"

بیانہٕ تلہٕ چھےٚ یہ کتھ ٹاکارٕ زِ آزادس چھنہٕ مرزا بدخشی کاشُر شاعرآسنس متعلق کانہہ توارٟیخی یا نیم توارٟیخی ثبوت حاصل سپدُمت تہٕ امہٕ باتہٕ کس تہٕ بدخشی سندس شعرِ مزاز س درمیان چھنہٕ تَس کانہہ ہشر باسیومُت۔ توے چھُ تَس نِشہٕ یہِ سوال "قابلِ غور تہٕ قابلِ توجہ" ؤنتھ تشنہٕ طلب روزان۔ حالانکہ آزادن چھُ "کشمیری زبان اور شاعری" ناوِ توارٟیخ کس گوڈنکس جلدس منز مذکورٕ باتھ محمود گامی سند بن باتن منز شامِل کورمُت۔ اَتھ برعکس چھُ ڈاکٹر شفیع شوق تہٕ ناجی منور پننس کاشرِ ادبکس توارٟیخس منز عبدالاحد آزادُن حوالہٕ یا پنُن کانہہ تحقیقی یا تنقیدی جواز پیش کرنہٕ ورٲیی آزاد صابنےٚ اُردو جُملہٕ کاشرس منز پھران پھران فقط پنُن اکھ لفظ (تِہُند باتھ) وٲنتھ اَتھ باتَس اکمل الدین بدخشیؒ سنزِ لوٚنچہ گنڈان۔ تہٕ گرِتھ تہِ چھُ یِہندِس اَتھ دعواہَس منز اندرونی تضاد پھٹےٚ پھٹےٚ نیران۔

ا "یِہُند کاشُر کلامہٕ چھنہٕ کُنہِ دستیاب سپدان، تِہندِس ورسس پتھ چھِ تِہندی عقیدت مند تِہُند یہِ باتھ گوان۔"

یتھ کتھِ چھنہٕ کانہہ توارٟیخی یا نیم توارٟیخی شہادتھ زِ مرزا اکمل الدین بدخشیؒ

---

ا کاشرِ ادبک توارٟیخ، صفہٕ: ۴۶۔

ہِنٛز ماجہِ زیو اُس کاشُر۔ بلکہ چھےٚ یہِ گَتھ ٹاکارٕ زِ تِہنٛز مادری زبان اُس فارسی تہٕ اُتھی
فارسی ماحولس منٛز چھُ زامت تہٕ پرٕ تھیومُت۔ تواریخی اعتبارٕ اوس تَسُند بُڈ بب مرزا
ملک محمد خان بدخشانک روزن وول یُس مغل بادشاہ اکبر سٕندِس دورِ حکومتس منٛز
ہندوستان آو تہٕ اکبر چھُ تَس ناظم کشمیر مقرر کران۔ اکہِ طرفہٕ اُس یِہنٛز مادری زبان
فارسی تہٕ دٔویمہِ طرفہٕ اوس اَتھ دورس منٛز سرکٲرۍ زبان آسنہٕ کِنۍ فارسی زبانۍ زبردس
چلے جاو۔ اُتھی ماحولس منٛز چھِ اکمل الدین بدخشیؒ ۱۰۵۴ھ یَس منٛز تولد سپدان تہٕ ڈوڈ
رٕوٕرۍ پتے بابہٕ صاب (عادل بیگ خان) رحمتِ حق سپدنہٕ کِنۍ چھُ پانہٕ مغل شہنشاہ شاہِ
جہان تِسنٛزِ پرورشہِ ہُند انتظام کران۔ پندہَن[۱۵] ورٕی یَن چھُ دینی کیو درسی تعلیم حاصل
کران تہٕ آخرس شاہانہٕ زندگی خٲرباد کٕرِتھ خواجہ حبیب اللہ عطار سُند طالب بنان تہٕ
روحٲنی عرفان پرٕاوِتھ عٲرۍ فانہٕ زندگی بسر کران۔ گویا خاندانچ مادری زبان فارسی
آسنہٕ کِنۍ اُس تِہند بول باچھ زبان تہٕ فارسی۔ شاہی تہٕ علمی ماحولس منٛز پھاپھلنہٕ کِنۍ تہٕ
اوس تَسُند اوندپوکھ فارسی زبانۍ تہٕ ادبک گہوارٕ۔ تموٕ ژٕ عربی فارسی زبانۍ منٛزٕ پندہَن[۱۵]
ورٕی یَن دینی تہٕ درسی تعلیم تہٕ تِہُند مُرشد خواجہ حبیب اللہ عطار تہٕ اوس فارسی تہٕ عربی
زبانۍ ہُندے بُہلہٕ پایہٕ عالم۔ یِمن سارِنے کتھن ہُند شیقہٕ ثبوت چھےٚ حضرت بدخشیؒ
ہِنٛز لیچھمو شیتھن[۸۰] ساسن شعرن پیٹھ مشتمل 'بحر العرفان' ناوٕچ فارسی مثنوی، یوسہٕ فارسی
ادبک اکھ اہم تخلیقی فن پارٕ گنٛزرنہٕ یِوان چھےٚ۔ یِمو چھِ بےشمار غزل تہٕ قصیدٕ لیکھی متۍ۔
یِمن شعرٕ تخلیقاتن ہُند مطالعہٕ کٕرِتھ چھُ اُکس تِہِنٛس زبان دان تہٕ گُشاد ہلم فارسی شاعر

سُند احساس گنان ییٚتہِ احساسی سطحس پٹھ تہٕ أہنٛزِ شأعری منٛز ورتاونہٕ آمتِس گنہِ لفظس یا تجربس منٛز کأشرِ زبأنی یا کأشرِ مزاژُک گمانہٕ تہٕ گوٗہان چھنہٕ۔ ووٗنی ہرگاہ کانٛہہ وَنہِ زِ واریہو کأشر بوٚچھے فارسی مادری زبان نہٕ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ فارسی زبأنی منٛز شعرٕ ونتھ کمال حأصل کوٚرمُت۔ جوابن چھُ عرض زِ غنی کشمیری یَس ہوِس بٔہلہِ پایہِ فارسی شأعرس تہِ پیوٚو کأشرِ زبأنی ہُند ''کژالہٕ پَن'' شعرس منٛز ورتأوِتھ پنٛنہٕ مادری زبأنی ہُند دامن رٹُن۔

موئے میانِ تو شدہ کرالہٕ پَن

کردہ جُدا کاسہٕ سرہا زِ تَن

ووٗنی ہرگاہ ییتہِ مانو زِ بدخشی صأبس آسہِ ہے مقامی ماحولس منٛز روزنہٕ کِنی کأشرِ زبأنی ہنٛز کم کاسہٕ زان گأمٕژ تہِ، اَما پوز تہٕ گرِتھ تہِ چھنہٕ ییٚتھ ہیوٚ روان، شوٚد تہٕ عام فہم کأشر بأتھ لیکھنگ سوالے ووتھان تہٕ تَس ہوِس روحأنی بصیرت تھون وأٹِس اسرأرکی شأعرٕ سُند تن من (یَسند اکھ اکھ شعر یا شعرٕ مصرعہٕ تصوف کین رٔموزن تہٕ روحأنی اسرارن ہُند باوتھ چھُ) کتھہٕ ہٕنگراوِ ہے ییٚتھ ہیوٚ برجستہٕ نسوأنی لہجہٕ تھون وول لولہٕ بأتھ۔ اتھِ ہیکہِ کانٛہہ یہِ سوال تہٕ تُلِتھ زِ کأشر صوٗفی شأعری (بلکہ کُلہم صوفی شأعری) پران پران چھُ یَسلہِ پأٹھی مجأزی لولہٕ شأعری ہُند گمانہٕ گنان تہٕ اَمہِ قبیلہٕ چہٕ شأعری ہنٛز زبان تہٕ مزاژ چھُ عام پأٹھی مجأزی لولہٕ شأعری تیوٚت نگھہٕ زِ عام پرن وأٹِس ہیکہِ دوٚن درمیان فرق کڈنُس دوران ٹُل تہٕ گوٚھتھ۔ اَما پوز تَس آسہِ ییتہِ معلوم زِ لول چھُ

انسانی وجوٗدس منز بُستھ یا موجوٗداکھ بٔنِیادی جوٗ تہٕ تصوٗف چھُ بٔنِیادی تہِ چھےٚ أتھی لولس پتھ دٕرِتھ یتھ ''صوٗفی عشق الٰہی'' وناں چھِ۔ دۄیم یہِ زِ زبان چھےٚ کانٛہہ کتھ باوُنک یا کانٛہہ توٗر وٕ تلاوُنک انسان سُند بٔنِیادی وسیلہٕ تہٕ توتام ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ خیال یا کانٛہہ تجربہ واضح صوٗرتھ پرٛاوِتھ یوتام نہٕ تٕتھ دوہ دٕبن چہِ زندگی منز بولن واجنہِ زبانی ہُند ویوٗدلسانی آکار دِمو۔ اَوِ کٔنِ چھنہٕ سیرِ اسرار باون وألِس اسرار پسندس تہِ اَمہِ روٗس کانٛہہ چارٕ روزان زِ سُہ ورتاوِ پنٕنین ہمکال بولن والین ہنٛز مشترک زبان۔ تہِ گٔرِتھ تہِ چھُ أکِس شاعر سنٛزِ کُلہم شاعری منز (فنی یا لسانی ارتقاء پرٛاونہٕ باوجوٗد) شاعرس پنُن مخصوٗص مزاز، لہجہِ تہٕ آہنگ آسان تہٕ تَسند لسانی ورتاوٕ چھُ تَسند شاعرانہٕ اوسلوٗب متشخص کران۔ حضرت مرزا اکمل الدین بدخشیؒ سُندِس کُلہم شعرٕ سرمایَس چھُ تَسند مخصوص اسرأرٕ مزازٕ تہٕ اوسلوٗب یتھ ''بالہِ ہورمہِ رُمے'' بأتس ستی کُنی اعتبارٕ کانٛہہ دشر چھنہٕ۔ اما پوز تیلہِ کیازِ چھِ أزِکی کینٛہہ نقاد تہٕ محقق تہِ عبدالاحد آزادنس قابل توجہ (راقم کے نزدیک یہ امر قابل غور و تامل ہے) جملس پتھ کانٛہہ تحقیقی یا تنقیدی مولائکوٗن کرنہٕ وَرأے اَتھ بأتس بدخشی سندس کھاتَس تراوان تہٕ ہنگہٕ منگہٕ اَتھ منز تصوف کین رمزن ہُند تلاش کران؟ شاید اَوِ کٔنِ تہِ زِ سریت پسند مزازٕ آسنہٕ کٔنِ چھِ کاشری اجتماعی طور گنہِ تہٕ مجأزی رنگہٕ لولہٕ بأتس منز صوفیانہٕ روٗموزن تہٕ اسرارن ہُند تلاش کران۔ تیلہِ ہیٚکہِ زمینی لولُک شعر تہٕ بالافطری مزاز پرٛاوِتھ تہٕ اسرأرٕ لولہٕ شعرس ہکو مجأزی معنے کڈِتھ۔ اَتھین چھُ سوال وٕ تھان زِ تیلہِ

کُس ہیکہِ ''بالہِ ہورمہٕ رُمے'' نسوأنی لہجہِ تھٕون والہِ لولہٕ بأتٕک تخلیق کارأسِتھ۔
اَتھ سوالس یوٚدوَے جواب دیُن کرٕ یوٗٹھ چھُ، اَما پوز ناممکن چھنہٕ۔ موضوٗعی اعتبارٕ
لول پٔنٕنہِ شأعری ہُند مرکز تھٕون والین شأعرن منٛز چھِ حبہ خوتوٗن، محمود گأمی تہٕ رسول
میر کأشرِ ادبی توأریخ کہِ دوٚیمہِ دورٕکی تِم ترٛے اہم شأعر یِمَن ہنٛزٕ شأعری موضوٗعی ہشر
آسنہٕ باوجود پٔنٕن پٔنٕن منفرد فکری، جمالیأتی، ثقافتی تہٕ لسأنی پوٚت منظر چھُ یُس کلہم
پأٹھی یِہند منفرد مزاز تہٕ اوسلوب مشخص کران چھُ۔ أتھی منفرد شعرٕ مزازس ممکنہٕ سام
ہیتھ تہٕ موازنہٕ کٔرِتھ چھےٚ یہِ کتھ ٹاکارٕ سپدان زِ مذکورٕ بأتھ چھُ محموٗد گأمی سنٛزِ نغمأتی
شأعری ہُند اکھ اژھین انگ تہٕ تِہندی تخیلی آگہی تہٕ شأعرانہٕ مزازُک تخلیقی میٛل پراون
وول برجستہ اظہار۔

لول چھُ محموٗد نہِ نغمأتی شأعری ہُند محور یَتھ سٕہ نسوأنی لہجہِ دِتھ نٔوی نٔوی وِہی تہٕ
انہار بخشان چھُ۔ یہِ لول چھُ تَس باضے زندگی ہٕتی متعأرف کٔرِتھ اَمہِ کہِ حُسنٕک بہار تہٕ
میچھرٕک احساس ژھینأوِتھ حظ دِوان تہٕ فرحت بخشان تہٕ زندگی ہنٛزن تلخ حقیقژن ہٕتی
ملاقات کرنأوِتھ چھو کہٕ دأوی کران۔ کُنہِ چھُ محبوٗب سنٛزٕ آشہِ گژھِ گُٹھمن پوشہِ وَتھرُن
کٔرِتھ تَس نَرِ آلوِتھ لَرِ پان ساوٕنکی سنٛز کران تہٕ کُنہِ چھس یہِ ہتل تہٕ ہانٛول محبوب بزم
دِتھ تہٕ افسانہٕ کٔرِتھ ژلان۔ شاید چھُ محمود گأمی کأشرس منٛز گوڈنیک شأعر یَیمی پنٕنس
محبوٗب سندی طرح دار انہار تہٕ اطوار پیش کٔرِتھ کأشر شأعری منٛز أکِس نٔوِس شعرٕ
مزازس دس ژٕل۔ یہِ شعرٕ مزاز نہ اوس حبہٕ خوتوٗنہِ ہندی پأٹھی ننہِ وانہٕ مجأزی تہٕ نہ شمس

فقیرٕنی پاٹھی موٗلے اسراٗری۔

سونہٕ چھَم پامہٕ دِوان کامہٕ دِوو جاناوارو
تنہٕ ووتم وَدان ماٗرِ مندے مندنوارو

☆

بہ صوٗرتھ چھکھ ژٕ پری ژٕے شوٗبی جامہٕ ژٕری
کٔمیٚو تعویزٕ کٔری وولو معشوقہٕ میانے

محمود گاٗمی یَس چھےٚ پننہِ کلہم شاعری منز پننہٕ مخصوٗص زبان تہٕ اَتھ مخصوص زباٗنۍ پٔنن مخصوص لفظہٕ ورتاویُس نوٚ لہجہِ تہٕ ساٗدٕروار آہنگ ہیتھ پرٛتھ حالہٕ نوبن معنوی امکاناتن ہُند تلاش کران چھُ۔ اَمی مخصوص شاعرانہٕ وجوٗد ک اژھبن انگ چھُ "بالہِ ہوٗرمہٕ رَمے" باٗتھ۔ اَتھ باٗتَس چھُ سُے روان لہجہ تہٕ سوے لٔکہٕ لے تہٕ سُے شوخ مزازٕ پھاپھلان یُس محمود گاٗمی ہند بن باقٕے باٗتن منز ووٚلسنس یوان چھُ۔

قندٕ نابدٕ آرٕد مُتےٚ پھند کٔرِتھ ژٕ وُلم کوٚتے
خندٕ کٔری نَم لوٗکن تھیےٚ کر ییٚ درشن دِیے

☆

خوش بوے سیاہ نامَے کوٗگل زَن شہمار
خوش روے خوش کلامَے کونے آمَے یار

مذکورٕ باٗتس منز ورتاونہٕ آمٕتۍ: توسہٕ پوشمر، کارِووگن، دارِتل، لشہِ نار، روگہِ روگہِ، کینزٕ پولاو، کاٗنی، آنگن، پش، ووگہٕ، نشہِ چوغہٕ، دونۍ، پینٛڈ، ہوی لفظ تہٕ ترکیبہٕ

چھے محمود نہِ شاعری منز ورتاونہٕ آمتین ، گچھ گُٹھ وتھرن ، دردِ گام، چھیٚپٕر بوٗنی ، پوشہ ری گھ ، روٗپہ بدن، مزارس ژُمن ، چینہِ پیالہٕ ، اَنہٕ ڈب ، اَچھِ دأر، نَرِ آلوتھ لَرِ پان ساوُن ، ہوی لفظ ، ترکیبہٕ ، تشبیہہ تہٕ استعار چھ اکی لسانی قبیلکی تہٕ اکی تخلیقی ذہنکی پوٚت آوازٕ ۔ تہٕ گرِتھ تہِ وُچھتو "بالہِ ہورٕمہ رُمے" بأتہٕ کمن شعرٕ مصرن تہٕ محمود گامی سند بن باتٕچ شعرٕ مصرن منز ورتاونہٕ آمتین لفظن تہٕ لفظہٕ ورتاوُک ہشر۔

| بالہِ ہورٕمہ رُمے باتکی مصرٕ | محمود سٕن باتچ شعرن ہندی مصرٕ |
|---|---|
| پینچہِ پٹھ ڈیٚو نٹھے | پینچہِ بہہ چھے میون سال |
| توسہٕ پوشرٕ لمیا مَس | موختہٕ جوٗرمَس پوشرِ دِشن |
| روگہِ روگہِ وُچھنَے | روگہِ روگے کیازِ وُچھنے |
| کارِ ووگن دوٗرٕ دان | کارِ ووگن چھم جانانے |

☆

ووٗنی ہرگاہ کینٛژون دوستن ہندِ مطأبق مذکورٕ بأتھ لُگہٕ بأتن ہندِس کھاتس ترٛاوُن، تیلہِ کیا وَنو محمود گامی سند بن اَمہِ قبیلہٕ کمن لُگہٕ مزاز تھاون والین تہٕ تھمن بأتن متعلق یِہند موضوع ، مزازٕ ، لہجہ تہٕ زبان "بالہِ ہورٕمہ رُمے" بأتس سٟتی مکمل ہشر تھوان چھِ۔

یاد پیوٚہم تہٕ ناد سوزامَے
لول چوٗنے آمَے ویٚسی یے

وُچھان ووُتم شامے
کونے آمے یار

☆

مس دِتم بالہٕ یارو
کس وَنہٕ سوندر سوندر

☆

کامہٕ دِوٕ ناماوارے پامہٕ چھم برسر برس
شامہٕ لٔبہٕ وَن کتہٕ پژارے کس وَنہٕ سوندر سوندر

☆

مذکوٗرٕ بأتہ حبہ خوتونہِ سِتی منسوب کرُن تہٕ چھنہٕ اَوٕکنی صیحیح تکیازِ اَتھ بأتس منز ورتاونہٕ آمتین لفظن تہٕ ترکیبن چھنہٕ حبہ خوتونہِ ہنزِ کلہم شأعری منز نیب نشانہٕ میلان تہٕ نہ چھُ اَتھ بأتس حبہ خوتونہِ ہندِس شعرِ مزازس تہٕ آہنگس سِتی کانٛہہ ہشر یاواٹھ۔تہِ کٔرتھ تہِ چھنہٕ کانٛہہ تحقیق یا تنقید حتمی...... اتفاقچ یا اختلافچ چھےٚ گنجأیش۔

۱۹۹۰ء

☆☆☆

# پڑون بحث نوٚ پھیُر

خوشیوٗن ننٛد بون وٚیسری یے میون دِلبر آو نَے
تھر تھر چھم مَرِ شاید شر مےٚ جگرس دڑاو نَے

وعدٕ کوٚرمُت یاد چھےٚ نا سادٕ کاٗژاہ زاٗنی تھَس
آدٕ نَے اَدٕ کونہٕ تھاویوتھ میون دِل تشبلاوِ نَے

یارٕ اکھ ارمان روٗدُم عشقہٕ پیچانَس پڑژھوم
بوٗزی تھےٚ رَزِ پان کھوٗلِن آو زَن ابساو نَے

ژھایہٕ روٗزِتھ ضایہٕ گرٕ تھَس گوٗژنےٚ مُٹھیو ماے میاٗنی
تیلہِ ژنےٚ پھیری نامےٚ وٚنتم ییٚلہِ مےٚ میٚوٕ تَل ساو نَے

گُل وُچھتھ بُلبل چھِ توٗ شان اکھ اٗکس روٗشتھ وَنان
میانہِ یارو چانہِ باغَک روٗد مےٚ گُلزار چھاو نَے

سُے مےٚ روٗٹھُم آش تیٚمی سنٛز سَتھ مےٚ اٗہم یتھ دِلس
وَنتہٕ رُسلیو گس ژٕ روٗٹھکھ ووٗنی کموٚ منناوٕ نَے

(کلیاتِ رسول میر صفہٕ: ۲۷۴)

مے چھُ ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھہٕ نشر سپدِ مت ''سنگر مال'' ناوٕ ادبی پروگرامک
سُہ مخصوٗص شُمارٕ ژٕ تَبٕس یتھ منٛز رسول میر سُند مشہور غزل ''خوشیوٗن ہُندٕ بون ویٚسی یے
میون دِلبر آونے'' زیرِ بحث اوس۔ شریکِ گفتگو اٰسی محمد یوسف ٹینگ، آنجہانی پریم
ناتھ کول اَرپن تہٕ اَمہِ ادبی پروگرامک انچارج اوتار کرشن رہبر۔ سُہٕ اوس گنوہہ شتھ
تہٕ اکشیتھ (۱۹۸۱ء)۔ بحثُک موضوٗع اوس زِ اَمہِ غزلُک اصلی تخلیق کارٕ کُس چھُ رسول
میر کِنہٕ پریم ناتھ کول ارپن؟ تکیازِ یمنے دہن اُس آنجہانی ارپن سٕنٛز ''آدن پیوم
یادٕ'' ناوٕ شعرٕ سۆمبرن بازرٕ آمٕژ یتھ منٛز تمہِ یہ غزل پانٕس سٟتی منسوب کٔرِتھ اَتھ
سۆمبرنی منٛز چھاپ کۆرمُت اوس۔ یوہے اوس وَجہ زِ ارپن صاٗبس اوس پروگرامس
منٛز دعوت دِنہٕ آمُت زِ سُہ کرِ پننِس دعواہس دٔلیل پیش۔ پننِس ایڈیٹوریلس منٛز
وۆن رہبر صاٗبن ''چونکہ اَسہِ چھُ پانہٕ تہٕ تہٕ پننین بزرگن نِش تہٕ یہ غزل رسول میرٕنی ناوٕ
بوزمُت۔ دۆیم یہ زِ اَتھ غزلَس چھےٚ رسول میرٕنی زبان، زبانٕچ ہُند ورتاو تہٕ تٔسنٛد
آہنگ تہٕ مِزازٕ۔ تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھِ ادبی توٲرٟخن منٛز تِتھی سوال وُتھی ہٟتی تہٕ ووتھان تہٕ
روزَن۔'' ٹینگ صاٗبن پِرٕژھی ارپن صاٗبس ادبی معاملَن تہٕ تحقیقی زاوی جارن
ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز کیٚتی سوال، اَما پوز تمہِ ہیوٚک نہٕ کانٛہہ معقول جواب دِتھ۔ البتہٕ
وۆنکھ زِ تمو چھُ یہ غزل ۱۹۴۱ء یَس منٛز لیوٗکھمُت تہٕ تہنٛدِس علاقس (تحصیل کولگام)
منٛز چھُ یہ غزل تہنٛدی ناوٕ گیونہٕ یوان۔ اَتھ برعکس وۆن رہبر صاٗبن تمن زِ یہ غزل چھُ
۱۹۵۱ء پیٹھے ریڈیو کشمیر پیٹھہٕ گیونہٕ یوان یِیلہِ زَن توہہ بحیثیت شاعر کہنی زانان اوس

نہ تہٕ از تام کیاہ زِ لیوکھ ؤنہٕ توہہِ اَسہِ اَتھ متعلق کانٛہہ خط یا کُنہِ ادبی رسالس پٕنٛز اعتراضات۔ بہرحال بحث ووت اند تہٕ رہبر صأبن دیُت ادیبن تہٕ قلمکارن دعوت زِ تِم ٹٲکِن اَتھ متعلق ضروٗر پنٕن قلم، اَما پوز اَتھ ووتھ نہٕ سُر بنہٕ کاو۔ شاید اوس وجہہ یہِ زِ اَرپن ہنٛز شاعرانہٕ شودیوڈ پٲٹھ گوٚونہٕ کانٛسہِ کأشرِس قلمکارس گُمانہٕ تہِ زِ اَتھ غزلس کیا چھےٚ اَمِس ستی کانٛہہ مناسبت یا مماثلت۔ توٚے تہِ یِیلہِ محمد یوسف ٹینگ ''کلیات رسول میر'' ۱۹۸۴ءیَس منٛز ترتیب دِوان چُھ سُہ چھُ اَمیک کانٛہہ ذکر کرنہ روٚس زیرِ بحث غزلس کلیاتَس منٛز شأمِل کران۔ بیاکھ وجہہ چھُ یہِ زِ اَسی کأشرۍ چھِ یتھین تحقیق طلب زاوِ جارَن کمے پھِہن سَنان۔ اَسہِ ہیوٚک نہٕ اَز تام لِسأنی یا اسلوٗبیأتی بنیادن پٲٹھ واکھس تہٕ شرٕکس درمیان بَبن زأرِتھ۔ عبدالاحد آزادن کوٚر محمود گأمی سُند مشہور بأتھ ''بالہِ ہورمہٕ رُمے، چھُم یارٕ چون تمنا'' مرزا اکمل الدین بدخشی یَس ستی اَوٕکنۍ منسوب زِ تَہُندۍ عقیدت منٛز چھِ تَہُندِس مزارس پٲٹھ یہِ بأتھ گیوان، حالانکہ آزاد چھُ وَنان، ''میرے نزدیک یہ امر قابل غور و تامل ہے'' مگر ۱۹۹۰ءیَس تام گوٚونہٕ کانٛسی محققس یا قلمکارس اوکُن ظوٗن زِ بدخشیؒ صأبَس اَسے نہٕ ماجہِ زبو کأشر۔ پروفیسر عبدالغنی مدہوش صأبن کوٚر کأشرِ زبأنۍ ہُند مقبولِ عام بأتھ ''ہا فقیرو سانہِ جنگلچ لے چھیوٚ'' [1] پأنس کُن منسوب تہٕ شعرن ہُند اصلی متن ڈألتھ

---

[1] یہِ زبان زد لکہٕ بأتھ چھُ، کون لکہٕ بأتھ سوٚمبرنن منٛز چھاپ سپدمُت، وُچھو ''کأشرِ ہن لکہٕ بأتن ہُند انتخاب'' (ساہتیہ اکادمی ۱۹۹۷ء) مگر آفاق عزیز چھُ یہِ لکہٕ بأتھ ''مقبول عام بأتھ'' (جلد: ۱) سوٚمبرنہٕ منٛز پروفیسر عبدالغنی مدہوش صأبنہٕ ناوٕ کانٛہہ تحقیقی جواز دِنہٕ روٚس چھاپان۔

کوٚرُن ''کلامِ مدہوش'' ناوٕ کتابہ منز چھاپ۔ کأنٛسہِ تُل نہٕ وُتھہٕ پیٹھہٕ وُٹھ۔ نتیجہ دڑاو زِ یِیلہِ ڈاکٹر آفاق عزیز صأبن ''مقبول عام باتھ'' (۲۰۰۰ء) ناوٕ شعرٕ سوٚمبرن ترتیب دِتھ بازرٕ کڈ یتھ منز عوأمی سطحس پیٹھ کأشرِ زبأنی ہٕندی مشہور عام بأتھ انتخاب کٔرِتھ چھاپنہٕ آیہِ تہٕ رسول میر سُند زیرِ بحث غزل ''خوشیوٗ ن ئُندٕ بون وینٛسی یے میون دِلبر آونے'' آو کانٛہہ دٕلیل دِنہٕ روٚس پریم ناتھ کول ارپن ہٕندِس ناوس تحت چھاپنہٕ۔ آفاق صأب چھُ لیکھان ''پریم ناتھ کول ارپن چھُ لُکہٕ ٹوٚٹھ شأعر، تَسنٛز بأتہٕ سوٚمبرن چھے لُکن منز مقبول۔ تاہم چھُ تَسنٛد مشہور بأتھ عام لُکن زبان زدیٚس تم رسول میر نِس کھاتس درج چھِ کران۔ لُکن پزٕ پزٕر تسلیم کٔرِتھ یہِ بأتھ پریم ناتھ کول ارپن ہٕندی ہے ناوس تحت گوٚرُن''۔ گوڈنچی کتھ چھے یہِ زِ پریم ناتھ کورٕ اَرپن چھا لُکہٕ ٹوٚٹھ شأعر تہِ چھِ أسی سأری زانان۔ دوٚیِم یہِ زِ تَسنٛز شعرٕ سوٚمبرِن چھا عوأمی سطحس پیٹھ مقبول، یِتہٕ چھُنہٕ مے خبر۔ ترٛیٚیِم یہِ زِ سُہ کَمن بُنیأدن پیٹھ چھُ اَتھ بأتَس ارپن صأبنِس کھاتس تراوان تَتھ متعلق چھُن نہٕ اکھ لفظ تہِ لیٛوٚکھمُت۔ دراصل چھُنہٕ آفاق صأبَس اوٚکُن ظوٗنے گومُت زِ تِتھی ہوٕ وکانہ چھِ باقے زبأنَن ہٕندی پأٹھی کأشرِس منز تہِ گأمتی۔ مثلن کانٛہہ نوآموز شأعر چھُ بےشوٚنکی پأٹھی کأنٛسہِ نامادار شأعر سٕندِ کُنہِ مقبولِ عام بأتک گوڈٕ مصرٕ یا گوڈٕ شعر نِتھ تتھی ردیف قأفیس تہٕ بحرِ منز پننٕ بأتھ لیکھان۔ حالانکہ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ اَتٕر یا ممنوع مگر سُہ وَنہِ اَتھ طرحی بأتھ۔ یِتہِ چھُ ممکن زِ تَس آسہِ نہٕ یمن کتھن ہٕنز خبرے تہٕ اَنزأنی کٔنی چھُ اَتھ بأتَس پننِس کھاتس تراوان۔

یہے انز اُنی چھےٚ پٔنٛس لوکچارَس منٛز پروفیسر مدہوش صأبٔس تہٕ پھر ہرٛتہٕ شاید پریم ناتھ کول ارپن صأبس تہٕ۔ مےٚ کوٚر ارپن صأبس ستیٚ ''شاید'' لفظ اوٚکنیٚ استعمال تِکیازِ مدہوش صأبن چھُ اَمہِ مشہور لُکہٕ بأتُک فقط گوڈٕ مصرٕ نیوٚمُت تہٕ بأتکی اوٚگری تھوٚگری باقےٚ شعر چھِن پانےٚ تھٕری متی[1]۔ اَتھ برعکس چھُ آنجہأنی پریم ناتھ کول رسول میرنہِ غزلکی شئِںےٚ شعر پٔنٛس کھاتَس تژاوان تہٕ اُتھی ردیفس قأفیَس تہٕ بحرِ منٛز پٔنٛنی شےٚ شعر اَتھ غزلَس ستیٚ رَلأوِتھ پنٛنہِ ''آدن یاد پیوم'' ناوی شعرٕ سوٚمبرٕنی منٛز چھاپ کران۔ حالانکہ اَرپن ہندی یَمے شےٚ شعر چھِ تٔسندِس دعوہَس ٹھوٗنٹھ اَنان۔ تِکیازِ یِمن شئِن شعرن چھنہٕ رسول میرنِس شعر مزازَس ستیٚ کانٛہہ ہم آہنگی بلکہ چھُ یِمن شئِن شعرن سُے مزازٕ تہٕ سُے معیار یُس گُلہم پأٹھی ارپن سٕنٛزِ ''آدن یاد پیوم'' ناوٕ شعرٕ سوٚمبرن پٮ۪تھ پھاہلان یا وتلان چھُ۔ دراصل چھےٚ شأعرٕ سٕنٛز پرٛژھتھ تٔسنٛز شعرٕ زبان، زبأنی ہُند ورتاوَن وَل یا وَنو تٔسنٛد شعرٕ اسلوٗب۔ اَمہِ اعتبارٕ چھِ یِم شےٚ شےٚ شعر دوٚن شأعرن ہُند بیوٗن بیوٗن شأعرانہٕ وجوٗد تعمیر کران۔ یِمن دوٚن سوخن ورَن ہُند باہم اسلوٗبی پھرٕ ہاونہٕ باپتھ باسہِ شاید یہِ اکھ مثال کأفی:

یارٕ اکھ ارمان روٗدُم عشقہٕ پیچانٛس پژھام

بوٗزی تھے رَزِ پان کھوٗلِن آو زَن ابساوِنے

 رسول میر

---

[1] وُچھو ''مقبول عام بأتھ'' صفہٕ: ۲۵۰ تہٕ ''کأشرِ لُکہٕ بأتن ہُند انتخاب'' صفہٕ: ۷۷۔

عاشق چھُ پننہِ ارمانٕچ یا وَنو پننہِ پورٕ نہ سپدی ہتہِ اورِ زوتھ ذکر کران۔ سُہ ارمان تہٕ اورِ زوے کیا چھُس، تہِ اگر وکھنَے وبوھنَے گرِتھ باوان چھُنہٕ مگر حساس پرن واٲلِس چھُ پانَے زانُن تگان زِ عاشقس چھُ معشوق سُند ملاقات حاصل نہ سپدنک داغ للوُن تہٕ سوے بے قرأری چھُ رٔزِ پان کھالُن وول تہٕ زٔنتہٕ ابساونہٕ پنہٕ وول عشقہٕ پیچان بے زبان حرکات وسکناتو ستی باوان۔ اَمہِ شعرٕچ شبیہہ تہٕ لفظہٕ ورتاو چھُ تُتھ باوتھ کران زِ یہٕ چھُس رسول میرُن، نہ زِ ار پن سُند۔ ار پن ہنٛز ''آدن یاد پیوم'' ناوٕ شعرٕ سوٗ مبرن پرٕتھ گرِ پزٕ بتھ کانہہ شعرفہم مے ستی اتفاق زِ شعرس منٛزٕ یُس اِشارٕ آمیز اسلوٗب تہٕ وَننے واریاہ کینٛہہ وَننک طرزِ بیان چھُ تمیک چھُنہٕ ار پن ہنٛزٕ کلٲم شاعری منٛزٕ نیب نشانہٕ تہِ میلان۔ ووٗنی وُچھتون یہِ شعر تہِ یُس اُچھو کھور بو ار پن ہندِ مزازٕچ باوتھ کران چھُ۔

ژھبنہٕ ینہٕ گوٚوٗ مے مدنوار تنہٕ وَنان چھُس وِلہٕ زار

سکتہٕ ہنہِ ہنہٕ گوٚوٗ مے اظہار تنہِ تن بِلہٕ ناوٕ

تہٕ گرِتھ تہِ وُچھو زِ پریم ناتھ کول ار پن کیا چھُ پنٛنِس دعواہَس دٔلیل دِوان۔

''زیادٕ تر چھے دون باتن ہنٛز وَکھنَے کرنٕی یم زٔن ژوٗرِ چھِ ینہٕ آمتۍ۔ اکھ گوٚو ''خوشیوٗن ہُند بوٗن وینٛسی یے'' یہِ بأتھ چھُ اُکس بُلند پایہِ شاعر رسول میر نہِ ناوٕ چھپاونہٕ آمٕت۔ اگر چہِ میأنۍ خوش قسمتی چھے زِ تِمِس تھدِ پایہٕ کِس شاعرس ستی آدیہِ بأتھ منسوٗب

کرنہٕ مگر اکھ دُکھ چھُم زِ بأتھ چھےٚ اَڈلیوٚک تہٕ غلط ملط لیکھنہٕ تہٕ گیوٚنہٕ
آمُت ۔ خاصکر چھُ اَمیُک لکھُت عجیب پأٹھۍ ،صرف رٚوسلہِ پرنہٕ
یِوان حالانکہ رسول میر سِنٛدِس کُنہِ بأتِس چھُنہٕ صرف رسول
آمُت لکھُت دِنہٕ، تمۍ چھُ ہرجایہِ پوٚرٕ رسوٗل میر لیوٚکھمُت۔"

"آدن یاد پیوم"

یوٚتام زَن بقولِ ارپن یہِ غزل ژوٚرِ رِنگ سوال چھُ، یہِ ہانٛژھ ہیکہِ ہے خود
شأعرس یعنے رسول میرس لاگنہٕ یِتھ ۔ اَما پوز یہ چھُ ارپن صأبس بروٚنٛٹھ اَلہ پلہٕ اکھ.
ہَتھ وٕری یہِ دُنیا ترٛأوِتھ ژولمُت آسان ۔ ووٚنی کھالِہو غلام محمد نور محمد ( تاجران کتب )
صأبس راہ یِمو گیو ہمہِ صدی ہِندِس اُخرس تام لیکھنہٕ یا وَننہٕ آمٕژ سأرے کأشر
شأعری سوٚمبرِتھ پژھن کتابچن منٛز چھاپ کٔرِتھ محفوٗظ کٔر، یُس تجارتی مقاصد
اوٚنکطرف ترٛأوِتھ کأشرِس قومَس تہِندا اکھ بوڈ بارٕ احسان چھُ تہٕ یِمنے کتابچن منٛز کوٚرُکھ
مذکورٕ غزل کیتہِ پھرِ رسول میر۔ نہ ناوِ چھاپ۔ مگر اَتھ دورَس منٛز اوس نہٕ ارپن صأبُن ناو
تام کأنسہِ کأشرِس ویوٚد تہٕ تَسند غزل عوأمی سطحس پیٹھ مقبول آسنک چھُنہٕ سوالے۔
دراصل اوس رسول میر نہِ زمانہٕ پیٹھے مذکورٕ غزل کشیرِ ہِندِ بن کھلَن کھہَن، دَجن
ڈور بن تہٕ موسیقی ہنٛزن محفلن مجلِسَن منٛز گیوٚنہٕ یِوان ۔ میأنِس لوکچارَس تام اوس یہِ
غزل پرٕٛ بتھ کأنسہِ کأشرِس زیوِ پیٹھ تہٕ اَتھ متعلق چھُ عام لوٗکن ہُند خیال زِ یہِ چھُ
رسول میرُن اُخری غزل یُس تمۍ مرنہٕ بروٚنٛٹھ گوٚو تام دوہ وٚونمُت چھ تِکیا زِ تَس سپد نہ

اَمہِ وِزِ تہٕ پٔنِس محبوب سُند ملاقات نصیب۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ زِ کشیرِ ہُند وزیر اعظم بخشی غلام محمد اوس پرٛتھ وَرِ یہِ ڈوٗر شاہ آباد رسول میرٕنِس مزارَس پیٹھ حاضری دِوان۔ مقبرَس پیٹھ اوس پننوا اُتھوتھہر باگران تہٕ راتی راتَس اَس اَمہِ دوہ موسیقی ہٕنز محفل آراستہٕ سپدان۔ یتھ منٛز رسول میرٕن کلام گیوٗنہٕ یِوان اوس۔ یوہی اَکِس محفلہِ منٛز ییلہِ گیوٗن وألی رسول میرٕنہِ مذکورٕ غزلُک لبھُت پوٗر۔

سُے مےٚ روٗٹھم آش تیٚمی ہنٛز سَتھ مےٚ اَہم یَتھ دِلس
وَنتہٕ رُسلیو گس ژٕ روٗٹھکھ وونی کموٚ منناوِنےٚ

بقولِ ٹینگ صأب یُس پانہٕ تہِ شریک محفل اوس؛

''وزیرِ اعظمس زَن گیہ ہیرِ یوٗن دِنن۔ سُہ ووتھ تھوٚد، اتھہٕ ژٕٹلِن تہٕ سِپٕنس ژٕنڈ لگاوان ووٚنُن: بہٕ بہٕ بہٕ بہٕ چھس مناونہٕ آمُت۔''

(کلیاتِ رسول میر)

غزل اَڈلیوٗک تہٕ غلط ملط چھاپنٕک تہٕ گیوٗنٕک چھُ ارپن صأبس نِشہِ مطلب زِ تَسندی تمی شیٚ شعر چھنہٕ چھاپ کرنہٕ آمتی یا چھنہٕ گیوٗنہٕ یِوان یم تمی پننہِ ''آدن یاد پیوم'' ناوِ شعرٕ سومبرٕنی منٛز رسول میرٕنین شعرن ہٕتی چھاپ کٔری متی چھِ۔ اَمہِ کتھہِ ہُند سپُد گوڈے ذکر زِ یم شعر چھِ ارپن صأبنی تہٕ رسول میرٕنہِ ناوِ کتھہِ پٲٹھ چھاپنہٕ یا گیوٗنہٕ؟ رسول میرٕنہِ اَمہِ غزلُک کانہہ شعر چھنہٕ غلط پأٹھی چھاپنہٕ یا گیوٗنہٕ آمُت۔ البتہٕ چھُ ارپن صأبنِ یم شعر لفظن ہُند ہیر پھیر کٔرِتھ پننہٕ شعرٕ سومبرٕنی منٛز چھاپ کٔری متی

یمہٕ ستی شعرن ہُند حُسن تہٕ راوان چھُ تہٕ شعرٕ مفہوٗمس تہٕ ٹھوٗٹھ یوان چھےٚ۔ غزلہٕ مصرن منز ورتاونہٕ آمژ بلکہ وَنو بدلاونہٕ آمژ ترکیبہٕ چھےٚ بےٚ توژھ تہٕ کمزوریم پائی پانٕے نیب دِوان چھےٚ زِ اصل گوٚو اصلے تہٕ نقل نقلے۔ رسول میرن وٚون ''عشقہٕ پیچانٕس پرٕژھوم'' تہٕ ''ستھ مےٚ اُہم یتھ دِلس'' تہٕ ارپن صاًبن ڈوٗلس قلم تہٕ لیوٗکھن ''عشقہٕ پیچانٕس وُنم'' تہٕ ''آش اُہم واُنسہٕ منز'' یُس غاًر فطری تہٕ چھُ غاًر شاعرانہ تہٕ۔ یتھے کٔنی وُچھتو ''روٗشتھ'' بدلہٕ ''روشان'' تہٕ ''باغک'' بدلہٕ ''حُسنک'' لفظ ورتاًوتھ کتھہٕ کٔنی چھُ شعرُک ہوا نوابدلان۔

گُل وُچھتھ بُلبل چھِ توشان اکھ اُکس روٗشتھ وَنان

میانہِ یارو چانہِ باغک روٗد مےٚ گلزار چھاوٕنے



گُل وُچھتھ بلبل چھِ توشان اکھ اُکس روشان وَنان

میانہِ یارو چانہِ حُسنک چھم مےٚ گلزار چھاوٕنے

پریم ناتھ کول ارپن سُند وَنُن چھُ زِ رسول میرنہٕ شاعری منز چھنہٕ کُنی جایہِ ''رسُل'' یا ''رُسلہِ'' لکھُت ورتاونہٕ آمُت بلکہ چھُسہٕ پنٕنس پرٕتھ باًتس منز پنٕن پوٗرٕ ناو ''رسول میر'' بطورِ لکھُت ورتاوٕمِت۔ حالانکہ پزر چھُ یِ زِ پنٕنین ارستھن (۷۸) باًتن (غزل تہٕ وژن) منز چھُ رسول میرن فقط ارداہن (۱۸) غزلن تہٕ وژنن منز رسول میر بطورِ لکھُت ورتوومُت تہٕ باقےٚ جاین چھُ ''رسُل'' یا ''رُسلہِ'' ورتاونہٕ

آمُت ۔ مثلن

رُسلہِ یِوِدوَے غُنچہِ لبن پیٹھ ژٕ چھُکھ بدنام
خوش روز عاشق کرژٕ ے نافرمان دِپان چھی

☆

رُسلہِ ژٕنی تازٕ کتاب سو ژٕنن چانہِ غمے
آسہِ کُس تاب جواب چاوٕ ے جامہِ جمے

☆

بیترٕ

بیا کھ توجہ طلب گتھ چھےٚ زِ رسول میر نہِ مذکورٕ غزلک مشہور شعر چھُ ۔
ژھایہِ روٗزِتھ ضایہ کٔرتھس گوژٕ ے مٔتھیو مائے میأنی
تیلہِ ژٕ ے پھیری نامےٚ وَنتم ییلہِ مےٚ میوِتل ساونَے

تہٕ ار پن صأبَن چھُ پنہِ مجبوٗری کنہٕ اَمہِ شعرَکس گوڈنکس مِصرس لفظن اورٕ یورٕ کوٚرمُت ، اَما پوز شعرُک دوٗیم مصرٕ چھُن ہوٗبہوٗ نقل کوٚرمُت ۔ تَس چھُنہٕ شاید اوٚکُن ظوٗہے گومُت زِ معاشرأتی تقاضو مطأبق وَنہے ''ییلہِ مےٚ میوِتل ساونَے'' رسول میر تہٕ ار پن وَنہے : ''ییلہِ مےٚ آورینٛز والنَے'' یا ''ییلہِ مےٚ آورینہِ منٛز زالنَے'' یا تِتھے ہیوٗ بیٚیہ کانٛہہ معقول اظہار۔

پریم ناتھ کول ار پن ینٛزِ کلہم شاعری ہُنٛد مطالعہٕ کٔرتھ چھےٚ اکھ گتھ ضروٗر ٹاکارٕ سپدان زِ تِمی چھُ پنہِ بترِ مطأبق رسول میرس نشہِ استفادٕ کرنچ کوٗشش کٔرمٕژ تہٕ توٚے چھُن کہوٚ ترکیبہ تہٕ کینٛہہ ردیف قافیہ تَس نشہِ ووٗزِم ہیٚتی مگر شاعری منٛز چھےٚ

موضوٗع یا وٙنو خیالس تہٕ تجربس مقابلہٕ یتھ گتھہٕ ژٕرا اہمیت زِ کانٛہہ خیال یا تجربہٕ کتھہٕ پأٹھۍ چھُ شاعرن بوومُت ۔ أتھۍ جایہِ چھِ عام زبأنۍ تہٕ تخلیقی زبأنۍ درمیان بٔہن معلوم سپدان ۔ گویا زبان چھےٚ شأعری ہنٛز پٔزنتھ تہٕ شأعرس گوٚژھن زبأنۍ ہندی رُأوی جار معلوم آسنۍ تہٕ أتی ہیکہِ سُہ مناسب لفظن ہُند برمحل استعمال کٔرِتھ ۔ لفظک صحیح ورتاو ہیکہِ پأنس منٛز معنہِ مفہوٗمکۍ سمندر رٚوپٕر أوِتھ تہٕ تجربس فرشہِ پیٹھ عرشس وأتنأوِتھ ۔

رسول میر ہوِس حساس دل ، نوکتہٕ سنج تہٕ زبان دان شأعر سٕنٛز زبأنۍ کتھہٕ نیرِ ہے ......

"سکتہٕ ہٕنہٕ ہٕنہٕ گوٚومےٚ اظہار" یا "کیٛہ ژٕرےٚ کوٚر تھٔم داد بیداد" ۔ تہٕ اَمہٕ قسمکۍ غأر شأعرانہٕ اِظہار چھِ ارپن ہنٛز "آدن یاد پیوم" ناوچہِ شعرٕ سوٗمرٕنی منٛز جایہِ جایہِ نظرِ گژھان یِم ییٚمہٕ پٔزرچ دٔلیل چھِ زِ ارپن صأبن چھُ رسول میرٕ سٕندِ مذکوٗرٕ غزل پٔتمن شٔمن شعرن ہٕنٛزِ رٔلأوِتھ چھوومُت ۔ یہِ گتھ مدِ نظر تھأوِتھ وُچھو کھ ارپن سٕندی ییٚہ کیٛنٛہہ غزل شعر تہٕ ۔ مثال دِنہٕ وِزِ گرِمےٚ مقابلتٕن رٕتمن شعرن ہنٛز ژٕأر ۔

گال کٔنیا چھےٚ بوٚ سوندر مال پٔزارٕنی چھس درعذاب
ناروِس تتہٕ خانہٕ ہے منٛز بال مریو دِلبرو

☆

وٙدِ نا سُہ گومُت آسہِ یَس بے وایہِ ژٕلتھ یار
تھٔدِ پایہِ دِکھ یَس گولہٕ مےٚ گُن دولہٕ وُچھن تژاو

☆

رفیقو دردِلو میانو مےٚ آخر دِل سَتھاہ گرِ ی تو
یمن میانین غریب دَم پھُٹ امارَن ہنٛز گتھاہ گرِ ی تو

☆

غزلس چھےٚ پنٕنۍ مخصوٗص زبان یوسہٕ نظمہِ منٛز ورتاونہٕ ییٚنہٕ واجنہِ زبانۍ نشہِ بہرحال مختلف آسنۍ گژھہ۔ دراصل چھُ پزتھ کُنہِ شعرٕ ذاژ پنٕن پنٕن مخصوص مزازٕ تہٕ یوٚہے مخصوص مزاز چھُ پننہِ مخصوص زبانۍ ہنٛز منگ کران۔ غزلُک تغزل مدِ نظر تھاوِتھ ہیکن نہٕ نظمہِ مقابلہٕ اَتھ منٛز کوٚنٛہ لفظ یا گوبہٕ آوازٕ وپِھتھ۔ دوٚیم یہِ زِ شاعر چھُ ضرور عام لفظن تخلیقی وجوٗد بخشِتھ نٔوۍ معنہِ مفہوم عطا کران، مگر اَتھ زبانۍ ہندِس اَتھ تخلیقی عملس دوران زبانۍ ہُند فطری نظام یا زبانۍ ہُند پنٕن محاوراتی نظام بدلاوُن چھُ بحرحال غار شاعرانہٕ آنجہانی ارپن ہندِ بن غزل شعرن منٛز چھُ زبانۍ ہُند امہِ قسمُک سقُم پھِری پھِری نظرِ گژھان تہٕ زیرِ بحث غزلس منٛز دون شاعرن ہندِ بن شمن شعرن ہُند یوٚہے امتیاز چھُ توجہ طلب۔ مثلن:

حسرتھاہ یمبرزلو وُچھ میون دِل گُلہِ لالہٕ ہنے
وقتِ فرصت پرٛژھی زِ تِمنے حال میونے باونے

☆

ژھینہٕ ییٚنہٕ گوو مےٚ مدنوار تنہٕ ونان
سکتہٕ ہَنہِ ہَنہِ گوو مےٚ اظہار تنہٕ تن ملناونے

☆

وقتِ آخر راز دِلہٕ کے بلبلن مےٚ تھوٚوُ ہٕنتھ

کیاہ ژٕے کوٚر تھم داد و بیداد یادسوٗرٕ ے پاونے

ارپن



زبان چھےٚ شاعری ہُند بنیاٗدی وٕسیلہٕ تہٕ پٔزِ بتھ شاعر سندِس ژٕبتہٕ وٕترِس منز چھُ اکھ مخصوٗص لفظہٕ راش آسان تہٕ اَتھ لفظہٕ راشَس منز چھِ کیٛنژہ لفظ تِتھی تہِ آسان یِم تٔسندِس کلامَس منز بار بار ورتاوَس یِوان چھِ تہٕ سُہ ورتاو تہِ چھُ شاعر سُند اکھ پرزناوَن نشانہٕ بنان۔ رسول میرنہِ مذکورٕ غزلٕچ زبان یاوَنوا اَتھ منز ورتاونہٕ آمتی لفظ چھِ تَمی لفظہٕ راشکی اَژھین حصہٕ۔ مثلن 'تھرِتھرٕ'، 'نُندبون' تہٕ 'عشقہٕ پیچان' ہوی لفظ چھِ رسول میرن پنٕنس مخصوص معنیَس منز کتِہ پھرِ ورتاوی متی۔

وٚنے کیا عشقہٕ پیچانو گنو بوز

چھےٚ کیٛنژہ پانہٕ ماٗرِس کیاز گتھی یے



تھرٕ چھم مےٚ ہُران آیہ ہَران حُسنہٕ تھرے گل

دل چھم نہٕ ہوان تھرٕ تھرے بال مرأیو

بیترِ

تہٕ ارپن ہنٛز کلہم شاعری منز چھنہٕ یمن لفظن ہُند اٹکس جایہِ تہِ ورتاو سپُد مُت۔ رسول میرنین مذکورٕ غزلہٕ شعرن ہند بیاکھ پرزناوَن نِشانہٕ چھُ شعرن منز ورتاونہٕ آمت لفظن تہٕ آوازن ہُند سُہ باہمی تکرار یُس رسول میرنہِ شاعری ہُند گہنہٕ چھُ۔ مثالہِ

پاٗٹھۍ نێتھون غزلک گوڈ شعر ییمہِ کہِ گو ڈنکہِ مصرٕک؛ خوشیوٗن، نُنہٕ بون تہٕ میون تہٕ دوٚیمہِ مصرٕک؛ تھرِتھرِ تہٕ مَرٕ ہو بن لفظن تہٕ آوازن ہُند تکرار چھُ رُسول میرٕ نِس شعرٕ قبیلَس نادلایان تہٕ ارپن ہِندِس شعر قبیلَس منٛز چھُنہٕ اَمیک نیب نشانہٕ تہٕ۔

میون مقصد چھُنہٕ ہرگز تہٕ پریم ناتھ ارپن سُند شاعرانہٕ قد میٛنن تِکیازِ پرٛتھ شاعرس چھےٚ پننۍ اکھ منفرد شاعرانہٕ شخصیت آسان۔ اَمہِ اعتبارٕ چھُ آنجہانی ارپن پننۍ اکھ مخصوص پرٛزنتھ تھاوَن وول شاعر یُس پننین جذبن، احساسن تہٕ تجربن پننہِ مخصوٗص زباٗنۍ تہٕ مخصوٗص طرزِ اظہارس منٛز منظوٗم باوتھ دِوان چھُ۔ میون مُدعا چھُ فقط پرن والین ہُند ظون تِمن کینٛژن تحقیقی اتربن کُن پھِرُن یِم تحقیقی اَتری سانو کینٛژہ و جذباٗتی مِحققو پننہِ کم علمی بَصیرٕژ کنۍ یا وَنو جلد باٗزی منٛز کرٕ متی چھِ، یُتھ پرن واٗلۍ پانہٕ سٔرِتھ سوٗنچتھ کانٛہہ راے قاٗیم کرن تِکیازِ کانٛہہ تحقیق چھُنہٕ حتمی تہٕ تحقیقکۍ درواز چھِ ہمیشہِ وٕتھۍ۔

۲۰۰۴ء



# اَتہِ چھُ وہاب کھارتہِ لا جواب

کاشرِ صوفی شاعری ہُند اصل متن دٔری یاف کرنس گن چھنہٕ اَز تام کانٛہہ سنجیدٕ توجہہ دِنہٕ آمٕت ۔ ترتیب کارو ورتاوٕ یاتہٕ باشر ، نتہٕ اوسکھ نہ اَمہِ قبیلٕہٕ چہِ شاعری ہُند علمی ، معنوی تہِ لِسانٔی واتنیار ۔ دوشونی صورتن منز کھولکھ پننہٕ باشرِ ہُند راہ شاعرس تہٕ آیس ان پرآسنٛج ہانٛوہ لاگنہٕ ۔ وہاب کھارس ستی تہِ سپدٕ یی ۔ اَتھ صورت حالس منز یہِ کینٛہہ اَز تام اَمِس اہم صوفی شاعرٕ ہندِس عروضی نظامَس تہٕ تخلیقی معیارس متعلق لیکھنہٕ آو ، تمیک ہرتر ژینٛتھ آسہِ پانہٕ وہاب کھارتہِ لا جواب ۔

عبدالاحد آزاد چھُ گوڈنچہِ لٹہِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوٕ کِس ادبی توأریخ کِس دوٛیمس جلدس منز وہاب کھارنہِ زندگی تہٕ شاعری پیٹھ قلم ثلان ۔ او ہند صحیح تاریخ وفات نقل کٔرِتھ چھُ اُہندِس خاندانس آبأیی پیشس ، اُہند بن اولادن (اما پوز تمی چھنہٕ وہاب کھارنین دون کوربن ہُند ذکر کوٚرمُت ) تہٕ خاص پأٹھی اُہندِس بابہٕ صاب حأتی کھارُن ذکریُس پانہٕ تہٕ شاعراوس ۔ حأتی کھارنہِ شاعری ہنز مثالہٕ دِتھ چھُ اُہنزن دون 'شیخ ثنا' تہٕ 'مانچھ تُلر' وژن چالہِ نظمن ہُند تہِ ذکر کران تہٕ وَنان :

''بلکہ اِس کی نظمیں وہاب کی نظموں سے سلیس اور ہلکی ہیں[1]''

---

[1] کشمیری زبان اور شاعری جلد: ۲، صفحہ ۴۴۷ ۔

باسان چھُ زِ آزادس چھنہٕ وہاب کھارٕ نی شأعری ڈٔسی یاب اُسمٕژ یا وَنو زِ تمہِ ساتہٕ آسہِ ہے نہٕ وہاب کھارٕ نی شأعری تحریری صوٗرتس منز آزادس بروٗنہہ گنہٕ یمہِ کِنۍ نہٕ شاید وہاب کھارنین تخلیقی صلاحیون ہنز صحیح مولاکٔنون چھنہٕ کٔرِتھ ہیوٚکمت۔ ہرگاہ آزادس اوہند شعرٕ سرمایہ بروٗنہہ گنہٕ آسہِ ہے، شاید کرِ ہے نہٕ اُہنزِ شأعری متلق یِتھ ہیوٚ جذبأتی بیان ڈِنس منز وُتأوِلی۔

"چونکہ ان پڑھ تھے اور لوازمات شاعری سے ناواقف۔ لہٰذا
کلام میں جابجا ادبی خامیاں نظر آتی ہیں۔ میرے نزدیک ایسے
جذباتی بزرگوں کو علمی بندھنوں میں جکڑ دینا زیادتی ہے۔"[1]

اَسی سٲری چھِ زانان زِ سٲنۍ کٲنٛسے صوٗفی شأعرن اُس نہٕ بظاہر درسی تعلیم پژأومٕژ تہٕ شأعرانہٕ لوأزمی مأنٛن ہنز علمی ہونر ہیٚچھ ہٕو۔ یوتام زِلل دید تہٕ شیخ العالمؒ ہوٚی سٲنۍ قد اور گونماتھ تہِ اُسی نہٕ دنیاوی تعلیم پرنہِ یا شأعرانہٕ ہونر ہیٚچھنہِ گنہٕ ژاٹہٕ ہالس گأمتۍ، مگر تِم چھِ سانین ادبی پڑاون ہندی زِ بڈۍ گاشرِ منار۔ دراصل چھنہٕ شأعر بنہٕ باپتھ گنہٕ ژاٹہٕ ہالس منز علمی سَند پژاوٕنۍ لأزمی تہٕ نہ چھُ علم عروض زانُن کانٛہہ بُنیأدی شرط۔ البتہ ہکو نہٕ یِتھ پژرس انکار کٔرِتھ زِ علم، تجربہٕ تہٕ ہونر چھےٚ شاعرٕ سندِس تخلیقی جوہرس پرواز بخشان، تَسند بن تجربن بسیار جھول بنأوِتھ تہدار تہٕ معنہٕ پرور بناوان تہٕ تجربس منز ورتاو نہٕ آموٗ زبان تہٕ زبأنی ہُند ورتاو باوزن تہٕ برمحل بنأوِتھ شعرس

---

[1] "کشمیری زبان اور شاعری" جلد: ۲۔

حُسن تہٕ ہزا کتھ عطا کران۔ تہِ گٔرِتھ تہِ ہزٕ اَسہِ یہِ کتھ زانٛنۍ زِ سانٛۍ صوٗفی شاعرٕ اَسۍ نہٕ اَن پر بلکہ پٔنہٕ زمانٕکۍ پرٕ ی متۍ لیکھۍ متۍ تہٕ گاٹلۍ انسان۔

اکھ یہِ زِ اَتھ دورس منٛز اٲس فارسی کشیرِ ہنٛز سرکاری زبان تہٕ تہِ سٟتۍ تدریسی زبان تہِ۔ عوٲمی سطحس پیٹھ تہِ اوس فارسی تعلیم پرنک رِواج۔ کٔھنی نے تہٕ گرن منٛز اٲس گلستان بوستان پرنہٕ تہٕ پرناونہٕ یوان۔

دۆیم یہِ زِ عام پٲٹھۍ اوس گرن منٛز مثنوی پرنک رِواج۔ یمن مثنوی یَن ہُند آگُر تہِ اوس فارسی۔ خاصکٔرِتھ اٲسۍ وَندرٲژن منٛز محلّہٕ وٲلۍ اَکِس ہے گرس منٛز سمان تہٕ رٲژ راتس اٲس مثنوی پرنہٕ تہٕ بوزناونہٕ یوان۔

ترٛیِم یہِ زِ جایہِ جایہِ آسہٕ صوٗفیانہٕ مجلسہٕ منعقد سپدان یِیتہٕ کھۄن محفلہٕ تہِ آراستہٕ سپدان آسہٕ۔ یِم صوٗفیانہٕ مجلسہٕ تہٕ کھۄن محفلہٕ آسہٕ سانٛین صوٗفی شاعرن ہنٛدی درس خانہٕ یا وَنوژاٹھہٕ ہال یِیتہٕ صوٗفیانہٕ اصطلاحن تہٕ شعرن منٛز باونہٕ آمتین روٗحٲنی تجربن سٟتۍ سٟتۍ صوٗفیانہٕ اسرارن تہٕ رۆموزن پیٹھ سیر حاصل بحث سپدان اوس۔ یہِ ڈٲپۍ زِ تہِ کتھن اوس مُسلہٕ والنہٕ یوان تہٕ یہِ رِوایتھ چھےٚ وُنہٕ تہِ قٲیم[1]۔ نتیجہِ اوس نیران زِ کانٛہہ تہِ طلب گار

[1] مے پیٚو اکھ واقعہٕ ژیتس یمیُک رٲوی ریاستی کلچرل اکادمی ہُند سابق سیکریٹری جناب معراج الدین چھُ تیٚمی یہِ واقعہٕ پننِس کُستام بزرگس نِش بوزمُت اوس۔ دپان اَکہِ دۄہہٕ آو سرینگرٕ اَکِس صوٗفیانہٕ مجلسہِ منٛز وہاب کھارُن کُستام باتھ گیونہٕ۔ محفلہِ منٛز یُس روحانی بزرگ تشریف فرما اوس، تمۍ وۄن وہاب صاب نِس اَتھ باتس منٛز چھنہٕ فلانی لفظ معقول تہٕ برمحل تہٕ اَتھ لفظس متبادِل کوٗرُن بدل لفظ تجویز تہٕ سوٗزن وہاب کھارس پننین دون طالبن اتھہِ یہِ پچھ۔ دپان یِم زٕ نفر وٲتۍ وہاب کھارس نِشہِ تہٕ تِمو یہِ پچھ ڈٲلۍ ہس، سُہ گۄو نارو نار تہٕ رَتہٕ ژلان ژلان ووت وۄستوٗرِ وَن۔ وۄھ اوس ژیر گومُت تہٕ اَمہٕ زٕ آشنہِ رحمت دیدِ ژٲنۍ پۄژھی اندر تہٕ کوٗرُن یہندِ کھۄنگ چھۄنگ انتظام۔ شام ڈٕلیتھ آو وہاب کھار گرٕ تہٕ آنگنہٕ منٛز دِژن آشنہِ کریکھ "پۄژھی چھےٚ اَژھی، تِہند وَنُن ہے اوس صحیح"۔ اندرٕ ژِتھ وۄنُن پرٕ ھمین تِہندِس مورشد سُند سوٗزمُت لفظ چھُ میانہِ شعرباپتھ موزون تہٕ بامعنی تہٕ تِسند کوٗرُن شکریہ تہٕ پرٕ ھمین کوٗرُن راتس خوٗب خاطر۔

اوس روحانی اسرارن ستی پننہِ شعر رِ بوا یئو نشہِ واقف سپدتہٕ تمیک استفادٕ تہٕ کران۔ ژوٗرِم یہ زِ یُس سائنس صوٗفی شاعرس مورشد آسان اوس، سُہ اوس تس مکمل پأٹھی علمی زان گری تھٕے روحانی اسرارن تہٕ رموٗزن ہُنز باوتھ کران۔ گنہٕ وِزِ اوس مورشدٕ ے طالبس شاعری کرنک اجازتھ دِوان تہٕ باضے اوس مورشد پانہٕ تہِ شاعر آسان۔

پوٗنژِم یہ زِ ساننِ صوٗفی شاعرن اوس نہٕ شاعری کانٛہہ شوغل تہٕ نہٕ اوس تمن پننہِ شاعری ذٕ سی پرن والین یا بوزن والین کانٛہہ علمی آگہی یا تخلیقی آنند دِنک مقصد بلکہ اسی تم محض پننین روٗحانی تجربن باوتھ دِنہٕ موکھ شعر وَنان۔ توے چھُ وَننہٕ یوان زِ صوٗفی شاعری چھےٚ گدرن حال بیٚتہٕ زبأنی یا زبأنی ہندِ ورتاوکھو تہٕ زیادٕ تجربس اہمیت چھےٚ۔

شیٚیم یہ زِ کأشرِ صوٗفی شاعری تہٕ خاصکرٕتھ وژنس پیٚٹھ ہیکو نہٕ أسی فارسی عروضی نظام لأگی تھٕے۔ غزلس چھ پنُن مخصوٗص وزن نظام بیٚلہِ زَن وژُن اَمہِ نشہِ موٗلے مختلف چھُ۔ أسی ہیکون کأشر وژُن کأشرِ میوٗ نظامہٕ مطأبق مولوِتھ تہٕ پرکھأوِتھ۔

وونی ہے (بقولِ عبدالاحد آزاد) وہاب کھارس اَن پرٕ آسیٚ ہانٛژ ہ لاگو تہٕ کتھ پیٚٹھ۔ یو تام زَن شاعرانہٕ لوأزی ماتو نشہِ ناواقف آسنک سوال چھُ، خبر آزادس نشہِ کیا چھُ اُتھ اظہارس معنہِ تِکیا زِ شاعری ہندی عام فہم تہٕ بنٛیأدی لوأزِم چھِ شعرس منٛز ورتاونہٕ یِنہٕ دول ردیف قأفیہِ، وزن تہٕ بحر۔ تشبیہہ، استعار، علامت تہٕ لفظن تہٕ آوازن ہُند تکرار گوٚو شعرٕ ک گہنہٕ۔ وہاب کھارٕنی شاعری چھےٚ یمن لوأزی ماتن ہنٛز

پابند بلکہ وَنو سَہ چھُ یِمن لوٲزِمات ہُند یا وَنو شاعرانہٕ پابندی یَن متعلق حبہٕ
ہُشیار اوسمت ۔ وونی زَن وَنہٕ کانٛہہ زِ وہاب کھارنین شعرن چھُ باضے وزن پھُٹان تہٕ
بحر راوان تہٕ شاید اوس آزادس نِشہٕ اَہنٛز شاعری منٛز دڑینٛٹھی پیٚنہٕ واجنین ادبی
خامیَن ہُند مُرادِ ، اَما پوز اَسی ساری چھِ زانان زِ بیشتر کاشُر صوفی شاعری چھےٚ یِہے
وَنن گاٚہو یمیُک بُنیادی وجہ چھُ زِ یہِ شاعری واتٕھ اَسہٕ تام سیٚنہٕ بسیٚنہٕ تہٕ اَسہِ تام
واتان واتان راوی گۄنہِ شعرن ہندی لفظ تہٕ یمن جاین سپُد متبادِل لفظن ہُند
ورتاو ۔ پرٚن والین ہندِ ذٔسی پن پننہٕ اندازٕ شعر یا شعرُک مصرٕ ورتاونہٕ ستی تہٕ پیٚوو
شعرٕ کِس وزنَس پھیرٕ ۔ وونی ہرگاہ کانٛسہِ شاعرٕ سنٛز شاعری قلمی نسخہٕ ذٔسی یا تحریری
صورتس منٛز اَسہِ تام واتٕھ ، سو اَس تتھ رسم الخطس منٛز یُس واتنجہِ گاشہِ پرنہٕ باوجود تہٕ
اَسہِ صحیح پاٹھی پرٚتھ ہیٚوک نہٕ ۔ نتیجہ چھُ نۄن زِ ترتیب کارَو لیوکھ کتھین لفظن ہُند متن
اَنکہٕ وَنہِ پاٹھی یُس نہ صرف غلط چھُ بلکہ باضے گمراہ کُن تہٕ تہٕ راہ کھوٚت شاعرس ۔
مثلن واز محمودن وون 'جیش معشوق'[1] تہٕ سانو ساروے ترتیب کارو لیوٗکھ 'پیشِ
معشوق' ۔ بیٚکس جایہِ وۄنُن 'آتش عشق' تہٕ اَسہِ لیوٗکھ تہٕ پوٚر 'عشقہٕ آتش' ۔ شعرس روو
معنہِ تہٕ شاعرس لٔج اَن پر آسنٕچ ہانٛوٕ ۔ وہاب کھارنہِ شاعری تہٕ گیہ اَسہِ تام واتان
واتان یِہے وَنن ۔ ترتیب کارو تہِ دیُت نہٕ اَتھ کُن سنجیدگی سان کانٛہہ توجہ ۔ باضے
روو لفظُک اصل متن تہٕ باضے شعرٕ مصرُک کانٛہہ لفظ تہٕ گۄنہِ وِزِ آو شعر یا شعرُک مصرٕ

---

[1] 'جیش' چھُ فارسی لفظ یمیُک موٗل عربی چھُ تہٕ معنہٕ چھُس 'فوج' ۔

لفظن ہُند ہیر پھیر گرِ تھ پرنہٕ یا لیکھنہٕ۔ نتہٕ کتھہٕ گژھ ہکو مانِتھ زِ کانٛسہِ شاعرٕ سُندِس اُکس بانٛتس یا تِہند بن دہن بانٛتن منز چھُ پانٛژن بانٛتن ردیف قافیہِ، وزن تہٕ بحرٕ ٹھیکھ تہٕ باقے پانٛژن چھُ پھیر پیوان تِکیازِ شاعر آسہِ یا تہٕ یموکھ تونٛشہِ پوٗرٕ پاٹھی واقف نتہٕ موٗلے ناواقف۔ دوشوٕے چیز ہیکن نہٕ بیک وقت اُستھ زِ اکھ کہے شاعر سُند اکھ بانٛتھ آسہِ یمن لوازمات ہُند پابند تہٕ بیکس بانٛتس آسہِ وزن پھٹان، بحر راوان تہٕ ردیف قافیَس پھیر پیوان۔ یِمن وتاوٕلہٕ فاصلہٕ دِتھ یُس بانٛتھ آزاد صابن مثالہِ رٔنگی پیش کوٗرمُت چھُ، سُہ چھُ یمن سارِنے شاعرانہٕ لوازماتن پابند بلکہ فنی اعتبارٕ چھُ مذکورٕ بانٛتھ شاعرٕ سٕزن شاعرانہٕ صلاحیتن ہُند نیب دِوان۔

مے لِیہِ لوسَم وُچھان وَتے ——— سُہ کُس پتے گوم

بہٕ چھُس دزان مو یارس پتے ——— سُہ کُس پتے گوم

آزاد چھُ امہِ وژنہِ گوڈنکہِ بندٕک دوٚیم شعر یِتھہٕ گژھ لیکھان[1]۔

تمیٚ غرق دٔرِی یا وگرُنس بہٕ تے ——— سُہ کُس پتے گوم

---

[1] کامل تہٕ چھِ آزادٕنی غلطی دوہراوان۔ ''صوفی شاعر'' جلد:۲ صفہ:۱۵۱۔

ساقی چھُنہٕ وژنک گوڈٕ شعر درج کران بلکہ دوٚیمہِ شعرٕ (بہٕ چھُس دزان مو یارس پتے) سٕتی وژن شروع کران ''کاشُر صوفی شاعری'' جلد:۲، صفہ:۳۵۔

آفاق عزیز تہٕ محفوظ جان تہٕ چھِ ساقی سُندُے متن دوہراوان ''کلیات وہاب کھار'' صفہ:۸۱۔

''کاشُر صوفی شاعری'' تہٕ ''کلیات وہاب کھارس'' منز چھُ ترتیب کارو پنہٕ جلد بازی تہٕ لاپرواہی سٕتی وژنس منز دو تلیو مُت کردار (خود راوی یا دو نو شاعر) گوڈنکس شعرس منز مذکر تہٕ باقے شعرن منز مونث ہومُت یُس اژکہ کرن، کردار مونث چھُ۔

حالانکہ یہِ شعر چھُ اَمہِ وژنکہ اکہِ الگ بنڈک گوڈ شعر، سۄ تہِ گوڈنیک لفظ بدلاوِتھ۔ یُس شعر کس لجس، آہنگس بلکہ معنہِ مفہومس ژ کی پھیر کران چھُ۔

کھو غرق دٔری یاو کرِتھس بہٕ تَے          مے دامہٕ دٔری یاو چوم

دٔری یاو عشقٕن ماران گتے          سۄ کس پتے گوم

خبر آزادس کیاز کھوٚت نہٕ فنی اعتبارٕ شاعر سُند یہِ وژُن تہٕ ٹارٕ۔ 'غرق دٔری یاو سپدِتھ دٔری یاو دامہٕ چوٚن' نے شاعری گیہِ، تیٚلہ کیا منظوم کلام وَنہو سا۔ اَمی وژنک بیاکھ اکھ بند نیٚتھون یُس کُنہِ مبالغہٕ رۆس اعلیٰ شاعری نمونہٕ چھُ، یتہِ تجربس تہٕ باوژ تخلیقی میٖل سپدِتھ خوبصورت شعرِ اظہار وجوٗدس آمت چھُ۔

شمع زاجوم ہٹہِ کے رَتے          سۄ گٔہہ ظلماتہٕ پیوم

اَتھ ظلماتس لال کیا چھتے          سۄ کس پتے گوم

عبدالاحد آزادس پتہٕ چھُ امین کاٲمل ''صوفی شاعر'' ناوِ کتابہِ ہِندِس دۆیمس جلدس منز وہاب کھارٕنی نو وژن تہٕ 'طوطہٕ' (تمثیل) شاٲمل کرِتھ اَہنز شاعری متعلق یہِ دٔلیٖلہ تہِ آزادسٕندی ہےٚ خیالس ڈکھ کرِتھ یتھہٕ کٕنی لیکھان۔

''شاعری ہندِ لحاظہٕ چھُ اَمس غزلس پیٹھ کِہے عبوٗر وسمت، اَو کِنی چھ اَمی سٕندی اکثر باتھ قافیہِ بند نثر'۔ بقول آزاد ''تِھن جذباتی بزرگن پیٹھ شاعری ہنز پابندی عاید کرٕنی چھِ زیادتی'' اہند بن عرفانی خیالن ہُند پَے پتاہ چھُ 'یاگرِھ بنٕن'، 'رس گتہِ لوٚگیوٗ تہٕ 'چھس حارٕتن' ہوی

غزل [۱] نفیس پأٹھی کران۔ یموتلہٕ چھُ باسان زِ اَن پر آسنہٕ باوجوٗد
چھےٚ اُمِس عرفانٕچ سبٹھاہ شودبود اُسمُت۔ (صفہ: ۴۸۸-۸۳)

گوڈنچ کتھ چھےٚ زِ بقول امین کأمل ''اُمِس چھُ وزنس پیٹھ کٔمے پہن عبوٗر اوسمُت، اَما پوز یم وژن کأمل صأبن ''صوفی شاعر'' ناوِ چہ کتابہِ منز شأمل کٔری متی چھِ تِمن چھنہٕ کأنٛسرِ میٹرٕ نظامہٕ مطأبق گنہِ جایہ وزن پُھٹان۔ ووٗنی ہرگاہ عربی فارسی پیمانو مطأبق یمن وژنن منز غزل صِنفِہ ہنٛز بحر ژھانٛڈِتھ یہند عروٗض یا وزن دٔریافت کرٕ و تیلہِ چھُ آب تہِ کولے۔ نَتہٕ ہرگاہ کأمل صأب وَنہِ یاوٗنمت آسہن زِ یمن وژنن چھُ کأمل صأبن لفظن دوٚچھن کھوٚر کٔرِتھ پانے وزن شوٗرمُت، سوٗ گیہِ بیاکھ کتھ۔ تہٕ گٔرِتھ تہِ چھِ باقے ترتیب کارَو بلکہ غلام محمد نور محمد (تاجران کتب) صأبن تہِ یم بأتھ اَمی چالہِ تہٕ اَمی ترتیبہٕ چھأپٕ متی۔ یمہٕ کنہٕ کأمل صأبس تہِ وَننس وار چھنہٕ یاوس نہٕ۔ یقینن چھےٚ یہِ کتھ وننٛز ضروٗری زِ ترتیب کارَن ترتیب دِنہٕ وِزِ کلامُک صحیح متن سنجیدگی سان ژھانٛڈنٕچ تہٕ سرنٕچ کوشش، اَما پوز پانہٕ کلامَس شیر پأرٕ کرنُک چھنہٕ کانٛسہِ حق واتان۔ حأرانگی ہنٛز کتھ چھےٚ زِ اکہِ طرفہٕ چھُ کأمل صأب وَنان زِ اُمِس چھےٚ عرفانٕچ سبٹھاہ شودبود اُسمُت یہِ زَن اُہندِس کلامس منز پےٚ پتاگان چھُ مگر بیکہِ پاسہ چھُ اُمِس ان پر گنزران۔ عرفان زانَن وأٚلِس یا روحأنی اسرار روٗموز سرن وأٚلِس کتھہٕ وَنو

---

[۱] کأمل صأبن یمن بأتن غزل دوٚنمت چھُ، تِم ساری چھِ بحرٕ تھ اعتبارٕ وژن، تہٕ کأمل تہٕ چھُ یمن بأتن ترتیب دِنہٕ وِزِ وژن صوٗرتھے دِوان۔

ان پرٕ۔ سُہ تہٕ یِیلہِ تَس عرفانٕچ کتھ یاوَنو عرفٲنی اسرار تہٕ رۄموز تجربہٕ بناوِتھ شعرن منٛز باوٕنی تہٕ تکن، تیٚلہِ چھُ سُہ فنکار تہٕ تخلیق کار تہِ۔ تہٕ گرِتھ تہِ ہیکو نہٕ محض ظٲہری یاوَنو مروجہ تعلیم کٲنٛسہِ ہندِ علمی بتریک پیمانہٕ بناوِتھ۔ ووٕنی ہرگاہ اٚہندبن اکثر بٲتن بقولِ کٲمل صأب ''قافیہِ بند نثر'' وَنو تیٚلہِ چھُ بیشتر کٲشرِ صوٗفی شاعری ہندِس تخلیقی معیارس پیٹھ سوالیہ نشان لگان؟

ہرگاہ کٲمل صأب کینٛہہ مصرٕ تہٕ شعر اوک طرف ترٛاوِتھ کلہم پاٹھی ترتیب دِتی متِن بٲتن ہنٛز صحیح صوٗرتھ تہٕ لفظن ہُند صحیح متن دِنٛچ سنجیدٕ کوشش کران، تہٕ گرِتھ تہِ چھُ تِمن شاید باقٕی منٛز تِتھی ہوی پھیرٕ تہِ گٲمتی[۱]۔

گچِھتھ دٲرِی یاوِ رحمتکی چمن تے  تمہِ منٛزی چھے سٲل حق چی وَتھ
گوٚھکھے رہنما پیر ستی ہنن تے  چھِس حأرتن تے وُچھِتھ حأرتھ

(صوٗفی شاعر، جلد:۲، صفہٕ:۱۵۱)

### اصل متن

گنج پتھ[۲] دٲرِی یاوِ وحدت چمن تے  تمہِ منٛز چھے سیرِ حق چی وَتھ
گوٚھکھے رہنما پیر ستی ہنن تے  چھِس[۳] حأرتن تے وُچھِتھ حأرتھ

۱۔ باقے ترتیب کار دِچھنہٕ اَتھ کتھہِ کُن موٗلے سنجیدگی سان توجہ دیٚت مُت یمہِ ستی شعرن ہنٛز اصل صوٗرتھ متاثر گأمٕژ چھے۔

۲۔ ''گنج'' چھُ فارسی لفظ تہٕ معنہِ چھِس 'خزانہٕ' گدام، منٛڈی یا یُس بازریتہٕ یُس لہٕ پٲٹھی چیز کینہٕ ہن...... 'پتھ' چھُ سنسکرت لفظ تہٕ معنہِ چھِس 'وَتھ'، شیخ العالمؒ'' چھُ اکس شُرٕ کس منٛز 'امر پتھ' ورتوومُت 'امر' چھُ سنسکرت لفظ تہٕ معنہِ چھِس 'ابدی زندگی پرٛاونی' تہٕ 'پوشہِ وُن تہٕ روزُن'۔ گویا 'امر بتھ' گوٚو 'ابدی زندگی پراونٕچ وَتھ' یاوَنو پوشہِ دٕنی وَتھ۔ 'گنج پتھ' چھے فارسی تہٕ سنسکرت لفظن ہنٛز ترکیب۔ معنہِ چھِس 'خزانس تام واتٕنٕچ وَتھ'، آگرس تام واتٕنٕچ وَتھ، بازرتام واتٕنٕچ وَتھ'...... 'گنج پتھ' چھُ سرینگر کس مہاراج بازرس نکھہٕ اکہ جایہ ہُند ناو تہٕ۔

۳۔ پرٕتھ کٲنٛسہِ ترتیب کارن چھُ بٲتن منٛز دوٚن وول کردار گوڈٕ مذکر تہٕ پتہٕ موٗنث گنٛزرمُت مگر یہ چھُ ہیرِ پیٹھ بوٗن تام زنانہٕ کردار بنٛتھ دوتلان۔

امین کأمل صأبس پیتہٕ چھُ موتی لال ساقی ''کأشرِ صوٗفی شأعری[1]'' ہندِس دوٚیمِس جلدس منٛز وہاب کھارٕنی پانٛژہأٹھ بأتھ تہٕ ''طوطہٕ'' ہنٛز تمثیل شأمِل کران۔ ساقی تہِ چھُ کأمل ہندی پأٹھی أہنٛز زندگی متعلق آزادنی الفاظ دوہراوان تہٕ أہنٛزِ شأعری متعلق چھُ محض یہِ اکھ جُملہٕ وَنتھ کتھ ژٹان۔

''وہاب کھارٕنی کینٛہہ منظومات چھِ باقأعد نظم تہٕ اَمہِ حسابہٕ چھُ
نہٕ گوڈٕنکین دورکین نظم نگارن منٛز شأمِل سپدُن لایق۔'

(کأشرِ صوٗفی شأعری، جلد:۲، صفہٕ:۴۵۹)

اَسہِ پٔز ساقی صأبنِس مجنتس تہٕ صبرس داد دیُن، اَما پوز یِمن دوشوٕنی جلدن منٛز چھےٚ گلہم پأٹھی شعرن ہنٛز اصل صوٗرتھ تہٕ متن دِنس منٛز بانبر کرنہٕ آمُت۔ حالانکہ سانٛین پیشہٕ ورگیون والیٚن نِشہِ چھےٚ سانہِ صوٗفی شأعری ہنٛز اصل صوٗرتھ تہٕ صحیح متن وُنہِ تہِ رٔژھرِتھ تہٕ اکثر صوٗفی شأعرن ہنٛزٕ قلمی بیاضہٕ تہِ چھےٚ وُنہِ یا تہٕ تِہندِ بن وأرث درن نشہِ، یا تِہندِ بن طألبن تہٕ مُریدن نِشہِ رٔژھرِتھ۔ مثلن پننِس مطالعس دوران وُچھ مےٚ وازٕ محموٗدٕنی قلمی بیاض تہِ تہٕ وہاب کھارٕنی قلمی بیاض تہِ یِم وُنہِ یِہندِ بن وأرث درن نِشہِ رٔژھرِتھ چھےٚ۔ ووٕنی وُچھتو موتی لعل ساقی سُند دیُت مُت متن:

ناسوٗت ملکوت گوٚو جبریل حأرتن پیٚوو
لاہو تہٕ نٕجس پژو چھس تورٕ جواب ہے

---

[1] پبلشر جموں کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز (۱۹۸۵ء)۔ أمی ادارن اُس کأمل ہنٛز ''صوفی شأعر'' ہندی ۲ جلد ۱۹۶۵ ہس منٛز چھاپٕمٕژ۔

زِ کامن ووٗے ویسی یار ڈیشام یِنہٕ ڈیشام تنہٕ دِلقرار ڈیشام

☆

تورِ ستی کوٚرنم برِی یانٔے جان جان گرٕنم سامانٔے
گاٹہٕ جار چھوٚکنم ووستہٕ کارن یارو وَن بالہٕ یارو وَن

☆

روٗزِتھ کن تھاو زیر و بم نٔے
پھر ہو وَنہٕ یو سیرِ اسرار

☆

یِمن شعرن ہُند اصل متن تہٕ وُچھتو تہٕ شعرچ اصل لسانٔی صورتھ چھےٚ پرن
وأِلِس احساسی تہٕ تخلیقی طور شعرٕ تجربس نِگھہٕ واتناوان۔

---

ا۔ ترتیب کار وچھ ''زِ کامن'' ورتو وُمت، اَما پوز معنہٕ کیا چھس، تہٕ چھنہٕ کأنٛسے خبر۔ 'زِ' یا 'زُ' چھنہٕ بظأہر کانٛہہ وِیوٚد کأشُر لفظ۔ پزانہٕ کأشرِ شأعری منٛز تہٕ چھنہٕ اَمیک گنہٕ جایہِ ورتاوسپد مُت۔
''کامن''، لفظس چھےٚ زمانہٕ مفہوم۔ اکھ گوٚو 'کامن' یعنے کمی، وجوٗ ھے، نہ آسُن، نہ بوٚن گوٚھُن (کامنٕ گوٚھُن) دوٚیم 'کامن' گوٚو، ماے، کل، مالے (منہٕ کامن)۔ شاید گرٕھ آسُن شأعرن ''زُوِ کامنہٕ'' ورتو وُمت، یعنے ''کامنہٕ زُوِ''۔ کامن زُو چھےٚ اسی کأشرِ عام پأٹھی ورتاوان۔ ''کامُن'' ''گوٚو'' کامہٕ دیو' ہندو دیو مالأیی مطأبق حسنگ دیوتا۔ کأشر بوٚ شأعر وچھ کامہٕ دیو محبوب ہندِس معنے یَس منٛز ورتو وُمت (مدن)۔ ''زُو'' گوٚو 'لانگ' ''جزیزہ''۔ کأشرِس منٛز چھ ''کامن زُو'' دون معنے یَن منٛز ورتاونہٕ یوان۔
اکھ گوٚو کامہٕ دِوٕ سٕنٛز روزن جاے دوٚیم گوٚو سٔبٹھے دوٗر جاے۔ ورتو وُمت آسُن ''زُوِ کامنہٕ'' یعنے کامنٕس زُوس منٛز یا وَنو کامنہٕ زُو۔

ناسوٗت ملکوت گوٚو جبروت حأرتن پیٚو
لاہوت ٲجِس زوٚ[1] چھُس تورٕ جواب ہے

☆

ژُوِ کاہنہٕ ووٚلے ویٚسی یار ڈیٚشام
یَنہٕ ڈیٚشام تنہٕ دِل قرار بیچھام

☆

تورِ ستی کوٚرنم بریانے جان جان گرٕنم سامانے
گاٹہٕ جار تھوٚکنم[2] ووستہٕ کارن یارو وَن بالہٕ یارو وَن

☆

روٗزِتھ کن تھاو زیرو بم نے
بوٗزِتھ گوٚژھ اسرار[3]

اَمہٕ علاوٕ چھِکتی وژن تِم یِہند گوڈٕ بند ژورن مصرن ہُند چھُ مگر ساقی صأبن چھِ زِ ہے مصرٕ دِتی ہتی، یا کیٚنہ غزل چالہٕ بأتن ہِنزِ گوڈٕ شعرک تہٕ چھُن اکھ مصرٕ دیُتمت ۔ مثلن:

ہوشدارٕ گوش تھَو آلو گوٚو

---

[1] ناسوت، ملکوت، جبروت تہٕ لاہوت چھِ روحأنی مقام یا نو روحأنی حال ۔ یِمن روحأنی مطابق ''لاہوت ٲجِس زوٚ'' صحیح تہٕ۔

[2] گاٹہٕ جار تھوٚکنم چھُ بے معنی اظہار۔

[3] اَمہٕ کیٚنہ باتہٕ مصرن تہٕ چھُیی وزن ''آدم بے اختیار'' بیتر۔

امیک دوٚیم مصرٕ چھُ یتھٕ گٔنزٕ یُس عوٲمی سطحس پٮ۪ٹھ سٮ۪ٹھاہ مشہور چھُ تہٕ غلام محمد نور محمد (تاجران کتب) صٲبن چھُ کتہٕ پھرِ پننس کتابچن منز چھوپمُت چھُ۔

شولہٕ ماران چھُ رو آلو گوٚو

یٮ۪مہِ مشہور بٲتہٕ کہِ گوڈٕ شعرک چھُن اَکھے مصرٕ دیُت مُت۔

ہا شیر سوارو کور گوٚھکھ اَخر ژٕ ے مرُن چھے

امیک دوٚیم مصرٕ چھُ یتھٕ گٔنزٕ۔

یِی چھے ژٕ ے علم تی مےٚ وَنتم تی مےٚ پرُن چھے

محمد یوسف ٹینگ سُند وَنُن چھُ زِ شعرک دوٚیم مصرٕ چھُ گوڈنچہِ لٹہِ 'کلیات وہاب کھار' کہِ ترتیب کارَ ودٕرِ یاف گوٚرمُت، اَما پوز تہٕ چھُنہٕ پزر۔ ٹینگ چھُ وَنان

''خبر کتہٕ وٕرِ گٕدھتھ بوٗز یٮ۪مہِ کلیات کیو ترتیب کارو یہٕ فِری یادتہٕ تمو کوٚر دوٚیم مصرٕ دٕرج گٔرِتھ شعرٕکس وجوٗدس بِیہٕ واتھ۔''

کلیات وہاب کھار، صفہٕ:٦

خبر سٲئنس سنجیدٕ تہٕ حساس محقق ٹینگ صٲبس کیازِ چھُنہٕ اوگُن ظون گومُت زِ مذکوٗرٕ مصرٕ چھُ غلام محمد نور محمد (تاجران کتب) صٲبن کتہٕ پھرِ پننس کتابچن منز چھاپ کوٚرمُت۔ دوٚیم یہِ زِ عوٲمی سطحس پٮ۪ٹھ چھُ وہاب صٲبن یہِ شعر (دونوے مصرٕ) سٮ۪ٹھاہ مقبوٗل یو تام زِ ریڈیو کشمیر سرینگر پٮ۪ٹھ چھُ مذکورٕ شعرکی دوشوٚے مصرٕ کلیات چھاپ سپدنہٕ برونٹھے گیونہٕ یوان۔

نأجی منور تہٕ شفیع شوق چھِ پننِس کأشرادبکس تۄأریخس منٛز وہاب کھارنین

دون 'طوطہٕ' تہٕ 'ژندن گُل' عنوانہٕ نظمن متعلق لیکھان:

''تمۍ چھُ پرٛانین کأشرین ڈٔلیلہٕ گرین ہُند وَل تہٕ ورتو وُمت تہٕ پنٕنۍ

مشہور نغمأتی نظم 'طوطہٕ' چھَن أتھۍ رنگس منٛز شینین لبجن منٛز وٕنی مٕژ۔

'ژندن گُل' نظمہِ منٛز چھُ وہاب کھار آدمی ذأژ ہِندِس ازلی رٕژرَس

پیٹھ یقین ظاہر کران تہٕ حقہٕ باپتھ مختلف پأغمبرن ہِندِ جہادُک

حوالہٕ دِتھ پننِس اَتھ یقینَس ثابت کران۔''

''کأشرِ ادبک تۄأریخ'' ۱۹۷۹ء صفہٕ: ۱۹۴

اَمہِ بیانہٕ تلہٕ چھےٚ آزاد تہٕ کأمل ہِندِس وُتاؤلی بیان کَس پوٚت منظرس منٛز زٕ

گتھہٕ توجہ منگان۔ اکھ یہ زِ وہاب کھار چھُ پننہِ شعرِ روایژ ستۍ پننِس تہذیبی پوٚت

کالس تہٕ پوٚر پوٚر وأقف او سُمت تہٕ تَمہِ نِشہِ چھُن استفادٕ تہٕ کوٚر مُت۔ دوٚیم یہ زِ سُہ

چھُ آدمی وجوٗدکین تمن ازلی معاملن تہٕ مسلن پنٕن موضوع بناوان یم دُنی ہِکھو بڈٕ

شأعرو پننہِ شأعری ہِندی موضوع بنأوِمتی چھِ۔ گوٚو پننہِ شعرِ روایژ تہٕ پننہِ تہذیبی میراثہٕ

نِشہِ وأقف کار تہٕ تَمہِ نِشہِ استفادٕ کرن وألِس تہٕ آدمی وجوٗدکین معاملن ہُند ادراک

تھاون وألِس گونماتَس کِتھہٕ وَنوان پریاکٕٹہٕ شأعر۔

۱۹۹۰ عیسوی یَس منٛز آو ۳۴۶ صفن پیٹھ مشتمل ''کلیات وہاب کھار''

چھاپ گوٚھتھ بازر۔ کلیات چھُ یمہِ اعتبارٕ اہم زِ اَتھ منٛز چھُ نِصفہٕ کھوتہٕ ژوٚر کلامہٕ

چھاپی صوٗرتس منٛز گوڈنچہِ لٹہِ پرن والین تام واتان۔ کلام رُوٗد محفوٗظ تہٕ وہاب کھاُرن شاعرانہٕ باڈو گوٚو بیٚیہ ہن گُشادٕ تہٕ معنہٕ سوو۔ دوٚیم یہ زِ شاعرٕ سُنٛز زندگی متعلق چھےٚ کینٛہہ نوٚ کتھہٕ وَننہٕ آمٕژٕ۔ أہندِس آبأیی گامس تہٕ اَتھ أندیٚ پکھیٚ علاقس متعلق تہٕ چھُ تعارف دِنہٕ آمُت۔ اما پوز وہاب کھارنہِ شاعری یا وَنو شاعرانہٕ فنس پٮ۪ٹھ چھُنہٕ کہنی تہٕ وَننہٕ آمُت۔ حالانکہ ''شاعرانہٕ تجربہٕ'' عنوانہٕ چھِ ١٢ صفحہٕ لیکھنہٕ آمتی مگر یمن بہن[12] صفن منٛز چھُنہٕ وہاب کھارنہِ شاعری متعلق اکھ جُملہٕ تہٕ تیٚتھ میلان یُس وہاب کھاُرن فکری پوٚت منظر یا شاعرانہٕ تجربہٕ گأشراوِ ہے......البتہ چھُ محمد یوسف ٹینگ سُنٛد لیوکھمُت کلیاتُک ''بوز دماہ......سوخن وَنے'' عنوانہٕ پیش لفظ گرٕ تام مبالغہٕ آمیز جُملہٕ اوٚک طرف ترٲوِتھ پزی پأٹھی عالمانہٕ تہٕ ناقدانہٕ۔ ٹینگ چھُ گوڈنچہِ لٹہِ وہاب کھارنین تخلیقی صلاحیژن وٚون دِتھ أمٕنٛزِ شاعری ہٕنٛز فنی خوٗبیہ بَد کڈِتھ نہ صرف پرن والین ہٕندِ باپتھ توجہ طلب بناوان بلکہ تس اکھ بوٚڈ سوخن گومانان۔ دراصل چھےٚ ٹینگ صأبس پٔنٛنی شعرٕ ربوا یتھ پوٗرٕ پوٗر ویٚز تہٕ باقےٚ کیٚنٛژن بجن زبانن ہٕنٛز شاعری ہُنٛد مطالعہٕ تہِ چھُس تہٕ پٮ۪ٹھہٕ چھُ شعر شناس تہِ تہٕ سوخن فہم تہِ۔ یمہٕ ستی سہ زگ تہٕ پژون ژٲرِتھ ہیکان چھُ۔ وہاب کھارس متعلق اوٚہند سنجیدٕ مطالعہ چھُ از تام وہاب کھارنہِ شاعری پٮ۪ٹھ کتھ کرن والین تہٕ یٮ۪تہِ یور أمٕنٛزِ شاعری پٮ۪ٹھ لیکھن ولین نقادن ہٕندِ باپتھ سمبٕتھی ہے توجہہ طلب۔ سہ چھُ وَنان:

''مکتبی نقاد کیاہ تہٕ وٕنی تَن، تٔمی کوٚر سوخن گویی، سوخن سرٲیی تہٕ

عوام پسندی ہُند سوٗرے لاس وبلاس حاصل۔ سہٕ چھُ پننہِ مدریر تہٕ پننہِ تاثیر کنۍ سون اکھ بوٚڈ سوخن گو۔ تہٕندی کینٛہہ مصرٕ چھِ ہاوان زِ اظہارس پٮ۪ٹھ کوسہٕ حاکمی اُس تٔس حاصل تہٕ سہٕ کتھہٕ کنۍ اوس گولرس منٛز وولر وپراونک طاقت تھاوان۔ تہٕندی مصرٕ یوت نہٕ، تہٕندی کینٛہہ سالم بأتھ تہٕ بند چھِ تہٕنزِ ژیٖنن تہٕ سوچن ترایہِ ہُند سنبر ہاوان۔ تمن منٛز چھِ بجہِ شاعری ہنٛز زِتنہِ ہشہِ زوتان تہٕ گاہ تراوان۔" 'کلیات وہاب کھار'

"وہاب کھارنین وزنن منٛز فارسی عروض ژھانڈن والین نقادن متعلق چھُ ونان:

"لل دیدِ پٮ۪ٹھ یہٕ ڈیٛزِ تہٕ مہجورس تام چھِ سانٛی تھزٕ شاعری لیکھنہٕ بدلہٕ پرنٛچ ہو ہراے۔ یہٕ چھےٚ زبانٛی رواتچ پاداوار تہٕ پاسدار۔ زبانٛی روایژ اوسنہٕ کتأبی تقطیع یا عروضی میزٕن ستی کانٛہہ واٹھ۔ مگر تمٕچ اصل خاصیتھ چھےٚ تمیک شارت نہ کہِ تقطیع ہنٛز بندش۔

"کلیات وہاب کھار"

مےٚ وۄن گوڈے زِ ٹینگ صابن چھِ کیٛژ تام مبالغہٕ آمیز جملہٕ ورتأومتۍ۔ یا تہٕ گوڈنچہِ لٹہِ وہاب کھارن باڈودار کلیات وُچھتھ وولسنس یتھ، نتہٕ محض ترتیب کارن مٹہِ مٹہِ دِنہٕ باپتھ۔ مثالے:

"یعنے شعرٕ کس درویش گونماتھ وہاب کھارن سرِ سوبوٗت،

چُست تہٕ درست کلیات...... ترتیب کارٕ وچھُ پانہٕ کلامٕچ ژھأر

گأرکران لتَن ہُند ماز وَتن وہرو ومُت۔ لہٰذا چھِ یِم موختَک

فوطہٕ رنگ رَدٕ گرِتھ تمیٚک اصل موکھ پرٛزلاونس منٛز کامیاب

رُوٗدی مٕتۍ۔ یہِ کلیات چھُ بہرحال متن ژھارنہٕ، ژارنہٕ، شیرنہٕ تہٕ

اصل صوٗرژ منٛز پیش کرنٕکس سلسلس منٛز اہم پیش قدمی۔"

"کلیات وہاب کھار"

پزٕر چھُ یہِ زِ کلیات چھُ سَرِ سوبوٗت، اما پوز 'درست تہٕ چست' چھُنہٕ کُنی

اعتبارٕ۔ "موختَک فوطہٕ رنگ ردٕ گرِتھ تمیٚک اصل موکھ پرٛزلاونک" معنہِ چھُ زِ ترتیب

کارٕ وچھےٚ شعرن ہنٛز اصل صوٗرتھ صحیح متن دِتھ بوٚڈ کارنامہٕ انجام دِتھمُت۔ اما پوز یہِ

چھُنہٕ صحیح، بلکہ چھےٚ شعرن ہنٛز اصل صوٗرتھ تہٕ صحیح متن دِنہٕ وِزِ سوے بانبر کرنہٕ آمٕژ

یوسہٕ بانبر کأشر صوٗفی شأعری ترتیب دِنہٕ وِزِ کأمل صأبن تہٕ ساقی صأبن گرٕمٕژ چھےٚ۔

دار اصل وأژ سأنٕ صوٗفی شأعری اَسہِ تام کیٚنژھا سیٖنہٕ بسیٖنہٕ تہٕ کیٚنژھا تمن قلمن

نسخن منٛز یِم اَسہِ وأنجہٕ گاشے پرٛنی پھوان چھِ، یِیمہٕ کنۍ کأنسہِ تہٕ پرٛأنِس شأعرسُند

کلامہٕ ترتیب دِنہٕ وِزِ شعرن ہنٛز اصل صوٗرتھ تہٕ صحیح متن پیش کرنہٕ وِزِ علمی پٕتر، لسأنی

شود بود تہٕ شعر فہمی آہنٛز لأزمی کتھ چھےٚ۔ وُچھتو پیٚٹھے بانہٕ کتھہٕ کُنی چھ کلیات۔ کس ٹائٹل

ورقس دِنہٕ آمتہِ وژن بند کہٕ گوڈنِکہٕ شعرکہِ دوٚیِمہٕ مصرٕک محض اکھ لفظ 'للہ' بدلہٕ 'باللہ'

ورتأوِتھ مصرعس منٛز بأونہٕ آمتہِ خیالُک مفہوم متأثر گژھان۔ شأعر چھ پننِس محبوٗبس زار

بوزنہٕ باپتھ فری یادکران یاوَ نوسوال دِوان:

وہاب کھار ونان شعر للہ بوزتَم زار

ییٚلہِ زن ترتیب کارٚ باللہ بوزتَم زار، لیکھِتھ پتھٕ بانہٕ پننہِ لاپرواہی ہُند نیب دِوان چھِ۔ تِتھےٚ کٔنز وُچھتو ییمہِ مشہوٗر بأتکی کینٛہہ مصرتہٕ شعر، یہنٛز غلط صوٗرتھ تہٕ غلط متن شعرٕ کس مزازس تہٕ معنے یَس ژٕکی پھیٖر کران چھُ۔

| کلیاتس منٛز دِنہٕ آمُت متن | اصل متن |
| --- | --- |
| پرزن موٗت میونے یار | پرزن موٗت ہےَ میونے سٕہ یار |
| تَس کُمی بٔری نَم گن تہٕ لو | تَس کُمی بٔری نَم گن تہٕ لو |
| یی بہٕ منکس تی دارے | یی بہٕ منکس تی سٕہ دارے |
| اطلاس أویل پن تہٕ لو | یخلاص أویل پن تہٕ لو |
| کولگأمی یندر نامدار | کولگأمی یندر چھُ نامدار |
| یونبس کلمس تن دار | یونبس تہٕ کلمس تن ژٕ دار |
| ژٕکر تمہِ چی شہجار | ژکر تمہِ چی چھِ شہمار |
| لچھن کھالان پن تہٕ لو | لچھن چھےٚ کھالان پن تہٕ لو |

ووٗنی وُچھتو ٹینگ صأب کیاہ چھُ بیکس جایہِ لیکھان:

''ترتیب کارَ وچھےٚ ساقی صأبنہٕ سوٗمبرنی یہِ ڈٔپ زِ تہٕ چھتھ کڈٕ مُت تہٕ درستی تہِ چھنہِ معمولی، اَمہِ سِتی چھُ بأتگ سوادتہٕ صوٗرتھ تہٕ کتہِ کور

واتان۔ فقط اکھ مثال کڈِ کتھ پھُٹھ۔ ترٛیم مصر چھُ دون شاین
بالکل ورگہ۔ اَمہِ تفاژِ ستی چھُ بندٕک سورُے معنہِ تہٕ مفہوم بدلان''

کگہٕ نوٗس ژایاو اعتقافس جاے چھس تھزرس کوہِ قافس
کگہٕ نوٗس نارٕ دوٗد وادٕ پڑ ہے آفتابہٕ زوٗنہِ درشُن دِژِ ہے[1]

یہِ چھُ پزر زِ ساقی صأبن یُس مذکورٕ بندٕک ترٛیم مصرٕ دیتُمت چھُ، سُہ چھُ
موٗلے غلط تہٕ بے معنہِ۔ یِتہِ چھُ نہِ حدس تام صحیح زِ کلیاتس منٛز درج مذکوٗرٕ بندٕک ترٛیم
مصرٕ چھُ بندس منٛز باونہٕ آمتس تجربس رژھ کھنڈ نکھہٕ تہٕ یہِ پھیر چھُ ٹینگ صأبس ووٹہِ
اَنان، تہٕ اَکس حساس نقادس یا شعرشناسس گژھ انُن تہِ۔ اما پوز ہرگاہ ٹینگ صأب
شعرس رژھ کھنڈ بییہِ ہَن سنجیدگی سان سنیومُت آسہے تیلہِ باسہِ ہس اَتھ وژن بندس
منٛز ضروٗرٕ کوستام کمی یا وَنو باوٕژ پھیرٕ۔ مثلن ''کگہٕ نوٗس ژایاو اعتقافس'' یعنے کگہٕ نوٗس[2]
چھُ کرتام اعتقافس ژامُت۔ گویا شاعر چھُ اَتھ مصرس منٛز پتھ کالِچ کتھ ونان یا وَنو
ماضی باوان۔ تیلہِ گوٚژھ دوٚیمس مصرس منٛز باونہٕ آمُت تجربہٕ تہِ ماضی یا وَنو پتھ کالے
ظاہر کرُن تہٕ مصرٕ گوٚژھ یتھہٕ کنٕی آسُن:

جاے اَسس تھزرس کوہِ قافس

---

[1] کگہٕ نوٗس ژایاو اعتقافس جاے چھس تھزرس کوہِ قافس
کگہٕ نستہِ یتھے درباز پڑ ہے آفتابہٕ زوٗنہِ درشن دِژِ ہے (ساقی)

[2] ''کگہٕ نوٗس'' چھُ اکھ جاناوارٕ یُس گبوٗان چھُ، یا وَنو تسٕند بول بوش چھُ گبون طرزٕ میوٗٹھ تہٕ موٗدُر۔

اَکس شعرس منز ووتلن وول اکوے کردار کتھہِ ہکون دوٚن زمانن منز پیش کرِتھ، سُہ تہٕ یِیلہِ کردارس ستیٚ وابستہٕ تجربہٕ اَکی زمانک آسہِ۔ ووٚنی نیٚتھون مذکورٕ وژن بنٛدُک تریٚیم مصرٕ یمیک اصل متن تہٕ صوٗرتھ یتھہٕ کنی چھے:

اَژِہے نَے کتھہٕ نارٕ دَزِہے

کگہٕ نوٗس چھُ پُنن ظاہری بول بوش ترٛاوِتھ اعتقافس اژان تہٕ اعتقافس اَژِتھ چھُ تَسند پرواز سَنیٚرٕ پتھہٕ تھزرس واتان۔ کگہٕ نوٗس چھُ شعرس منز ورتاونہٕ آمُت علامتی اظہار۔ یہِ چھُ سالِک سُند روحانی تجربہٕ یَتھ لل دیدِ ''نبرٕ پتھہٕ اندر اَژُن'' وَنان۔ ہرگاہ نبر ترٛاوِتھ اندر اَژِہے تہٕ نارٕ کتھہٕ دَزِہے۔ تکیازِ بقولِ لل دید: اندر اژنے گوم واکھ تہٕ وژن تہٕ توٗے ہیوٚتم ننگے نژُن۔ تیلہِ وُچھتو ووٚنی وہاب کھارنہِ اَمہِ وژن بنٛدٕچ اصل صوٗرتھ تہٕ صحیح متن کیا چھُ۔ پانٕے نیرِ سون تہٕ سرتلِ الگ الگ تہٕ شعر پرِتھ ژٔلہِ ٹینگ صابس وولسنَس یتھ (شاید) واہ نیرِتھ۔

کگہٕ نوٗس ژامُت اعتقافس جاے چھس تھزرس کوہِ قافس
اَژِہے نَے کتھہٕ نارٕ دَزِہے آفتابہٕ زوٗنہِ درشن دِزِہے

اَمہِ وژنک گوڈٕ شعر چھُ سارِوے ترتیب کارٕ وسونچنہٕ سَرنہٕ روٗستے یتھہٕ کنی دِیُتمُت:

مالہٕ جانہٕ بالہٕ یارٕ سون یِزِ ہے آفتابہٕ زوٗنہِ درشن دِزِ ہے
یا
بالہٕ یارٕ مالہٕ جانہٕ سون یِزِ ہے آفتابہٕ زوٗنہِ درشن دِزِ ہے

کأنسی چھنہٕ اوٚکُن ظون گومُت زِ مذکوٗرٕ شعرُک گوڈٕ مصرٕ چھُ یہٕ ڈٮ۪لِ زِ تہٕ بے معنہِ۔ وونی ہرگاہ معنہِ کڈٕہوس تہٕ تیٚلہٕ نیرِ بس یہٕ معنہِ زِ عاشق چھُ پننِس معشوقس ونان زِ ہے میانہٕ آدن یارا: مال تہٕ جان پنُن ہتھ یِزِ ہے سون تہٕ آفتاب ہٕتھ دِزِ ہے زوٗنہٕ درشن۔ اما پوز ازتام چھنہٕ شأعری منز (خصوصن صوفی شأعری تہٕ لولہٕ شأعری یا وٚنو گُلھم پأٹھی پزانہِ شأعری منز) تِتھ کانٛہہ مثال میلان یتہِ معشوق عاشقہٕ سُند گرٕ گژھ، سُہ تہِ پنُن مال تہٕ پنُن جان نذرانہٕ ہتھ بلکہ چھُ عاشقے ماشوقس پتھ دیوانہٕ وار سپدِتھ پنُن وجود تہٕ پزتھ کانٛہہ چیز پننِس محبوبس پتھ نچھاور کران۔ وُچھوٚ تیٚلہِ مذکوٗرٕ شعرُک صحیح متن تہٕ اصل صوٗرتھ کیا چھےٚ۔

بالہٕ یارٕ مالہٕ پھولنے یِزِ ہے[1]

آفتابہٕ زوٗنہِ درشن دِزِ ہے

حال حالے (۲۰۰۴ء) آیہٕ پروفیسر رحمٰن راہی سٕنز ''شعر شنأسی'' ناوٕ پٔنٛژہَن[25] تنقیدی مقالن پٔٹھ مشتمل سوٗمبرن بازر۔ سوٗمبرنی منز چھُ گوڈنِکہ مقالُک عنوان ''حقیقتھ، ادیب، ادب تہٕ قأری'' تہٕ باقے ژوٗوُہہ مضمون چھِ للہٕ دیدِ پٔٹھ احد زرگرس تام (ژوداہمہِ صدی پٔٹھہٕ وُہمہِ صدی تام) انتخاب کرِتھ ژوٗوُہن اہم تہٕ سرکردٕ کأشرٕ بن

---

1. زوٗن چھےٚ رأتی راتس آفتاب سُند انتظار کرنہٕ باوجوٗد بہر حال مالہٕ پھولنہٕ بروٚنٛٹھے لوسان۔ توٚے تہٕ چھُس اورزوٚے زِ کاش افتابہٕ مال پھولنے یِی ہے تہٕ درشن سپدِ ہم نصیب۔ مالہٕ پھولنہٕ بروٚنٛٹھے پٕنس چھُ بیا کھ معنہٕ یتہٕ زِ ''کہنی تہِ گوٚژھ نہٕ وُچھن'' یہٕ چھُ محض شأعرانہٕ احساس یا وٚنو تخلیقی اظہار یتھ سائنسی پزرس ستی کانٛہہ واٹھ یا اثر چھنہٕ۔

شاعرن ہنز اَکس اَکس شعرِ تخلیقہِ ہُند تنقیدی تبصرٕ، یتھ منز وہاب کھارنہِ ''زوٗنہِ پچھی سأل ڈل جان'' بأتگ تنقیدی جأیزٕ تہٕ شامل چھُ۔ پروفیسر راہی چھُ سون سہ اہم نقاد ییمِس مشرقی تہٕ مغربی دوشوٕنی شعر روایژن تہٕ تنقیدی نوقطے نظرن تام واتنیار چھُ۔ تِمسُنز تنقیدی کھوٚٹ چھے اعتبارس لایق تہٕ تہنز شعرِ مولانکون واضع تہٕ تسلا بخش۔

وہاب کھارنس بأتس پٮ۪ٹھ کتھ کران چھُ راہی سُند یہِ اظہار تِمن نقادن ہندِ باپتھ توجہ طلب ییم یاتہٕ کأشرِ صوٗفی شاعری محض پرٕژبأزی زانان چھِ یا تہٕ چھکھ نہٕ امیک تخلیقی معیار وَنہِ یوان۔

''کأشرِ صوٗفی شاعری ہرگاہ رژھ کھنڈ تہِ سٔنتھ پرنہٕ یِیہ، یہِ نوکتہٕ گژھ نمایاں زِ سأنی اہم صوٗفی شاعر چھِ غلبہٕ بأٹھی ورگہ باوژ ہندی شاعر۔ یِمن شاعرن أنزی منزٕ گژھنہٕ باپتھ یتھہٕ کُنی حیاتس کایناتس متعلق تِہند بنیأدی تصور تہٕ رٔوی یہِ زانُن ضروری چھُ، تِتھے پأٹھی چھُ تِہنز فنی حُسن کأری مولنہٕ باپتھ یہِ زانُن تہِ ضروری زِ تِہُند یسلہٕ کلام چھُ استعأری۔ شعر سناسی، صفہٕ:۵۳

رحمٰن راہی چھُ اَتھ مضموٗنس منز ونان زِ وہاب کھارن چھِ پٔنِنی شعرٕ زبان ورتاونہٕ وِزِ برونٹھمہِ کأشرِ شاعری نِشہِ تہِ استفادٕ کوٗرمُت تہٕ أہندِ بن لفظن پٮ۪ٹھ چھُ اَمہِ شاعری ہُند پرتو نوٚن۔ ووٗنی یوتام نہٕ أہنز شاعری پرن وألِس یا تِتھ پٮ۪ٹھ کتھ کرن وألِس سُہ ثقافتی تہٕ ادبی پوٚت منظر ویوٚد آسہِ توتام اَتھ شاعری پٮ۪ٹھ کانٛہہ تبصر کرُن گوٚو

بقولِ راہی ''پیٹھی پیٹھی تِکہٕ تارس گنِدُن''۔ برونٛہہ پٔہن پکھٕتھ چھُ راہی ''زوٗنہِ پچھی سأل ڈل جانٛ'' وژن نما نظمہِ منٛز ورتاونہٕ آمتِس موضوٗعس متعلق وَنان:

''وٕتھی پوٗتھی پأتھی وَنو زِ وہاب صأبنہِ زیرِ تبصرٕ بأتک موضوع چھُ دون نفرن یا وَنو دون دربن ہُند پھیرٕ۔ اکھ سُہ شخص یُس حیاتس کاینأتس متعلق پننہِ حأوی تصور کہِ برکٕتہٕ شُلہٕ شوٗنت سپد مُت آسہِ۔ تِتھس شخصُس برعکس سُہ نفر یُس دعویٰ آسہِ وَتھ ہاوَنک مگر آسہِ دراصل وَتھ ڈالہِ وُن زوٗنہِ پچھ بجایہِ گٹہِ پچھِ نوٗن دژ امُت بژم رٕچھوک۔ وہاب کھارنس مذکورٕ موضوٗعس کُن چھُ وار یاہو کأشر بو صوٗفی شأعرو اِشارٕ کٔری متی مگر وہاب صأب چھُ شاید سون گوڈنیک شأعر یٔمی یہِ موضوع پننہِ اَکہِ سأنلم بأتک مرکز تہٕ محیط بنومُت چھُ۔ بأتکی سأری بند چھِ بدل بدل روخ ہاوِتھ اَتھ مرکزس گتھ دِوان''۔

گوڈنچ کتھ چھےٚ یہِ زِ وہاب کھارس چھُ کلہم انسأنی صورت حالک ادراک اوسمت تہٕ سُہ چھُ آدمی وجوٗدکِین بُنیأدی معاملن مثلن شعوٗری طور پننہِ شأعری منٛز موضوٗع رٔنگی ورتاوان اوسمت۔ دوٚیم یہِ زِ سُہ اوس یِیمہِ کتھہِ نِشہِ باخبر زِ وژُن تہٕ نظم چھِ زٕ وکھرٕ صِنفہٕ تہٕ وژنُس مقابلہٕ چھُ نظمہِ منٛز ورتاونہٕ یِنہٕ وول مضمون کُن تہٕ مسلسل آسان یُس ہیرِ پیٹھ بون تام شعرن یا بندن منٛز روخ بدلأوِتھ تہٕ نظمہِ ہُند مرکز تہٕ محور بنِتھ گژھ۔ اَمہٕ سِتی چھُ موتی لال ساقی سٔندِس یتھ بیانس تصدیق سپدان۔

''وہاب کھارٕنی کینٛہہ منظومات چھ باقایٕد نظم تہٕ اَمہِ حسابہٕ چھُ
سُہ گوڈٕنکین نظم نگارن منٛز شأمِل سپدُن لایق''[1]

تژٕیٛم یہِ زِ تَس چھُ پنُن ثقافتی تہٕ ادبی پوٚت منظر ویوٚد اوسمُت تہٕ حیاتس کایناتس متعلق تٔسٕند تصور تہٕ رٔوی یہِ چھُ سُے یُس گُلہم صوٗفین تہٕ صوٗفی شأعرن ہُند چھُ۔
یِم سأری چیز چھِ وہاب کھارنہِ علمی بٕتریک تہٕ شأعرانہٕ ہونرمندی ہُند نیب دِوان یِمہِ کنہِ رحمٰن راہی أمِس لل دیدِ پٮ۪ٹھ احد زرگرس تام شمبن ہتن وٕری یَن ہندِس ادبی توأریخس منٛز انتخاب کٔرِتھ ژوٚدٕہن اہم کأشرین شأعرن منٛز شمار کران چھُ۔
یہ بحث مدِ نظر تھأوِتھ ووتھن کأشرِ ادبکِس طالب علمس ذٕہنَس منٛز ضرور کینٛہہ سوال یِمہِ باپتھ تَس وہاب کھارنہِ شأعری ہُند مطالعہٕ کرُن لأزمی باسہِ، تہٕ تٔسٕند سنجیدٕ مطالعہٕ واتناوِ تَس ضرور یتھ نتیجس پٮ۪ٹھ زِ وہاب کھار چھُ کأشرِ زبأنی ہُند اکھ سبٕٹھے اہم شأعر یٔسند شأعرانہٕ فن پٕرزناوَس یا مولناوَس کُن از تام صحیح توجہ دِنہٕ چھنہٕ آمٕت۔

ہوش دارٕ گوش تھَو آلو گوٚو
شولہٕ ماران چھُ رَو آلو گوٚو

۲۰۰۴ء



---

[1] کأشر صوٗفی شأعری، جلد:۲، صفہ:۴۵۹۔

# وہاب کھارُن زمانہٕ تہٕ کأشِر شأعری

**وہاب کھارنہِ** اوحال نامُک خاکہٕ ترتیب دِوان دِوان یم شہادژ لکہٕ ربوایژن ہنزٕ بنٛی یأذ پیٹھ یاتہنزِ شأعری ہندِ وساطتہٕ ڈٖسی یاب سپٕز تمو مطأبق چھُ سُہ ۱۸۱۰ء پیٹھہٕ ۱۸۱۲ء یَس أندی پکھی تولُد سپدان تہٕ اوہند تأریخ وفات چھُ ۱۹۱۲ عیسوی۔ اکھ ہتھ وٕری وأنس پژ اُوتھ چھُ سُون یہِ صوٗفی منش شأعر کشیرِ ہندی ترٛے سیأسی دور وُچھان۔ ثُری لأزی ہندی ستھ أٹھ وٕری گذأرِن افغان دورس منٛز، پٔنٛن لوکچارتہٕ جوأنی سِکھ دورس منٛز تہٕ بُجر ڈوگرٕ دورس منٛز۔ یِم ترٛیشوٕے دور (پٹھان، سِکھ تہٕ ڈوگرٕ دور) چھِ کشیرِ ہندی بدترین سیأسی دور گنٛزرنہٕ یوان۔ جأبر اوس حأکم تہٕ کأشُر اوس محکوم۔ یِمن ترٛیشوٕنی دوَرن منٛز أسی کأشرٕ لُوکھ یہِ زأنتھ پٔنٛنی مجبوٗر تہٕ لاچار زندگی گذاران، زَنتہٕ بیگأرٕ، لار، مار، نار تہٕ دژاگ تہنٛدِ باپتھ لانہِ لیوٗ کھمُت فأصلہٕ اوس۔ یوٗت زِ کأشرٕ بن آسہٕ زندگی ہنٛزٕ زہٕے وَتہٕ بدٕس باسان ''ژٕلُن یا گلُن''۔ اَز تہٕ یِیلہِ کأشرٕ زنان ژکھہِ سان کأنسہٕ بدٕدُعا کران چھےٚ، سو چھےٚ وَنان ''گوٗلکھ نٔے تہٕ ژوٗلکھ تہٕ نا'' یُس اَمی غولا مانہٕ زمانُک اظہار چھُ۔ ''پوٗشکھ تہِ نٔے ژوٗلکھ تہِ نا، شیر سِنگھن دژاگ، پرتاب سِنگھن دستار، بدری نأتھنٛی أدرٕے موہر، بونہٕ پٹھوار پیٹھہٕ سرکار تہٕ

''دِیَس لگہِ تَس لگہِ سرکأری'' ہوی محاورتہٕ تلمیح چھِ یمن ظألم دورَن ہُند ویوٚد صورتحال دیدمان اَنان۔

افغان چھِ کشیرِ پٮ۪ٹھ اَلہٕ پَلہٕ (۱۷۵۳-۱۸۱۹ء) شُہأٹھن وُری یَن حکومت کران۔ پٹھان[۱] گورنر عبداللہ خان چھُ کأشرین نِشہِ جبرن تہٕ لوٗٹھ مار کٔرِتھ اکھ کرور روپیہِ حأصل کٔرِتھ کأبل سوزان تہٕ یہِ سلسلہٕ چھُ سرکارکین اَخری دوہن تام جأری روزان۔ اَما پوز کأشرین یا کشیرِ ہنٛز پایرجأیی خأطرِ چھنہٕ اکھ کأم تہِ کران۔ افغان حکومتس متعلق چھُ تواریخ دانن ہُند وَنُن زِ ''اوتام اَسی کأشری تاوِ پٮ۪ٹھ تہٕ افغانو ترأوی نارس منز''۔ یمو پھٔہلوو تیوٚت خوف تہٕ دہشت تاکہِ سرکارس خلاف تُلہِ نہٕ کانٛہہ وُٹھہٕ پٮ۪ٹھہٕ وُٹھ۔

افغانن پتہٕ چھِ کأشرین پٮ۪ٹھ قریبن ستو وُہن وُری یَن (1819-1846) سِکھ حکمرأنی کران۔ مشہور مورخ حمید اللہ شاہ آبادی چھُ اَتھ دورس ''بےٚ بوٗج راج'' تہٕ اَمہِ دور چہِ کشیرِ ''شہرِ ناپرسان'' وَنان۔ ژوپأرِ اوس افلاسن تہٕ لاچأری نال وٚلمُت۔ کأشری یہِ کیٛنٛژھا فصل وودپداوان اَسی تمکی زِ حصہٕ اوس سرکار نوان۔ ووٚنی یہِ کیٛنٛژھا

---

[۱] دیپان ییلہِ پٹھان گورنر کشیر آو، اَکِس گامس منز وُچھ تٔمی گامہٕ وألی توبوٚڈ دَس منز مور دَس قبرستان کُن پکناوان۔ گورنرن دیٛت لوٗکن حکم زِ تمہِ مُوراون موردس کفن۔ حکمس سپد تامیل، گورنرو دتھ وونٛتہٕ پٮ۪ٹھ بون تہٕ موردس نکھہِ گوٚژھتھ ژ وٚنُن تَس دَندو ستی کن، ژوپُن تہٕ کھیون۔ لوٗکن بوز ناوان وۄنُن موردس کُن بٔڈ بٔڈ قبرستان کین موردن وُنی زِ کشیرِ آوسہٕ گورنریس موردن کن ژٹھ کھوان چھُ تہٕ زندن ستی کُس سلوک کرِ۔ یہِ اوس دہشت پھٔہلاونک گوڈنیک قدم۔

پتھ ٲن روزان اوس یِہ اَسی لۄٹرِ تہٕ سرکأری کارندٕ لوٗٹتھ نوان۔ یِموکوٚر مسلمانن پیٹھ ہنا زیادٕ ے پہن ظلم۔ گٲن مارنس پیٹھ آیہِ پابندی لاگنہٕ۔ چارۄوے مارن وأ لس اَسی یاتہٕ زندٕ ے گاسہٕ نارس منٛز زالان نتہٕ پھاسہِ کوٚٹس کھالان۔ لاقونیتیک تہٕ ظلمک حدووت اَتھ انتہا ہس زِ سِکھ دورِ کس نأظمِ کشمیر موتی رام سٕندِ وقتہٕ آو سرینگر چہٕ بجہٕ مٔشیدِ (جامع مسجد) ہٕند بن دروازن ۱۸۱۹ ءلیس منٛز قُلف لاگنہٕ تہٕ مسلمانن آواور اژنس ٹھاکھ لاگنہٕ۔ بجہِ مٔشیدِ روٗد وُہن وٕری ین قلف تہٕ یمن وُہن وٕری ین آیہِ نہٕ مٔشیدِ اَکہِ وِزِ تہِ نمازِ باپتھ یلہٕ تراونہٕ۔ وُہہ وٕری پتہٕ چھِ ۱۸۴۰ ءلیس کیٛتھ شیر سنگھ نِس دورس منٛز شیخ غلام محی الدین سٕندِ دٔسی مٔشیدِ ہندی بَرٕ وٗتھی تراونہٕ یوان۔ اَمہِ دورِ کس ظلم وجبرس متعلق چھِ یوٗرپی محقق مورکرافٹ Moor Craft لیکھان:

”ٹیکس اَسی تیتِ لاگنہٕ آمتی زِ کأشری اَسی والہٕ والہٕ کھوسہٕ گأمتی۔ یَتھ گامَس منٛز اَسی ٹھہریہٕ تَمہٕ گامُکی نصف کھوتہٕ زیادٕ لوکھ اَسی گرٕ تراٗوِتھ ژٔلی مٕتی۔ وونی یم گرن منٛز اَسی تم اَسی مفلسی تہٕ لاچأری ژٕٹتھ تراٗوی مٕتی۔ باسان چھُ زِ مُلکہٕ کِس یَتھ حصَس منٛز آسہِ نہٕ عنقریب کہنی آبأدی۔“[1]

سکھن پتہٕ چھِ ڈوگرٕ اَکس ہتس وٕری یس (1946-1846) کٔشیرِ پیٹھ راج تاج کران۔ گولاب سنگھ چھُ انگریزن نِشہِ کٔشیرِ پانٛژہتھن ساسن روپیَن مُلی ہوان

---

[1] **Travels in the Himaliyan province of Hindustan and Punjab, in Ladakh and Kashmir - 2Vols - 1841 - (Moorcraft, William & George Treback)**

تہٕ کٲشیرِ ہُند خود مختار راجہٕ بنان۔ انگریزن تہٕ گولاب سِنگھس درمیان سپُد یہٕ معاہدٕ امرتسر (پنجاب) منٛز 16، مارچ 1834 عیسوی۔ پٲنٛن رقم واپس جمع کرنہٕ باپتھ یوٚت تاہ ظلم و جبر گولاب سنگھس چلیوو تیوٚتاہ کوٚرُن۔ کاشرِ اٲسی فصل وو پداوان یمہٕ منٛزٕ ژٕ حصہٕ سرکارٕ نوان اوس۔ رنگہٕ رنگہٕ آیہٕ ٹیکس لاگنہٕ۔ بیگارِ [1] ہُند رواج گوٚو عام، تیوٚت زِ کاشرِ اٲسی رہتہٕ وادَن پٔتھ کٲشیرِ نبر تہٕ بیگارِ سوزنہٕ یِوان۔ یہندی شُری تہٕ زنانہٕ آسہٕ یہٕ ڈیٛڑ زِ تہٕ یڈٕ کٔنز گٔنڈِتھ زندگی گذاران۔ یمن منٛز اٲسی کتی تم یم نہٕ واپس یِوانے اٲسی۔ یوہے راوَن تیوٚل چھےٚ کاشر زنان باضے ییٚنہٕ ہٕتھ باضے موج ہٕتھ تہٕ باضے آشِنۍ ہٕتھ زنتہٕ دود للوان تہٕ وبد اکھ دِوان۔

بٲے واجنبن بٲے یِوان خبرے
یَس نہٕ آسان سو چھِ نیران نظرے
زوٚنی بے کستن خبرے



غولامی ہندِس اَتھ گٹہٕ ژلس منٛز آو چک دارٕ ری تہٕ ذٲلدٲری نظام آو بارسس یم کاشرٕ بن ظلم و ستم گرِتھ عبتھ ہوان اٲسی۔ روزگارٕکی وٚسیلہٕ گٔے تیتی تنگ زِ کاشری اٲسی رہتہٕ وادَن گرٕ بار ترٛاوِتھ پنجاب، لوہوٚرٕ تہٕ ہندوستان کِمن باقے شہرن

---

[1] معاوضہٕ روٚس موٚزٕ دُرکہ۔ راج ترنگنی (ش ۴-۱۷۱-۲-۱۷۲) مطابق چھُ راز سمکار درمن کشیرِ ہُند گوڈنیک راز۔ یَس کاشرٕ بن بیگارٕ کری ہوان چھُ۔ فوجس رسد تہٕ باقے سامانہٕ سارنہٕ باپتھ اٲسی گامہٕ وٲلی بیگارِ نِنہٕ یِوان۔ مغل دورس منٛز تہِ اوس بیگارِ ہُند رواج عام۔ یمٕیک سلسلہ افغان تہٕ سِکھ تہٕ ڈوگرٕ دورس منٛز جاری روٗد۔

منز پٔنُن نفس پالنہِ گژھان۔ مسلمانن ہند بن کیٚژن مذہبی طور طریقن پٮ۪ٹھ روزسو پابندی جأری یوسہٕ سِکھ حکمرانو قأیم گرٕمژٕ أس، لیفٹیننٹ کرنل ٹارنس (Lt. Col. Torrens) چھُ ڈوگرٕ دورس متعلق لیکھان:

''گولاب سِنگھن پھِرٕ اۆوٕ ظلم و جبرٕکی تم سأری ریکارڈیم سِکھ دورس منز عام أسی۔ یہٕ چھُ پۄز زِ تمو (سکھ حکمرانو) أسی لوکن رنگہٕ رنگہٕ ٹیکس لأگی مٕتی مگر گولاب سِنگھن ژُھش لُوکن رَتھ۔''[1]

'رزٕ گز کرُن' یا 'رزٕ گزتہٕ پنبد' ہوٕ اِظہار چھِ اَمی دورٕکی دین۔ أسِس پنبد دِتھ اوس کأشُر رَزِ ستی گنڈنہٕ یوان تہٕ گزٕ ستی اوُسس لاینہٕ یوان۔ توٚے چھُ کأشرو وۄنمت ''کولہِ کھو تہٕ کول چھےٚ سرد''۔ اَتھ ظلمس خلاف آواز تُلنگ اوس نہٕ کأنسہِ کأشرِ سُند سوالے۔ یوتام زِ یوٗرپی محقق رابرٹ تھارپ[2] (Robert Thorp) آو 1868ءیَس منز محض اَوِ کِنی سلیمان ٹینگس پٮ۪ٹھ مارناونہٕ تِکیازِ تَس أس کأشر بن ہنٛز ہمدردی تہٕ تمن پٮ۪ٹھ سپدن وألِس ظلمس خلاف اوس لیکھان۔

یہٕ اوس کٔشیرِ ہندِ تمہِ سیأسی، معأشی تہٕ سمأجی صورت حالُک عکس یتھ منز وہاب کھارزاو، پلٕیو و، پرٕتھیو وتہٕ پٔنٕز زٕٹھ زندگی گذأرِن۔ یتہِ چھُ اکھ وجہ زِ اَمہِ دورٕچ کأشر شأعری ہیٚچ نہٕ صوٗفیانہٕ یا وَنو اسرأری موضوٗع منز نبر نیٖرِتھ۔ البتہ یُس اَتھ

---

[1] ''رزٕ گز کرُن''، گۄورَ زِ ستی گنڈُن تہٕ گزٕ ستی لایُن۔

[2] "Kashmir Misgovernment" چھےٚ یہنٛز مشہوٗر کتاب۔ بحوالہ پی این بزاز۔
The History of freedom struggle in Kashmir.

دورِس منز نعت لیکھنہٕ آو، تمیک ژوٚر حصہٕ چھُ فرٛیاد تہٕ التجا تکیازِ کاشُرِس اُس نہٕ اَمہٕ رۄس فرٛیاد کرنچ تہٕ پنٕن حال باوتھ بوس لوٚژراونچ بیٚیہ کانٛہہ وَتھ۔ یہِ التجا اوس دراصل ظلمس تہٕ ظالمس خلاف کاشرِ بن ہُند ورگہٕ فرٛیاد۔

اِستادٕ روزِتھ عرض کر کاشُر غریبا پیٚو پتھر
بے چارٕ بے بس بے ہونر بے یار و یاوَر بے نوا



ثناءاللہ کریری

خبر ہینٛز گوٚو بے آرامن نظرا دِتہٕ اَسہِ چھی بیمار
ترٛاوِتھ بیوٹھکھ گتہِ اَسہِ خامن روٚٹ چون دامن بوز میانٛی زار



صوٗفی یا سِری شاعری منز وقتہٕ کین سیاسی یا سماجی حالاتن باوتھ دِنس چھنہٕ بظاہر کانٛہہ جواز تہٕ نہ چھِ صوٗفی یا سِری شاعری منز کانٛہہ مخصوص زمانہٕ یا تمہِ زمانک مخصوص صورت حال موضوع بنتھ باوتھ پراوان۔ ووٚں گوٚو یِہ ہکو نہٕ وٕنتھ زِ صوٗفی یا اسرارٕ شاعر کیا چھِ پننہِ زمانہٕ نشہِ موٗلے لاتعلق آسان یا تس کیا چھنہٕ پننہِ زمانہٕ کین حالاتن، واقعاتن تہٕ تصوراتن ہُند بلگلے ادراک آسان۔ ہرگاہ سو کتھ آسہہے تیلہِ وَنہٕ ہے نہٕ لل دید ہش قدآور سِری شاعر:

گاٹلا اکھ وُچھم بوچھہِ ستہِ مران
پن زن ہران پُہنہِ واوٕ لہہِ

نێشہِ بوڈ اکھ وُچھم وازس ماران
تتہٕ لل بہٕ تھاران ژھێنم نا پڑاہ

☆

تہٕ حضرت شیخ العالمؒ کتھہٕ آسہن خانن ہٕنز رنگہٕ لرِ تہٕ تمن رنگہٕ لر بن ہٕنزن ہیرن ژمرو ستی لڑھ ڈوَن واجنہٕ تام ویٚزِ تہٕ تمہٕ روبہٕ خانن ہٕنزن پرٕنبن کپَس وَوننگ یا کپَس بوونگ مشاہدٕ۔ پتھہٕ یہِ حاران گن بدلوٚن صورت حال نصر بابس وُچھنگ باندٕ باندٕ۔

خانن ہٕند بن یمن روبہٕ خانن
جانن دپان اَپارٕ گڑھ
ہرموکھ وُچھمکھ سوندرٕ ناوان
ژمرو[1] ستہن ڈوان لڑھ
اَتی مالہِ وُچھم کپَس بووان
نصر بابہٕ مے وُچھ ژٕ وُچھنہِ گڑھ

☆

ہندوستانی زبانی ہُند بوڈ اسراری پسند شاعر کبیر کتھہٕ بنہٕ ہے سماجی اصلاح کار تہٕ سائنسی مزاز تھاون والس حقیقتھ پسند شاعرٕ سندی پاٹھی وَنہٕ ہے:

بوچھِ ہوٚت کتھہٕ بنہٕ پرہیز گار
رٕتھ اوٚرٕ یہِ تسبیح

---

[1] ژامر، موہرِ چھل/ مور چھل۔

مےٚ گرِڑھ نفس بتہٕ میوٚنڈ آسُن
یُتھ بہٕ یڈ دون کالن پاٲلتھ ہکبن
مےٚ گوِڑھ شونکنہٕ باپتھ چھپر آسُن
شانٛدٕ گوٚندِ بدلہٕ چلہِ کوٗڈ لٹر تہٕ[1]

تیٚلہِ گس وجہ چھُ زِ گنوٗہمہِ صدی ہنٛزِ کاشرِ صوٗفی شاعری منٛز چھُنہٕ امہِ قبیلہٕ چہِ شاعری ہنٛز اکھ مثال تہٕ نظرِ گوٗ ھان یاوَنو امہِ دور چہِ شاعری منٛز چھُنہٕ ورگہٕ پاٹھی تہٕ وقتہٕ کین سیاسی یا سماجی حالاتن ہُند اِشارٕ تہٕ میلان۔ بدل پاٹھی ہکو یتہٕ وٚنتھ زِ امہِ دورُک صوفی شاعر اوسے نا دوہ دبن چہِ زندگی منٛز سپدن والین سماجی حالاتن واقعاتن ژرژان۔ سو چھُنہٕ کتھ۔ پزر چھُ یہِ زِ تصوف کین ضابطن قاعدن پابندیمن اسراری صفت صوٗفی شاعرن اوس زندگی گذارنک طور طریقہٕ سانہِ زندگی ہندِ طور طریقہٕ نشہِ ہناوکھرٕ، حالانکہ یہندی یم طور طریقہٕ تہٕ اسی انسانی نہ زِ بالا فطری۔ یم تہٕ اسی سماجس منٛز روزن والی سماجی زندگی ہندی واقف کار، اما پوز سماجی زولانن ہندی پابند اسی نہٕ۔ تیٚلہِ ہیکہِ یہِ سوال ضرور وُتھتھ زِ یہنٛزِ شاعری منٛز کیاز چھُنہٕ سیدِ سیوٚ یاورگہٕ پاٹھی پننہِ سماجی یا سیاسی زندگی ہُند اِشارٕ تہٕ میلان۔ اَتھ ہیکہِ یہِ جواب اَستھ زِ غولامی ہُند یہِ دور اوس تیوٗت کربناکھ تہٕ بیم ناکھ تیٚمی عام لوٗکن منٛز زندگی بیزاری ہندِس رجحانس پھہلاو دیُت تہٕ زندگی نشہِ فرارٕیُن اوس امہِ بدحال زندگی

---

[1] ''کبیر'' ساہتیہ اکادمی۔ صفہٕ:۵۱، ترجمہ کار: شاد رمضان (۱۹۸۷)۔

نشہِ نجات لبنِچ وأحد وَتھ۔ زندگی چھےٚ خوش کرُن اکھ احساس تہٕ امار، اما پوز کأشرِس أس یہےٚ امار بٔرٕژ زندگی وبالِ جان بنےٚ مژٕ یمیک پوٚت آلو دُمر زٕپٹھ تہٕ مُہم کرِیوٗ تھ ہوی محاورٕ چھِ۔ پتھٕ اوس نہٕ پوٚز وَنُس یا ظلمس خلاف کتھ کرنُس اجازتھے تہٕ کتھ کرن وألی سُند لون اوس موت تہٕ شاید اوس نہٕ کأشرِس یہِ وَننس چارَے ''ژھو یہ چھیےٚ رو یہ ہشِز، کرکھے تہٕ سونہٕ ہشِز''۔ اَمہِ دورُک شأعر کتھٕ ہیکہ ہے اَمہِ بدحال سیأسی تہٕ سمأجی صورت حالہٕ نشہِ فرار گرِتھ۔ موجودٕ زمانہٕ کِس نباض شأعر رحمٰن راہی سُند یہِ شعر چھُ زٕنتہٕ تَمی دورٕ کِس پوٚت منظرس منز باوَتھ پرٛاوان:

سُہ خوف أرٕ گرِتھ زبو پھرٕ کان ضمیرس منز

نجاتھ زون متو تاں قبر تہٕ خاموشی

وہاب کھاٗرن زمانہٕ تہٕ تَمہِ زمانہٕ چہِ شأعری ہِندی خدوخال پرٕزنا ونہٕ موکھہٕ چھ تَمہِ شأعری ہُند لِسأنی تہٕ فکری پوٚت منظر زانُن ضروری تاکہ یہِ کتھ سپدِ واضح زِ اَتھ دورس منز کیا اوس کأشرِ زبأنی ہُند صورت حال تہٕ کأشرِ زبأنی کوتاہ تہٕ کتھ حدس تام کوٚر سنسکرت تہٕ فارسی ہِشن دون بجن زبانن ہُند اثر قبول، یم ہتہٕ بدبن وٕری ییٚن کشیرِ ہنٕز سرکأری تہٕ علمی زبانہٕ روزٕ تہٕ کأشرِ شأعری کتھ حدس تام کوٚر یمن زبانن ہِندِ لفظہٕ راشہِ نشہِ استفادٕ تہٕ یہِ استفادٕ رُودا کأشرِ شأعری ہُند حسن نچھہٕ ناونس تہٕ اَچھ معنوی تہد أری ہٕہر راونس منز مددگار ثأبت ...... دوٚیم یہِ زِ تَمن سری فلسفن، مذہبی عقیدَن تہٕ سونچن ترٛ اینٕ ہُند چھا اَمہِ دورٕ چہِ صوٗفی شأعری ہِندِس فکری پوٚت منظرس منز کانٛہہ

عمل دخل یم اسلام تہٕ اسلأمی تصوف برونٛہہ ہتہٕ بدٕہن وٕری یَن کأشرٕ ہندی روٗحأنی ناگرادسکناوان روٗدی یمن منٛز ریشیت، بُدھ مت تہٕ شومت اہم چھِ۔

ہند یوٗرپی خاندانس سٍتی تعلق تھاوَن واجنی قدیم کأنی کأشرِ زبأنی چھُ ہتہٕ بدٕہن وٕری یَن سنسکرت[1] تہٕ فارسی لفظہٕ راشِگ اثر پیہ باوجوٗد تہٕ پنُن مخصوص لفظہٕ راش تہٕ ساختیأتی نظام۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ چھِ گوڈنکی تم زٕ عظیم کأشری یمو بدس تأریخہ مطأبق گوڈنچہِ لٹہِ پننہِ شأعری ہندِ باپتھ کأشر زبان پننہِ اظہارُک وسیلہٕ بنأو۔ سنسکرت تہٕ فارسی ہتہٕ واد وٕری یَن کٔشیرِ ہنٛز سرکأری تہٕ علمی زبان آسنہٕ موکھہٕ چھِ یہنٛز شأعری یعنے للہٕ واکھن[2] تہٕ شیخہ شرُکین منٛز یسلہٕ پأٹھی نے تہٕ بیشتر سنسکرت تہٕ فارسی لفظن ہُند ورتاو سپدان بلکہ چھُ گنہِ گنہِ عربی زبأنی ہندِ ہن لفظن ہُند تہٕ ورتاو سپدُمت۔ تِکیازِ اَتھ دورس منٛز اوس کٔشیرِ منٛز اسلام بحیثیت مذہب تہٕ اسلامس سٍتی آمُت وسط ایشیائی تہذیب پھاپھلیوٗمُت۔ ہنٛدوٗ دوراند وأتتھ اوس مسلمانن ہُند سیأسی دور شروع گوٗمُت، یمہِ کنہِ یہ زمانہٕ مذہبی، سیأسی، سمأجی، ثقافتی تہٕ لسأنی ردٕ

---

[1] سنسکرت روٗز ہتہٕ بدٕہن وٕری یَن ہندو دورکس اَخرس تام کٔشیرِ ہنٛز سرکأری تہٕ علمی زبان۔ فارسی آیہِ شہمیری دورس منٛز (مسلمان دور) سرکأری زبان بناونہٕ یۄسہٕ ڈوگرہ راج کس اَخرس تام کٔشیرِ ہنٛز سرکأری زبان روٗز۔ یم دۄشوے زبانہٕ چھےٚ کأشرس پٮ۪ٹھ پنُن سوٗن تہٕ گوٗن اثر تراوان۔ یمو دۄشوے وٕہ زبانو کوٗر سأنس ثقافتی تہٕ ادبی میراثس تھکبن لایق برٔر۔

[2] لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سنٛز شأعری ہُند مطالعہ کرِتھ تہٕ امیک تخلیقی تھزر چھُ ہاوان زِ اَمہِ برونٛہہ چھےٚ کأشرس منٛز شأعری ہنٛز اکھ مستند روایت اَسمٕژ۔ سأنی للہٕ شأعری چھےٚ اَتھ اظہارس ڈکھ کران۔

قبوٗلک دوراوس۔ رَدِ قبوٗلک یہ عمل چھُ لَلہٕ واکھن تہٕ شیخہٕ شرُکین منزٕ ٹاکارٕ۔ وون گوٚو
لَلہٕ واکھن منزٕ چھےٚ شیخہٕ شرُکین مقابلہٕ شوشاستر چہٕ اِصطلاح ورتاوٕس آمٕژ اما پوز کأشرِ
زبأنی ہندی لفظ، ترکیبہٕ تہٕ اصطلاح بلکہ وَنو کأشرِ زبأنی ہُند محاورٕ چھُ دوشونی شأعرن ہُنز
مشترکہٕ پأٹھی باوَتھ پرٛاوان۔ لل دبد تہٕ شیخ العالمؒ سُنزٕ اَمی شعرٕ زبأنی گراز تام چہٕ کُلہم
کأشرِ صوٗفی شأعری باپتھ بنیاد فراہم۔ وون گوٚوژ مانس ستی ییتہٕ نوٚو صنفہٕ وجوٗدس
آیہ تتہٕ روٚٹ زمانہٕ کہو بدلونہو تقاضو مطأبق تہٕ یمن صنفن ہندِ مزاز تہٕ موضوع مطأبق
شعرٕ زبأنی تہٕ نوٚو مزاز، نوٚو لہجہ تہٕ نوٚو آہنگ۔ واکھ تہٕ شرُک شعرٕ صنفن پتہٕ گوٚو وژن لیکھنُک
رِوٲج عام یمکی ہیتی آثار شیخ العالمؒ سُنزن نظمن منزٕ نمایاں چھِ۔ حبیب اللہ نوشہری
یَس پتھٕ (حبہٕ خوتون، محموٗد گأمی تہٕ رسُل میر اوٚک طرف ترٛاوِتھ) روٗد مہجوٗرس تام
(یتھ منزٕ مہجوٗرنہِ دورٕکی زٕ صوٗفی شأعر صمد میر تہٕ احد زرگر تہٕ شأمل چھِ) موضوٗعی تہٕ
لِسأنی اعتبارٕ کأشر وژن ہم مزاز تہٕ ہم آہنگ یتھ عام پأٹھی صوٗفی وژن ونان چھِ۔
أتھی قبیلکس ستی چھُ وہاب کھار تہٕ تمی سندی ہمکال شأعر تعلق تھوان۔ اَمہٕ قبیلکی وہاب
کھارٕنی ہمکال شأعر چھِ شمس فقیر، احمد بٹوأری، وازٕ محموٗد، احمد ڈار تہٕ احمد راہ بیترِ۔ یمن
منزٕ چھِ وازٕ محموٗد غزلُک شأعر تہٕ باقے سأری چھِ وژن پننہِ تخلیقی جوہرُک قألب بناوان
تہٕ کینژن شأعرن اوس نظم لیکھنُک وَل تہٕ بدس یمن منزٕ رحمٰن ڈارُن 'شش رنگ'، شمس
فقیرٕنی 'شُنی یاہ گرٛھی تھےٚ' احمد بٹوارٕنی 'نےٚ' تہٕ وہاب کھارُن 'ژندن گل' تہٕ 'طوطہٕ ہشہٕ
تمثیلی نظمہٕ قأبلِ ذکر چھےٚ۔

سرکاریٛ زبان آسنہٕ باوجوٗد اُس نہٕ اَتھ دورس منٛز فارسی زبانٕ سرکاریٛ سطحس پٮ۪ٹھ سو سرپرستی تہٕ عوٲمی سوٗتھرس پٮ۪ٹھ تتھ قبوٗلیت حاصل یوسہٕ اَتھ شھیری دورٕ پٮ۪ٹھ مغل دورس تام حاصل اُس۔ کٲشر شاعری گیوٚنٛک تہٕ بوزنٕک رٮ۪واج اوس حیہٕ خوتُونہٕ ہنٛزِ شاعری پٮ۪ٹھے عوٲمی حلقن منٛز عام گومُت تہٕ وہاب کھارنس دورس منٛز اوس روٗحٲنی محفلن تہٕ مجلسن منٛز کٲشرِ صوٗفی شاعری گیوٚنٛک تہٕ بوزنٕک عام رٮ۪واج ییٚمیُک کم کاسہٕ رٮ۪واج ازتام جٲری چھُ۔ ییٚمہٕ کِنۍ کٲشر زبان عوٲمی حلقن ستۍ ستۍ ادبی تہٕ ثقافتی حلقن تام وٲژ تہٕ کٲشرِس منٛز شعر وَننس کھوٚت بوٚش تہٕ پٔتھ اعتبارٕ ییٚج اَتھ عوٲمی سطحس پٮ۪ٹھ قبوٗلیت۔ اَمہِ دورچہِ شعرٕ زبانٕ چھِ پٔزٕن اکھ مستند تہذیبی تہٕ لسٲنی پوٚت منظر یتھ للہ دیدِ پٮ۪ٹھہٕ وہاب کھارس تام اکھ زٕٹھ تہٕ بختاور رٮ۪وایتھ ڈٮ۪کھس چھےٚ۔ اَمہِ رٮ۪وایٔژ نشہِ چھُ پٔتھ کالٕنہِ شاعرن پننہِ بٔڈٕ تہٕ مقدوٗرٕ مطابق استفادٕ کوٚرمُت۔ لسٲنی اعتبارٕ چھُ ییٚمن شاعرن ہنٛزِ شاعری منٛز ہشر لبنہٕ یِوان۔ خاص کٔرِتھ چھےٚ ورتاونہٕ آمژٕ بیشتر ترکیبہٕ تہٕ اصطلاح یِہ ڈٲکِٕ زِ تہٕ مشترک۔ پتہٕ گوٚو پٔتھ کالٕنہِ شاعرن چھِ ییٚمن مشترک ترکیبن تہٕ اصطلاحن بلکہ وَنو تشبیہن تہٕ استعارن ہُند ورتاوٕ پننہِ تخلیقی بٔرِ، فنی صلاحیتو تہٕ لسٲنی بوزشوٗز مطابق کوٚرمُت تِکیازِ لفظن ہُند باوزَن تہٕ برمحل ورتاوٕ چھُ شاعرٕ سُنٛزن فنکارانہٕ صلاحیتن ہُند نیب دِوان۔ مثلن للہٕ دیدِ چھُ واکھس منٛز ''سوٚدٕر'' استعارٕ ژٕنگی ورتومُت یُس ازتام الہٕ پَلہٕ پٔتھ کالٕنہِ کٲشرِ صوٗفی شاعرن پننہِ تخیٔلی آگہی تہٕ شاعرانہٕ ہونرمندی مطابق ورتومُت چھُ۔

آمہِ پَنہٕ سۆدرس ناوِ چھَس لمان

کتہِ بوزِ دَے میون مےٚ تہِ دِیہِ تار

☆

لل دید

سٕدرَس منز باگ چھےٚ زۄنہٕ ڈبا

تتھ منز بُستھ شاہ پانَے

نَے تتہِ ہندٕر نے تتہِ شباہ

ہبا یہِ چھے گُمانَے

☆

سوچھہِ کرال

دل چھے سمندر موختہٕ لال چھِس اندر

دُر چھ منز صدفس تَے چاۄنس پانہٕ مس تَے

☆

رحمان ڈار

سٕدرَس تہٕ صدفس معنے ژار

موختس تہٕ لٕدرَس چھے مِلہٕ ژار

شمس فقیر

سٕدرَس منز باگ سأری سَمہٕ نَے

قو درتھ چھےٚ بےٚ شمار

دٕری یاو وحدت کوتاہ چمہٕ نے

کمہٕ نہٕ ہتی گوم یار

☆

وہاب کھار

یتھے کنہ چھُ سانہِ صوٗفی شاعری منز کینژھہ نہٕ، شش کل، ظلماتھ، سٔہز، وبوار، لاتہٕ اِلا، نفی اثبات، لوح وقلم، شُنیہ یاہ، گنبر، کنبر، لامکان، ینہ راز، کامہٕ دِو، شامہٕ سوندر، سوہم سو، ایشر، برہما، مہشیر، گیان اگیان، تہٕ سوزِ منصور ہیتر ترکیبہٕ تہٕ اصطلاح مشترکہ پأٹھی پننہِ پننہِ معنہِ تہٕ تجربہٕ مطأبق ورتاونہٕ آمژٕ۔

فکری اعتبارٕ چھُ کنُو ہمہِ صدی ہنز شاعری ہُند محور اسلأمی تصوف، خاص کٔرِتھ امیک وحدۃ الوجوٗدی فلسفہٕ یتھ منز مقأمی فلسفن، عقیدن تہٕ سوچن ہنزٕ اَتھ ہنز ژھاے گژاے تہٕ شأمل حال چھِ۔ کأشرِ بن ہندِس عقیدس، سوچس تہٕ تہذیبس منز اوس ریشیت، بُدھ مت تہٕ شومت ہوی روٗحأنی فلسفہٕ ہتہٕ وادٕ وُری یوٚ پیٹھہٕ بسیتھ۔ اَتھ دوران ووت یور اسلأمی تصوف تیمی ییتہٕ کنہ ییمن مقأمی فلسفن پیٹھ پنُن اثر ترٛووتہٕ پانہٕ تہٕ کوٚرن ییمو نشہِ کم کاسہٕ اثر قبول۔ مثلن کأشر ریشت بنیو شیخ العالمؒ نشہِ وأتِتھ اسلأمی ریشت تیمی بنیاد توحید، رسالت، قرآن تہٕ باقے اسلأمی ارکانن پیٹھ ڈیٚتھ چھے مگر تہٕ کٔرِتھ تہِ روٗدٕ اَتھ منز کینژون مقأمی رِوایژن تہٕ عقیدن ہُند عمل دخل موجوٗد ییم یہِ ڈیٚژ تہِ شیخ العالمؒ تہِ پاناوان چھُ بلکہ ییمن ہُند ورگہٕ اجازتھ حضرت میر محمد ہمدانیؒ تہٕ حضرت شیخ العالمؒ درمیان تحریر سپدی متس خط ارشادس منز تہِ واضح چھُ۔ یتھے کنہ ییتہِ شو فلسفچ گوٚج خود شناسی تہٕ شوِ شناسی چھے تتہِ چھے اسلأمی تصوف کہِ وحدت الوجوٗدی مکتب خیالس منز ییمن چیزن بنیأدی اہمیت۔ پننہِ ذات پرٛزناونی گوٚو خودا پرٛزناوُن۔ صوٗفی عقیدِ موجوٗب چھے خود آگہی سو اعلیٰ ترین حقیقت یتھ منز کثرت

تہٕ وحدت تتھے گٔنٛز پیوست چھِ تتھہٕ گٔنٛز سٔندی جہ منٛز تیٖل، زِنٛس منٛز نار تہٕ دوٗدس منٛز تھٔنٛز چھےٚ۔ یہِ گوٚو صوٗفی ییٚن ہُند سہ مقام یێتہِ محدوٗدس تہٕ لا محدوٗدس درمیان کانٛہہ دوٗگنیار چھنہٕ۔ سو حالتھ یێتہِ خالقس تہٕ مخلوٗقس درمیان کانٛہہ بٔن چھنہٕ۔ وحدت الوجوٗدُک یو ہےٚ فلسفہٕ گوٚو شِو شاسترک ''سوہم سوٗ''۔ بدھ فلسفہٕ مطابق چھ نِروان انتم معنہِ سوو پزر تہٕ تفسیر کارَن نِشہِ چھُ یو ہےٚ انتم معنہِ سوو پزر اصلس سێتی وصل گوٚھنٛگ ماحصل۔ دراصل چھُ یمن سارِنٕے سری تہٕ صوٗفی فلسفن ہُند بنیأدی سوٚنچ یا وٚنو فلسفہٕ اکھ اٴکس سێتی ہشر تھاوان تکیازِ انتم پزر چھ سارِنٕے دھرمن تہٕ دھرم والین نِشہِ اکوے یتھ محض ناو بیوٚن چھُ مگر باوٕچھس گٔن۔ ژانٛگی چھِ مختلف قسمن تہٕ انہارن ہندی مگر یمن ژانٛگین منٛز ووتلن وول گاش چھُ گٔن۔

توٗے تہٕ چھُ حیاتس تہٕ کایناتس متعلق کلہم صوٗفی ییٚن تہٕ سریت پسندن ہُند تصور، رُوٗدِ یہِ تہٕ ورتاوُنے تہٕ اکوے۔ فکری اعتبارٕ چھُ کأشُر صوٗفی شأعری ہِندِس فکری پوٚت منظرس یِمنے مقأمی تہٕ غار مقأمی فلسفن ہُند یو ہےٚ سوٚنچ تہٕ فکر کارفرما۔ یێتہِ للِ دیدِ ووٚن:

شِو چھے تھَلہِ تھَلہِ رَو زان

موزان ہیوٚند تہٕ مسلمان

تتہِ چھِ حضرت شیخؒ فرماوان:

اٴکس مألِس ماجہِ ہندِ بن

تِمن دِپہ تزٕ اوتھ تہٕ کیاہ

مسلمانن کیٛو ہیٛندبن
کر بندن توشہِ خوداے

☆

تہٕ وہاب کھارن وٚون:

حضرت آدمس اُسی زٕ ے گبر
تم اُسی دوٕیہِ سلسلے
اُکی رٕٹ آورن ہیے رٕٹے قبر
دہٕنوٕنی چھیٚے گُنی ذاتھ

صوفی عقیدٕ موجوٗب یہِ کینٛہہ ھا چھُ تہٕ سورُے چھُ ذاتِ مطلق ''لا موجود الااللہ''۔ ارشادِ خداوندی چھُ ''وَمَا خَلَقنَا السَمٰوٰت وَالارض وَمَا بَینَھُمَا اِلا بِالحَق ''یعنی'' زمین تہٕ آسمان تہٕ یمن منٛز یہِ کینٛہہ ھا موجوٗد چھُ تہٕ سورُے کوٚر مے حق ستی پاُدٕ''، گویا پزٕتھ کانٛہہ چیز گوٚو حق نشی پاُدٕ۔ یا وَنوٕ یتھہٕ گٔنی زِ پزٕتھ اکھ چیز چھُ خوداے سٕندِ نوٗرُک ظہور تہٕ اَمہِ نِبر چھنہٕ کینٛہہ۔ یوٕ ہے گوٚو صوفی یَن ہُند سُہ کنبر یتھ تہٕ کثرت تہٕ وحدت اکھ اُکس منٛز ضم چھِ یتھ تہٕ محدودس تہٕ لامحدوٗدس درمیان کانٛہہ پھیرٕ چھنہٕ۔ کنٛزٕ رِکس اُتھی تصورس چھے للہ یتھہٕ گٔنی زیوٕ دِوان:

کُنبر بوٗزِتھ کُنہِ نو روٗزِس
کُنزرن کوٚرنم ہُنی آکار

کُنے اٚستھ دوٚن ہُند جنگ پیوم
سُے بیرنگ گوم کٲرِتھ رنگ

حضرت شیخ العالمؒ چھُ اَتھ تیتھ اکھ دٔری یاو وَنان یُس نہٕ کانٛسی دامہٕ چیتھ
ہیوک ،اورنہ چھےٚ عقل واتان تہٕ نہ فکر۔ یہِ چھُ تیُتھ عمل یٚیتہِ رفتارتہٕ گفتارٕ سی پھوان چھُ۔

کُنبرَے بوزٕ کھ کُنہِ نو روزٕ کھ
أمی کُنزَن کوتاہ دیُت جلاو
عقل تہٕ فکر تور کوٚت سوزٕ کھ
کُمی مالہِ چیتھ ہیوٚک سُہ دٔری یاو

شیخ العالم

موٗمن صأبُن تجربہ چھُ ہاوان زِ کُنبر زانُن گوٚو پنُن پان پژ زناوُن یٚیتہِ
تعدادُک تہٕ دوٚ گنیارُک پھیرٕ سی پھوان چھُ۔

شٔے ،ژور،نو تہٕ ستھ پتھ کُن تژاوو
برونٛٹھ کُن گُر پکناوو لو
کُنے کُنزس دِتھ چھےٚ جلاوو
پانہٕ منٛز پان پژ زناوو لو

موٗمن صأب

☆

کُنزُک یہِ حأرتھ انگیز عالم کیٚتھہٕ تراوِ ہے وہاب کھارس چھِوراونے۔

کُنزَن بہٕ کوٚرنٛس حأرتن
وُنی ران روٗدُس بو وتن

## گٕنزس چھُ بس گٕنزُک سفر

### وٚیسی وَنتہٕ واتم یار کر

'کینٛہہ نہٕ' چھُ کاشرِ صوفی شاعری منز ورتاونہٕ آمُت اکھ مشترک اصطلاح یمیُک ورتاو گوڈنچہ لٔلہِ لل دیدِ کوٚرمُت چھُ۔ کاشرِس منز فارسی یُک ورتاو سپدنہٕ پتہٕ آیہِ اَتھ متبادِل 'نفی' تہٕ 'لا' ہوی اصطلاح تہٕ ورتاونہٕ۔ عام پأٹھی چھُ کینٛہہ نَس معنہِ کڈنہٕ یِوان۔ 'کہنہ نہٕ' یا 'کہنہ نہٕ آسُن' یا سو حالتھ یتہِ نہٕ کہنہ موجود آسہِ یا یَتھ نہٕ کہنہ معنہِ آسہِ۔ اما پوز یِہ چھُ محض امیک ڈکشنری معنہِ تہٕ شاید چھِ کینٛہہ محقق أتھی معنہِ مفہوم کِس پوٚت منظرس منز کأشر شأعری منز ورتاونہٕ آمتس 'کینٛہہ نہٕ' اصطلاحس بُدھ مت کِس شُنہِ وادس سٟتی تأثیر کران، مگر تہٕ چھنہٕ صحیح۔ 'کینٛہہ نہٕ' چھُ دراصل کانٛہہ چیز ظأہر گوھنہٕ بروٚنٛٹھِم حالتھ۔ ئہ چیز یا سو حالتھ یوسہٕ موجود آسان چھےٚ مگر آشکار یا ظأہر چھنہٕ سپز ہٕو آسان۔ مثالے اَنہِ گوٚٹ چھےٚ اکھ حالتھ یوسہٕ گاشہِ سٟتی ظأہر یا آشکار سپدان چھِ۔ یتھے گٔنزِ ؤچھتو 'نکار' ئِس 'اَنکار' سٟتی وجود پٕراوان چھُ۔ کأشرِ صوفی شأعری منز چھُ 'کینٛہہ نہٕ' أتھی معنہِ مفہومس منز ورتاونہٕ آمُت۔ یوہَے گوٚو لل دیدِ تہٕ تٔمس پتہٕ باقے صوٗفی شأعرن ہُند 'کینٛہہ نہٕ' پٮ۪ٹھ کینٛہہ تام 'نفی' پٮ۪ٹھہِ اثبات تہٕ 'لا' پٮ۪ٹھہِ الا اللہ ہَس تام سفر۔ صوفی عقیدٕ موجوب ہیکہِ 'لا' سرَن ووٚلے یوٚت 'الا اللہ' زأنتھ یا پرٕزناوِتھ تہٕ سألِک ہیکہِ نفی ئُرِی تھے اثباتس واتِتھ۔ بقولِ شیخ العالمؒ لا الہ اِلا اللہ صحیح کوٚرُم یا بقولِ احد زرگر 'کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار'۔ ووٚنی ؤچھتوٚ أتھی معنہِ مفہومس منز 'کینٛہہ نہ' اِصطلاحُک ورتاو:

گورس پژھام ساسہِ لٹے
یس نہٕ کینٛہہ ونان تس کیا ناو
پژھان پژھان تھچس تہٕ لوٗسس
کینٛہہ نَس نِشن کینٛہہ تام دژاو

لل دید

یا

کینٛہہ نَے اوس کینٛہہ تام اوس
کینٛہہ نَس منٛز چھُ کینٛژھا
کینٛہہ نَس معنہِ وُنن کوس
پانَے اوس بہ بہانَے

سوچھ کرال

☆

وٕنیوم کینٛہہ نس نہ چھس کفار
نہ چھس مومن نہ استغفار
نہ خود چھس خود پرستانَے
بہٕ کینٛہہ نَے کس وَنے پانَے

شمس فقیر

☆

کینٛہہ نَس[۱] شنٛچھ وٕنی نَے کینٛہہ نَن تَے
کینٛہہ نہٕ منٛز نابوٗد کوٗرنَے بوٗد

---

[۱] یہ شعر یا وژُن بند چھنہٕ کلیاتس منٛز درج۔ وژنک گوڈٕ شعر چھُ.....''مس یِنہٕ چاوُنس اَمِ ساقین تَے.....چھس جارتن تَے ڈچھتھ جارتھ'' ۔اَتھ باٗتس چھُ ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھہٕ مشہور گلوکار غلام احمد صوفی مذکورٕ بندس سان گوان۔

کینژہ نہٕ ستی کینژہ نَس چھے ورتَن تےٚ

چھُس حأرتن تےٚ وُچھتھ حأرتھ

وہاب کھار

اَمہِ کتھہِ ہُند سپُد گوڈٕے ذکر زِ کأشرِ صوفی شأعری منز چھےٚ لل دیدِ پتھٕ احد زرگرس[1] تام اکثر صوفیانہٕ اصطلاح مشترکہ پأٹھی ورتاونہٕ آمتی تہٕ لل دیدِ ہنز ربوایتھ بروٚنہہ پکناوان چھُ سانہِ صوٗفی شأعرو شَو شاستر کین خیالن تہٕ اصطلاحن ہُند تہِ باضے ورتاو کوٚرمُت ۔ دراصل چھُ یہِ محض باوژہُند پھیرِ یا وَنو باوژٕہندی زرنگ تہٕ تصور چھُ کُنے ، یُس سوہم سوٗ تہٕ وحدت الوجوٗدُک لُبِ لُباب چھُ۔ سو خود شنأسی تہٕ خود آگہی ییٚتہِ دوٗگنیاروٗسی پتھ کُنرِچ صدائے بازگشت گرزان چھےٚ ۔

آ کاشہِ سمندر مَن چاوناوُن

وارٕ دیہِ ناوُن ہے چھُس سُہ

کن دِتھ سوختن معنہِ گرِتھ ژارُن

دارناہِ دارُن سوہم سو



شاہ غفوٗر

---

۱؎ احد زرگرس یور کُن تہِ چھُ کأشرِ بوٚ صوٗفی مزاز تھاون والبو شأعرو یمن اصطلاحن ہُند استعمال کوٚرمُت مگر یہنز شأعری پتھ چھنہٕ وُنہِ کانہہ خاص تحقیقی یا تنقیدی جایزٕ ہینہٕ آمُت ۔ یمہِ کِنٕ یہنز شأعری پتھ کانہہ رائے دِنی وُنہ مناسب چھنہٕ ۔

شاستربل[1] شاستر گارُن
نائلی رحمس شاستر چھِیے
تاج شاستر چھُے دہندارَن
بے عارن عار ناو چھُیے

رحیم صأب سوپۄری

☆

من وراءِ محیط الیشر چھُ
تَتہِ گۄو نبیؐ یَس آلو ہیۆ
لچھہِ بُدی وأنٛسہِ گۄوا کھأچھ مو
پراوم سۆ پراوم سۆ

صمد میر

۲۰۰۴ء

☆☆☆

---

[1] شاستربل شیہ چھس گاران (کامل) شابل چھس بہٕ شیٚہ گارن (ساقی)۔

# اَتھ ظُلماتَس لعل کیٛاہ چھِ تےٚ

شمع زاجوم ہٹہِ کے رَتے ۔ سُہ گاہ ظلماتہٕ پیوم
اَتھ ظُلماتَس لعل کیٛاہ چھِ تےٚ ۔ سُہ گَس پتےٚ گوم

**وہاب کھارنہِ** مذکوٗرٕ شعرُک فکری پوٚت منظر، شعرٕچ لِسانی صوٗرتھ تہٕ لسانی صورٕژِ ڈٕسی شعرس منٛز پھاٛنپھلن وول تجربہٕ چھُ شاعرسٕنٛز تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرک نوٗن نیب۔ دوٚیمِس لفظن منٛز وَنو زِ حیاتس کائناتس متعلق اسرارٕ ریٚ تصور تھاون وٲلس اُمِس بیدار مغز شاعرس چھُ کاشرِ صوٗفی شاعری ہِندِس فکری، لسانی تہٕ ثقافتی پوٚت منظرس تام تہِ واتنیٛارتہٕ اَتھ فکری، لسانی تہٕ ثقافتی پوٚت منظرس تحت پھاٛنپھلن والین آکارن انہارن تہٕ اسرارن روٗموٗزن تجربہ بناوِتھ شاعرانہٕ اظہار دِنک تخلیقی بُتھر تہِ اوسمُت۔ ہٹہِ کیٚہ رَتہٕ شمع زالِتھ ظلمات پرٕزلاوُن تہٕ ظلماتَس منٛز نپہٕ نپہٕ کرونی لعل وُچھنُک عمل چھُ صوٗفی شاعری ہِندِس فکری پوٚت منظرس تحت شاعرسُند اکھ روحانی تجربہٕ یا وَنو شاعرسٕنْدِس تخلیقی ووجوٗدس منٛز پھاٛنپھلیو مُت اکھ محسوٗس خیال یتہٕ وَنوس لسانی صوٗرٕژِ ڈٕسی پھاٛنپھلن وول شعرٕ تجربہٕ۔ اَمِہ قسمُک یا تِتھےٚ ہیوٚ تجربہٕ ہیکہِ کانٛسہِ حبسہٕ بیدار شخصٕس تہِ اَسِتھ یا کانٛسہِ اسرار پسندس تہِ سپدِتھ۔ اَما پوٗز تم ہیکن نہٕ پنٛنس

تجربس تہٕ تجربس منز وۄپدٕ یمتِس صورت حالس شاعر سندی پأٹھی لفظہٕ باوتھ دِتھ تہٕ نہ سپدن اَمہِ باپتھ بے قرار۔ گویا شاعرس منز چھے تجربہٕ علاوٕ تجربہٕ باوننک وُتش تہٕ تجربس لسأنی صورتھ دِنچ صلاحیتھ موجوٗد آسان۔ یہِ لسأنی صلاحیتھ ہیکہِ اَکس عالمس تہٕ اَکس معلومأتی ادب لیکھن وألس تہٕ آسِتھ، اما پوز تھنٛز سو لسأنی زان چھنہٕ تخلیقی آسان بلکہ معلوماتی یعنے شاعر چھُ پنٛن تجربہ یا خیال تِتھہٕ پأٹھی باوان زِ سُہ تجربہٕ یا خیال چھُ ورتاونہٕ آمتین لفظن منز زِندٕ زُوصوٗرتھ پرٛاوان تہٕ تجربچ سوزندٕ زو لسأنی صورتھ چھے پرن وألس نفسیأتی تہٕ احساسأتی طور آوراوان۔ شاعرسٕنز اَتھی لسأنی صوٗرژ یالسأنی صوٗرژ ڈٕسی پھلیمتِس تجربس چھِ شعر ونان۔ حالانکہ لسأنی صورتھ یالفظہٕ ورتاو چھُ کُنہِ معلوٗمأتی تحریرس منز تہِ آسان۔ اَما پوز معلوماتی تحریرس منز باونہٕ آمُت سوچ یا معلومات ہکن پرن وألی سٕندِ باپتھ صحیح تہِ آسِتھ تہٕ غلط تہٕ۔ پرن وألس چھُ پانس تام زِ سُہ کریا سُہ سوچ یا تم معلومات قبول کِنہٕ نہ۔ اَتھ برعکس یُس خیال یا تجربہ شعرس منز باونہٕ آمُت آسہِ، پرن وألی سٕندی ڈٕسی سُہ خیال یا تجربہ صحیح یا غلط قرار دِنک یا قبول کرنک یا نہ کرنک چھنہٕ سوالے وۄتھان تِکیازِ پرن وول چھُ اَتھ باوژ منز پنٛن کُلہم وۄجوٗد ہیتھ آورنہٕ یوان۔ یاوَنو یِتھہٕ کنٛی زِ پرن وول چھُ شاعرٕ سندِ شعرٕ تجربہٕ منٛزی گنٛدران تہٕ اَتھ صورتِ حالس دوران چھنہٕ تَس مذکوٗرٕ تجربہٕ پوٗز یا اپٕز آسنک خیالے وۄتھان یا اور کُن چھنہٕ تَس ظوٗنے گژھان۔ تِتھے کنٛی یِتھہٕ کنٛی دہاب کھارنس ہٹہِ کہِ رَتہٕ شمع زألتھ ظلماتہٕ لعل پرٛزناون وألس تجربس منز پرن وول

نفسیأتی طور تیتھہٕ کُنہٕ آ ور نہٕ یوان چھُ زِتس چھُنہٕ مذکوٗرٕ تجربہ پوٗز یا اپُز آسنگ احساس ہے گوٗھان تہٕ نہٕ چھس اور کُن ظوٗنہٕ گوٗھان زِ اَتھ چھا سائنسی پزٕرس ستی کانہہ واٹھ کِنہٕ نہٕ۔ دراصل چھُنہٕ شعر کانہہ سائنسی بیان یُس سرکھرٕ کرُن پیٚیہِ یا یِمہٕ کِس صحیح یا غلط آسنس متعلق کانہہ فأصلہٕ دِنہٕ ہیکہِ یِتھ، بلکہ چھُ شعرا کھ محسوس خیال تہٕ یوٗ ہے محسوس خیال چھُ پرن وول وُچھان تہٕ ژینان تہٕ ژھٕنتھ اَتھ منٛز جذبأتی تہٕ نفسیأتی طور ہنہٕ یوان۔ ہرگاہ اَسہِ کانہہ شخص وَنہِ زِ اَکس بے سوکھ تہٕ بے کس زنانہِ ہُند حال بوٗزِتھ چھےٚ زوٗن تَس خبرِ وَسان تہٕ تَسند بن غمن دوکھن منٛز شریک سپدان، اَسہ باسہِ یہِ اکھ بے معنہِ چاٗرِ کتھ۔ اَما پوٗز یِیلہِ سون لُکہٕ شاعر یِہے کتھ ونان چھُ، اَسہِ چھِ جذبأتی تہٕ احساسأتی طور یہِ رشتہٕ قبول کران کران تخلیقی آنند پراوان۔

زوٗن گُھرٕ مے لوٗ پیٚیے مے ببرے
وَسہِ زوٗنی بے کستن خبرے

مذکوٗرٕ لُکہٕ شعر پرن وألِس گژھِہ نہٕ اوکُن ظوٗنہٕ زِ زوٗن چھےٚ یِمہٕ زمینہِ ہیوٚر کرور وادِ میل دور اکھ سیارٕ تہٕ بے کس فرٕی یا دِکہ زنان چھےٚ یِتھ زمینہِ پیٹھ روزن واجیٚنہٕ اکھ زِندٕ زُ مخلوق تہٕ یِمن دون کُس رشتہٕ ہیکہِ آستھ۔ جذباتن ہنٛدِس احسأسی دنیاہَس منٛز وأتِتھ گژھِہ نہٕ تَسند ذہن اَمہِ کِس فطری یا سائنسی پزرس کُن۔ نتہٕ کیا وُنی زِ یِتھ لُکہٕ اظہارس:

زوٗن موج زوٗنی ہانکل تژاو
بہٕ چھس چاےٚنی واٚنکل کوٗر

☆

گوٚو پرن وول قاری تہٕ چھُ شعر پرنہٕ وِزِ سوے ٚکفیتھ ژینان یوٚسہٕ احساسی ٚکفیتھ خود ِشاعرن محسوٗس کرمٕژ آسہِ۔ وٕنۍ گوٚو یہِ چھُنہٕ ضروری زِ قاری تہٕ کرِ شعرس سُے تاٚویل یُس خودِ شاعرٕ سندِس ذہنَس منز آسہِ یا آسہے تہٕ یتہِ چھُنہٕ ضروری زِ گُنہٕ تخلیقی فن پارس کیٚا کرن اَکی زمانکی زِ[۲] یادو یَو کھوتہٕ زیادٕ پرن واٚلی اَکوے تاٚویل۔ شعرس شرح کرنہٕ وِزِ شعرس منز باونہٕ آمتس یا پھاٗپھلیمتِس تجربس نگھہٕ واتنٕچ بُنیاٚدی وسیلہٕ چھےٚ شعرٕچ لساٚنی صورتھ تہٕ یہَے لساٚنی صورتھ یا لفظٕ باوَتھ ہیکہِ اَکس شعرس مختلف شرح کرن والین درمیان ہم آہنگی پاٚدٕ کرِتھ۔ اَتھ خیالس پیٹھ بحث کران چھُ پروفیسر رحمٰن راہی لیکھان:

''بازرتژاٚوتھ چھُ ادیب تہٕ پننہِ ادب پارک تیتھے اکھ قاری بنان یُتھ تَس ورٲے بێیہِ کانٛہہ نفر ہیکہِ اَستھ۔ ادب پارٕکس معنہٕ یَس یاوَنو تَمہِ چہِ باوژنبستھ چھُ نہ ادیبَس تہٕ نہ تَسندِس اَکس یا بێیس پرن واٚلِس کانٛہہ امتیاٚزی ٚاختیار حاصل روزان۔ شعرٕچ لساٚنی صورتھ یَس یوٚت واتناوِ تہٕ توٚت۔ پرٕ بتھ کانٛہہ ہیکہِ ادب پارٕچ لساٚنی صورتھ نظرتَل تھاٚوِتھ پننِس واتنیارس دفاع کٔرِتھ۔ حتمی فاٚصلہٕ نہ چھُ پانہٕ ادیب روزان تہٕ نہ تَسند کانٛہہ خاص پرن

وول بلکہ چھ حتمی فاصلی بجایہِ خود ادب پارے بنان۔

☆ شعر شناسی، صفحہ: ۲۰

عام عقیدٕ مطابق چھے صوٗفی شاعری گٔدرن حال ییٚتہِ زبانیٚ ہندٕ کھوتہٕ تجربس اہمیتھ چھے، اما پوز اتھ صوٗرتس منز تہِ چھے امہِ قسمہٕ کس تجربس باوتھ دِنگ واحد وسیلہٕ یِہے زبان۔ نیتیون وہاب کھارُن یوہے تجربہ یَتھ شاعر مختلف تشبیہو تہٕ استعارو ذریعہ تتھٕ کنہ بیان کران چھ زِ دلکش منظر وۄتلتھ چھ اکھ ڈرامایی صورتِ حال دیدمان سپدان۔

شمع زاجوم ہٕتِہ کے رَتے    سُہ گاہ ظُلماتہٕ پیوم
اَتھ ظُلماتَس لعل کیاہ چھِ تے    سُہ گَس پیتے گوم

ہرگاہ شاعرانہٕ زاوِی جارن سنن وول کانُہہ شعر شناس وَنہِ زِ 'شمع' بدلہٕ روزِ ہے 'ژونگ' لفظ ورتاوُن مناسب، تِکیازِ ژاٹ نِکس ہکو تلہٕ بدلہٕ رَتھ زالتھ مگر تمہِ با ووجوٗد چھے شعرس منز اکھ دلکش شبیہہ وۄتلان۔ شعرس منز وۄتلن وول کردار چھُ ہٕتِہ کہِ رَتہٕ شمع زالتھ ظُلماتس منز اژان تہٕ شمعک پرتو چھُ ظُلمات کس انہِ گٹس پرٛزلاوان تہٕ اَتھ منز موجود ژھیپتھ لعل چھِ امہِ پرتوٕ نیپہ نیپہ کران تہٕ ظُلماتس منز ژامُت نفر چھُ یِہ نیپہٕ ناوبرو وُچھتھ حارتہٕ ہوٗت وَنان:

اَتھ ظُلماتَس لعل کیاہ چھِ تے

اسرارِی باوتھ کاروَنہِ اَتھ صوٗفی سُند اکھ روحانی تجربہ ییٚتہِ سالک پنٛنی گاشہِ پنُن انہِ گوٗٹ گاشراوان چھُ۔ بدل پاٹھی وَنو 'اثبات' کہِ گاشہِ 'نفی' 'پرٛزلاوُن' یا 'الااللہ' کہِ

ژانگہِ 'لا' گاشراوُن تہٕ اَمہِ گاشہِ کائنات کِس سرساوِرس منز خودائی نورڈیٚشن ۔ یہِ معنہِ مفہوم یا شعرس منز ووتلن وول صورت حال چھُ اَمی لسانی صورژ ِسی بروٗنہہ کُن یوان ۔ یژھ ہشہِ شبیہہ چھےٚ کُنہ کُنہِ لل دیدِ ہندی تِتھی تجربہ یاد پاوان:

دما دم کوٚرمَس دمن ہالے
پرٛزلیوم دیٖپ تہٕ نَنے یم ذاتھ
أندرِم پرٛکاش نبر ژھوٚٹُم
گٹہِ روٹُم تہٕ کرٔمَس تھپھ

تِتھے کُنی وُچھتون دریاوَس (سوٚدرَس) سٟتی تعلق تھاون واجیٚنی یہِ شبیہہ یِتہٕ شاعرس منز تخلیقی آگہی تہٕ شاعرانہٕ ہونرمندی ہُند تخلیقی ووپذاوأ کِس تِتھِس تجربس زبو انان چھُ زِ شعرس منز چھُ زِندٕ زوٗ ڈرامائی صورت حال ووتلان۔

سٔدرس منز باگ سأری سمہٕ نے    قودرتھ چھےٚ بےشمار
دٔری یاوِ وحدت کوتاہ چمہٕ نے    کمہٕ نے سٟتی گوم یار

☆

کھوغرق دری یاوِ گرتھن بتے    مےٚ دامہٕ دٔری یاو چوم
دری یاو عشقن ماران گتے    سہٕ گس پتے گوم

وہاب کھارنن اَمہِ قبیلہٕ کین شعرن ہُند شرح تہٕ تنقیدی مطالعہ کرن وألِس کأنسہِ تہِ شعر شناس نقادس ہیٚکہِ نہٕ شاید وہاب کھارس متعلق امین کأمل صابنِس یتھ

جملس ستی اتفاق اُستھ۔

''اُمس چھُ ونس پیٹھ کہے عبور اوسمت۔ اوٚ کنۍ چھِ أمۍ ہندی

اکثر بأتھ قأفیہِ بند نثر۔'' صوفی شاعر، جلد:۲

دراصل چھُ کلہم کأشر صوٗفی شاعری پرنہٕ یا اَمۍ مولائنکون کرنہٕ وِزِ بیشتر جایَن گوڈنیکے سوال یہِ ووتھان زِ آیا شاعرن کیا آسہے پانہٕ وۄنمت تہٕ چھاپ کیا چھُ سپدمُت۔ أزی کس قأری یَس چھُ یوٚھن جایَن شعرُک متن پران پران اَمہٕ قسمہٕ کین سوالن پأنۍ پانے جواب ژھانڈُن پیوان۔ وہاب کھارنہٕ شاعری ہُند چھاپ سپدمُت متن پران پران چھُ عام پرن وألس شاعرٕ ہندِس لسأنی بوزشوزش تہٕ تخلیقی معیارس متعلق شک گنان۔ اَما پوز پتہٕ ییلہِ شعرُک اصل متن تہٕ لفظن ہنٛز اصل صوٗرتھ ڈری یاف سپدان چھے، شعر چھ معنہِ مفہومہٕ رٔنگی تہٕ تہٕ تخلیقی معیارٕ رٔنگی تہٕ فرشہٕ پیٹھہٕ عرشس واتان۔ اَتھ پوٚت منظرس منٛز چھُ یہِ زانُن أہم بلکہ لأزمی زِ شعر پرن وول قأری یا شعرس شرح کرن وول شارح گوٚژھ شعرُک نبض شناس آسُن، یَس علم تہٕ آسہِ تہٕ مشاہدٕ تہٕ۔ تَس گوٚژھ تِتھے ہش لسأنی زان آسٕنۍ یوٚژھ بذاتِ خود شاعرس آسان چھے۔ بلکہ گوٚژھ تَس شعرٕ کس فکری، ثقافتی تہٕ ادبی پوٚت منظرس تام واتنیار آسُن۔ مثلن رسول میر چھُ پننِس شعرس منٛز 'خونِ سیاووش' تہٕ غالب 'کاغذی پیرہن' ورتاوان۔

کیا مأنز چھِیے زیبا ہے ہے کوٚرتھ برپا
صد خونِ سیاووش جانانہٕ مسأ روش

نقش فریادی ہے کس کی شوخیٔ تحریر کا
کاغذی ہے پیرہن ہر پیکرِ تصویر کا

وونی ییمِس قاری یَس یا نقادس یمن مذکوٗرِ اظہارن ہُند تواریخی کیٖو فکری پوٚت منظر معلوٗمے آسہِ نہٕ، تس کتھہٕ ہیکہِ شعرٕ کس معنہِ مفہومس یا تجربس تام واتنیار آستھ۔ گویا قاری یا نقاد گژھہٕ شعرٕ تجربہٕ کس تواریخی، فکری کیٖو لسانٔی پوٚت منظرس واقف آسُن۔ تکیازِ لفظس چھُ پنُن لغوی تہٕ تخلیقی معنہِ آسان، پنُن فکری تہٕ ثقافتی پوٚت منظر آسان تہٕ اَمہِ علاوٕ پنُن مخصوص احساسٲتی تہٕ جمالیٲتی حِس بیدار کرنُک قووَتھ آسان۔ اَوٕ کنۍ چھُ لفظے شعرس اندر اَژنُک درواز بلکہ دروازس قلُف مُژراونٕچ کُونز۔ مثلن وہاب کھار ہر گہہ

شمع زوُلم ہٹہِ کے رَتے

بدلہٕ وَنہِ ہے یہٕ گتھ یِتھہٕ کنۍ

تِلہٕ گنہِ زوُلم ژٲنگس رَتھ

دوشوٕنی اظہارن بظاہر گنے معنہِ مفہوم تہٕ اکوے تجربہٕ آسنہٕ باوجوٗد چھُ 'شمع' تہٕ 'ژونگ' لفظ بیوٚن بیوٚن احساسٲتی تہٕ جمالیٲتی کیفیتھ ووتلاوان تہٕ تجربس تہِ چھُ یہِ ڈلِژ تہِ پھیرٕ پیوان تہٕ معنوی انہار بدلان۔

کٲشرِ صوٗفی شاعری مولوٗنہٕ وِزِ چھُ لازمی من یہِ ظوٗن تہِ تھاوُن زِ سانٔی صوٗفی شاعر آسی نہٕ اَزی کنٮ۪ن شاعرن ہندی پاٹھی پنُن کلامہٕ چھاپ کرنُک امکان نظرِ تَل

تھاوِتھ شعرٕ وَنان بلکہ اوس تِمن یہِ خیال روزان زِ شعر گژھہٕ سازس سرودس پیٹھ یا نٔتس تہٕ سارنگہِ کھسُن۔ یتھ ژٔ کس تل کأشر روأتی میٖژ نظام کارفرما اوس۔ اَمہٕ کِنۍ چھ اَمہٕ قسمہٕ چہِ شأعری پیٹھ مقأمی میٖژ نظام ورتاوُن جائز۔ ووٚنۍ ییم لُکھ پرٛانہِ کأشرِ شأعری منٛز تہٕ عربی فارسی عروضی نظام ژھانڈٕنکۍ دعوادار چھِ، تِمن پزِ یہِ زانُن زِ کِہنۍ کأشر شعر زاتھ مثالے واکھ، شُرُک یا وَژُن چھُنہٕ مذکورٕ عربی فارسی عروضہٕ حسابہٕ گنڈنہٕ آمُت۔ بلکہ چھ یِمن سارِنے صِنفن منٛز کأشرِ میٖژ نظام کارفرما۔ یِتِمن چھےٚ ضِمَنَن یہِ کتھ وَنٕنۍ تہِ مناسب زِ سأنۍ کینہہ جذبأتی عروضی دعوادار چھِ نُوس تہٕ جدید کأشرِس غزلس تہِ فارسی عربی رِکس شٕٹھہٕ عروضی نظامَس تحت تولان۔ یہِ گوٚو گٔنہِ حدس تام ٹھیکے اما پوز تِمن پزِ یہِ حقیقتھ تہِ نظرِ تل تھاوٕنۍ زِ فارسی وألی تہٕ روٚدۍ نہٕ شٕٹھہٕ گی ہندِس حدس تام پہِہ أنۍ ہِتس عربی عروضس تأبیاتہٕ پننہِ زبأنۍ ہُند مزاز تہٕ آہنگ مدنظر تھاوِتھ کرِتمو پننہ عروضی نظام چہِ وَتہٕ ہموار۔ کأشرِ زبأنۍ تہِ چھ پنُن مخصوٗص مزاز تہٕ آہنگ۔ آوازن ہُند پنُن منفرد ژھوپر زِ کِھر تہٕ ٹلہٕ ترٛاو یمیک اثر سانہِ شأعری ہندِس لٔجس تہٕ آہنگس پیٹھ پیوٚن لأزمی چھُ۔ پروفیسر رحمٰن راہی چھُ اَتھ موضوٗعس پیٹھ بحث کران پننہِ ”کأشر شأعری تہٕ وزنُک صورتِ حال“ ناو چہِ کتابہٕ منٛز لیکھان:

”شأعری اَسی تَن کانہہ تہِ سو گوٚڈ تِمی وزنیاتہٕ یا میٖژ نظامہٕ مطأبق میننہٕ تولنہٕ تٕنۍ یِمہٕ مطأبق سو گنڈنہٕ آمٕژ آسہِ۔ سانٛین کأشرٕ بن عروضہٕ عاشقن چھُنہٕ ژیتہے روزان زِ عربی عروض نہٕ چھُ کأشرِ زبأنۍ

ہُند مزاز نظرِ تَل تھاوِتھ تھ‍رنہٕ آمٕت، نہ وزنس متعلق کأشرِ بن ہندی عادتی رٕوِی یہِ زانِتھ تہٕ نہ کأشرِ شاعری وُچھِتھ۔"



وونی ہے وہاب کھارُن شاعرانہٕ وۄجوٗد وو پر عروضی نظام چہٕ چھیپہٕ دِمو تہٕ کیاز۔ تہٕ کرِتھ تہِ چھُنہٕ کانٛہہ عروضی نظام شأعری ہنٛز واحد پژ زنتھ یا مۄلہٕ مدعا بلکہ چھُ شعرس منٛز باوژٕ دِسی پھانپھلن وول تجربہ اہم۔ دۄیم یہِ زِ کأشرِ صوٗفی شأعری خصوصن وژن چالہِ نغمأتی شأعری چھےٚ ژٕ کہِ گبون شأعری نہ زِ پرنٕچ شأعری بلکہ چھےٚ کأشرِ بو صوٗفی شأعرو عام پأٹھی کأشرِ میٖنٛزِ نظامہٕ مطأبق تمے بحرٕ ورتاوِمٕژ یم گبونہٕ وِزِ سہل تہٕ نغمأتی آسن۔ یوہے چھُ وجہہ زِ وہاب کھارنس کلامس منٛز آسہ خالے تژھ کانٛہہ بحر یا ردیف قافیہِ لحاظہٕ تژھ زمین یتھ سنگلاخ یا مشکل پسند وَنو۔

| | |
|---|---|
| پامہٕ چانہِ بر سر بر سر | کامہٕ دِوٕ ہا میانہِ یارو |
| گس وَنہٕ سوندر سوندر | نامن کرے شوٗمارو |



وہاب کھارنہِ شأعری منٛز ورتاونہٕ آمٕتی اصطلاح، استعارہ تہٕ علامژ چھےٚ گلہم کأشرِ شأعری ہُند مشترک میراث۔ وٕنۍ گوٚو یسلہٕ پأٹھی نۍ تہٕ کیتہِ پھرِ چھُ یمن اصطلاحن، استعارن تہٕ علامژن ہُند ورتاو مختلف شأعرن نِشہِ الگ الگ معنہٕ مفہومن ہُنٛز اشار کران۔ وہاب کھارس چھےٚ یہِ خصوصیتھ پننہِ قبیلہٕ کین شأعرن منٛز امتیاز بخشان۔ اُہنٛزِ شأعری منٛز ورتاونہٕ آمٕتی ظلمات، شمع، دٕرِیاو، سۄدٕر، زُلف، پِندر

تہٕ تخلاص ہوی مشتر کہٕ اصطلاح تہٕ استعار چھِ پننہِ معنہِ مفہومہٕ کنی، ورتاوٕ کنی تہٕ ژوی یہ اظہارٕ کنی۔ اَمہِ قبیلہٕ چہِ کأشرِ شأعری منز ورتاونہٕ آمتین اصطلاحن تہٕ استعارن نشہِ موے مختلف تہٕ بدٕون۔

عالم چھُ ووٚلمُت زُلفِ خمہٕ نے — آدم چھُ بے تختیار
نابوٗد نشہِ بوٗد کوٚر بے غمہٕ نے — گمہٕ نے ءتی گوم یار
سدرس منز باگ سأری سمہٕ نے — قودرتھ چھےٚ بے شمار
ذٔری یاوِ وحدت کوتاہ چمہٕ نے — کمہٕ نے ءتی گوم یار

أمس قداور کأشرِس گونماتھ ءسند بن ییمن اعلیٰ شعرٕ مصرن ہنٛز لسأنی صورتھ، معنوی تہدأری تہٕ تخلیقی معیار ژھینتھ گس شعر شناسس ژٔلہِ نہٕ واہ نیرٕتھ، ییم بقولِ محمد یوسف ٹینگ ''گولرِس منز ووٚلر وینپرادنگ'' طاقت تھوان چھِ۔

سوٗرے عالم لوِ میون کھوس
☆
مے دامہٕ ذٔری یاو چوم
☆
نَم چھِن رٔنگہٕ متی آدٕی رَتے
☆
عالم چھُ ووٚلمُت زُلفِ خمہٕ نے

دپان باضے چھنہٕ زبان یا لفظ خیالس یا تجربس مکمل یا ہوٗبہوٗ اظہار دِتھ ہبکان۔ یہِ صورت حال چھُ باضے شأعرس ہنا زیادَے پھن داوس لاگان۔ اوٚے

کٔنی پیٚو شاید شمس فقیرس وٕنٕن:

سہٕ ہِر موجوٗد روٗدُم چھِناتتھ جامہٕ نٲلی

پتھٕ یِیلہِ Abstract کتھن باوتھ دِنٕی آسہِ تیٚلہِ چھُ معاملہٕ زیادٕے پیچیدٕ بنان تہٕ شٲعرُ سند اظہار کیاہیکہِ ییمہِ نبرٕ تہٕ ہیوٚرٲستھ،

گُمانہٕ کینٛہہ نَے اوسُم مےٚ تَے　　گُمانہٕ کیاہ سنہٕ گوم

گُمانہٕ روٚستےٚ کیا گرٕ کتھے　　سہٕ گٔس پتےٚ گوم

گوٚو اسرٲری تجربس دوران چھِ تتھی ژٕہی تہِ یوان یِیلہِ تجربس منٛز ینہٕ وٲلی چیز دِنیاوی چیزن ہندی پٲٹھی بیان چھِنہٕ سپدِتھ ہبکان۔ شاید چھےٚ اظہارٕچ یہٕے مجبوری صوٗفی شٲعرس لولہٕ شٲعرٕ سندی پٲٹھی کتھن باوتھ دیاوناوان۔ یہِ خصوصیتھ چھےٚ کٲشر بٔن صوٗفی شٲعرن مشترک تہٕ یژھن جاین چھُ کٲشرِ صوٗفی شٲعری ہُند اکھ قابلِ توجُہ حصہٕ مجاٗزی لولہٕ شٲعری نِشہِ بالکل بیوٚن کڈُن مشکل بنان۔

عطرے گولا بہٕ سٟتی وارٕ نٲوی زبن تن　　شاہِ یوسف انتن

تیٚلہِ ژٲلہِ لولہٕ تب یِیلہِ رَلہِ تَنِ تن　　تلے ویٚسی یار انتن



وہاب کھارنٕن اَمہِ قبیلہٕ کٕنِن بٲتن منٛز چھےٚ سوٕے زٕنی زنتہٕ روٗپ بدلٲوِتھ یوان یوسہٕ رحمان ڈارنہِ 'شش رنگ' نظمہِ منٛز برجستہٕ اظہار پرٛاوان چھےٚ۔ یہِ زٕنی چھےٚ دراصل استعارٕ تمس ژھبنہٕ گٲمتس مخلوق سُند یُس پنٕنس آگرس سٟتی واپس رَلنہٕ

باپتھ کرٛ یشان چھُ۔ یہِ مجاز‍ٕ ی رنگہٕ صوٗفیانہٕ شاعری چھنہٕ صرف باطنی تجربن زبو انان بلکہ خارجی دُنی یہکہن منظرن ہُند حُسن تہٕ سرِساوبر ژہنتھ باضے تتھے کٕنۍ شادمانی ہُند اظہار تہٕ تھہٕ پاٹھۍ اکھ فطرت پسند رومانی شاعر کران چھُ۔

بالہٕ یارٕ مالہٕ پھولنے یِزِ ہے
آفتابہٕ زوٗنہٕ درشن دِزِ ہے

☆

آفتاب کھۄتاو زوٗنہِ ہنزِ مایے          زوٗن ہیٚتھ سنگرن ژھایے لو
ژھل گوٗو گرٛٹس تہٕ پھل دراو وایے          چھُے عشق بے پروایے لو

☆

چھے ہرنن سورے اُچھی          زوٗنہٕ پچھی سالِ ڈل جان
سونتہٕ رتے زیٹھنہِ پچھی          زوٗنہٕ پچھی سالِ ڈل جان

اَتھ استعاری یا تشبیہی باوژھے یہِ خصوصیتھ تہٕ زِ امہِ ستی چھِ کشیرِ ہندی مختلف قودرتی منظر تہٕ چیز ذہنس منز ووتلان یمہٕ ستی یہِ کتھ عیاں سپدان چھے زِ وہاب کھار اوس کاشرس اندی پکھس منز اکہٕ زِندٕ ووجوٗدٕ کۍ پاٹھۍ زندگی گذاران۔ امہٕ قسمکی شعر پران پران چھِ کشیرِ ہُند عقیدتی تہٕ ثقافتی پوٚت منظر نظرن تل یوان زِ کاشری کتھہٕ پاٹھۍ اَسی سونتھ چھاوان، ڈل سالس گوھان، جاناوارن ہُند بولبوش بوزان تہٕ یِلی کراہن کران وولنس یتھ پننس ووجوٗدس وون دِوان حضرت بل کس نوٗرس منز آفاقی کئیو الٰہی نوٗر پرزناوان۔

ڈلس بولان جانہٕ وار بولبوشس معنہٕ ژار
حضرت بل چھے دیدار عاشق ووٗکھلی ناون تہٕ لو

☆

وہاب کھارنہٕ اَمہِ قبیلہٕ چہِ شاعری ہنز اہم خصوصیتھ چھےٚ تَسند وِلسنس انن
وول لہجہِ تہٕ بیان ۔ یا مے سہٕ ہجرُک نار ہُنتھ شولہٕ وَرسپدِ یا وصلُک زلف ہُنتھ ولنہٕ
پیہِ ۔ اَتھ شاعری منز چھُ جوش تہٕ جذبہٕ تِتھے یُتھ اَکس حقیقی مجنوٗن صفت عاشقس
آسہِ ۔ غم آسبس تہٕ پزنہٕ پاٹھی چھُ غم محسوس سپدان ۔ شادمانی سپدبس تہٕ لہجہِ کیٚو بیان
چھُ شادمانی ہُند پیکر بنان ۔ اَمہِ اعتبارٕ تہٕ چھُ وہاب کھار اکھ اہم تہٕ پرُن لایق شاعر تہٕ
اَمی سٕنزِ محفلہِ منز بہِتھ وول چھُ باقے کتھو علاوٕ کاشرِ زبانی ہند بن مختلف انہارن
اَنزی مُنزی گوھان تہٕ تِس چھُ پانس منز کاشرِ ثقافژ ہُند ناگ وٕزان ۔ یہیٔ خصوصیتھ
چھےٚ اَہنزِ شاعری لگہٕ شاعری نگہٕ انان تہٕ اَہندِس اَمہِ قبیلہٕ کِس کلامس سٕنز عوامی
سطحس پیٹھ تیٚو قبولیتھ حاصل زِ ژھمہِ صدی ہُند نوٚ مزاز تھاون وول شاعر مہجور تام چھُ
اَمہِ نِشہِ استفادٕ کران ۔

پھوٚلہم پنٚتی میے پیٚارے دِل گوم تارِ ولو
☆
وہاب کھار

پھوٚلہم ژٕ پنٚتی مہِ پیٚارِ کتھ رنگہٕ وارِ گولابو
☆
مہجور

وینسی دردِ باغس بہارٕ چھنے بہار بہٕ دژاس بالہٕ یار
☆
وہاب کھار

وۄنِسی وَنتہٕ دردٕ باغس آمُت بہار آسیا
لولک بہارٕ وُچھنے دژٕ امُت سَہ یار آسیا

☆

مہجور
مہجورنس اَتھ استفادس کُن چھ محمد یوسف ٹینگ پننس مخصوص لہجس منز
گوڈے پرن والین ہُند ظون پھِران تہٕ ونان:

''وہاب کھارنہٕ اَمہِ رہ نہٕ لَیہِ ہُند لگہٕ ساٗوی آہنگ کیا ثبوت گژھ
اَمہِ کھو تہٕ آسُن زِ تمس پتہٕ یِنہٕ والبو بڈبو شاعرو نِیہِ تَس نِشہِ تِتھی
ہوی مصرٕ پتہٕ تہٕ تمن ووج بناٗوِتھ لیکھِکھ پننی کینہہ سبٹھاہ عوام پسند
باٗتھ۔ ......''کلیات وہاب کھار''

حالانکہ مہجورن چھُ اَمہِ علاوٕ کٔرِن جایَن باضے سیدِ سیوٗ د تہٕ باضے ورگہٕ پاٗٹھی
وہاب کھارس نِشہِ استفادٕ کوٗرمُت تہٕ باضے چھِن پننہِ مخصوص اندازٕ وہاب کھارٕنی مصرٕ
تام ورتاٗوی مِتی ۔مہجورُن مشہور وژُن:

ازروز سانے دلبر میٔانے
چھُ وہاب کھارنہٕ یِمہِ مقبولِ عام وژنُک پوٚت آلو:

گوٚرٕ گوٚرٕ کریو مالنہِ کزانے ازروز سانے ہا مدنو
سون کونہٕ چھکھ یوان اَتھ کیا معنے ازروز سانے ہا مدنو

یاوُچھتو کِتھی ہوی مصرٕ:

شیٖر ہیٚن دہانہٕ وولو          وہاب کھار

☆

شیٖر ہیٚن کلام یِی کر          مہجور

موجوٗدٕ زمانَس منٛز صوٗفی شاعری ہنٛز اِفاُدیت تہٕ لگہاُری ہُند بحث مَدِ نظر تھٔوِتھ ہکو وٕنِتھ زِ أزی کِس سائنسی مزازٕ تھاون واٲلِس مشینی دورکِس انسانَس چھُ کھنٛی نے تہٕ یِہ بوٗزُن تہٕ محسوس کرُن تگان صوٗفی یا صوٗفی شاعر کیا تہٕ کتھٕ پاُٹھۍ چھُ وُنِتھ بر ساوی کائناتس تہٕ اَمہِ کیٚن رنگا برنگ آکارن تہٕ انہارن متعلق سونچان۔ تَس کیا چھُ انسانس تہٕ انساُنی زندگی متعلق تصور۔ یِہے چھےٚ اَمہِ شاعری ہنٛز اکھ بٔڈ اِفاُدیت یوسہٕ جدید دورِکس کائنسہِ پرن واٲلِس پننہِ أہمیُو تہٕ لگہاُری ہُند احساس وٕ تلاوِتہٕ شاید ہیکہِ نہٕ تس پٔنٛن مشینی تہٕ سائنسی دنیایِٔہ ہش زان عطا کٔرِتھ۔

| | |
|---|---|
| عالم چھُ وُ لُمت زُلفِ خمہٕ نےٚ | آدم چھُ بے تختیار |
| نابوٗد نِشہِ بوٗد کوٗر بے غمہٕ نےٚ | کمہٕ نےٚ سٔتی گوم یار |

گوٗیا اکھ صوٗفی شاعر چھُ وُنِتھ کائناتس تہٕ کُلہم وٕ جودس معشوق سٕنٛز نظرِ وُچھان تہٕ معشوق سٕندِس زُلفس چھُس پٔنٛن پان ہیٚتھ تمام عالم وَلنہٕ آمُت باسان۔ زُلفس وَلنہٕ آمُت یِہ صورت حال چھُ بیک وقت بے بسی تہٕ لاچاٗری ہُند اظہار تہٕ شادماُنی ہنٛز باوتھ تہٕ۔ أتھی اضطراٲبی صورتِ حالس منٛز چھُ أزیک جدید فکرِ شاعر تہٕ ہیٚنہٕ آمُت یَس پننہٕ کامراُنی ہُند احساس تہٕ چھُ تہٕ پننہِ لاچاٗری ہُند تلواس تہٕ تہٕ اوے کٔنۍ چھُ أزِک نقاد جدید

شاعری یہٕ صوٗفی شاعری ہِتی ہشر دِوان تہٕ دوٗشونی اکھ اکس ہم مزاز گنزران۔

کاشرِ شاعری منز چھےٚ تمثیل نگاری ہنز قدیم روایتھ موجوٗد یمکی انہار شیخ العالمؒ ہنز شاعری منز میلان چھِ تہٕ وہاب کھارس چھُ امہِ اعتبارٕ تہٕ پننہِ قبیلہٕ کین شاعرن منز امتیاز تہٕ سُہ چھُ تمثیل نگاری ژورٕے پہَن ویوٗرتلان۔ امی ہندی تمثیلی منظومات چھِنہٕ صرف عوامی سوٗتھرِس پیٹھ مقبول بلکہ چھےٚ تمن شاعرانہٕ اہمیتھ تہِ۔ خاص کرِتھ اوہ ہند ’طوطہٕ‘ تمثیلی منظومہٕ یتھ منز کاشرِ بن لکہٕ دلیلَن ہُند لہجہ، طرز تہٕ ورتاو نمایاں چھُ۔ امہِ قسمکی تمثیلی منظومہٕ پرِتھ چھُ یہِ احساس گنان زِ وہاب کھارس نِشہِ چھےٚ نظم بحیثیتِ اکھ شعرٕ ذاتھ ووپذاو لبان تہٕ ازی کس نقادس چھُ کاشرِ نظمہِ ہُند مطالعہٕ کرنہٕ وِزِ امہِ قبیلہٕ کین تخلیقی منظومَن حسبِ ضرورتھ مولانکون کرنی۔

امہِ حوٗرِ کوٗر تکرار ووپرٕ چھُ جاناوار
از تام کونہٕ زانون قبول گوٗژھ تھاوون

۲۰۰۵ء



# وازِ محمودٗ کیٛاہ چھُ غزل خوان سون

رازِ ہونزس فائضِ ازل کیٛاہ چھُ تَے
وازِ محمودٗ کیٛاہ چھُ غزل خوان سون

**وازِ محمودٗن** یہِ دعوا چھا محض شاعرانہٕ تعلیٰ کِنہٕ تِتھے ہیوٗ غارشعوٗری عمل یتھہٕ کُنہِ سائی اکثر صوٗفی شاعر پتمن وَژنَن ،نغمائی بأتن تہٕ باقے نظم پارن تہٕ غزل وَنان روٗدی ۔ییمیک وجہہ شاید یہِ ہیکہِ أستھ زِ کأشرِس منٛز واژِ بیشتر شعرٕ ذأژ فارسی پتھہٕ یمن منٛز باقٕے صِنفن مقابلہٕ غزل صِنفہٕ قبول عام پژوو ییمیک شعوٗری یا غارشعوٗری طور کأشر بن صوٗفی شاعرن پتھ اثر پیوٚن لأزمی اوس ۔ووں گوٚو یہِ پزر چھ ٹاکارٕ زِ تمہ چھِنہٕ غزلس تہٕ وژنس درمیان واضح پأٹھی موضوٗعی کیٛو ہیتی بٔن ژأرِتھ ہیکیٚ یتی ۔غزلس چھےٚ مشرقی زبانن منٛز اکھ زٕ پٹھ لٕتہٕ باگہٕ بٔرژ ربو ایتھ ڈٔکھس ۔ کائنات کِس سِرٕ ساوِرس تہٕ انسأنی وجوٗدٕ کِس ازلی صورت حالس متعلق یہِ کینٛژھاتہٕ عظیم مشرقی شاعرن ہندِ ذٔ ہی سرنہٕ سوچنہٕ آو، تمیک ترجمان چھُ غزل ۔ بقولِ شمس الرحمٰن فاروقی: ''غزل چھُ بُنیأدی طور بالواسطہٕ اظہارُک تہٕ غأر ربو أیتی موضوٗعن ہنٛز شأعری تہٕ دوہ دبن چہِ عملی زندگی ہُند تجربہٕ ہیکہِ اَتھ منٛز تمی وِزِ قبول سپدِتھ ییٚلہِ سُہ استعارس منٛز بیان

سپدِ''۔شاید ماپیۆ واوَے کٔنہ غالب ہِوس عظیم سخنورس تہٕ وَنُن۔

بقدرِ شوق نہیں ظرفِ تنگ نائے غزل

کچھ اور چاہئے وسعت میرے بیان کیلئے

وونی ہرگاہ سانہِ صوٗفی شاعرو ہیتی اعتبارٕ کُنہٕ کُنہٕ غزل لیکھی تہِ اماپوز تِمن چھُ لسانی کیٛو موضوعی اعتبارٕ وژنُک مزاز۔شاید اَو کٔنہ تہٕ زِ وژُن صِنفہٕ ہنٛز زٕ ہٹھ رِوایتھ اُس کاشرین شاعرن ہندِس مزازس منٛز موٗل دِتھ ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھےٚ کاشرین صوٗفی شاعرن ہندین امہِ قبیلہٕ کین غزلن ہنٛز داخلی ہیٔیت وژنس ہِتی ہشر تھوان۔مثالہِ پاٹھی نِتیون شمس فقیرُن غزل فارمس منٛز یہِ بٲتھ:

وناٛیو سیرِ اسرار ینو آسکھ وُبٲلی

وُچھم ہرِ شایہِ سٕہ یار چھنو کانہہ موے تہِ خٲلی

مذکورٕ بٲتھ پرٛاوِتمہِ ساتہٕ وژن صوٗرتھ ہرگہہ اَتھ بٲتَس یتھہٕ کٔنہ ترتیب دِمو:

وناٛیو سیرِ اسرار ینو آسکھ وُبٲلی

وُچھم ہرِ شایہِ سٕہ یار چھنو کانہہ موے تہِ خٲلی

سجودس منٛز مےٚ ڈیٛو ٹھُم وجوٗد شہود گوم گُم

سٕہ سرِ موجود روٗدُم چھِنا تتھ جامہٕ نٲلی



اَماپوز واژٕ محموٗد نہِ کلٕہم کلامُک مطالعہٕ چھُ اکھ توجہ طلب حقیقتھ بروٗنہہ کُن انان

زِ تَسُنْد یہِ دعویٰ چھُنہٕ محض اکھ شاعرانہٕ تعلّیٰ یا اتفاق بلکہ اکھ شعوٗری عمل یُس پأنس تام
ربو اٗیتی رٕکھ مأنٛزِ تھ اکھ نوٚ تہٕ بِد وٗن وَتھ تلاش کرِتھ اُکس حبسہٕ ہُشیار تہٕ کامیاب
غزل گو شاعرس ستی مُتعارف کرناوان چھُ۔ واز محموٗد چھ کأشرِس غزلس فارسی غزلہٕ
کِس کلاسیکی سوٗتھرِس پٹھ واتناونچ اکھ شعوٗری تہٕ کامیاب کوٗشش کران۔ باسان
چھُ واز محموٗد چھُ اکھ حساس تہٕ پورٕ مُت لیوٚکھمُت شخص اوسمُت یَس پننہِ شعرٕ ربو ائیوٕ ستی
ستی فارسی غزلک تہِ جان مطالعہٕ اوسمُت چھُ۔ تَسُنٛز زبان دأنی تہٕ صنعت گری چھےٚ واز
محموٗدنہِ ووستأدی ہُنٛد نیب دِتھ اکثر جایَن کامیاب شاعری ہُند پَے دِوان۔ اوہَند
غزل چھُ پنُن منفرد تہٕ سأدٕ روار لہجہ تہٕ مزاز برقرار تھٲوِتھ عام قأری سُنٛد رُم رُم پننہِ
پر وٗنی ڈٕہتھ نِنہٕ واجنہ لِگہ لیہِ تہٕ موٗسیقی ستی مُدراوان تہٕ حساس قأری سُنٛد ظوٗن پنٛنین
دأخلی تجربن ہنٛزِ فنکأری تہٕ رنگا برنگی گُن پھِران۔ شعرن منٛز چھنہٕ فقط تھَنہٕ پیمٚتین
تجربن ہنٛز پوٚختہٕ گی تہٕ جذبن ہنٛز شدتھ کاڈ کڈان بلکہ بےٚ شوٗنکی پأٹھی ڈرامأیی
صورت حال ووتلِتھ دِلہٕ ذُبرایل شعرٕ طرح واش کڈان۔

ختنگ  توسے  اوٚنے  کتٔنے
گتہٕ  نَس  ابنَن  وَر  دِمہٕ  یو
عشہِ مَتہِ یارو بہہ تہٕ رنگہٕ ناوے
اَشہِ  گُے  بہٕ  سمندر  دِمہٕ  یو

☆

آغہِ یِکھنا تہٕ بِہکھ منز گوشن
باغہٕ کین ناگن مے آب وُزِ ہے

☆

ٹلن ہیوٚت بُلبلَو کیا شورِ غوغا
گُلن بادِ صبا ہیوٚ بو رٕلتھ آس

☆

ترٛٹِہ عشقنہِ گٹہِ منزٕ ے ہوو پان
ژھٹِہ تمہِ چے ژوٚٹ یہِ گریبانہٕ سون

☆

موضوٗعی اعتبارٕ چھُ واز محموٗد اکھ روایتھ پسند شاعر یَس سٕنزِ شاعری منز گُلہم پأٹھی صوفی مزاجٕچ صداے بازگشت وو تلان چھےٚ۔ اَما پوز تمُی ہٕند بن شعرن منز چھنہٕ یُو پأٹھی (کینٛہہ شعر اوٚکطرف ترٛأوِتھ) باقے کینٛژن اہم صوٗفی شاعرن مقابلہٕ حأرتھ انگیز روحأنی تجربہ میلان یا روٗحأنی رٕموٗزن اسرارن ہُند گدرن حال باوتھ پرٛاوان۔ یوٚدوے سُہ عام پأٹھی سِری زاوی جارَن تہٕ اسرارن زبو دِنٛچ کوٗشش کران تہِ چھُ، اَما پوز تِتھین شعرن منز نہ چھےٚ (اکثر پأٹھی) واز محموٗدنہِ برجستہٕ تہٕ بےٚ پھریک شاعرانہٕ اظہارٕچ تہمہ تہٕ جذبٕچ شدت وو لسنس یوان تہٕ نہ چھےٚ شاعرٕ سٕنز تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی ہونرمندی مٕیل پرٛأوِتھ شعرس منز وو تلن وأرلس تجربس شاعرانہٕ دُبراے عطا کران بلکہ چھِ اَمہِ قسمکی شعر تجربہ محض صوٗفیانہٕ تصوراتن ہٕندِ علمی اظہارُک باس دِوان۔

دَم رَٹھ پھولہِ پمپوش بادل بنِکھ با ہوش
یم موج وُچھ چشمو دِل رِنٛدٕ زندَے تھو

سپدَ کھ یوڈ سلطان گدا ژٕ وہندتَن پان
وٚون عشقٕ شہیدَ و دِل رِنٛدٕ زندَے تھو

☆

کینٛہہ نہٕ ہے منٛز وُچھ مےٚ کینٛہہ نَے کینٛہہ کُے چوٚمَے شراب
کینٛہہ نہٕ کیہے خُمارٕ نِشے جامِ جَم نا محرمَے

☆

وٕل گوٚوتہِ کَرِتھ تہِ چھُ کُنہِ وِزِ واژٕ محموٗد سری کفیژن تہٕ اسرارن ژیٛنتھ اَکس حبہٕ ہبدار شاعرٕ سنٛدی پاٚٹھی زبو دِتھ کاینات کس پژبتھ ذرس پننہِ داٗخلی تجربک تہٕ مُشاہدک بےٚ سوکھ صورت حال ژینہٕ ناوِتھ مَژرتلان تہٕ اکہِ اَنیکھ محشرستانک ڈراما دیدمان انان۔

یِ وُ یارو دِل گوٚوو دیوانہٕ سوان
دی وُ نالَے سُے گوٚوو شکرانہٕ سون

بظاہر چھُ شعر سیوٚد تہٕ سادٕ یتھ منٛز عام پرن واٗلس کانٛہہ فکری، روحانی یا احساساتی صورت حال لبنے یِیہ نہٕ۔ اَما پوز بظاہر اَتھ سیوٚد تہٕ سادٕ اظہارس در پردٕ چھُ انسان سنٛدِ اَزلی بےٚ سوکھ صوٗرتحالک اکھ طلسماتی ڈراما ووتلان۔ اَتھ ڈراماہس منٛز ووتلن واٗلس کردار سُند بربگہٕ احساس چھُ فریاد تہٕ احتجاج دوشوے صورژپژاٗ وِتھ شکرانس پیٹھ اندواتان۔ شعرس منٛز ووتلن وول کردار چھُ کوستام سِری کفیتھ ژینان یا ونو

تمہِ نوٗرُک شبیہہ دیدَو وُچھان۔ییمہِ نورُک حصہٕ ہُنہ پانہٕ تہٕ سورُے کائنات چھُ (اللّٰہُ نُورُ السَّمٰواتِ وَالاَرض )۔ یہِ صورت حال ومِھتھ یا ژٕپِتھ چھُ مذکوٗرٕ شعری کردار شادمان سپدِتھ دیوانہٕ وارسپدان تہٕ یہِ احساسی ءکفیتھ کائنات ۔کس ذرس ذرس پننہِ وجوُدُک یاوَنوامہِ نورُک حصہٕ زانِتھ باونہٕ باپتھ بقرار سپدان تہٕ ونان۔

لی وُ یارو دِل گوٚو دیوانہٕ سوان

پتھٕ پانَس ۔ستی پننہِ وجوٗدٕ ۔کس (کائنات ۔کس) ذرس ذرس نالہ دِنگ باند باند۔'نالہٕ' لفظ چھُ فرِیاد تہٕ احتجاج دوشوے صورژ پژاوان۔فرِیاد اَوٚ کنۍ زِ تَس چھُ اَتھ ازلی نورس (پننس اصلی آگرس) ۔ستی واپس رلنگ اشتیاق تہٕ احتجاج اوٚ موکھہٕ زِ کیٛاہ بہ کیٛازِ آس اَمہِ ازلی نورٕ نِشہِ یاوَنو پننہِ اصلی آگرٕ نِشہِ جدا کڈنہ، تہٕ آخرس پتھ 'شکرانہٕ' اوٚ کنۍ زِ دوشونی صورتن منز چھُ آدم لاچار تہٕ بےبس۔وُں گوٚو صوفی شاعر چھ جدید شاعرس مقابلہٕ پننہِ اَتھ بےبسی تہٕ لاچاٗری ازل لون زانِتھ قبول کران تہٕ پژتھ حالہٕ اعلیٰ حقیقتُک شکرانہٕ کران۔اتھی چھُ مرزا غالبؔ سُند یُتھ ہیوٚ فکر انگیز خیال انسانی ذہنس بیٛنہِ ہُن مَوٚرٹلان تہٕ داوس لاگان۔

نقش فریادی ہے کس کی شوخئ تحریر کا
کاغذی ہے پیرہن ہر پیکر تصویر کا

دونٛی نیتھون وازِ محموُدن یہِ مشہور غزل:

مدعا بو خلعتِ آدم وٲلتھ آس

خودا شاہد بہر گلشن پھٲلِتھ آس

یِمہِ کنۍ موضوع آدم سُند ظھور پزاوُن تہٕ ظھور پزاوِنکس اَتھ عملس دوران مختلف منزلن تہٕ مرحلن ہُند روداد چھُ۔ ہرگاہ مذکوٗر موضوع کٲشرِ صوٗفی شاعری منز بار بار ورتاوس آمُت چھُ، اما پوز واز محمود چھ پننہِ مخصوص تخلیقی ہونر تہٕ باوژ بل ورتٲوِتھ پرتھ شعرس منز نوبن معنوی امکاناتن ہُند تلاش کران تہٕ یہۍ چھےٚ کٲشرِ صوٗفی شاعری منز اَمہِ غزلچ انفرادی یِتھ تہٕ۔ اَمہِ غزلک باوژ اظہار تہٕ تخلیقی حرارتھ ژھینتھ گرِ نہٕ شاید کانہہ شعرشناس امین کامل صابنس یتھ بیانس ستۍ اتفاق؛

''اَتھ غزلس نہ چھُ زُو زبتہٕ باقے روٗدمُت تہٕ نہ عام صوفی شاعری ہندِ اکثر کلامُک ہیوٗ سوز وگداز۔''

......صوفی شاعر، جلد: ۳

وُچھتو کھلسانی باوژ تہٕ تخلیقی معیارس پتھ حکمرانی تھاون والۍ یِتھۍ شعر۔

تیوٗ نگل ہیوٗ عشقہٕ آتش میٚنۍ نِنگل جل

جنگل میٚنۍ زول کرایے دِل تٲلِتھ آس

وفا عاشق نفع ہیتھ کیاہ چھُ شوٗبان

صفا ہیوٗ آب بو شیٖنہٕ گٲلِتھ آس

ٹلن ہیوٗت بُلبلو کیا شورِ غوغا

گُلن بادِ صبا ہیوٗ بو رٲلِتھ آس

کأمِل صأبس چھُنہٕ شاید عبدالاحد آزادنس یتھ اہم بیانس کُن توجہہ گومُت ؛

"دوسرے صوٗفی شعراء کی بہ نسبت واژٕ محمود کی غزل ادبی زاویہ نگاہ سے پختہ ہے۔ چست ردیفیں اور قافیے، ہم وزن الفاظ کی آمد، ترکیبوں کی مناسب بندش اس کے خارجی محاسن ہیں"[۱]

(کشمیری زبان اور شاعری، جلد:۲، صفحہ:۵۵۲)

مجموٗعی طور چھُ واژٕ محموٗدُن غزل پٔرِتھ اَکس لولہٕ شأعرسُند گُمانہٕ گوھان یِیتہٕ جدأیی ہنٛز دَگ، انتظارٕک کرب، راون تیوٗل تہٕ وصلُک اشتیاق باوتھ پٕراوان چھُ۔ اما پوز یہِ چھُ ماورأیی لول یِیتہٕ جُزکلس سٟر رلُنگ طلبگار چھُ۔ یِیتہٕ دوٚگنیار اندوأتتھ گٔنٛزِچ صدائے بازگشت گرٛزان چھےٚ۔ وُنہ گوٚو واژٕ محمودسٕند بن اَمہِ قبیلہٕ کُمن تجربن منٛز چھُ شأعرسُند شعرِ اظہار اہم یِیتہٕ شأعر شعوری طور زبان تہٕ زبأنی ہنٛزِ باوتھ کأری ہنٛدی نوٚوِ تہٕ سرتازٕ اظہار تلاش کران چھُ، تہٕ یِم اظہار چھِ گُلہِم کأشرِ صوٗفی شأعری منٛز اکھ منفرد تہٕ بدٕن لہجہ تہٕ آہنگ پٕراوان۔

کامہٕ دِو یارو ژامو عشقہٕ زَر
جامن رنگ لاجوَر دِمہٕ یو

قالینہٕ تَن میأنی ٹرَٹ شمع رویو
بالینہٕ پروانہٕ پَر دِمہٕ یو

☆

وولو عشقو کیا چھُکھو دلدار مےٚ

جلوٕ چانے گۄو بخت بیدار مےٚ

☆

حالِ منصوٗر چھُم بنیومُت یَتھ تِتھے

تالہِ پٮ۪ٹھ چھم شرعچی تلوار مےٚ

☆

کسوٗ گۆد ریوو میون ہیوٗ یارٕ دوٗرے

تیمیٚ سمسارَے وولو مارَے متیو

☆

پزٕ چھُ یہِ زِ زبان چھےٚ اظہارُک بنیاُدی وسیلہٕ تہٕ اظہارٕچ کھوٚت چھےٚ زبانٕی ہُند ورتاوَن وَل تہٕ یوٗہَے ورتاوَن وَل چھُ عام زبانٕی تہٕ تخلیقی زبانٕی درمیان پھیرٕ مُشخص کران۔ نَتہٕ چھُنہٕ شاعر کانٛہہ الہاٰمی زبان ورتاوان بلکہ سوے زبان یوسہٕ تہنٛزِ عام تہٕ دوہ دبنچہِ زندگی منٛز مُروَج آسہِ۔ اَماپوزٕ سُہ چھُ اُتھی عام زبانٕی تخلیقی گون عطا کران۔ لفظن پنٛنہِ لغوی معنے منٛزٕ کڈِتھ نوٚی معنے دِتھ نوٚبن سرحدن ستی متعاٗرف کران۔ تشبیہہ، استعارٕ تہٕ ترکیبہٕ گران، شبیہہ تہٕ پیکر ووتلاوان۔ ردیفن تہٕ قاٗفیَن ہنٛز ترتیب قاٗیم کران۔ ؤٕں گۄو باضے چھےٚ اکھ ہنٛز ھ رِوایَت قاٗیم سپدان یَتھ منٛز ترکیبن، استعارن تہٕ تشبیہَن تہٕ ردیفن قاٗفیَن ہُند تِیُتھ دوہراو تہٕ ہشر قاٗیم چھُ سپدان، یُس نہ صرف شعرٕ منٛزٕ اَس تہٕ مفہوٗمَس منٛز یک رنگی پاٗدٕ کرِتھ باضے قاٗری سٕنٛدِ باپتھ **Boring** بنان چھُ، بلکہ چھےٚ نوٚبن تخلیقی تجربن ہنٛز امکاٗنی صورت مُتاٗثر سپدان تہٕ زبانٕی ہُند باڈو

چھُ شروکان ۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ پتہٕ چھُ کاشرِ صوٗفی شاعری منز اَمہِ یک رنگی ہُند احساس بار بار گنان ییمیُک احساس واز محموٗد س تہِ شایداوسمت چھُ ییمہِ کنِ سہ شعوٗری طور روایتی دأیرس منز روزِ تھے اکھ نوٗو رنگ ووتلاوُنچ کامیاب کوٗشش کران چھُ ۔ تیُسنز شعر زبان چھےٚ اکھ ساد روار لہجہ ییتھ کاشرِ صوٗفی شاعری اکھ نوٚو مزاز تہٕ نوٚو آہنگ بخشان ۔ یہِ اوس اکھ شعوری عمل ییٚتہِ نوبن تشبیہن، ترکیبن تہٕ استعارن ستی ستی نوبن ردیفن قافیَن ہُند یسلہٕ ورتاوسپُد تہٕ یہِ ورتاو اوس پرتھ اعتبارٕ سادٕ روار تہٕ شاعرانہٕ ۔ ییمن ردیفن قافیَن ہُند ورتاو چھُ نوٚو، سادٕ روار تہٕ منفرد ۔

أش چھم چأنی باشنہٕ یارو
گاش چشمن ہُند زَر دِمہٕ یو

☆

جاے عشقُنی درس مکتب خانہٕ چھا
کڑاے عشقنی قصہٕ یا افسانہٕ چھا

☆

دتہٕ چانے ووٚنی بہٕ اَنا الحق پرٛے
دِتہٕ فتویٰ مارنک یکبار مےٚ

☆

یار گوٚ در خیال دیگر چھم
تار عشقُن وصالِ جگر چھم

☆

پۆر آتشِ عشق ئری آسہِ گوٚو گرِتھ
سوٚر واوَن تھوٚو کتہِ نیشانہٕ بسون

☆

یوٚدوَے کینٛژن نقادن ہُند یہِ خیال صحیح چھُ زِ باضے چھےٚ کاشُرِ صوٗفی شاعری ہِنز موٗسیقی، نغماتی طرز تہٕ لفظن ہُند صوتی آہنگ شاعری ہِنٛدِس معنہِ ساوِرس پیٹھ تیوٚت حاوی سپدان زِ شعرِ تجربہٕ کِس تخلیقی جوہرس تہٕ معنوی تہداری چھُ دَدارٕ واتناوان۔ کاشرِ بن صوٗفی شاعرن نِشہِ چھُ باضے ساٚزِت شاعری ہُند اہم وَس روٗدمُت بلکہ وَنو زِ باضے چھِ سأنی صوٗفی شاعری اتھی ساز تَس چھیٚپہِ اَژمژ۔ اما پوز یہِ کتھ ہکو نہٕ کُلہم صوٗفی شاعری متعلق وٕنِتھ بلکہ چھُ باضے یوٚہے صوتی آہنگ شاعری ہُند خاری حُسن نیچھناوان تہٕ شعرِ تجربچ معنوی تہداری وولسنس اَنان۔ وازِ محموٗدنِن شعرن ہُند ساٚزِت تہٕ لفظن ہُند یوٚہے صوتی آہنگ چھُ اَہندِ بن غزلَن ہُند حُسن ووشلاوان تہٕ معنے وُپھناوان۔ حالانکہ غزلس چھےٚ پٔنٛنی مخصوص زبان تہٕ غزلس منز ہکبن نہٕ نظمہِ ہِنٛدی پاٚٹھی گوبہِ آوازِ وٕپٕنتھ۔ اَمہِ اعتبارٕ چھُ وازِ محمودنہِ غزلُک لسانی ورتاو قابلِہ توجہہ۔ تٔمِسند بن غزلَن ہُند لسانی ورتاو چھُ تُلکہِ مزاجٕ تہٕ لَے پانٛنأوِتھ پرن وألِس حظ تہٕ سروٗر عطا کران۔

یار یار باش آمے گاش آمے لُتیے
بار بارِ آش آمے گاش آمے لُتیے

☆

بَر ٹکہِ آیَس گرِ نَے دژ ایَس
گرِ آکاش آمَے گاش آمَے لُتی یے

بُچھنے تَن آم گوڈِ عشقہِ أجدر
وُچھنے خاش آمَے گاش آمَے لُتی یے

☆

ژھایہِ سوٗنبلَن ئے تھوٗ گولاب ویٚسی یے
پوشہِ نوٗلَن روٗدے نہِ تاب ویٚسی یے

☆

پنہٕ نو تہٕ پرایو دوستو تہٕ رفیقو
بنہٕ نَس تہٕ گیوٗلھمو وولہٕ گوٗر کرأیو

روٗپہ روٗنہِ اَنزوٗلے شرٛوٗنی دار منزوٗلے
ژٕندٕنک بہٕ گرأیو وولہٕ گوٗر کرأیو

تخلیق کارس گوڈٕ ژکہِ زبأنی ہُند تخلیقی ادراک آسُن تکیازِ شعرٕ تجربس تام واتنگ بُنیأدی وٗسیلہٕ چھِ زبان تہٕ یہے زبان چھِ پرن وألس احسأسی سوٗتھرِس پیٹھ آورأوِتھ تجربس منز بادنہٕ آمتِس خیالس تام واتناوان۔ اَمہٕ اعتبارٕ چھُ وازٕ محمودنہٕ کُلہم غزلُک لسأنی ورتاوٕ کسہِ پوٗختہٕ کار شأعرُسند نیب دِوان۔ اَمی لسأنی صوٗرژٕ سی چھِ تِھنْد بن تجربن ہنْز رنگا برنگی خیالن ہنْز طرحدأری تہٕ اظہارٕچ تخلیقی قوت گنہٕ گنہٕ

جدید حبسا گہی ہُند باس دِتھ أزی کِس شاعرس تہٕ تنبلاوان۔

خابَے أندرے یار مےٚ ڈینٛشام
آبَس ژأنگو کُمی زألیے لو

☆

شیرِ نَر ہیوٗ بسترس پیٹھ چھُس پیوٗمت
پزٕ بتھ شہارَس منٛز بہٕ مُسافِر چھُس

بقولِ مُنیر نیازی۔

عادت سی بنالی ہے تُم نے جو مُنیر اپنی
جس شہر میں بھی رہنا اُکتائے ہوئے رہنا

کینٛژن لوٗکن ہُند یہِ وَنُن گَژھ حدس تام چھُ صحیح زِ وازٕ محموٗدنس غزلس منٛز چھےٚ واریاہَن جایَن عروٗضی خأمیہ دڑٕپیٹھی یِوان، تہٕ سَپدِ یَتھ مقالَس منٛز مثالوٗ رٕنگی پیش کرنہٕ آمتین شعرن ہُند صحیح متن پٔرِتھے واضح۔ حالانکہ یہِ چھُ الگ بحث زِ کأشرِ شأعری پیٹھ (خصوصن کأشرِس غزلس پیٹھ) گژھیا عربی فارسی عروٗضی نظام لاگنہٕ یُن کِنہٕ پننُن مقأمی نظام دٔرِ یاف کٔرِتھ کأشرِ شأعری ہٕنٛز عروضی مولأنکون کرنہٕ یِنہٕ۔ وُں گوٚو ہرگاہ پرن وول ''صوفی شأعر'' (امین کأمل) تہٕ ''کأشر صوٗفی شأعری'' (موتی لال ساقی) ہِشن شعرٕ سومبرن پیٹھے أچھ ژوٗتھ اِکتفا کٔرِ تیلہِ چھُ وازٕ محموٗد کیٛا اکثر کأشرٕ بن صوٗفی شأعرن ہٕندِس عروٗضی نظامس ہیٚتی ہیٚتی شعرِ مفہوٗمَس پیٹھ تہٕ شک گنان تہٕ یوہے حال چھُ وازٕ محموٗدنہِ شأعری ہُند تہِ۔ تیمی ہٕنٛزِ شأعری ہُند متَن کأشر

صوٗفی شاعری ہند بو ترتیب کارو کینژھاہ جلد بأزی منز تہٕ کینژھاہ فارسی لفظن تہٕ ترکیبن ہُند متن تہٕ معنے فکرِ نہ ترنہٕ کِنۍ اکثر جایَن غلط پاٹھۍ ترتیب دیُت مُت چُھ، یمہٕ ستۍ شعرن ہُند متن تہٕ معنے دوشوے مُتأثر گژھان چھِ۔ أسۍ نمو کھ کینژن غزلَن ہندی کینہہ شعر مثالہِ رنگۍ یمہٕ ستۍ گتھِ ہنا واش نیرِ:

| ترتیب دِنہٕ آمُت متن | صحیح متن |
| --- | --- |
| پوٗر آتش عشقہٕ ئری اَسہِ گوٚو گرِتھ | پوٗر آتشِ عشق ئری اَسہِ گوٚو گرِتھ |
| سوٗر وادَن تھوٚو کتہِ نشانہٕ سون | سوٗر واوَن تھوٚو کتہِ نیستانہٕ سون |
| دیدنے منز آسہِ حیات لنبیؐ | دیدنے منز آب حیات النبیؐ |
| عید گاہَن منز تہِ چھے شأدی یانہٕ سون | عید گاہَن منز چھُ ئے شأدی یانہٕ سون |
| رازِ ہونزس فأضِ ازلی کیا چھُ تَے | رازِ ہونزس فأضِ ازل کیا چھُ تَے |
| وازِ محموٗد کیا چھُ غزل خانہٕ سون | وازِ محموٗد کیا چھُ غزل خوانہٕ سون |
| گۍ موے تن دیوانَے وونی بے حجاب نیرَے | ہیہٕ تن بہ عشقہٕ پدمان وونی بے حجاب نیریے |
| یِی نائہ جانِ جانان مے زُوشتاب نیرَے | یِی نائہ جانِ جانان میے زُوشتاب نیریے |
| حد و لاحد ما چھُ کینژھا حد رَٹان | حد و لاحد ما چھُ کینژھا حد رَٹان |
| خواب خور عشقن تہِ تس بزمرانہٕ چھا | خود یہ عشق کعبہ یا بُتخانہٕ چھا |

۱۹۹۰ء

☆☆☆

# آیہِ لولاک تاجِ سرُوچھے

نعت چھُ مُولہٕ تلہٕ عربی لفظ تہٕ معنہِ چھُس مدح، تعریف تہٕ توصیف۔ عربی زبانۍ منز چھُ نعت بطورِ صفت استعمال سپدان یُس اکھ نحوی اصطلاح چھُ۔ کلاسیکی عربی یَس منز چھُنہٕ حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم ہِندِس شانس منز وَننہٕ آمتین منظومن نعت وَننہٕ آمُت بلکہ چھُ تِمہِ باپتھ لفظُ مدح' ورتاوس آمُت ییلہِ زن فارسی زبانۍ منز نعت تِمن شعرن یا تتھ منظومس وَنان چھِ یُس آنحضورنؐ ہِندِس شانس منز وَننہٕ آمُت آسہِ یا ورتاونہٕ یِوان چھُ تہٕ اَتھی معنہِ مفہومس منز ووت نعت فارسی، اُردو تہٕ کاشرِ ہشن مشرقی زبانن تام۔ محققن ہُند خیال چھُ زِ عربی زبانۍ منز چھُ اَمہِ موضوعی صنفہٕ ہُند ڈسلابہٕ تِمہِ قصیدہٕ ستی سپدان یُس محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم ہِندِس شانس منز تِہندی چچہٕ بابہٕ ابوطالبؓ لیکھان چھِ۔ اَمہِ قصیدٕکۍ ستھ شعر چھِ ابنِ ہشام پننہِ 'سیراۃ النبیؐ' کتابہِ منز نقل کران۔ دپان یہِ قصیدٕ اوس حضورنؐ سٮ۪ٹھا پسند۔ یتھ متعلق ابن ہشام رِوایتھ دِتھ لیکھان چھِ زِ اکہِ دوہہٕ وۄتھ عربس منز ہوکھیہٕ ستی دژاگ تہٕ مدینکۍ لُوکھ آیہٕ آنحضورنؐ ہِندِس خدمتس منز یہِ عرض ہیتھ زِ یارسول اللہؐ خوداوند کریم سِندِس دربارس منز کرِو رۄدٕ پننہٕ باپتھ دُعا۔ آنحضورؐ ووٚت مسجدِ ہِندِس ممبرس پٮ۪ٹھ کھسِتھ دعا تہٕ وُنہٕ اَسی تِم ممبر پٮ۪ٹھہٕ بون

وَسنَے تہٕ تیتھ روٗد وولُن زلُوکن گوٚویُپ کھسنٕک اندیشہٕ۔ یہٕ صورت حال ژھینتھ چھِ آنحضور ﷺ فرماوان ''اَلھُمَ حوالَینا وَلا عَلَینا ''۔اوبُر گوٚو چھلہٕ چھانگرِ تہٕ نَب گوٚو صاف۔اَمہِ پتہٕ چھِ آنحضور ﷺ فرماوان ''ہرگاہ ابوطالبؓ اَز ییٚک یہٕ دوہ اَچھو وُچھہن تَم گوٚھہن سیٹھاہ خوش''۔اَکھ صحابی ییٚن کوٚر عرض یارسول اللہ ﷺ تُہند ارشاد چھُ شاید ابوطالبؓ سُندِس یتھ شعرس کُن:

وَأبیض یُستسقیٰ اَلغمام بوجھہٖ
ثمال الیتامیٰ عصمةً لِلأرامِل.

(اوبرِ نَب چھُ تُہند بَنٛ نازنین روخسارن ہُندِ پژلونہِ نوٗرکہِ برکتہٕ رحمتِ باران ہیتھ پژاران۔تَمۍ چھِ یتیمس ہُندی غمخوار تہٕ مونٛڈن ہُندی پالن ہار)

حضورَ وُفرموو!''بے شک''

کینٛژون محققن ہُند چھُ یہِ تہٕ خیال زِ عربی زبانۍ منٛز سپُد نعتُک آغاز تمی وِزِ یلہِ محمد عربیؐ مکہ شریف پیٹھہٕ ہجرت کٔرتھ مدینہ شریف واٚتۍ تہٕ مقامی قبیلن ہنٛزٕ مستوراتھ دژایہِ تمن دٔری گٔنڈِتھ ہُری وَنہٕ وان وَنہٕ وان برونٛٹھہٕ استقبالس۔

یہِ چھُ اکھ تحقیقی بحث اما پوز یتھ پژرس چھُنہٕ کانٛسہِ انکار زِ اَمِس شانہٕ بڈِس پاٚغمبر ﷺ سُند گوڈنیُک نعت خوان چھُ پانہٕ پروردگار ییٚمیُک واضح اشارٕ قرآن مجیدک یہِ حکم چھُ:

اِنَّ اللّٰہ وَمَلٰئِکَتہٗ یُصَلّونَ علی النَّبی یا اَیُّھَا الّذین
آمَنُوا صَلُّوا عَلیہِ وَسَلِّمُوا تَسلِیمَا. ......الاحزاب

''خداتہٕ تٔمۍ ہٕنڈۍ ملأیک چھ نبی یَس دروٗد سوزان، ایمان والو تُہۍ تہٕ سوزِو تٔمِس پیٹھ دروٗد وسلام''

یا اَمِس عظیم مرتبہٕ وٲلِس تہٕ شانہٕ بٔڈِس پٲغمبرس کُن مخاطب سپدِتھ قرآنی تصریحاتن ہِنٛزِ مُطابقت تھاوِن وول خوداوندکریم سُند یہِ ارشاد: لَولاکَ لَمَا خلقتَ الافلاک۔

یِتھ عاشق رسولس ''وَمَا ارسلناکَ اِلّا رحمۃً للعالمین'' لقب پرٛاوِن وٲلِس پٲغمبرس پیٹھ خوداے سُند عطا کوٚرمُت تاج گنٛزراوان چھِ۔ یِتھ کٲشُر نعت گوشاعر خضر ملک صفایی پننہِ انسانی بترِ مطابق تخلیقی باوتھ دِوان چھُ:

آیہِ لولاک تاجِ سر وُچھِے

آیہِ فاستقم کمر وُچھِے

خضر ملک صفایی چھُ کٲشرِ زبٲنی ہُنداکھ اہم نعت گو شاعر یہُند نعت پٔرِتھ یہِ احساس چھُ گژھان زِ کٲشرِ زبٲنی منٛز چھُ گُنہِ تہِ حساس تہٕ نوٚزُک موضوعس بہتر کھوتہٕ بہتر پٲٹھۍ تخلیقی اظہارُک بٔتر موجوٗد۔

نعت چھُ بُنیٲدی طورا کھ موضوعی شعر ذاتھ یمیُک بجر اَمہِ کِس عظیم تہٕ لاثانی موضوعس منٛز ژھِپتھ چھُ۔ یعنے آنحضورنٛ ہُند سیرتِ پاک تہٕ شکل وشمائیل یا وَنو تہُند جمال تہٕ جلال۔ گویا نعت صنفہِ منٛز ورتاونہٕ یِنہٕ وول موضوع چھُ مشخص تہٕ یہِ مشخص موضوع ورتاوِن وٲلِس فنکارس ہِنٛز تخلیقی وُڈوہیکہٕ محدود سپدِتھ۔ وٲں گوٚو بوٚڈ فنکار چھُ دوشوٕنی صوٗرتن منٛز موضوعی عظمتھ رٕژھراونس ستی ستی اَمِکی فنی تقاضہٕ تہِ رچھان۔

نعت صِنفہِ ہُنداکھ حصہٕ چھُ سُہ یِتھ منٛز پیغمبر خداے محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم ہُند خولہٕ خط بیان

چھُ سپد ان اما پوز خولہٕ خط بیان سپد ان سپد ان تہٕ چھُ حضورنٛ ہند بن پیغمبرانہٕ صفاتن ہُند شبیہہ ووتلان۔ خضر ملک صفایی چھُ یژھن جایَن اکہٕ اَولہٕ موٗ قلمچ کاٗم ہبتھ نبی کریمنٛ ہندِ نوٗرٲنی شبیہک دیدار کرناوان۔ سُہ چھُ نعت ونان لول تہٕ عقیدتھ رٔژھراونِس ستی ستی آنحضورنٛ ہندِ پیغمبرانہٕ مرتبک تہٕ شبیہک مأری موٗند انہار ووتلاونہٕ موکھہٕ لطیف تہٕ فنکارانہٕ اندازس منز قرآن مجیدکی آیات ورتاوان۔ یژھن جایَن چھُ صفایی ہندِ شخصیژ ہُند اکھ قابلِ توجہ پاس نظرن تل یوان زِ سُہ چھنہٕ فقط قرآن مجیدُک حافظے یوت بلکہ قرآنی نوکتن واتن وول تہٕ۔

طاءِ طٰہٰ ژٕے طُرہ دستارس
میم حامیم طوقِ زر وُچھے
زُلف والیل چھے المنشرح
سینہٕ بے کینہٕ سیمبر وُچھے

☆

مدح حامیم ژٕیے زُلف چھی جیم
سوٗ مبلک زار یا رسول اللہؐ
مد ابرو چھِ سورۂ یوٗنس
مثلِ تروار یا رسول اللہؐ

☆

شبیہہ چھُ عام فنکارتہٕ ووتلاوان اما پوز تمن مناسب تہٕ موافق موحول دِیُن چھُ بڈ بن،

فنکارن ہُند کمال۔ صفایی چھُ باضے آنحضورنؐ ہنز نورأنی شخصیتھ پڑ زلاونہٕ موکھہٕ باضے ہتھند بن یارِ غارن ہند بن صفاتن تہٕ القابن ہُند تذکرٕ کران تہٕ باضے اصحابن تہٕ تابعین ہنز سیرت تہٕ عظمتھ بیان گرِتھ آنحضورنؐ ہندِ عظیم وجوٗدکی بسیار پاسل انہار گاشراوان۔ یِتھہٕ کنی چھُ صفایی اونڈ پوکھ گاشرأوِتھ منزِم مقام پرزناونچ فنکارانہٕ کوشش کران۔ یا وَنو یِتھہٕ کنی زِ مرکز پیٹھ یِم زِژٕ گلھِم محیطس پرزلاوان چھے تِتھے کنی چھِ محیطکی مختلف نوکتہٕ پننہِ وجوٗدکہٕ اظہارٕ ستی مرکزچ اہمیتھ ٹاکارٕ بناوان۔

شاہ عثمانؓ جامع الفرقان    خاص کاتب بفتحِ وجر وُچھِے
شیرِ جبار حیدر کرارؓ    شہرِ علمس دریچ و در وُچھِے
آل اصحاب ہم قدم چأنی    سیرتس صوٗرتس ہشر وُچھِے

☆

ثانی اثنین در شبِ ہجرت    چھے جلوٕ دار یا رسول اللہؐ
شاہِ فاروقؓ دِہنہٕ کس باغس    چرخِ سیار یا رسول اللہؐ

☆

اظہارُک بنیأدی وٗسیلہٕ چھے زبان تہٕ زبأنی ہُند لفظہٕ ورتاوے چھُ عام زبأنی تہٕ تخلیقی زبأنی درمیان ببن واضح کڈان بلکہٕ وَنو زِ شاعری ہنز پھیرہاو خصوٗصیو ہُند بنیأدی پرزناون نشانہٕ چھُ شاعری منز ورتاونہٕ آمِژ لسأنی صوٗرتھ۔ اَمہِ اعتبارٕ چھُ صفأیی سُند لسأنی ورتاو قابلِ توجہ۔ سُہ چھُ تخلیقی تقاضہٕ نظرِ تل تھأوِتھ لفظن ہُند لغوی معنی برقرار تھأوِتھ نوبن معنین ہُند تلاش کران۔

نعت چھُ عقیدتی ادب تہٕ اَتھ منز چھ جذباتن ہُند آور پرأسی تھے، اما پوز ظأہرٕ کہِ سوڈرٕ منز بأطنک موختہٕ کھالُن تہٕ پرن وأرِلس سہٕ موختہٕ پرزناونک تہٕ مولناونک قو وتھ عطا کرن گوٚو فنکارانہٕ کمال۔ فنکأری گیہِ بے زُو چیز جاندار ہندی پأٹھی بولہٕ ناوِنی۔ اکایل کتھن ٹھوس کاے بخشن۔ صفأیی چھُ اَمہِ اعتبارٕ تہِ ہونرمندی ہُند ثبوت دِوان۔ صفأیی سُند لفظہٕ ورتاو چھ پننہِ موضوعی بجرٕ علاوٕ ہیتی وبقارٕ کِنۍ تہِ اہم۔ یِیمہِ حسابہٕ سہٕ لفظن ترتیب دِوان چھُ موضوعک جمال چھُ پژ نان تہٕ جلال ہُران۔ سہٕ جمال یُس نعتیہ صِنفہٕ ہندِس مزازس تہٕ اَمہِ کِس شانس شایان چھُ تہٕ سہٕ جلال یُس عقیدٕژ تہٕ عأجزی ہُند وصف چھُ۔ خاص کٔرتھ چھُ عقیدتی ادبس منز لفظہٕ ورتاوُک احتیاط لأزمی، اما پوز بوڈ فنکار چھُ اَتھ دوران تہِ لفظس موضوعک زیٖنتھ تہٕ معنیک سمندر بناوان۔

| | |
|---|---|
| تھاو برسر عمامۂ کوفور | ہاو دستار یا رسول اللہؐ |
| کوٚنڈ فراقک دوان چھُ زخمن نیش | مثلِ سوفار یا رسول اللہؐ |
| لوح محفوظ چھُ چون دفترِ کُل | درج طومار یا رسول اللہؐ |
| چشم مازاغ کرنظر پھولہِ باغ | گُل تہٕ گلزار یا رسول اللہ |

☆

کأشرِس منز چھُ نعت تِتھے کُنۍ ژٕ لہجہ ہیتھ یِتھہٕ پأٹھی فارسی یَس منز چھُ۔ اَکہِ پاسہٕ تھأوی توکھ فارسی زبأنۍ ہندی خاقانی تہٕ جأمی تہٕ بیکہِ پاسہٕ تھأوی توکھ کأشرِ زبأنۍ ہندی خضر ملک صفأیی تہٕ عزیز اللہ حقأنی۔ یِتھہٕ کُنۍ صفأیی ہندبن نعتن منز خاقانی ہندبن نعتن ہندی پأٹھی باوٕژ ہُند ادبر گوبر، بیانک شان تہٕ اشارن ہُند معنہِ سوو

ابہام نظرِ گژھان چھُ، تتھے کٔنی چھُ مولانا جامیؒ سند بن نعتن ہندی پأٹھی مولانا حقانی سند بن نعتن منز موضوع تہٕ باوژہُند جمال پرٕنان تہٕ جلال وۄشلان۔

استغاثس چرندٕ وحشی آے  حال باوان ژرٕے جانور وُچھمے
دین دُنیا ژرٕے جُملہٕ زیرنگین  سجدٕ دِوان شجر و حجر وُچھمے
نوحؑ موسیٰؑ خلیلؑ بیٚیہٕ عیسیٰؑ  مُقتدی پانہٕ بوالبشرؑ وُچھمے
صفاآتی

گوٚو جہاں تازٕ بروخسارِ رسول عربیؐ
روٚوٹ گلو مشک زِ گفتارِ رسول عربیؐ
نیرِ سردارِ عرب جلوٕ دِوان در عرفات
مِٹنگ جامہٕ ہلم دارِ رسولِ عربیؐ
حقآنی

نعت صِنفہ متعلق ہیکہِ کانہہ یہِ سوال تُلتھ زِ نعتس یا نعت شعرس منز باونہٕ آمت کانہہ واقعہٕ یا تجربہٕ پیش کرنہٕ آمت صورتِ حال چھُ خود شاعرس پنُن ذأتی تہٕ جذباتن ہتی وابستہٕ عقیدٕ آسان تہٕ نعت پرن وألس یا بوزن وألس تہٕ چھُ ہوٚ، بہوٚ اَتھ واقس، تجربس یا صورتِ حالس ہتی تتھے ہیوٚ عقیدٕ وابستہٕ آسان۔ تیٚلہِ ما چھُ اَتھ مشترک عقیدس ہتی جذبأتی وابستگی آسنہٕ کٔنی پرن وألس یا بوزن وألس نعت گوشاعرٕ سُند ہم خیال تہٕ ہم مزاز آسُن یا بنُن لأزمی تہٕ سُہ کرِنہٕ پنٕنہِ عقیدٕ تہٕ جذباتن ہنٕدِ دأیرِ منزٕ نیرِتھ شعرٕ تجربہٕ کہن تخلیقی وُسجارن، فنی نزاکژن تہٕ لسأنی زاوٕی جارن تام واتنگ ضرور تھے

محسوس تہٕ نہ ہیکہِ تجربہٕ یا خیال کہِ مخصوص دأیرِ منز نیرِتھ معنہِ مفہوم کیٚن نوٚبن امکانن ہُند تلاش کٔرِتھ۔ دوٚیِم یہ زِ اَمہِ قبیلُک عقیدتی ادب ہیکیاہ تٔمِس قأری یَس تہٕ تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی آنند دِتھ یُس یمن دون (یعنے نعت لیکھن وأٔلِس تہٕ نعتس ستی جذبأتی تہٕ احسأسی طور عقیدتھ تھاون وأٔلِس) ہٕندِس مشترک عقیدس ستی عقیدتی تہٕ جذبأتی طور وابستہٕ آسی نہٕ۔ اَمہِ قبیلہٕ کیٚن سوالن پیٹھ چھُ کأفی بحث سپد مُت یمیُک ماحصل یہ چھُ زِ ادب گژھہ مقأمی آسِتھ تہِ آفأقی آسُن۔ کانہہ مخصوص یا مشخص موضوع گژھہ فرد ٕسُند صورت حال بدلہٕ کُلہم انسأنی صورت حال پیش کرُن۔ مثلن:

بلغ العُلےٰ بکمالِہٖ　　کشف الدّجیٰ بجمالِہٖ
حَسُنت جمیعُ خصالِہٖ　　صلّوا علیہِ وَ آلِہٖ

شیخ سعدی شیرازی

☆

بہٕ اوٚسُس آمہٕ تاوَے آمہٕ تاوَے یوت
سُہ ناکُنہ کوٚندِ منز کانہہ بانہٕ اوڈاوہے
زِ أتھی منز اندر کٔتھ تاں آمہٕ تاوس
بے توقع بے خبر پأٹھِن
عجب ترٛٹھ تیمبر ہِش زایَم
بہٕ نیلیوٚمُت شٹھیوٚمُت پل
سوٗ ٹرٛٹھ تیمبر ژٔژن نازل

پلس وۆتھ دِہہ، دِہَس وۄ ژھ رِنگ، رنگوٗ تُج ربہہ، ریھوٗ ژھٹھ بڑ بہہ

نداگۆو: یارسول اللہؐ

رحمٰن راہی



سیاہ شام سورج کا غم اٹھانے

وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا

وہ شام ابرو، وہ رات گیسو

وہ شام ابرو، وہ چاند ماتھا

وہ آنکھ شمعیں، وہ ہونٹ صبحیں

وہ رحمتوں کا عظیم والی، وہ برکتوں والا آسمانی

دعاؤں کے راستے بناتا

زمین کی گرمی پہ چل رہا تھا

وہ دشمنوں میں گھرا ہوا تھا

صلاح الدین پرویز

۱۹۹۲ء



# مہجور لأگتھ آو بیٚیہِ دُبارٕ رسول میر

اَتھ دردٕ صوٗزٕ پرٕ دِتُلتھ گوٚو سُہ رسول میٖر
مہجوٗر لأگتھ آو بیٚیہِ دُبارٕ أتی روز



**مہجوٗرن** یہِ دعوا چھا فقط شأعرانہ تعلّیٰ کِنہٕ تمہِ مشہوٗر روایژ ہُنٛد پوٚت آواز یِیمہِ مطأبق محمود گامی یَن رسول میرس متعلق وٚنمت اوس "مے پتہٕ ووتھِ میرٕ کوٗٹ سُہ گوٚژھ اَڈٕ ژوٗٹ..... مے چوٚونارِ، سُہ چیٚیہِ نٔٹو"..... کِنہٕ رسول میرن شأعرانہٕ مرتبہٕ ژیٚنتھ پنٕنہ شأعرانہٕ بجرٕچ ورگہٕ ژینہٕ وَن..... نَتہٕ تِتھے ہیو عقیدتی خراج یُس شیخ العالمؒ پننہِ دودٕ ماجہِ لل دیدِ سوزان چھُ۔

تَس پدمان پورچہِ لَلے — تَمہِ گلے امربتھ چو
سو سأنی اوتار لولے — تیٚتھ مے وَر دِتم دِوو

کِنہٕ فقط اکھ بزم نَتہٕ تلنگری۔ یہِ چھُ اَکھ پیچیدٕ تہٕ توجہ طلب سوال۔ پیچیدٕ اَوٚ کِنی زِ یِمن دون اہم کأشرِ بن شأعرن ہُنٛد شأعرانہٕ مزاز، آہنگ تہٕ لہجہِ یوت چھُنہٕ وکھرٕ بلکہ شأعرانہ معیار تہِ۔ دوشوٕنی ہُنٛد کلامہٕ شاعرانہٕ گہوچہِ پیٹھ کھأرِتھ چھےٚ محمد یوسف ٹینگ صأبنِ یہِ راے معتبر زِ "واقعہ چھُ یہِ زِ رسول میرس تہٕ مہجورس چھےٚ کأشرِس مزٕ تہٕ ھے

ہش نسبتھ یِتھ اُردو ہَس منز غالبَس تہٕ اقبالس چھےٚ پانہٕ وٲنی ۔ گوڈنیک چھُ کلاسیک دۆیُم حال تہٕ استقلال ۔ اَکھ چھُ اجمال تہٕ بیاکھ چھُ تفصیل، اَکھ چھُ استعارٕ تہٕ بیاکھ چھُ تشبیہ[۱] ۔'' تہٕ توجہ طلب اَوٕ کٔنی زِ تیٚلہِ گژھ حدس تام چھُ مہجورن یہِ دعوا صحیح، حالانکہ یم دوشوَے شاعر چھِ پن پننہِ شاعرانہٕ رٔوِیہِ تہٕ باوژ طرزٕ کٔنی اکھ اَکس نِشہِ وکھرٕ تہٕ الگ ۔ وونی ہرگاہ ہیتی تہٕ موضوعی بُنیادن پیٹھ اوہَند یہِ دعوا صحیح مانو تیٚلہِ کیا معنہِ گٔری زِ مہجور نِس یَتھ شعرس ۔

میر سُند پڑون مَس برنوبن بانن ۔۔۔ تی کِنُن تژاو موے خانَن منز
مہجور بأگراو پھر ژِ پیانَن ۔۔۔ جاے تِمی رٔٹ پٔرستانَن منز

اَما پوز تہِ گرِتھ تہِ دیُت گوڈنیچہ لَٹہ حبہ خوتونہِ تہٕ محمود گامی یَن کاشرِس وژنَس تہٕ غزلس نۆو لہجہ، نۆو آہنگ ،نۆو مزاز تہٕ نۆو زبان تہٕ یوہے غزل تہٕ وَژُن چھُ رسول میرس نِشہِ وٲتِتھ فنی ارتقاء پڑاوان ۔ اَتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ رسول میرس تہٕ مہجورس چھُ موضوع کُنے (مہجورنی سیأسی تہٕ وطنی شاعری تراوِتھ) اَما پوز دوشوٕنی ہُند باوژ طرز تہٕ تخلیقی جوہر چھُ بیۆن تہٕ بدۆن ۔ گَتھ چھےٚ کُنی ،اَماوَتہٕ چھنےٚ زٕ ۔ دود چھُ کُنے تہٕ دگ چھےٚ وکھر ۔ لول چھُ اَکُے مگر باوَتھ چھےٚ مختلف ۔ احساس چھُ کُنے وٕل گوۆ جذباتھ چھِ بیۆن ۔ اما تیٚلہِ کیاز زِ مہجورس ہوٚی حساس شاعرن شعوری کِنہٕ غارٕ شعوری طور رسول میر آسنک دعوا کۆرمُت ۔ تہِ گرِتھ تہٕ چھےٚ تِمن موضوعی کیو ہیتی ہشرن ہنز مولائنکون کرٕنی ضروری

[۱] کُلیات رسول میر ۔ مرتب محمد یوسف ٹینگ ۔ صفحہ ۱۰۳

یِہنزٕ بِنیِ یاڈ پیٹھ یہِ دعوا کرنہٕ آمُت چھُ۔

رسول میر تہٕ مہجور دوشوے چھِ پَنَنہِ پَنَنہِ وقتہٕ رِوایئژ نِشہِ بغاوت کرِتھ دون بڈبن کاروانن ہِندی اِمام بَنِتھ بروٗنہہ کُن پِوان تہٕ دوشوے چھِ کاشرِ زبانۍ ہِندی رِوایتھ ساز شاعر۔ رسول میرس پتہٕ گُر واریاہو کاشرو شاعرو تِہندی ہِسے اثرس تل لیکھنچ اَکھ شعوٗری کوٗشش تہٕ تِتھے کٔنژ روٗدی مہجورس پتہٕ واریاہ کاشری شاعر مہجور نِسے اثرس تل لیکھان۔ لل دیدِ پیٹھ رسول میرس تام تہٕ رسول میرس پیٹھہٕ مہجورس تام روٗد کاشرِ شاعری ہُند غالب موضوع لول تہٕ مذہب۔ ہرگاہ عاشق تیٚمی میٚنِہ ہُند زِندٕ زُو انسان اوس مگر معشوق اوس بالا فطری یُس عاشقہٕ سِندِ باپتھ محض اکھ تصور اوس تہٕ اَتھ تصورس اوس سُہ اَستان زانِتھ دَشہِ گنڈان تہٕ عقیدتھ پوٗزِ عبادتھ کران۔ رسول میر چھُ پَنَنہِ وقتُک سُہ گوڈنیک شاعر تیٚمی بالا فطری لولہِ بجایہِ زمینی لول وَرتوو، سُہ تہٕ کُنہِ کُنہِ رِوایژ برعکس مردانہٕ جِنس منز۔ یُس شعری کردار تِسنزِ کلہم شاعری منز وۄتلان چھُ۔ سو اُس تیٚمی میٚنِہ ہِنز زالِہ وانکہٕ کَڈِتھ سروِ قدتہٕ اُنزِ نہِ گردن واجی پوشہِ تِلی ڈاے رِنزِ رِنزِ، تیٚمِس سُہ گاہے کوٚنگ تہٕ گاہے پوشہِ مال نادِتھ لولکی تہٕ عقیدتکی نذرانہٕ سوزان چھُ۔ اما پوز رسول میرن یہِ زمینی لول ییتہِ پاک تہٕ مقدس چھُ تتہِ چھُ سُہ معشوق سِندِس وجوٗدس گتھ کرِتھ تہٕ سجدٕ دِتھ پننِس عشقن تقدس رَچھان۔

ژےٚ پوشہِ تِلی میانۍ عشقہٕ مسجدِ حُسنِ امام تِتھ
ژےٚ بانگی شوٗبان مقتدی چھے یوٗنٕزِ چالی

چھُس کعبہ حُسنٕک روے ابرو طاق چھُ بر طاق
در راہِ عشق سجدٕ روا دوٚن ہُمن آمے

☆

رسول چھُ زاٚنتھ دٔہن مذہب روخ تہٕ زُلف چاٚنی
گوٚ زانہِ کیٚاہ گوٚ کُفر تے اسلام نگارو

یہ اوس موضوعی تہٕ رٔوی یہ اظہارٕ کنہِ کاٚشرِ شاعری ہُند یہ ڈٕلِ زِ تہٕ اکھ نوٚو پڑاو۔ مہجوٗرن تہٕ تِل موضوعی کیٚو لسانی اعتبارٕ اَکس نوٚس رِوایتس دٕس یُس نوٕ کاٚشرِ شاعری ہُند ڈٕسلابہٕ اوس۔۔ اوٚت تام اوس کاٚشرِ شاعری منٛز بالا فطری روحجان تیٚوٗت گنیوٗمت زِ شاعری ہُند موضوع اوس ووٗنی عام انسانٕس نِشہِ ہنا دوٗران ہیوٗ باسان۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز تہٕ زِ مہجورٕس برٛ وٚنہم کاٚشرِ شاعری (صوفی شاعری) کیٚاہ اَس کُنہِ لحاظہٕ کم موٗل بلکہ معیارٕ اعتبارٕ کاٚشرِ زبانی تہٕ ادبُک اَکھ موٗلُل خزانہٕ۔ حالانکہ کاٚشرِ صوٗفی شاعری ہُند اکھ بوڈ حصہ چھُ موضوعی تہٕ لسانی اعتبارٕ تیُتھ ییٚتہِ مجاٗزی لولہٕ شاعری ہُند گُمانہٕ گنان چھُ۔ میاٚنی کنہِ چھُنہٕ اَتھ پوٚت منظرس منٛز محترم ٹینگ صابُن یہ وَنُن صحیح زِ "مہجور چھُ کاٚشرِ شاعری سہ شہہ تہٕ شُشُر کُملاوان یُس اَتھ واریاہ کالہٕ پیٚٹھہٕ لوٗ گمُت اوس۔ تِل کتُر وبگلنٕگ یہِ عمل چھُ عجب اندازٕ تھاوان۔ شُشر گانٹہٕ چھےٚ اَمہِ آوازٕ ہنٛدِ تاثیرٕ ستی آوسان تہٕ تمو اندرٕ چھُ ووٚلسیوٗمُت آب فمو ارٕنتھ ووتھان تہٕ نژان۔ شِشھیمٕ تہٕ ہاتھیمٕ بُتل چھےٚ وِصل آمادٕ زنانہِ ہندی پاٚٹھی وُشنان تہٕ نرمان[1]۔" یہ چھُ اکھ بحث طلب

سلہٕ یُس وُنۍ کینہہ موضوع نِشہِ ہَنا ڈٔلتھ چھُ۔ بہر حال مہجورَن تہٕ وَرتو و بالا فطری لولہٕ بجایہِ زٔمینی لول تہٕ پنٕنس محبوبس دِتن پنٕنیے أندۍ پکھٕس منز وٕنی۔ تمۍ پرٕژھ یارٕ منز شِیٚچھ خبر باضے شالہٕ مأرکینہہ پوشن، باضے بوٗزُن تَسند پَے تیٖل بل تہٕ نشاطہٕ تہٕ باضے روٗد پمپوش ہُتھ ڈلس منز تھہندِس انتظارس۔ گٔہے روٗد مَسوَل ہُتھ صُبحکس واوس پژاران تہٕ گٔہے بیوٗٹھ بُلبُل لأگتھ گولابس زاگ ہیتھ۔

کامہٕ دِوٕ کرِ سأل ڈٔل بوٗزم شبس ترِ تیٖل بل
درشنس آبس اندر پمپوش لأگتھ پژارٕ ہا

☆

نسیمہٕ بوٗزُم ژٕ بالہٕ دامنۍ کمند ہیتھ چھکھ شکار ژھاران
بہٕ شوقہٕ چانے شکارِ اَندر پھُن یہِ سر ہیتھ ترے ہا لالو

☆

لَوٕ ہُرٕ تہٕ چھنڈ ریٚہ مسوَل ونان چھے واوَس
دامانہٕ میون تیٚمۍ چھوٗل تَس زانہہ قرار آسیا

☆

یِتے یوت نہٕ "گریسی کوٗر" نظم لیکھتھ کوٚر مہجورَن اکہِ نوِ روایژ ہُنٛد ڈسلابہ تہٕ یتھہٕ گۄنڈ کاشرِ شأعری منز موضوعی لحاظہٕ اکھ نوٚو باب شروع[1]۔ اَکس ساۓ گامہٕ کورِ پوشہِ وِنہِ بابٕنۍ پوشہِ گونڈر، سور گِچھ ہی مال، قانچ پرٕی، شامہٕ سونڈر، کاژ زوٗن تہٕ ناگہٕ

---

[1] کُلیاتِ مہجورؔ۔ ترتیب کار: محمد یوسف ٹینگ۔ صفحہ ۵۳

سبزارچ باغہٕ ہٕر ؤنتھ بوٚرنہٕ مہجورن فقط أہنٛدِس فطری حُسنس تہٕ شیتِل شابس لول، بلکہ دِتُن پنٕنہِ نوِ تہٕ ساۓ دروار لہجک تہٕ مزاژک احساس۔ خاص کٕرتھ چھُ امیک طنزیہ لہجہ نظمہِ ہندِس شاعرانہٕ اظہارس حُسن تہٕ معنہِ ساوبر بخشان۔

ژےٚ تہٕ خوجہِ باہَن چھا برابٕری یے ژےٚ گُلن ہتی دِل بٕری یے
خوجہِ بایہِ ترٛوپرِتھ دارِ تہٕ بٕری یے گرٛیسی کوٗرٕ نازٕنین سونٛدٕری یے

رسول میر تہٕ مہجور دوشوَے چھِ کأشرِ زبأنی ہندی تِم زٕ شأعر یِہنٛزِ شأعری منٛز مقأمی رنگ ٹاکارٕ پأٹھی لبنہِ یوان چھُ۔ کشیرِ ہُنٛد حُسن تہٕ کأشرِ تہذیبکی تہٕ ثقأفتکی آثار چھِ دوشوٕنی ہنٛزِ شأعری منٛز باضے سیٛدِ سیوٚد تہٕ باضے ورگہٕ پأٹھی ژھایہِ گژھان۔ اَکھ چھُ کأشرِ زنانہٕ ہندِس حُسنس مُرژٕگری ہنٛز صوٗرتھ دِتھ شأعری ہندِس عجأیب گرس منٛز سجأوِتھ پرٛژتھ وُچھن وألِس ویٚژرٕ ناوان تہٕ بیاکھ کأشرِ بن پوٗشن ہنٛز خوشبوے شعرِ زبأنی منٛز رٕژھرِتھ پرٛژتھ پرن وألی سُند رٕح تہٕ وٗجوٗد مُشکاوان۔ اَکھ چھُ کأشرِ بن زیورن تہٕ پوشاکن ہُنٛد ناوہیتھ کأشرِ تمدُنک پتھ کال دیدمان أنتھ حُسنکی مأرٕ مٛنٛدی انہار بدِ کڈان تہٕ بیاکھ توأریخی واقعات پیش کٕرِتھ أزی کِس پرن وألِس پنٕنہِ تواریخی تہٕ ثقافتی پتھ کالک حِس بیدار کران تہٕ باضے چھِ دوشوَے کأشرِ بن اوٗ سطوٗرن تہٕ دیو مالأیی کردارَن ہتی شعری کردار بنأوِتھ کأشرِ بن ہندِس فکری، فکری، جمالیأتی، ثقافتی تہٕ عقیدتی انہارَس وولساوان تہٕ ووتلاوان۔ ہرگاہ رسول میرس پتہٕ مہجورَن

اَتھ مقاٗمی رنگس اَکھ وِہراو بخش بلکہ چھُنہٕ یہِ وَنُنس منٛز تہٕ کانٛہہ مبالغہ زِ مہجورنی پزٕ بتھ تخلیق بلکہ یہِ ڈٔلِی زِ تہِ پزٕ بتھ شعر چھُ اکھ سُہ اَنہٕ یَتھ منٛز اکہِ یابیکہِ انہارٕ کشیرِ ہُنٛد پرَتو ژھلیہِ گَتی چھُ کران۔ اَما پوز تہِ گرتھ تہٕ چھُنہٕ سُہ اَتھ مقاٗمی رنگس رسول میرٕنی ہِش نزاکتھ تہٕ برجستگی دِتھ ہیوٚ کمٕت۔ ڈبہِ ڈالان، درشن دأر، پرنگ، پمپوش، آرٕ وَل، باغہٕ بَر، ناگہٕ سبزار، اَچھ پوش، پٔری محل، قُمرُ، کوٚ ستوٗر، دبدٕر، جل، بوٚمبر یمبرزَل، وِگنہِ وَنہٕ وُن، وَن ہأر، ڈل، تیل بل، تارسر، مارسر، تالہٕ رَز، گُل تہٕ بُلبل ہوٚی لفظ تہٕ ترکیبہٕ وَرتاوِتھ چھُ مہجور پزٕی کنہِ پننہِ شاعری مقاٗمی رنگس منٛز غوطہٕ دِوان تہٕ قارِیَس پنُن تمدنی تہٕ ثقافتی پوٚت منظر دیدمان انان۔ ووٚنی گوٚ یمن لفظن ہُنٛد دوہراو چھُ تیوٚت زیادٕ زِ باضے چھِنہٕ یم پننہِ لغوی معنے کیٚ غلام گردِشہِ منٛزٕ نیرِی تھے ہیکان تہٕ یہِ وَنُن تہِ چھُنہٕ صحیح زِ مہجورس نشہِ کنیاہ اوس یمن لفظن ہُنٛد ورتاوٕ موٚلے ساٗدٕروار بلکہ چھِ مہجورس بروٚنٛہہ اَمہِ قبیلکی لفظ کاٗشرِ لکہٕ شاعری منٛز بار بار ورتاونہٕ آمٕتی۔ اما پوز مہجور چھُ یمن لفظن تہٕ ترکیبن پننہِ شاعری منٛز پنُن مخصوص ورتاو تہٕ مخصوص معنہٕ مفہوم بخشان۔ اَتھ برعکس چھِ رسول میرٕ ٹاکأنی، زأل وانکہٕ، رونہِ گوڈ، موکھتہٕ ہار، ہوٚیک باوُٹ، ہنگہٕ طوٗمار، سونہٕ وألی، شٕرژونہِ دار بنگرِ، کأنٹھ مال، گُلکأرٕی جامہٕ، پھلکأرٕی چھأئی، سونہٕ لانگ، پأڑی انزول، پھرن، حلقہٕ بند تہٕ کنہٕ پھلی ہوٚی لفظ تہٕ ترکیبہٕ نہ صرف گوڈنچہِ لٹہِ ورتاوان (کینٛہہ لفظ تہٕ ترکیبہٕ چھِنہٕ اَز تام تہِ کانٛسہِ کاٗشرِ شاعرن ورتاوِمٕتی) بلکہ چھُ یِہنٛد

ورتاوتمہِ فن کارانہٕ تہٕ ووستادانہٕ آیہِ کران زِ بوزَن وول چھُنہٕ فقط یمن نِشہِ متعاًرف سپدان بلکہ چھُ بنگر بن ہٕنز شرؤنی راے تہٕ رونہِ گوڈُک ساز کنو بوٗزِتھ حظ تُلان تہٕ سرؤرَس یوان۔

رونہِ گوڈُکے یامتھ بوٗزُم ساز ساز بوزنہِ آمُت شاہ ہِندراز
پوشہِ مال چھُم پوشہِ تُلی ڈایہِ لولو رِنْدٕ پوشہِ مال گِندنے دژایہِ لولو

☆

زأُلی وانکن تل چھے بأُلی نأُلی کانٹھ مال ہٕٹہِ بنگأُلی
ہنگہٕ طومار سونہٕ ہٕندی وأُلی بول گُگُلی لول ہے آم

☆

ہٹیک باوُٹ کنگ دوٗر دِلُک محرم شِلُک ژوٗر
ہٹیک چھُم چشم بد دوٗر سہ موکھتے ہار کوٗت گوم

☆

مَتہِ روز دَما روزٕ دربم چانہِ لولرے
شرُؤنی دار سونہٕ ہٕنزٕ بنگرِ گربم چانہِ لولرے

رۄسُل میر

☆

ہتہِ ژُھے اوسُس نہٕ اوسُس وقتہٕ اکہِ باختیار
دِن گوأ ہی میانہِ گنہِ یم پژأنی گنہِ دیوار میأنی

☆

بلبل کران گُلن گتھ بوٗمبر یمبرزلن پتھ
کأشری چھِ مست مس چیتھ گُلشن وطن چھُ سونے

کامہ دِوگرِ ساۄلِ ڈٔل بۄزٕم شبَس ترِتیل بل
درشنس آبس اَندر پمپوش لاگتھ پزارٕ ہا

☆

سونہٕ ہنٛز تالہٕ رَز کیاہ چھےٚ شۄبانی دۄرن پۄر نِگرٲنی یِیے
رشکہٕ پان رزِ کھول عشقہٕ پیچانی سوزِ دِل بوز دُردانی یِیے
(مہجور)

☆

رسول میر تہٕ مہجور ٹٮ۪من شعرن یِمن موضوٗعی لحاظہٕ ہشر چھُ، تقوبُل کرِتھ چھُ دۄشوٕنی شاعرن ہُنٛد شاعرانہٕ وجوٗد بروٚنہہ کُن یِوان تہٕ مہجورنس تتھ دعواہَس زِ مہجور لاگتھ آوبیٚیہٕ دُبارٕ رسول میر چھےٚ بیٚیہٕ ہَن ٹھونٹھ یوان۔ اَتھ پزرَس چھُنہٕ انکارٕ ے زِ مہجور چھُ سون قومی شاعر یٚمی کاشرِن سیاسی حسس وُزنأوِتھ پنٕنہِ پتھ کال کہِ باختیار سیاسی وجوٗدُک احساس دیُت۔ یہِ اوس سُہ وق یَیلہِ اُردو شاعری ترقی پسند آلوٗن آۄرہٕ اُس تہٕ موضوٗعی اعتبارٕ اَسی سیاسی تہٕ سماجی موضوٗع شاعری منٛز یَسلہٕ پاٹھی ورتاوَس آمتی۔ کاشرِس منٛز ژیوٗن یہِ آلو گوڈٕ مہجورن تہٕ اَتھی موضوعس تحت لیچھن پنٕنہِ کینٛہہ نظمہٕ۔ پۄزے بوزَو مہجورنہِ شوہرژ ہُنٛد راز تہٕ چھُیِی، تِکیازِ کاشری اَسی جاگیر شاہی نظامَن ژاپِ متی تہٕ مہجوٗرٕنی ترانہٕ بوٗزِتھ اَسی تم پنٕنہِ آزادی تہٕ خوشحال مستقبلکی خاب وچھان۔ اَمہِ اعتبارٕ چھُ مہجور کُلہم کاشرِ شاعری منٛز بے جورٕ، مگر یٚتھین اہنٛز سیاسی تہٕ قومی شاعری پیٹھ بحث کرُن گوٚو موضوع نشہٕ ڈٔلُن۔ تِکیازِ رسول میرس ستی مہجوٗرن ناوگنڈنہٕ وِزِ چھےٚ فقط مہجوٗرٕنی لولہٕ شاعری مولوٗنی تہٕ پرکھاوٕنی۔ بدل پاٹھی وَنو زِ رسول

میرنس وجوٗدس منٛز اوس چھرا اکھ شاعر کاڈ کڈِتھ، ییٚلہِ زَن مہجورنس وجوٗدس منٛز بُستھ شاعرس پنٕنہِ خارٕجی دُنی ہِنٛز سیاسی تہٕ سماجی گانگل تہِ اَس۔ شاید چھُ یِتہِ اکھ وجہہ زِ سُہ ہیوٚک نہٕ پٔننِ لولہٕ جذبن تہٕ شاعرانہٕ تجربن رسول میرٕنی ہِش شعرٕ باوَتھ دِتھ۔ میون مطلب چھنہٕ ہرگز تہِ مہجورنس شاعرانہٕ وجوٗدس انکار کرُن۔ ژٕ گوٚو تہٕندِس کلامس زوٗل دِتھ چھُ تمن شعرن ہُنٛد تعداد سبٹھاہ کم بلکہ یِہِ ڈٕلی زِ تہِ تٕمِلِس منٛز گنہٕ ہیٚیتہٕ تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرس میٖل سپدِتھ خوبصورت شعرٕ تجربہٕ باوَتھ پٕژاوان چھِہ۔

لوٚ ہُو تہٕ چھندریمٕژ مسوٚل ونان چھےٚ واوس
دامانہٕ میون ییٚمی چھوٚل تَس زانہہ قرار آسیا

☆

اوٚش گوم جارٕی یام ژٕتَبس پیوم سُہ جانان
بیوٚٹھ ناوِ اندر پانہٕ مےٚ سُہلاب اَنتھ گو
کامہٕ دِو گرِ سالِ ڈَل بوٗزُم شبَس ترِ تیل بل
درشنَس آبس اندر پمپوش لأگتھ پرارٕ ہا

☆

وٚوتھ شور یامَتھ واو حُسنَس موج تُلِتھ گوٚو
اظہار تی کوٚر زُلفہٕ چے تھتھرایہِ وَنے کیا

☆

مہجور

مہجورَس چھےٚ پنٕنہِ منفرد موضوعی ورتاوٕ کٕنی پٕنٕنی اکھ منفرد شاعرانہٕ حیثیت تہٕ پٕژٕ زنتھ۔ اما پوز رسول میر ہوس پوختہٕ کارفنکارس تہٕ حبہٕ ببدار شاعرس نِشہِ اِستادٕ

کرتھ چھس قدضرور ژھوٹان زِ تخلیٖقی آگہی تہٕ شاعرانہٕ ہونرمندی منز رسول میرس سٟتی مہجورٕن بازِ وُسن گوٚو حضرت یوسفؑ سترٕ کأنس مٕلی ہنگ اشتیاق کرُن۔ لول چھ قدیم کالہٕ پیٹھہٕ شاعری ہُند اکھ اہم موضوٗع رُودمُت ییٚتہِ عاشق تہٕ معشوق ہندی ہاوس تہٕ امارتہٕ یمن ہاوسن تہٕ امارن ہُند مٕیل پژاون وول اشتیاق باوتھ پژاوان چھُ۔ اَتھ صورتِ حالس چھِیم دوشوٚے شاعر شعرٕ باوتھ دِوان۔ وون گوٚو رسول میرس مقابلہٕ چھُنہٕ مہجور اَتھ صورت حالس بیانٚک اوبر گوبر تہٕ تخلیٖقی ہونرمندی دِتھ ہبکان۔ پرٛھن جایَن چھُ رسول میر لفظن ہُند جودگر۔ تیٚمٕز ترکیبہٕ، تشبیہہٕ، استعارٕ تہٕ علامژ چھےٚ بامعنی تہٕ برمحل۔ سُہ چھُ اُکس مصور ہندِی پأٹھی لفظن موٗ قلمچ کأم ہیٚتھ تصویرکأری کران زِ اَتھ برعکس چھُنہٕ مہجورنہِ شعرٕ زبأنی تخلیٖقی امکاناتن تہٕ نوٚین سرحدن ہُند تلاش۔ لفظن ہُند عام فہم ورتاو چھُنہٕ استعارأتی مفہوم وتران۔ تجربہ چھُ اکھ تہٕ تجربک صورت حال چھُ وکھرٕ۔ احساس چھُ اکھ تہٕ احساساتی کیفیتھ چھےٚ مختلف۔ اظہار تہٕ اظہارُک باوژ پھیرٕ چھُ بہر حال مختلف۔

جلوٕ ہأوِتھ دوٗر ترٛأوِتھ تنٛبلأوِتھ ژٕولہمو

عارٕ رستے یارٕ لگیو خارٕ تھأوِتھ ژٕولہمو

☆

مانہٕ رٕنزِ أسس توٚے بولُکھٕ پامَن لأجہس

منٛد چھأوِتھ اَند ترٛأوِتھ پامہٕ تھأوِتھ ژٕولہمو

مہجور

در عشق خود جانانٔے افسانۂ گٔرِتھ ژٕول مے

در کعبہ و بُتخانٔے بیگانۂ گٔرِتھ ژٕول مے

تمٕی کۆر زُلفن شانٔے سۆنٛبُل چھُ پریشانٔے

سردارے پرستانٔے یارانۂ گٔرِتھ ژٕول مے

رسول میر

یمن دۆشوٕنی شاعرن ہُند محبوب چھُ ییٚمی میٚزِ ہُند زِندٕ زُو انسان۔ اما پوز انسانٔی آکار آسنہٕ باوجۆد چھُ رسول میرُن معشوق مقدس تہٕ شاعر چھُ اُمس مقدس معشوقس پٮ۪تھ اعتبارٕ تقدس رچھان۔ دۆشوٕنی شاعرن چھُ پننس محبوب ہٕندِ دیدارُک اشتیاق۔ مہجورُن شعری کردار چھُ یٚمبرزل پھٔلِتھ بۆمبرٕ سنٛزٕ آشہِ زُوان تہٕ دنیاوی غم وبتراوان تہٕ رسول میرُن شعری کردار چھُ مجنون بٔنِتھ لأ لہِ ہٕندِ دادِ کشکول تُلِتھ گدأیی کران۔

تمنا چانہِ دیدارُک مےٚ چھُم یٚمبرزَلے بۆمبرو

پھۆ جِس یامَتھ لٔجِس وُچھنے گٔجِس چانے کلے بۆمبرو

مہجور

چھُم مأل بَس لأل وُچھَن کَمہِ بہانٔے

مجلون لأگِتھ کونہٕ کرٕس خانہٕ گدأیی

رسول میر

مہجور چھُ یارٕ سنٛزٕ آشہِ گٔجھہِ گٔتھس توسہٕ وتھرُن کران تہٕ تَس پَنُن زُوتام آیتن تھوان۔ اَتھ برعکس چھُ رسول میر شامہٕ سوندر بٔنِتھ یارس عشقہٕ پیچانٛکی پأٹھی سرِ قدس

پان وَلان۔ یِژھن جاین چھُ دون شاعرن ہندِس لسانی تہٕ تخلیقی اظہارس واضح بنن۔ اَکھ چھُ چھرا بیان تہٕ بیا کھ صورتِ حال۔

یِہمنا حالِ دِل باوَے گچھے گُٹھِہ توسہٕ وتھراوَے

پُٔن زُو پیشکش تھاوَے مےٚ پانَس شَرژَلے بوٚ مبرو

مہجور

کھٔژتھ سینَس اندر بو نالہٕ ژٔتھ شامہٕ سونْدَر

جامہٕ زَن سرِو قدس پان وَلٲیو مدنو

☆

رسول میر

مہجورس تہٕ چھُ ہجرُک نار ہَنہِ ہَنہِ تن زالان۔ وٕں گوٚسہٕ چھُ اَتھ صورت حالس منز تہٕ زندگی ہندی دوہ بران۔ ڈیکہٕ لٲنس مَتھِ کھاٚلتھ پننہِ دادِرچ دَگ لوٚژراوان۔ رسول میرس چھُ یارٕ دود زَنتہٕ سوٗنتہٕ گولابس ہردِ زَرُر پھران۔ دوشوَے چھِ پننہِ لسانی صورژ ژٔسی پننین تجربن باوَتھ دِوان تہٕ اَمی لسانی صورژ ہنز پھیرٕ ہاوِ چھےٚ دون شاعرن ہُند لہجہ، مزاز تہٕ آہنگ بدلٔن کڈان۔

دوٗر برژالُن نارٕ پان گالُن

چھم ڈیکہٕ لانے دِلبر میانے

☆

مہجور

دِلبرِ اَژھتو میانہِ برَے دیو برَے دبن

ژٔےروس گُل زَن گیٖس برَے بال مرأیو

رسول میر

وُچھتو رسول میر کتھ کُنی چھُ لفظن لغوی معنہٕ منز کَڈِتھ نوبن تخلیقی مانَین ہندی امکانات روشن کران۔ اَکہِ پاسہٕ چھےٚ لفظن ہنز ہم آہنگی شعرس سازُت بخشان تہٕ بیکہِ پاسہٕ چھِ ترٕبن مصرن منز ورتاونہٕ آمُت 'برٕ' لفظ الگ الگ معنے تہٕ توثُر تہٕ احساسٲتی کیفیتھ وو تلاوان۔ مثالے گوڈنکہِ مصرُک 'برٕ' لفظس چھُ معنہٕ 'برٕ یعنے 'درواز'۔ دوٚیمہِ مصرِکس 'برٕ' لفظس چھُ دوہ گذارنک معنے تہٕ ترٕیمہِ مصرُک 'برٕ' لفظ چھُ ''ہرِتھ پیٚنگ'' یا وَنو ''برٕ گوٚھنگ'' معنہِ مفہوم وو تلاوِتھ شعرُک حُسن ہیچھناوان تہٕ معنہِ مفہوم چھُ پاسل اَنہار پزٕاوان۔ اَمہِ قسمُک لِسٲنی ورتاو چھُ شاعرٕ سنٛز زبان دٲنی ستی تخلیقی ہونرمندی ہُند نیب تہٕ دِوان۔ ہرگاہ مہجورنس شعرس تہٕ 'ژالُن' تہٕ 'گالُن'، 'لانے' تہٕ 'میانے' اندرونی تہٕ بیرونی ردیفن قافین ہُند ورتاو موسیقی بخشان چھُ مگر 'گالُن' لفظہٕ بجایہِ چھُ 'زالُن' لفظ موزوٗن تِکیازِ نارٕچ خصوصیتھ چھےٚ زالُن نہ زِ گالُن۔......

(شاعری منز چھےٚ لفظن تہٕ لفظہٕ ورتاوس بڑٲدی اہمیتھ)۔ شعرس منز ورتاونہٕ آمتس لفظس چھُنہٕ یتے معنہِ زِ پرن وول واتہِ اَمہِ ذٕسی شعرہٕ تجربس تام بلکہ گوٚھ سُہ جذبٲتی، نفسیٲتی تہٕ احساسٲتی طور آورنہٕ یُن۔ ہیتی لحاظہٕ فن پارٕ مولوان چھِ زِ احساس بیدار گوٚھان۔ اَکھ لفظن ہُند تہٕ بیا کھ مفہوٗمٕچ۔ ہرگاہ یِمن دوشوٚنی پٔتُن الگ الگ آکارتہٕ احساس چھُ، اما پوز یِہُند توثُر تہٕ احساسٲسی کیفیتھ چھےٚ اکھاٗکس منز پوشیدٕ۔ کانہہ لفظ چھُنہٕ معنے روٚس آسان تہٕ کانہہ معنے ہیکہِ نہٕ لفظو روٚس پٔتُن وجوٗد

پزٲوِتھ۔ اَمہِ اعتبارٕ چھُ تجربس تام واتنُک وٲحد وسیلہٕ لفظ تہٕ اَمہِ کِنۍ چھُ لفظَن بر محل تہٕ موزوٗن ورتاونٕچ یٲدی اہمیتھ تھوان۔ توے تہٕ چھُ خیال یا تجربہٕ اَکُے آسِتھ تہٕ دون شاعرن ہُند شاعرانہٕ ورتاو مختلف۔ اَکِ سُند لول تہٕ تیٚچ باوَتھ چھےٚ وُجدس اَنان تہٕ بییکہِ سُند لول چھُ پھر الفظن ہُند بیان۔

ژےٚ گَس ہتھمن گیٚی سازِش دوٗیم چھا بیا کھ کانہہ میٚیے ہش
ژٕ میانے رشکہٕ پانَس نِش تھوٗوکھ کمہِ مسوَلے بوٗ مبرو

مہجور

☆

حبہٕ وبسرا وتھَس دِلبرے وبہٕ گمو چھےٚ
تم چھا میانہِ کھو تہٕ سوندرَے بال مرأیو

رسول میر

☆

شاعری چھےٚ اَکھ سو تخلیقی عمل یُس وجدان، تخیُل تہٕ جذباتن ہِنٛزِ اظہار چھےٚ لبان تہٕ شاعرٕ سُند سُے خیال یا تجربہٕ چھُ رُت تخلیقی تجربہٕ بنان یُس لفظوٕ ڈسی وونہٕ یِیہِ تہٕ شعرس یِیہِ تیٚلی تخلیقی رنگینی یِیلہِ شاعرٕ سندی لفظ تخلیقی ورتاو پزاون۔ شعرس منٛز باونہٕ آمت واقعہٕ تہٕ واقعس منٛز پیش کرنہٕ آمٕت صورت حال گوٚو لفظوٕ ڈسی اظہار پزاوان، تہٕ پرن وول گوٚو لفظوٕ ڈسی تجربہٕ کس ژٕکس تل واتن تہٕ صورت حالس منٛز ہیٚنہٕ یِن۔ وُچھتوا کِی تجربکی یا خیالکی زٕ باون اظہار تہٕ اَمہِ باون اظہارُک لفظوٕ ڈسی ووتلاونہٕ آمٕت الگ الگ صورتِ حال، اَکھ چھُ بیان تہٕ بیٚیا کھ بیانُک حال۔

روزٕ روزٕ بوزٕ میأنی زار مدنو

لولہِ چانہِ چھس یا بیمار مدنو

کاژِ زوٗن گأجِتھس سفرن لأجِتھس

ژھورمکھ گامہٕ شہار مدنو

(مہجور)

متہِ روز دَماہ روزِ دَربم چانہِ لولرے

شرونی دارسونہٕ ہنزِ بنگرِ گربم چانہِ لولرے

ذاتَس مےٚ وٕنم زار دوٕہس عار ہیٚیس نا

راتَس مےٚ ترٕہہ سپارِ پربم چانہِ لولرے

(رسول میر)



رسول میر چھ پننہِ شأعری منز تمن لفظن ہُند ورتاو کران یہُند استفادٕ گرتھ مہجور پننہِ لسأنی تہٕ شأعرانہٕ بترِ مطأبق کران چھُ۔ اما پوز سہ چھُنہٕ رسول میرس مقابلہٕ یمن لفظن ہنز احساسأتی کیفیتھ تتھہٕ کنی ووتلأوِتھ ہیوٚکمت زِ پرن وول تہٕ ییہِ اَتھ احساسأتی کیفیتس منز آورنہٕ۔

قند تہٕ نابد اُلہٕ سُپأری تھاوِس چندٕ بُری بُری یے

ییہِ نا بہٕ کرٕہس بنٛدٕ بردأری لگہٕ یو بال پأرِ پأری یے مہجور



غُضر تہٕ بادام بریو چندو شیٖرہن اُلہٕ سُپأری

کأشرِ نابدٕ مصرکہِ قندو ژٕ پرَ تو یا فتح رسول میر

رسول میر تہٕ مہجور دوشوٕے اَسۍ عاشق دِل شاعر تہٕ دوشوٕنی شاعرن ہنٛز شاعری منٛز چھُ لول اَکہِ غالب موضوٗع رٔنگی باوَتھ پرٛاوان تہٕ دوشوٕنی ہندِ مجأزی لولُک انہار تہٕ انداز چھُ بیوٚن بیوٚن۔ مہجور چھُ لولس متعلق لیکھنہٕ آمژ کتابہٕ پران تہٕ یِمن لولہٕ کتابن پٔننہِ دِلہٕ چین الماربن منٛز شیرِتھ تھاوان۔ اتھ برعکس چھُ رسول میر پننہِ لولچ تازٕ کتاب پانہٕ لیکھان، یَتھ رسول میرس تام ورتاونہٕ یاباونہٕ آمتہِ لولُک چھُہ تام لوٚگمت چھُنہٕ۔ پتھ چھُس پننِس اظہارس پٹھ اعتما دتہٕ اتھ اعتمادس پٹھ فخر۔ اَمہِ لولہٕ کتابہِ ہُند عنوان چھُ "محبوب سُند عشق" تہٕ تمہِ لولُک غم۔

اَمارٕ چانے پھِرِ مے ورَق لولہٕ کتابن
برٔی برٔی مے تھاوِم سینہٕ چے المارِ وَنے کیا
مہجور

روٗسلی وٕنی تازٕ کتاب سو وٕنن چانہِ غمے
آسہِ گس تابِ جواب چاو مے جام جمے
یا
سوزٕ چانے روٗسلی وٕنی
تازٕ عشقٕنی کتاب تہٕ واے
☆
رسول میر

دَپان شاعری گیہِ اصلُک نقل، یَتھ گوٚو سو چھے دوٚیم کَتھ زِ نقل پیش کٔرِتھ یتھ حدس تام گژھِ اصل واضح۔ شاعر چھُ پننہِ تخلیقی ورتاوٕ سِتۍ یوٚہے نقل اصلس نگھہٕ

واتناونچ کوشش کران۔ شاعر چھُ لفظو، ترکیبو، تشبیہو تہٕ استعارو ذریعہ محبوب سند بن انگن ہُند شبیہہ ووتلاوِتھ تتھ تصویر کاری کران یتھ ادبی زبانی منز سراپا نگاری وَنان چھِ۔ ہرگاہ غالب، حافظ تہٕ شیکسپیئر ہوی عظیم شاعر سراپا نگاری ہندی بڈی ووستاد گنز رَنہٕ یوان چھِ۔ اَما پوز رسول میر چھُ کاشرِس منز اَمہِ اعتبارٕ سرس۔ پروفیسر رحمٰن راہی سنز یہِ رائے چھےٚ معتبر زِ "کاشرِس منز چھ سُراپا نگاری ہُند سارِوے کھوتہٕ بوڈ ووستاد رسول میر...... رسول میر نہِ سراپا نگاری چھِ واریاہ گون یم سبٹھاہ قابل قدر چھِ تہٕ یمو کنۍ سہ کاشر بن سراپا نگاری ہُند امام گنزرُن پیٚو[1]۔ میون موضوع چھُنہٕ رسول میرنی سراپا نگاری وبڑھناوِنی مگر مجبور تہِ چھُ رسول میرنی پاٹھی سراپا نگاری منز پنُن قلم آزماوان تہٕ پننس محبوبَس میرنس محبوبَس ستی ہشر اوِتھ لرِ لوٚ رتھاونگ ارزوے بران۔ تکیازِ رسول میرُن ہیو خوش باش، خوش رفتار تہٕ ژندن موکھ معشوق کس ورغلاوِنہٕ دِل، یُسند گولاب روے وُچھتھ آفتابَن پنُن رنگ کھوٚٹ تہٕ زوٗن کاژ گژھ۔

> وُچھ آفتابن چون ژندن موکھ تہٕ ڈوٚلس رنگ
> گژ کاژ توے زوٗن چھس سرسام نگارو

☆

رسول میرنی کونگ چھےٚ تمہِ کاشرِ حُسنچ علامتھ یمیٚ عالم دیوانہٕ کوٚر تہٕ حافظس ہوِس عظیم فارسی شاعرس تہِ پھووُنُن:

---

[1] تحقیقی رسالہ انہار کاشر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی۔

بہ شعرِ حافظِ شیراز می گویند و می رقصند
سیاہ چشمانِ کشمیری و تُرکانِ سمرقندی

تہٕ رسول میرس اوس کٔشیرِ ہُند حُسن پنٕنس محبوب ہِندِ حسنٕک تأثیر باسان تہٕ تَس رٕوس تہٕ تَس وَراۓ اوٚسُس سورٕے کائنات بے معنہٕ تہٕ بے مول باسان۔

چانہِ ہِتۍ کشمیر جنت تأثیر
سمسار نتہٕ غم خانہٕ چھُکھ جان جانانہٕ

☆

رسول میرُن یہ اَنٛزۍ نہِ گردن وول پوشہِ تِلۍ ڈاے خوش رفتار معشوق کونہٕ بزم راوِہے مہجورس ہِوس شوخ مزاژ شاعرس دِل۔ مہجور چھُ تَس نِشہِ متأثر گٔژھتھ پنٕنس محبوٗبس تِتھے ہیوٗ جمال تہٕ جلال دِیُن یِژھان۔ اَما پوز تِتھ اُس رسول میرٕنی تخیلی آگہی، تخلیقی ہوزمندی تہٕ لفظن ہٕنٛز جودگری ہُند ضرورتھ۔ لفظ تراشی، ترکیب سازی، باوزن تہٕ برمحل تشبیہن تہٕ استعارن ہُند ورتاوٕ چھُ شاعرس شاعرانہٕ تھزر عطا کران۔ محبوٗب ہِند بن زُلفن اَکہِ پاسہٕ ''اَنٛک آہ'' تہٕ ''قرآنک بسم اللہ'' وَنُن تہٕ بیکہِ پاسہٕ تٔہند بن روہٕڈ قُبن نبہٕ و تھمُت معرفت وُنُن، گُنہِ تٔہندس سروِقدس طوٗبے کوثر تہٕ بمن محراب وَنُن تہٕ گُنہِ تٔہندِس وَچھس روہٕڈ سینکۍ قُبہٕ، نارِ پستان تہٕ انارِ شیر ہِن وُنُن چھُنہٕ فقط تھزِ زبان دأنی تہٕ تخلیقی ہوزمندی ہُند احساس دوتلان بلکہ تمہِ جُرتھ مندی ہُند اقرار تہٕ کرناوان ییٚمہِ از تام چہِ کلہم کأشرِ شاعری منٛز سرتاز چھُ۔ وُچھتو مہجورس مقابلہٕ رسول میرنِن لفظن ہُند تخلیقی ورتاو۔ زَن تہٕ اکھ مصور پنٕنہِ اَولہِ

مؤقلمہٕ تصویر کأری کران چھُ۔ اَمہٕ قبیلہٕ کیٚن شعرن ہُند لسأنی ورتاو، باوٕژ پھیرٕ تہٕ تخلیقی معیار چھِ ووٚن شأعرن ہٕندی زٕ[۲] منفرد شأعرانہٕ وجوٗد بروٚنہہ کُن اَنان۔

زُلف:

چھس اَوایزان تا بدامان زہر ژاپان قہرٕ سان

زُلفِ سوٚنبل مرگِ بلبل مار چھا گلمار چھا

☆

چھےٚ شہمار گیسو وٕلتھ نال دوٗرن

یم آسن دودٕس منز پلان ٹاٹھِ یارو

مہجور

زُلف کاکُل کنہٕ آٗینَس آہ تہٕ قرآنَس پیٹھٕ کنہٕ بسم اللہ

پانہٕ لیوٚکھمُت چھےٚ ذُلجلالٕی یےلو بوش حُسنَس روزی نہٕ کالٕی یے

☆

یم زُلف زَن چھی مارٕ متیو مار بگردن

شہمار زأنتھ کوکلِ پیچان دَپان چھی

رسول میر

☆

زألی وأنکہ:

زألی وانگَن تل کنہٕ وألی تھدِ شأنکی یم خانہٕ مألی

للہٕ ناوان بنگأل دایے پایہٕ بڈِ میانہِ یاوَن رایے

مہجور

زٲلی وانگَن بالہِ ییٚلہِ لگہِ شُمار     پچھ لگنے گنز رٔنس لچھ تے ہزار
اَمہِ شایہِ نو موکلَن پایہِ لولو     رنڈِ پوشہِ مال گِنڈ نے وڑایہِ لولو

رسول میر

وَچھ:

سینہٕ سوزَن عاشقن دِل شیٚہلن یامَتھ وُچھَن
یم دُپِستان یا سپستان داروَے بیمار چھا

مہجور

یم قُبہٕ سینکی ڈیشہِ وٕنہن دُبہٕ چھ پھران دِل
انارِ شیرٕ ہن کونہٕ دُپستان دَپان چھی

رسول میر

☆

بُمہٕ:

چانہِ بُمہٕ محراب مسجدِ روے چوٗن رشک صنم
دون اٲچھن تل جلوٕ گر چھم کعبہ تَے بُتخانہٕ چون
مجہِ تیر لاٲتھ ژوٗرِ وُچھتھ دورِ تماشا
تیرَن ہا چانہن سینہٕ پٹن دارٕ اٲتی روز

مہجور

چھس کعبہ حُسنٕک روے ابرو طاق چھ بر طاق
در راہِ عشق سُجدٕ روا دون بُمن آمے

☆

مچہِ تیٛرن چھے اَلماس پھَل  نچھِرن سُے شر وأنجہِ تل
کمی ویٛرَن یم تیٛر ژأڈی یےلو  بوش حُسنک روزی نہٕ کأنٛسی یے

☆

رسول میر

أچھ:

ڈیشتھ چشمہٕ چانہٕ بزم چھُ لارأنی  بشر زَل چھے مند چھأنیٛ یے
رمزٕ سان غمزٕ تیٛر چھکھے لایٲنی  سوزِ دِل بوز دُردأنی یے

مہجور

چشمہٕ آہو سورمہٕ دار  ہرنہٕ ڈیشتھ بے قرار
اَز نظر شیرَن رَٹان  کارِ دوگن دوٚرِ دان

رسول میر

اَمہِ علاوٕ چھِ رسول میرس نِشہِ تتھی کینٛہہ سراپانگأری ہٕنٛدی نموٗنہٕ میلان یہنٛز مثال نہٕ بیٚیہِ کأنٛسہِ کأشرِس شأعرس نِشہِ میلان چھےٚ۔

رازٕ ہیٚنٛز ی یانہٕ ناز کیا أنٛزی نہٕ گردَن
یا الٰہی چشمہٕ بدٕ نِشہِ رَچھتَن
موکُسَس پیٹھ میلہٕ پھیوٚر  پوشہٕ لَنجہِ پیٹھ زَن قُمیوٚر
نتہٕ بوٚ مبوٚر ویوٚر ٹلان  کارِ دوگن دوٚر دان

ووٚنی ہرگاہ أتھی سراپانگأری ہٕنٛزِ بنیاۂ پیٹھ مہجورٕ رسول میر آسنک دعوا کران چھُ، تیلہٕ کیا جواب دِزِ خضر ملک صفأیی ہِوِس اہم تہٕ طرح دار شأعرس یُس رسول میرس پتہٕ کأشرِس منٛز سراپانگأری ہُند سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ ووستاد چھُ۔

۱۹۸۷ء

☆☆☆

# وُژن تہٕ غزل

## کینژہہ پھیرہٕ ہاو خصوٗصیژ

**کأشرِ ادبُک** توأریخ چھُ ہیٔتی اعتبارٕ تہٕ موضوٗعی اعتبارٕ تہٕ رنگا برنگ تہٕ طرح دار۔ ہیتی اعتبارٕ چھُ واکھ، شُرُک تہٕ وُژن چھرا کأشرِ شعرٕ ذأژ، ییٚلہِ زَن غزل، مثنوی تہٕ موخصر نظم بیترٕ شعرٕ ذأژ فارسی تہٕ انگریزی پتہٕ کأشرِس منز آمٕژ چھے۔ موضوٗعی اعتبارٕ یِم تہِ ادبی روحجان تہٕ تحریکہ عالمی ادبس منز وِزٕ وِزٕ پھاپھلییہ، تِمن سارِنے ہُند اکھ یا بیٚاکھ انہارٕ تہٕ آکار چھُ کأشرِ شاعری یہِ منز ٹاکارٕ۔ کأشرِن شعرٕ ذأژن منز چھُ وُژن اَوٕ کنہِ تہِ اکھ توجہ طلب صنِف تیٚمہِ واکھ تہٕ شُرُک شعرٕ صنِفن مقابلہ پننہِ ابتدأیی کالہ پتہٕ ازتام پَن پننہِ زمانکہ تقاضہ رچھان رچھان پننہِ ارتقأیی منزل تلاش تہٕ طے کرِی۔ یہِ وَنُن چھنہٕ شاید سہل زِ اَمہِ صنفہِ ہُند ابتدأیی ورتاو کرسِہ۔ حالانکہِ شیخ العالمؒ سندِس کلامَس منز چھِ اَمکی نموٗنہٕ میلان تہٕ ممکن چھُ زِ آیندٕ تحقیقہِ تلہٕ نَنہٕ زِ کأشرِ لکہٕ شاعری یہِ منز ما چھُ شیخ العالمَسؒ برونہہ تہِ وژن ورتاوَس آمُت تہٕ کأشُر محاورٕ ''واکھ تہٕ وُژن گژھن'' ماہیکہِ اَمِچ دلیل بَنتھ ...... غزلس متعلق چھُ مولوٗم زِ کأشرِس منز چھِ اَمکی ابتدأیی نموٗنہٕ اردأ ہمہِ صدی پتہٕ فاخرس تہٕ محمود گامیَس نِشہِ میلان۔

پڑتھ شعرٕ ذاژ چھے پَنٕنی ہیتی تہٕ موضوٗعی پٮ۪ٹھ زِنتھ آسان۔ مثلن وژن، غزل تہٕ مثنوی بیترِ چھے ہیئتی شعرٕ ذاژ تہٕ اَتھ برعکس چھُ نعت یا مرثی بیترِ موضوٗعی شعرٕ ذاژ۔ وونی ییم لوٗکھ وژنَس تہِ غزل ونان یا گنزران چھِ تِمن پٮ۪ٹھ زانُن زِ ظاہری ہیٔژ کنہِ چھِ وژنَس تہٕ غزلس درمیان کینٛہہ پھیرٕ ہاوانہار بالکل ویدی۔ وژن چھُ کینٛژن بندن ہُند اکھ منظوٗمہ تہٕ پرٛتھ بندس چھِ ژور مصرٕ آسان۔ بندن ہُند تعداد چھُنہٕ گنڈِتھ تہٕ یسلہٕ پاٹھی چھِ اَتھ کم کھوتہٕ کم پانژھ بند آسان تہٕ آخری بندس منٛز چھِ شاعر لیکھُت دِوان یا وَنو پنُن تخلص یا پنُن ناو ورتاوان۔ وژنَس چھُ گوڈٕ شعر آسان یُس دون مصرعن ہُند آسان چھُ تہٕ باقے ژون مصرعن ہُند، گوڈنِکہِ شعرُک دوٚیم مصرعہٕ چھُ ووج بنان تہٕ یوہَے ووج چھُ پرٛتھ بندس ژوٗرِم مِصرٕ بدلہٕ پھیرِ پھیرِ یِوان۔ مثلن:

ژکمیوسونہ میانہٕ برٛم دِتھ نیوٗ نکھو

ژٕ نے کہو گیی میأنی دے

☆

(حبہ خوتون)

لأنی ژوٗرن لاجنَس داوَس

بأکی باوَس لأنی نیاے

☆

(محموٗد گأمی)

مذکوٗرٕ دون وژنَن ہند بن گوڈٕ شعرن ہُند دوٚیم دوٚیم مصرٕ چھُ وَژنکن سارِنے بندن لونڈ وٹان یا وَنو اَمی مصرٕ ستی چھُ پرٛتھ اکھ بند اَنٛد واتان، یتھ ووج وَنان چھِ۔ یِمن مثالن وارٕ ووٚن دِتھ ترِ سیوٚد پاٹھی فکرِ زِ وژنَس چھُ دون مصرعن پٹھ

مشتمل دَس ژلن وول کُنۍ شعر آسان، اَما پوز باضے چھُ وَژنک گوڈُت دوٚیُم مصرَ و بجایہِ ژون ہُند آسان تہٕ گو نکہِ شعرُک دوٚیُم مصرٕ چھُ گوڈٕ بندکہِ ژوٗری مہِ مصرٕچ جاے رٹان تہٕ ووج ہٕنتھ باقۍ بندن منٛز پھیرِی پھیرِی یِوان۔ مثالے:

چھُکھ سون جگر گوش جانانہٕ مسأ روش
کیٛاپچھے ژٕ ے حُسنٕک بوش جانانہٕ مسأ روش

رسول میر

رنگ بالہِ ڈوٗلُم تازٕ گلس سُے مے دِلس کان
سنگ کاٗلی ژوٗلُم رازٕ بلس سُے مے دِلس کان

احد زرگر

قاٗفیہِ بندی حسابہٕ چھِ وَژنس منٛز مختلف طرح نظرِ گژھان۔ باضے چھِ کُنہِ تہِ وژن بندٕ کی گوڈِنکی ترٛ ے مصرٕ ہَم قاٗفیہِ (ہم ردیف) آسان تہٕ ژوٗرِم مصرٕ چھُ ووج مصرٕ آسان۔ اَمہِ مزید وُچھتو نیٚبرِی قاٗفیو علاوٕ اندٕری قاٗفیَن ہُند ورتاو۔

کونگہٕ کوٚستوٗر مُشکِ کوفوٗرٕ تَن ناوس تَے
مِتھرٕ بہتَم چھٹرٕ بونِن ہواوس تَے
شِترٕ گیلِن متہٕ کرتَم چھس بے کس تَے
گژھ تَے وۍسی یے یار اَنتن اَستے اَستَے

(محمود گاٗمی)

مذکورٕ بندٕک نیٚبرِی قاٗفیہِ ردیفہٕ چھُ 'ناوس تَے'، 'ہواوس تَے'، 'بیکس تَے' تہٕ

أندرِ قافیہِ متھر، چھتر تہٕ شتر بیتر۔

باضے چھُ وَژنس منز گوڈنکہِ مصرُک قافیہِ دوٚیمس مصرس منز أندرِ قافیہِ بنتھ نظر گژھان۔ مثالے:

دِل نیوٚم حُسنَن زُلفن تہٕ خالن
وُنہِ چھُم زالُن آس نَے عار

گوڈنکہِ مصرُک قافیہِ 'خالن' چھُ دوٚیمس مصرس منز أندرِ قافیہِ 'زالُن' بنان۔ اَتھ گوڈنکس شعرس یُس گوڈنیک مصرٕ آسان چھُ تمیُک قافیہِ چھُ باقے سارِنے بندن ہند بن گوڈنکین تہٕ ترٛیمین مصرن منز پھیرِ پھیرِ یوان تہٕ مذکورٕ گوڈنکہِ شعرُک دوٚیم مصرٕ چھُ باقے سارِنے بندن منز بطورِ ووج ژوٚرِم مصرٕ یوان۔ مثالے: ''وُنہِ چھُم زالُن آسنے عار''۔ مثالہِ ستی نیرِ گتھہِ واش:

الماس بوزُمت چھُن أچھر والن
تلواسہٕ ستین گاہٕ جنس بال
بے زَرٕ کُس واتہِ تیرِ غربالن
وُنہِ چھُم زالن آس نَے عار

یعنے گوڈنکہِ مصرُک قافیہِ 'خالن' چھُ مذکورٕ بندٕکس گوڈنکس تہٕ ترٛیمس مصرس منز 'والن' تہٕ 'بالن' بنان۔ یتھے پأٹھی چھُ باضے وژن بندٕ کِ گوڈنکی ترٛیشوے مصرٕ ہم قافیہِ لفظو ستی شروع گژھان تہٕ اکھ میوٚٹھ سازٕ ت وو تلاوان۔ باضے چھُ کانٛہہ

شأعر قافیہِ بندی ہُند سبٹھے دِلکش نظام ورتاوِس اَنان۔

گٹہٕ ژٕجہِ گاش آو گہہ ترٛوو لالن
سنگر مالن پیوٚو پرٛاگاش
سنگر مالن کوہن تہٕ بالن
سنگر مالن پیوٚو پرٛاگاش

(مہجور)

گوڈنکہِ مصرُک قافیہِ چھُ 'لالن'، یُس دوٚیمس مصرس منٛز 'مالن' بنٕتھ اندرٕی قافیہِ رٔنگی نظرِ چھُ گژھان۔ ترٛیِیم مصرٕ چھُ گوڈنکہِ مصرُک ہم قافیہِ بنان تہٕ دوٚیم مصرٕ ووج۔ بیا کھ خصوصیتھ چھُس یہِ زِ دوٚیمہِ مصرُک قافیہِ 'گاش' چھُ پرٛتھ بندٕکس دوٚیمس مصرس منٛز ہم قافیہِ لفظُک ورتاو لأزمی بناوان۔ چنانچہ مذکوٗرٕ بندس چھُ دوٚیمہِ مصرُک قافیہِ 'پرٛاگاش' تہٕ اَمی حسابہٕ چھُ گُلہم وژنس منٛز پرٛتھ بندُک دوٚیم دوٚیم مصرٕ 'پرٛاگاش' لفظُک ہم قافیہِ:

گُلالہٕ لولچہٕ مشالہِ زالن
تمہِ نوٗرٕ روشن گِژھ آکاش
مسوٚل شبنمُک مَس پھر پیالن
سنگر مالن پیوٚو پرٛاگاش

غزل چھُ ہیٔتی اعتبارٕ وَژنہٕ نشہٕ بالکل بیوٚن تہٕ مختلف۔ اَتھ چھِ پنٕنی کینٛہہ ٹاکارٕ انہار تہٕ اطوار۔ غزلس چھےٚ گنٛڈِتھ ژوٚ پرٛتھ ہیت تہٕ یہِ چھُ کینٛژن مخصوص بحرن منٛز

لیکھنہٕ یوان۔ غزلِکس گوڑ شعرس چھِ مطلع وَنان تہٕ اَمہِ گوڑ شعرِکی دوشوے مصرٕ چھِ ہم قافیہِ (ہم ردیف) آسان تہٕ باقٕے سأری شعر چھِ اُتھی گوڑ شعرس ہم قافیہِ (ہم ردیف) آسان۔ غزلِکس اَخری شعرس چھِ مقطع ونان یتھ منز شأعر لیکھت دِوان یا وَنو تخلص ورتاوان چھُ یِیلہِ زَن موجوٗدٕ دورس منز غزل لیکھٕنہٕ شعرٕ وأرے تہٕ چھپان چھِ۔ گویا لیکھٕنہٕ شعر چھُنہٕ غزلَس منز کانٛہہ لأزمی جُز۔ اوَے تہٕ چھِ فارسی کنٛیو اُردو غزلِکی ووستاد لیکھتہٕ بروٗنٛہہ یِنہٕ وألِس شعرس غزلُک اَخری شعر وَنان۔ تژٕ بن زبانن ہِند بن تژٕ بن ووستاد شأعرن ہند بن غزلن ہندی تژٕ نے مطلع تہٕ تژٕ نے مقطع چھِ مثالہِ رٔنگی پیش:

بیا کہِ قصرِ امَل سخت سُست بنیاد است

بیارِ بادہ کہِ بنیادِ عمر برباد است

حسد چہِ می بری ای سُست نظم بر حافظ

قبولِ خاطر و لطفِ سخن خدا داد است

☆ حافظ

نقش فریادی ہے کِس کی شوخیٔ تحریر کا

کاغذی ہے پیرہن ہر پیکرِ تصویر کا

بس کہ ہوں غالب اسیری میں بھی آتش زیرِ پا

موئے آتش دیدہ ہے حلقہ میری زنجیر کا

☆ غالب

میبجے مہل تہٕ أسی تہِ پٔنز مٔتی گیا کرو
گرِ کربلا سرَو سرِ مقتل غزل پرَو
مہِل شہن تہِ تَس چھِ وُزان سمسمی صدا
مأنتھر گرَو نہٕ رأہی ینٔے شعر کأنہہ پرَو

☆ رحمن راہی

موضوٗعی اعتبارٕ چھِ غزلَس تہٕ وژنَس درمیان کینٛہہ ہشر تہٕ پھیرٕ تہٕ۔ وژنَس اگرچہِ موضوٗع گٔلہم پأٹھی اکوے آسان چھُ مگر پزتھ بند چھُ تمہِ موضوٗ ک کانٛہہ نہ کانٛہہ بیوٚن پاس تہٕ بدوٚن انہار نوٚن کڈان۔ ووں گوٚو تہِ گرِتھ تہِ چھُ یتھ ہیوٚ بیوٚن پاس تہٕ بدوٚن انہار بنیأدی موضوٗعہس ستی ہم مزاز تہٕ ہم آہنگ آسان۔ اَتھ برعکس چھُ غزلُک پزِ بتھ اکھ شعر موضوع رٔنگی الگ تہٕ خودمختار۔ تہِ زَن گوٚو گٔنہ غزل شعرُک معنہِ مفہوٗم سمجھنہٕ باپتھ چھُنہٕ باقٕے شعرن منز باونہٕ آمُت مضموٗن زانُن ضروٗری۔ ییلہِ زَن وژنَس منز عام پأٹھی کانٛہہ تہِ بندفکرِ ترنہٕ باپتھ باقٕے بندن ہُند مضموٗن نظرِ تَل تھوٚن پیوان چھُ۔ اَمہِ بجایہِ چھُ غزلُک پزِتھ کانٛہہ شعر پنُن الگ الگ دنیا آسان۔ یتھین چھے یِہ گتھ ژیتَس پاوٕنی ضروری زِ باضے چھِ غزلکی مختلف شعر معنہِ مفہوٗمہٕ رٔنگی بیوٚن بیوٚن اُستھ تہِ گٔلہم پأٹھی بنیأدی موضوٗعس ہم آہنگ آسان۔ یتھِس غزلَس چھِ ''مسلسل غزل'' ونان۔ باضے چھِ کینٛژو ووستاد شأعرَو تِتھی غزل تہِ لیکھی مِتی زِ غزلَس درمیان چھِ کینٛہہ شعر معنہِ مفہوٗمہٕ اعتبارٕ اکھ أکس ستی تِتھہٕ کٔنی مربوٗط آسان زِ تمو کینٛژو شعرَو منز ہیکہِ نہٕ کانٛہہ اکھ شعر تہِ توٚتامتھ پزنہٕ پأٹھی فکرِ ترِتھ یوتامتھ نہٕ مذکوٗرٕ

منسلک شعر نظرِ تَل روزَن ۔ غزلس درمیان یِنہٕ والین تِھمِن باہم منسلک شعرن چھِ "قطع بند" ونان، تہٕ یِتھِہ قطعہ بندٕچ ژینہٕ وَن دِنہٕ باپتھ چھُ شاعر مذکوٗر باہم منسلک شعرَن برٛ ونٹھ نشانہٕ باپتھ "ق" لیکھان ۔ مثالہِ باپتھ نِتون مرزا غالب سُند یہِ غزل:

عاشق ہوئے ہیں آپ بھی ایک اور شخص پر

آخر ستم کی کچھ تو مکافات چاہئے

یار حمٰن راہی سُند یہِ غزل:

بھینٛچ باتھ نہ ژلنگ پاے

ہٕنہٕ تم آوٕلنس منٛز آے

موضوٗع حسابہٕ ہے وُچھو وَژُن اُسی تَن یا غزل، کُنہِ اَکِس شعرٕ صِنفہِ چھُنہٕ کانٛہہ حد بندی ۔ دوشوٕنی منٛز ہیٚکہِ کانٛہہ تہِ موضوٗع ورتاونہٕ یِتھ ۔ کانٛہہ تہِ خیال یا تجربہٕ ہیٚکہِ غزلُک یا وژنُک موضوٗع اُستھ ۔ اگرچہِ روایژ اعتبارٕ دوشوٕنی منٛز عام پاٹھی لوٕلکی جذباتی دوکھ دادی باونہٕ آمتی چھِ، تاہم روزٕ یِم دوشوٕے صِنفہِ زمانہٕ کِنہ بدلونہِ تقاضن لرِ لوٗر موضوٗعی رنگا برنگی پرٛاوان ۔ وُنی گوٚو مجموٗعی طور ہیٚوٚک نہٕ وژُن غزلس مقابلہٕ کُلہم انسانی زندگیٕ ہندِس کربناک صورت حالَس تہٕ تِہندِ بن دوہ دِبن کِنہ پیچیدٕ تہٕ وَردار معاملَن تہٕ مسلَن زبو دِتھ ۔ اَما پوز اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز تہِ یہِ زِ وژنَس منٛز چھُنہٕ اَمہِ قسمکی معاملات یا تصورات ویٚپراونٛچ سکتھ یا توژھ ۔ شاید سپد

---

ا۔ کشمیری زبان اور شاعری جلد: ۲، صفہٕ: ۴۴۷ ۔

نہٕ وژنَس غزلَس ہیوٗ کانْہہ عظیم شاعر نصیب۔ تاہم آیہٕ موجوٗدٕ دورَس منٛز کینٛہہ تِتھی وژن لیکھنہٕ یِموٚ اَمہٕ صنفہِ ہندی موضوعی تہٕ تخلیقی امکان گاشرٲوی۔ مثالے:

کیاہ سوٗچتھ مُتی زبو دِژ تالس          زَر چھُ زبروَن بالس تام

دوٗلَس اَتھہٕ کرواتبس نالس          زَر چھُ زبروَن بالس تام

نوزُکھ وٲنجہِ منٛز للناوان          ہتھےٚ یہٕ دَم پھٔٹی داغُک دِہ

برَبگہٕ رَتھ چھنٛجہِ دوٚتھ نہٕ گُلالَس          زَر چھُ زبروَن بالس تام

رحمن راہی

☆

پَنہٕ پَنہٕ کرٕنَس تیٚمی کزیڈٕ زالن          وٕنسی معنہِ میانٕمن نال روو

پھوکھ دیُت کُمی تاں ژھوٚپی اشکالن          آگرٕ ناگرٕ ژھیٚوو پٔژتھ پھٕژوو

اَنہِ گٹہِ کَمہِ ژٕکھٕ کو سہٕ ہتی زالن          وٕنسی معنہِ میانٕمن نال روو

امین کامل

☆

ٹاربن پیٹھ اوش اکھ اکھ منظر          ژٕ تہِ خاموشے ہتہِ خاموش

آدٕمی ڈبکہٕ لون لوٚگمُت داوَس          نظرو دوٗران موکلن پاے

واوَس کیا دَسہِ خانک آزر          ژٕ تہِ خاموشے ہتہِ خاموش

غلام نبی فراق

☆

زبٲنی ہندِ اعتبارٕ چھُ وژنَس تہٕ غزلَس درمیان اکھ ہشر، اَما پوز تہِ کٔرتھ تہِ اکھ وبوٚد باوتھ کارٕ ہُند پھیرٕ۔ دوشونی منٛز چھےٚ بیاکھ نرمی تہٕ لہجُک گداز۔ یہِ خصوصیتھ ہیکہِ تَمہِ وِزِ ٹاکارٕ باسِتھ ہرگاہ وژنَس تہٕ غزلَس قصیدٕ چہِ زبٲنی سٟتی یا مثنوی ہنٛزِ زبٲنی سٟتی

تقوبُل کرَو۔ قصیدس منز چھُ زبانٕی ہُند دَربر، لہجک زورتہٕ کُلہم پأٹھی باوٕتھ ہنٛز وُسوأری تہٕ مثنوی منز چھُ بدلوٕنہِ مضموٗنہٕ حسابہٕ زبانٕی ہُند مزازٕ تہٕ لہجہ بدلان ییٚلہِ زَن وژنَس تہٕ غزلَس منز زبانٕی ہنٛز نزاکتھ تہٕ بیاٚنچ لچک زیادٕ نمایاں آسان چھےٚ۔ وُنی گوٚو باہمی مقابلہٕ کرِتھ چھُ ضروٗر یہِ باس لگان زِ غزلِچ زبان چھےٚ وژنَس مقابلہٕ وُسوارتہٕ ہوٗنر منٛدانہٕ آسان۔ وژنَس منز چھُ بیان ییٚلہٕ پأٹھی بلاواسطہٕ یعنے سیٚدِ سیوٚد آسان:

زُلفچہٕ تارِ منز دِل گوم تارے

آرے آرے ظأٹمو

دِل آم وَلنےٚ زُلفہٕ تارے گِل زَن زالہٕ ژجسو بو

تمنا چون چھُم بوسہٕ کنارے

آرے آرے ظأٹمو

رسول میر

اَتھ برعکس چھُ غزلَس منز بیان بلواسطہٕ یعنے اَسیٚدی پأٹھی آسان۔ مثالہِ پأٹھی ہیٚتو کھ رسوٗل میرنہِ غزلکی یِم زٕ شعر:

زلف زنجیر یارس وَنِس بو زار کوٚت گوم

بہٕ ڈےٚ دیوانہٕ کوٚرنس پرٕنی روخسار کوٚت گوم

بہٕ خوابِ ناز ہَم خاب وُچھم بر فرش کمخاب

پیٚنِس مہتاب در آب گیٚنِس بیدار کوٚت گوم

وَژنَس تہٕ غزلَس منز لسأنی ورتاوُک نوٗزُ کھ پھیر ہیکہِ بوٗنہٕ گنہِ درج زٕ شعرلَہِ

لوٗر تھاوِتھ سپد تھ۔ دوشونی شعرن ہُند موضوٗع چھُ گُنے یعنے۔ یتھ کاینا تَس منز انسانی وجوٗدُک بےٚ سوکھ تہٕ بےٚ بس صورتحال، مگر دوشونی ہنز باوتھ چھےٚ مذکوٗرٕ دون صنفن ہندِ باوژٕ طرزُک پھیرنوٗن کڈان۔ گوڈنچ مثال چھےٚ اَکِہ مشہوٗر وژن چالہِ لُکہٕ باتہٕ منزٕ ژارنہٕ آمژ تہٕ دوٚیم مثال چھےٚ موجوٗدٕ دورٕکس اَکس شاعرٕسُند غزل شعر:

اسمانٔی جاناور چھِ وُپھان یم چھِ گوٚھان کوٚت
لگٕ متی چھِ ازلنہِ ہانکلے کرمےٚ بلے دود!

یا

اَسمانٔی جانور آیہِ وُپھانی
لگٕ متی چھِ ازلنہِ زالے ہنو

☆

کینٛہہ چھُم نہٕ خبر آیہِ وُپھان کورٕ گوٚھن کوٚت
چری گیٚش چھُ یمن تیرٕ تونبنن لا تہٕ اِلا ہیوٗ

رحمٰن راہی

موجوٗدٕ دورٕس منزٕ ہرود غزلن پنٕن دامانہٕ تہٕ باقے سارِنے شعرٕ صنفن مقابلہٕ پزوٗن قبوٗلِ عام تہٕ اَتھ برعکس آو وژنک دامانہٕ شرٛوکان تہٕ دونٛ چھُ گُنہِ گُنہِ کانٛہہ شاعر محض تجربہٕ رنٛگی وژن لیکھان۔ وٕنی گوڈنٕ تہٕ گرتھ تہِ چھِ موجوٗدٕ دورٕکی صوفیانہٕ مزاژٕ تھاوَن واجٕ شاعر غزلس مقابل وژن لیکھان۔ تاہم ہیوٚک نہٕ صمد میرس تہٕ احد زرگرس پتہٕ کانٛہہ کاشُر صوفی شاعر اَتھ شعرٕ صنفِہ تخلیقی وسعت تہٕ فنکارانہٕ اوبرگو بر بخشتھ۔

دَچھِ راٹھ کھٔژ ہلہِ ہلہِ وَر ما زانٔہہ تتھ دژاو
کٲری گر کوتاہ دَلہِ رِکھو گلہِ کرو ٹھہراو

☆

یَتھ چرخہٕ پِندرس توسہٕ کٔژوم وَرٕ تلہٕ دژام اوم
پۆل گوس بازر مول ؤسِتھ گوم وبتراوُن پیوم

☆

صمد میر

نارٕچ ربہہ چھم جسمِ کلس دم بدم تیزان
پارچہِ زالٕنَم سوٗر ملس سُے مےٗ دِلس کان

یِی پانہٕ ہیٚوٗتُم جانہٕ مولَس تی تھوٗوُم ارزان
بیگانہٕ دپان توتہِ لولَس سُے مےٗ دِلس کان

احد زرگر

۲۰۰۳ء

☆☆☆

# پَنٛژٕ ہَن وٕرۍ یَن ہُنٛد کأشُر غزل

غزل چھُ اکھ مشرقی شعرٕ ذاتھ یُس پننہِ ابتداء کالہٕ پیٹھٕ از تام موضوٗعی اعتبارٕ پٔژتھ دور کینہہ بدلاوٕنہٕ تقاضن ستی ہم آہنگ سپدِتھ رنگا برنگ انہار پرٛاوان روٗد۔ کینٛژون اہم مشرقی زبانَن منٛز پرووٗن باقیہ شعرٕ صِنفن مقابلہٕ قبوٗل عام یَمن منٛز کأشُر زبان تہٕ شأمِل چھےٚ۔ اگر چہٕ یہِ یاد پاونک ضرورت چھُنہٕ زِ غزل اوٚن اَسہِ فارسی پیٹھٕ منکتہٕ، تاہم چھُ یہِ پزر عیان زِ باقیہ صِنفن مقابلہ لوٚب کأشرِس منٛز غزلن جہار۔ خاصکرِتھ موجوٗدٕ دورَس منٛز ووت یِیتہٕ باقیہ سارِنے شعرٕ ذأژن مقابلہٕ غزل پنِنس عورٗ جس۔ فاخرتہٕ محمود گامی سُند [illegible] چھُ کأشرِ غزلکی ابتدأیی انہار [illegible] روٗسُل میرُن غزل چھُ کأشرِ غزلُک گوڈنیک اہم پڑاو یُس فارسی آہنگ تہٕ آکارٕ باوجوٗد [illegible]س کأشرِس مزازَس نکھٕ اَنان چھُ۔ کأشرِ بن صوٗفی شأعرو منٛز تہِ ہرگاہ پٔژتھ کأنسہِ اَتھ صِنفہِ منٛز قلم آزماوٕنچ کوٗشش کٔر مگر وازٕ محموٗد چھُ واحد صوٗفی شأعر یُس شعوٗری طور غزل بحیثیتِ اکھ ہیٔتی صنف وَرتاوِتھ کینہہ کامیاب غزل لیکھان چھُ۔ مہجوٗر چھُ یہِ سلسلہٕ بروٗنہہ پکناوان تہٕ نوِ زمانکۍ نوٚی تقاضہٕ ہیتھ کأشرِس غزلَس نوٚو آہنگ، نوٚو مزازٕ تہٕ نوٚ زبان دِتھ نوِ کأشرِ غزلُک ڈسلابہٕ کران۔ آزاد، رسا جاودانی، مرزا عارف تہٕ فأضل

کشمیری یَس ہوی شاعرتہٕ چھِ اَتھ کاروانَس ستی شامل ۔ از یتھ اُسی ہمکال غزل وَنان چھِ تتھ گوڈ برن والین منز چھےٚ ترٛےٚ آواز اہم ۔ یعنے نادم، کامل تہٕ راہی ۔ نادِم ہرگاہ نظمہِ ہُند شاعر چھُ، تہِ گرِ تھ چھُ تَسُند غزل پُٹھ منفرد آواز ہیتھ کینٛژ و خصوٗصیژ و کنٛی قابل توجہہ ۔ موضوٗعی اعتبار چھُ نادم سُند غزل ترقی پسند روجانک ترجمان ییمہِ کنٛی اُہندِس غزلس منز سماجی تہٕ سیاسی معاملات اہمیت پژاوان چھِ تہٕ شاید اوس اَمہِ کِنۍ اکھ بےٚ شوٗنکی نتیجہِ نادم سُندِ غزلک سیٚدِ سیوٚد تہٕ جذبہٕ وو تلاوَن وول لہجہِ ۔ ووں گوٚو کینٛژن جاین چھُ نادم ترقی پسندی ہِندِ دایرِ نیرِ تھ انسانی جذبن تہٕ احساسن نگھہٕ یوان ۔

یہِ ما از لول ییٚمہِ سَن دِنہِ چھُ دزامُت
دِلَس اَندی پکھی مےٚ پکنگ ہیوٚ صد گوٚو



رگن رگن سرٛ بہٕ رُمن رُمن تہہ رٚتچ نظر ہیتھ حسین ییمبرِ زَل
یہِ میون شوٚد بوٚد بچور بوٚ مبُر گرِ ہے تہٕ کوتاہ نکار گرِ ہے

موضوٗعی اعتبارٕ چھُ نادِم سُند غزل فارسی رِوایژکم آویزِ روزان بلکہ کاشرِ بن عام لوٗکن ہنٛز دوہ دِبن چہِ زندگی تہٕ تِہندِس مخصوٗص سیاسی حال اَوحالَس نگھہٕ یِوان ۔ نادِم چھُ شاید گوڈنیک شاعر ییٚمی غزل صِنفس منز اکھ نوٚو تجربہٕ کوٚر، یعنے تمی کوٚر غزلُک گُلہم مزاز برقرار تھٲوِتھ عروٗضہٕ لحاظہٕ اَتھ منز تمی آیہٕ وزن ورتاونچ کوشش ییمہٕ

آیہِ کاشرِس منز وَژنگ وَزن ورتاونہٕ یِوان چھُ۔

تیٚمۍ وُچھ تمۍ وُچھ رنگ گُلِ لاَلس

تمۍ وُچھ تٔھندِس حالَس کُن

ضِجہٕ چہٕ پزوٕ گژھ اتھہٕ شر شاید

اتھہٕ نیوٗن ٹوٗربن نالَس کُن

ناۍدِم سُند یہِ تجربہٕ چھُ تَتھ ہمکال بحث ومباحثَس پیٚشِ نظر ہَنا زیادَے اہم بنان یُس پتٕی موکیٖنژ ووٗری یوٗ پیٹھہٕ کاشرِ شاعری ہندِس ضِمنَس منز کلاسیکی فارسی عروٗض کس لگہاریانا لگہار آسنَس متعلق سپدان آمُت چھُ۔

ناۍدِمس پتہٕ یِنہٕ وأِلس دورَس منز پھاپھلیہِ کاشرِس غزلس منز ز رُوحجان۔ زبأنی ہندِ ورتاوٕ حسابہٕ مانہٕ ہوٗن اکھ دوہ دِنچہِ زبأنی ہندِس بے تکلف لہجس سٟتی وابستہٕ رُوحجان یتھ تحت زندگی ہندی رنگا برنگ انہار کُنہِ تکنگری ورأے شعرِ تجربہٕ بِنتھ باوتھ پزاوان چھِ۔ اَمہِ برجستہٕ تہٕ بےٚ تکلف شوخ لہجُک حُسن چھُ اَمیُک طنزیہ اظہار۔ اَمہِ رُوحجانک بأنی تہٕ سارِوے کھوتہٕ ممتاز شاعر چھُ امین کامِل۔ کامِل سُند غزل چھنہٕ کُنہِ خاص مکتبِ خیالُک ترجمان بلکہ انسان سُندبن ذأتی جذبن تہٕ تسنٕزِ دوہ دِنچہِ زندگی ہندبن عصری مسلن ہُند بےٚ پھریک اظہار۔ کامل چھُ ژ کہِ غزلُک شاعر تہٕ غزل چھُ أہندِس شعرِ مزازَس بالکل نکھہٕ۔ أہندِ غزلُچ منفرد خصوصیتھ چھےٚ اکھ یہِ زِ اتھ منز چھِ زندگی ہندی بظأہر بروٗنٹھہٕ کُنکی حقأیق تہٕ دوہ دِنکی حالات واقعات شاعرانہٕ سطحس پیٹھ

باوَتھ پژاوان تہٕ بیا کھ یہ زِ یہِ چھُ ربوٲیتی غزلُک کلاسیکی اوبر گوبر مُشرِتھ مذکورٕ معاملن، واقعاتن تہٕ حالاتَن نہ صرف عام دوہ دبن چہِ زبانۍ منز پیش کران بلکہ چھُ لہجہ ہونٛر مندانہٕ اَستھ بے ساختگی ہُند باس دِوان۔ اَمہِ غزلُک امتیاز ہیکہِ تَمہِ وِزِہنا زیادَے محسوٗس سپدِتھ ہرگاہ اَمیک مطالعہٕ محمود گامی ہِندِ پٮ۪ٹھہٕ کاسملس تام پھاتپھلیمتِس کاشرِ غزلِکس پوٚت منظرس منز کرنہٕ یِیہِ۔ اَتھ غزلَس منز چھِ تَمہِ وقتکۍ استعار، علامژ، ترکیبہٕ تہٕ تلمیح بیترِ خالے نظرِ گژھان یِم کاسملس تام کاشرِ زبانۍ ہٮ۪نز وُنہٕ اَسی۔ اَتہِ نہ چھےٚ لأل تہٕ نہ مجلُون تہٕ نہ ژھنڈِ لولکۍ پژأنی آداب۔ کاسملَن عاشق چھِنہٕ کلاسیکی غزلِکس عاشقہٕ ہِندی پأٹھۍ پننہِ ذات تہٕ خُدی مُشرِتھ محبوبَس پتہٕ حالٕ حأران بلکہ چھُتَس پننہِ بُتایہِ ہُند پوٗرِ پوٗر احساس تہٕ اَتھ احساسس چھِ قدرتہٕ رَژھان۔ اَتھ غأر ربوٲیتی رُوِیَس چھُ اَوہند طنزیہِ لہجہ بٮ۪یہِ ہَن شاعرانہٕ ڈُبراے بخشان۔

اَمہِ کتھہِ کرِ نَم وأنجہِ گۆدی
کیا سأ نظرِ ے دِزِ ہے تور

☆

گمی دٔوپ یٮ۪تہٕ ژھنہٕ آدِ بوٚے
یِم کیا! اَدِ چھا سارِیے ژھایہِ

☆

پگھ ازِ سرٛکن مینو راد
ووٚلہٕ دونوَے روخصت تھاوو

ٹِکٹہٕ لاگِتھ تہٕ بند لفافَن منز
بے پتاہ خط چھِ ڈاکخانکی اَسی

موجوٗدٕ دورس منز پھاپھلیو وگلہم کأشرِس ادبَس منزٕ اکھ اہم رجحان یُس عام پأٹھی جدیدیت کہِ ناوٕ زانِنہٕ یِوان چھُ۔ کامل صأبُن غزل چھُ اَمہِ رحجانک پوٗرٕ پأٹھی تہٕ معنہِ پرور حسابہٕ باس دِوان۔ اَمہِ قسمہٕ کِین تجربن منز چھُ ذاتک کُنبر، تنہأیی تہٕ مویوٗسی ہندی جذبہٕ تہٕ احساس اَکِس ہُشار دِل شأعرٕ سِندی پأٹھی باوتھ پراوان۔ ہمکال غزٕلِکس توأریخَس منز چھُ کأمل اَمہِ اعتبارٕ اکھ اہم تہٕ بدٕ وٕن آواز۔

بے سبب ٹارِی دُم خاب وُچھان راتھ گیٔم
تارِگن ناو تھوان زوٗنہِ رٹان راتھ گیٔم
زانِہہ تہٕ رَتھ باند اَتھَن ہیٚیہِ ہے زمانے مے خبر
ظلمتَس مانڈِ اَنان سِرِی یہِ تھران راتھ گیٔم

☆

اَلی ساسا گلو پیٹھَن وٕسی پیٚو
خامشی دِژ سو راتھ چکھ توبہ

☆

یُس وٕسے قتو بدس خاک بسر چاک جگر
کوسہٕ کُمس باگہِ چھے اند یا وَنہٕ یتھ شہرس منز

جدید کأشرِس غزلَس متعلق چھُ وَنہٕ آمُت زِ جدید کأشُر غزل چھُنہٕ پرٛانہِ

کأشرِ شأعری مقابلہٕ گأیکی لحاظہٕ کانٛہہ رُت نمونہٕ۔ یہِ تاثُر چھُ میأنی کنہِ ییمہِ اعتبارٕ
وُتأولی ہُند نتیجہِ زِ شأعری ہٕنز پٔرتھ کانٛہہ صِنف چھنہٕ گأیکی ہٕندِ اعتبارٕ اکی قسمُچ۔ دوٚییم
یہِ زِ گأیکی ہُند تصور چھُنہٕ چھکرِ ہٕنز گأیکی تام محدوٗد۔ گُلہم جدید کأشُر غزل چھُ ییمہِ
حسابہٕ توجہہ طلب زِ یہِ چھُ گوٚنہ کھوتہٕ زیادٕ باہمی گتھ باتھہِ نکھہٕ تہٕ لٔہر تراونہٕ بجایہِ تحتُ
لفظ پرٛنک چیز تہٕ ترٛییم قأبلِ توجہہ نوکتہٕ یہِ زِ جدید کأشرِس غزلس یوسہٕ گأیکی پٔزنہٕ
پأٹھی وَیہِ سو پھانپھلاونہٕ باپتھ کأتیاہ موٗسیقی، ترتیب دِنہٕ وألی Composer گٔری
اَسہِ پأدٕ ییم أسی نورجہاں، مہدی حسن، محمد علی تہٕ جگجیت سنگھ ہوبن گلوکارن تہٕ تِہندبن
کمپوزرن Composer لرِ لوٚر تھأوِتھ ہکو کھ۔ سون جدید ہمکال غزل ییتہِ نوبن
حساس پرن والین نادلایان چھُ تِتہٕ چھُ نوبن موٗسیقارن ہُند تقاضہٕ تہٕ کران۔

موجوٗدٕ دورس منٛز پھانپھلَن وول بیاکھ ممتاز روجحان وَنوتہٕتھ یُس روزمرٕ
زبأنی کھوتہٕ زیادٕ ادبی زبأنی ہُند اوبر گوبر رٔژھرِتھ گُلہم انسأنی صوٗرتِ حالُک فکر
انگیز لہجہِ پھانپھلاوان باسان چھُ۔ اَمہِ قبیلُک سارِوٕے کھوتہٕ ممتاز شأعر چھُ رحمٰن
راہی۔ اَتھ روجحانَس تہٕ چھُ ژٕوک تَل سُے نظریہ تہٕ رٔوی یہِ کارفرمایَتھ اَسہِ جدیدیت ناو
کوٚر۔ اَمیُک امتیاز چھُ دوہ دِہن کِٛن عام واقاتن، حالاتن تہٕ تجربن ہٕندِ بیانہٕ کھوتہٕ
زیادٕ تَتھ بُنیأدی صوٗرتحالس کُن توجہہ پھران یَتھ ذأتی تہٕ انفرأدی زندگی وَننہٕ بجایہِ
انسان بحیثیتِ انسانہٕ سُند صوٗرت حال وَنُن پَزِ۔ یہِ انسان چھُنہٕ مقأمی حالاتن منٛز
زندگی بسر کرن وول کانٛہہ اکھ یا بیاکھ مخصوٗص فرد بلکہ پٔزِ بتھ کانٛہہ سُہ انسان یُس

حساس ہُنتھ کاینا تَس منز پننِس صورت حالَس سام ہیٚنہٕ بہان چھُ۔ جدیدیت کِس اَتھ پوٚت منظرس تحت سپُد ضٕدی یَن ہنٛد بن تصورن تہٕ قدرن شکست وریخت تہٕ ظاہر چھُ زِ اُمی صوٗرت حالَن دیُت اُکس نۄس تفکرس، نۄس رۄ ی یَس تہٕ رَدِ عملس زَنم یمیُک نمایاں اظہار، مویوٗسی، تنہائی ہُند احساس تہٕ زندگی ہنٛدِ بےٚمعنہٕ آسنُک خوف چھُ۔ اُتھۍ صورت حالَس چھُ رحمٰن راہی اکھ نۄ، ساٚدٕ روار تہٕ منفرد زبان دِتھ پننِن تخلیقی تجربن منز باوتھ دِوان۔ یوٚدوَے راہی سنٛد بن غزلن ہنز زبان عام قارِیَس روٲیتی شعرٕ زبٲنی نِشہِ وۄ پرٕ باسان چھےٚ مگر راہی سنٛدِس کُلہم شعرِ مزاجس اُنزی منٛزی گرِھتھ تہٕ شعرِ تجربَس نگہٕ ہیتھ چھُ قاری بہر حال اَتھ نوِ زبٲنی واقف سپدان تہٕ واقف سپدان سپدان چھنہٕ تَس یہِ مانِنس چارَے روزان زِ راہی چھنہٕ کانٛہہ اجنٛبی زبان ورتاوان بلکہ عموٗمن معمولچہٕ زبٲنی ہنٛدی نۄی خدوخال تُنٛی کڈان۔ جدید رۄجانَس تحت پھاپھلن وول راہی سُند غزل چھُ کُلہم کانٛشرِ غزلس منز اکھ نۄ تہٕ بدوٚن آواز۔

ژھیٚویے ژاٚنگی اَتھَن ہنٛدی کتھن تہِ کوتر موٗدی
سیاہ روٗدٕ جربن منز گو سانہِ کوٚت پیٚتھ دژا کھ



سہ ظوٗن زِ ردٕتہٕ گژھان چھُ گلی تہری وُچھتھ ہوا
ہوکھان زوٗبن چھُ سمندر گوبان کوہَن چھِ صدا



بے نیب قافلہٕ گرداولبن اندر سرگرم
خموش ژانگی گوپھن سیاہ لَبن چھِ سنان

☆

اگر یہِ میون صدا گُنبدن تہٕ ژِہ دِتھ چھُو
یہِ انتظار نہ محشر نہ کربلا باسی

☆

کتھ زخم خوردِ باثرِ منز نظرٕ میٚل سپُد
لب تشنہٕ لولہٕ واُلنجہِ آیُت سراب ہیوٗ

☆

سر پھٕہ پوٗزا گرٕنی تہٕ رَتھ دوژھ چھُون
زوٗنہٕ گاشس اما وٗسی آب مندُن

☆

غزل چھُ ربوأیتی موضوعن ہستی ہستی باضے غأر ربوأیتی موضوعن زبوانان۔ امہِ اعتبارٕ گری راہی ییٚن کاشرِ غزلس منز کینٛہہ تِتھی تجربہ ییم موضوعی اعتبارٕ گُلہم کاشرِ غزلس منز نٔوی تہٕ سرتازٕ چھِ۔ یعنے کائینات تہٕ انسأنی وجوٗدٕکس تخلیق کارس نسبتھ تقریبن تِتھے ہیوٗ احتجأجی اظہار ییمیک باس علامہ اقبالؒ سٕندِس ییتھ شعرس منز دوتلان چھُ:

سمندر سے ملے پیاسے کو شبنم
بخیلی ہے یہ رزاقی نہیں ہے

☆

پٔنٕز میٖو پٔنٕز اَڈرن آسہٕ ہے
خبر چھا کوٗتام اَسی درٕوکس گھرو
قیامٕو کیُتھٕ سمکھنَم سیوٚد وَنَس
زوٚرَے چون یوٗتاہ ژٕ ٲس کوتاہ زرٕو

راہی

یِمن دون اہم رجحانن تحت گوٚو کاشُر غزل پھاپھلان۔ییٚمیُک پَے موجوٗدٕ دورٕ کیٚن وارِیاہن شاعرن نِشہِ لگان چھُ۔ یوٚدوَے اَتھ کاروانَس منٛز غلام نبی فراق، حامدی کاشمیری، مظفر عازم تہٕ رشید نازکی ہِوی شاعر شامل چھِ یِم پَنٕنہِ پَنٕنہِ مزاجٕ تہٕ معیارٕ مطابق پٔنُن الگ رنگ ووتلاوَنَس منٛز کامیاب گٔے، اَما پوٚز غلام نبی فراق چھُ اَمہِ کاروانُک اکھ سرکردٕ غزل گو شاعر۔ اَہندِ غزلِچ پزٕنتھ چھےٚ یہِ زِ یَمہ چھُ انسانی وجوٗدٕ کِ فکر انگیز موضوٗعات مقابلتن براہِ راست تہٕ سیوٚد ساد زبانی منٛز ورتاوان۔ گویا یُس چھُ کامل ہندِس بے تکلف لہجس تہٕ راہی ہندِس سنجیدٕ لہجس درمیان شعوری طور اکھ منٛزٕ وَتھ کڈنٕچ سنجیدٕ کوٗشش کرِتھ پٔنُن منفرد اوٚسلوٗب قایِم کران۔ فراق چھُ باضے کُلہم انسانی صورت حالَس، باضے عصری زندگی ہندِ بن مسلن تہٕ باضے ہجر وصل کیٚن لولہٕ وبدا کھن پننین غزل شعرن منٛز زبو دِوان۔ اَہندِس غزلس منٛز چھُ باضے اکھ دِلکش مکالماتی اندازٕ ووتلان یُس اَہندِس غزلس پَنٕنہِ قبیلہٕ کیٚن شاعرن منٛز امتیاز بخشان چھُ۔ فراق چھُ پننین شعرٕ تجربن منٛز اَکس جدید حِسبا گھی تھون وٲلِس شاعرٕ سُند نیب دِوان۔ فراق نِس شعرن ہنٛز زبان، زبٲنی ہُند ورتاو تہٕ ورتاوَس منٛز پھاپھلن وول

مزاژ چھُ تَس پَنُن تہٕ بدٕ ون۔ تٔسندی استعارٕ تہٕ تشبیہہ تہٕ تِہُند ورتاو چھُ سٲدرٕ وارٕ تہٕ تھٔمن موقن پیٹھ چھُ فراق پننہِ شاعرانہٕ ہونرمندی ہُند پے دِوان۔

ژِھبا گرٕن تہٕ خبرٕ وٕں پیاز انھہ تہِ یِپاری

بہٕ نہری تھے چھُ دَپان بار بار آمت اوس

یہِ لُر یہِ جنگلہٕ چھجُل گُل ہوا نوا گُم گے

سُہ اکھ صدا تہٕ سمندر تھدیا و شہارٕس تام

☆

دٕ ویکھ یہِ جذبہٕ چھُ سرکش تہٕ زٲلی ڈون زِندے

یُس وُچھنہِ کوچہٕ گلبن پیٹھ شہار آمت اوس

☆

نہ اوس یارِ وَنس منز موکل زِ دِل پھولہِ ہے

نہ اوس تاپہ وِڈر پیٹھ ژِھبدن زِ قدم تھوہا

☆

ہرگاہ نہ یِم آہنگ تہٕ اَچھر زورٕ کرٕ ہکھ سِوی

بٔیہ کُس اکھاہ نَتہٕ اوس یَس ونہا بہٕ دِلکی سِپر

☆

مظفر عازم چھُ اکھ رُت غزل گو شاعر۔ ہرگاہ عازٕم حسنٕک عشقہٕ موٗت شاعر چھُ، اَما پوز تٔسند بٔن غزل شعرن منز چھُ پُر آشوٗب عصری زندگی ہندی کرب ناکھ انہارٕ تہِ اَکس کامیاب شاعرٕ سندی پٲٹھی باوتھ پراوان۔ تٔہندی استعار چھِ جاندار تہٕ تٔسندی

پیکر مأری مٔندی ۔ تِمیٚنز زبان چھےٚ شأعرانہٕ تہٕ تَمیٚند لہجہِ رومأنی تہٕ تَمیٚند اظہار برجستہٕ۔

☆

راتھ زُنہٕ گاش وۄتھم اُدی سہٕ تاپَس ترٛووُم

وائے تعبیر پٔژھان دِژاس تہٕ خابے رووُم

☆

اکھ دما دَم ہیوٚتھم تہٕ لٔتہٕ مونجہِ گوس

رَنجہِ وقتُک ژٔلاں چھُ تیز قدم

☆

تِژھ ترٛ یوان اُس زِ رَتھ شِٹھے رَگن منٛز

اکھ پٔژٕ أنی ژِتھیا چأنی ییٚتھن دارِ مُرم راتھ

☆

حامدی کاشمیری چھُ کأشرِ جدید دورُک بیا کھ اہم غزل گو شأعر۔ موضوٗعی اعتبارٕ چھُ حامدی جدید حِسابا گھی ہُند شأعر تہٕ سُہ چھُ اکثر پأٹھی پننین تجربن منٛز باوٕژ ہندی نٔوی امکان تلاش کران۔ حامدی چھِنہٕ کُنہِ مخصوٗص مکتب خیالُک قأیِل بلکہ چھُ انسأنی زندگی ہندبن مسلن سَنان تہٕ موجوٗدٕ انسان سٕنٛزِ پُر آشوب زندگی چھُ سنجیدگی سان ژٔرژان تہٕ یمنے چھو کل احساس باوَتھ دِوان۔

اُسی بوزان ٹلان نہ وُٹھہٕ پتھٕ وُٹھ

وارٕہے اُسی زٔری تہٕ گلی ما اُسی

☆

گژایہِ ماران وَڑھایہِ سڑکن پیٹھ
گے رٕہتھ جایہِ جایہِ سڑکن پیٹھ

☆

وُٹش لوٚ گمت چھُ کوتاہ خوٗنہٕ سٔدرن
چھِ نظرو غاب کوہ تبتٲلی گاٸتی

☆

چھِ گاشہِ وٲلی تہٕ ووٗنی سڑکہِ سٲری سٲری پکان
یپٲری آیہٕ نہٕ یوڈوٚے کپٲری آیہِ وٕنِل

☆

غلام نبی خیال ہرگاہ نظمہِ مقابلہٕ غزلَس کَمے پٲھن مازان چھُ، اَما پوز تِمی چھِ غزلَس منز تہِ کامیاب تجربہٕ کٔری متی۔ خیال چھُ ژ کہِ روٗمٲنی مزاژک شاعر۔ اما پوز گنہِ گنہِ چھُ انسان ہنٛد بن ازلی مسلن ہتی ہتی عصری زندگی ہنٛد بن وٲری داتن زبو اَنان۔ خیال ہنٛدِ غزلچ اہم خصوٗصیت چھے زِ تِہندبن غزلن منز چھُ موضوٗعس موافق موسیقار آہنگ محظوٗظ کران۔ تِسٕنز کوٗشش چھے زِ تِسٕنٛد اظہار گوٚژھ یِوٚت وِتیوٚت معروٗف زبانٕی منزٕ ے باوَتھ پرٛاوُن تہِ سُہ گوٚژھ نہٕ کاشرِ شاعری ہنٛدِس کلاسکی مزازس خلاف آسُن۔ اَتھ باوَتھ کٲری منز چھُ تَس پنُن اوسلوٗب۔

گٹہٕ بُزِ، گمتِس رٕمَس رٕمَس تِمی زُنہٕ موکھہٕ ییلہِ مُتی کٔری نم راتھ
سونہٕ ہنٛز بندرِ تہٕ روپہٕ ہنٛدی تارکھ زَن۔ یَتھ بدنَس جٔری نم راتھ

☆

شِتھرَن پردبن گَس راہ کھالو اُسی ہے پانَس پانٕے پھری
اَسہِ دیُت پانٕے شیہہ رَگہِ کھش اَسہِ پَنٕنے ہوٗٹ ژوٗٹ یا اللہ

☆

بُرزِ پشن تتہٕ پھلی نہٕ گولابے
یٔنہٕ یتھ لرِ منٛز ژاو خبر گَس

رشید نازکی سُند غزل چھُ رومانی تخیُل کس پوٗت منظرس تل پھاپھلِتھ تہٕ عصری آگہی ہندی انہار دِیِدمان اَنان۔ نازکی چھُ ہُشار دِل شاعریُس شعوٗری طور پٔٹھ منفرد لہجہِ تہٕ مزازٕ وو تلاونٛچ سنجیدٕ کوشش کران چھُ۔ سُہ نہ چھُ رِوایتی زبانٕی تابع تہٕ نہ چھُ مشکل پسندی پٔتھ اظہارُک وٚسیلہٕ بناوان۔ تٔسند بن شعرٕ تجربن منٛز چھُ جذبَس تہٕ اظہارس میٖل سپدِتھ اکھ خوب صورت تجربہٕ باوتھ پٕراوان تہٕ اَتھ باوژھے تٔسند بے پھریک لہجہ اکھ منفرد انہار بخشان۔

اُمی لولہٕ نیٚایکی آوٕلنی یرٕ وٲجنَس یِتھہٕ لاجنَس
شِنہٕ مانٕی ہنہٕ ہنہٕ گاجنَس پدمان وبس مَدٕ وٲجنَس

☆

دٲغی گوٚو نوٗرانہٕ سحرُک شام پیوٚو اسمانہٕ وٚسی
رویہِ نازَس پٔتھ گِنداَن ییٚلہِ کوکلے پیچانہٕ وٚون

☆

وَتہٕ پٔتھ پرٕ ژھنَم ییٚہٕ تُمی مُتی
ییٚتہٕ پٔتھ دُنیا کوتاہ دوٗر

☆

مرغوب بانہالی سُند غزل چھُ موضوٗعی اعتبارٕ ربو ایوٗ نِشہِ ہَناڈٕلتھ اکھ الگ انہار پرٛاوان۔ تَس نہ چھُ یُو پاٹھی عشق تہٕ لول پھران تہٕ نہ چھُس جدیدیت ناوٕ روحجان موٗلے ڈٕہتھ نوان۔ بلکہ چھُ مذہبی عقیدٕ تہٕ انسأنی قدرن رٔژھران عصری زندگی ہندبن بےٚ بُتھی تہٕ وٕبکھتین انہارن موضوٗع بنأوِتھ انسأنی فطرت کین گُپتھ گوشن پرٕدٕ تُلان۔ مرغوٗبس چھِ پنٕنۍ ویدی استعارٕ تہٕ علامژ یِہند ورتاومختلف اندازٕ تہٕ انہارسپدان چھُ۔ طنزٕ چھُ اٗہندبن شعرن باضے حُسن تہٕ باضے معنوی تہٕد اٗری بخشان۔

خابن تامتھ تَن رَتہٕ داٗ وی

تہٕ چھِ تہند پٔس زیٹھان نَم

☆

پِنہٕ سانین قبرن کھألو پٔرٕنگ

پِنہٕ اَسہِ تہٕ گُرِو نیلام پگاہ

☆

پنجرس منٛز پکھہٕ وایان پاٗز

فِضہَس منٛز کاوَن پینہٕ وول

☆

وأنسہِ لحاظہٕ مذکورٕ شاعرن مقابلہٕ ہَنا کٕنٛژھین ہمکان غزل گو شاعرن ہُند چھُ اکھ بوڈ کاوان رواں دواں یمن منٛز ناجی مُنور، فاروق نازکی، غلام نبی گوہر، (عبدالرحمٰن آزاد، مشعل سلطانپوری، غلام نبی ناظر، نشاط انساری، شاہد بڈگامی، محمد ایوب بیتاب، محمد احسن احسن تہٕ رسول پوٗمپر ہوی شاعرامتیازٕ پرٛاوان چھِ۔ اگرچہ یمن

منز کانُسہِ تہِ اَکس الگ پأٹھی کانُہہ روجحان ساز وُنن مبالغہٕ باسہِ مگر یتھ کتھہِ ہکو نہٕ کانُہہ انکار کٔرِتھ یمو زِ منز چھِ سأری پننہِ پننہِ مزازٕ تہٕ معیارٕ مطأبق بیوٚن بیوٚن تجربن زبو اَنان تہٕ اظہار روبیأ نکی تازٕ بتازٕ طرح ہاوان ۔ پزٕ تھ اکھ چھ ربو اَیتی باوٕ ژ طرز س منز نوبر پأدِ کٔرِتھ تہٕ اَزی کہِ زمانک رُح محسوٗس کٔرِتھ نوبن نوبن موضوٗعن باوَتھ دِوان ۔ کینُہہ چھِ پرٛانہِ عقیدتی تہٕ لولہٕ شأعری تازگی بخشتھ نوٚو انہار دِنچ کوٗشش کران تہٕ کینُہہ عصری زندگی ہندبن پیچیدٕ تہٕ گُھری دار مسلن باوَتھ دِوان ۔ اَتھ چھُ عشقہٕ باوٕژ ہُند انداز تہٕ نوٚو تہٕ عصری مسلن ہُند اظہار تہٕ وَکھرٕ ۔

ناجی مُنوَر سُند غزل ییٚتہٕ عصری دور کہِ بےسوکھ صورت حالک بےشوٗنکی اظہار چھُ، تتہٕ چھُ عام انسان سٕنزن بُنیأدی ضِلوٗن ، تجربن تہٕ تٔسند بن دوہ دبن کیٚن معاملاتن تہٕ حأری ژاتَن ہُند ورگہٕ باوَتھ تہٕ ۔ جذبُک سنبر تہٕ زبأنی ہُند شوزر چھُ اَہندِ غزلچ خصوصیتھ ۔ ناجی چھُنہٕ غزل شعرن منز باونہٕ آمتین تجربن زبان پُشران بلکہ چھُ تٔسندی تجربہٕ پٔننہِ زبان پانے ژاران ۔

اَلف لأ لہِ لنجن چھُ آمُت گُھر ○ موج تاں آلوِے متے کرتَم

داستانا مُلکے ژُنو کانژھا ○ خانہٕ کترِبن چھُسے گندِاں تامتھ

☆

مشعل سلطانپوری چھُ انسأنی واَراگ محسوٗس کٔرِتھ جدید حِسبا گِہی ہُند پٔنن منفرد اسلوٗب تھاون وول شأعر ۔ سُہ چھُ انسأنی زندگی نگھہٕ گٔوِھتھ ژرژان تہٕ تٔہند بن خوفن تہٕ وٕہمن پٔننین غزل شعرن منز باوَتھ دِتھ کأشرِس غزلس موجوٗد تقاضن

ستی ہم آہنگ کران۔ نشاط انصأری سُند غزل چھُ انسان سٕنزِ ذأتی تہٕ سمأجی زندگی موضوع بنأوِتھ موٗسیقی تہٕ مدمأتی لہجک میٖل۔ محمد ایوب بیتاب سُند غزل چھُ حُسنہٕ کِنہِ تہٕ عشقہٕ کِنہِ رنگابرنگ انہارن ہُند منفرد شأعرانہٕ اظہار۔ غلام نبی گوہر چھُ روایتس تأ بیارۄزِتھ تہٕ پننِس غزلس نوٚو مزازٕ تہٕ آہنگ دِوان۔ تٔمسٕنزِ عام فہم زبأنی منز تہٕ چھُ تخلیقی جوہر پھبان پھاپھلان۔ رسول پوٚنپرؠ سُند غزل چھُ انسأنی زندگی ہُند گدٔرن داستان۔ محمد احسن احسن سُند غزل چھُ نوِ زمانہٕ کِنہِ نوبن موضوٗعن ہٕنز باوتھ تہٕ طنزیہِ تہٕ غاررسمی لہجہِ چھُ أہندِ غزلک حُسن۔ عبدالرحمٰن آزادُن غزل چھُ روأیتی أستھ تہٕ نوِ غزٕلکۍ نوٚوؠ امکان تلاش کران۔ غلام نبی ناظر چھ موجوٗدٕ زمانہٕ کِنہِ بدلوٕنِہِ انہارن ہُند آلو ژیٖتھ پنُن مخصوٗص لہجہِ برقرار تھوٚتھ۔ تٔمسند بن غزل شعرن منز ووتلاونہٕ آہٕ موٗ شبیہہ کأری تہٕ پیکرتراشی چھےٚ أہندِ غزٕلچ ئنی پٕز زیٖتھ۔

بُسرِ چھُ بُزمُت اکھ اکھ آدم
أش پھرِ تَن گس گس شہلاوَکھ
o
اوس کتیٖگ کٔیاہ اوسُس ناو
بوٗزم ہُتہٕ نَس ئمستام موٗد
o
وولہٕ چشمن منز بہناوتھ
یِیٖتہٕ چھی سأری آدم کھاو

مشعل سلطانپوری

☆

سفر تاپُر جنوں جنگل غمکی انہار کیٚنٛژ ھاہ ٹُل
ہِوری گَنڈِی دوپھ ہوا الماس جگرٕک نار کیٚنٛژ ھاہ ٹُل

☆ نشاط انصاری

روٗدن تھوٚو ٕکوٗ ناٗوِتھ تاپھ
تھاٗوِو نا وَہراٗوِتھ تاپھ

O

دِل ہیٚہِ سپدیوو باٗغی ہیوٗ
گٔمی تٔج زُلفکہِ زاٗلِج گَتھ

☆ ایوب بیتاب

زِندگی ہنٛز اکھ حقیقتھ موت بَس
زِندگی ہُند خاب زانٛہہ وُچھواٗرِتھ

O

ییٚمہِ شہرِ لاگن کالرس ہوٚٹ چیٚرنک الزام
تَمہِ شہرٕ تھوٗم کاٗرتھز ییٚتہِ اُس میاٗنی چھاٗتی

☆ غلام نبی گوہر

چانہِ پچِ ییٚچہِ بُلبلو پھوٚل غونچہِ گُل
پنجہِ دِتھ پیٚوٚ لنجہِ للوٗن زیرو بم

O

ییٚلہِ سودرٕ ژٕکس تَل مےٚ شمع زول تہِ چھےٚ یاد
مےٚ وعدٕ چراگان گٔرِتھ پوٗل تہِ چھےٚ یاد

☆ ناظر کولگامی

فاروق نازکی سُند غزل چھُ أزی کِس انسان سِند بن ذأتی دوکھن تہٕ دادبن ہُند ترجمان۔ باضے چھُس محبوب سُند لول تہٕ مۄرٕتلان تہٕ باضے چھُ سمأجی مسلن تہٕ صوٗرت حالَن تہٕ زبو دِوان۔ شأعرانہٕ ہونر مندی سٟتی چھُس تخلیقی زبان ورتاوُنک ادراک تہٕ وَل۔ شأہد بڈگأمی سُند غزل چھُ خیالک تہٕ اظہارُک حسین میٚل پٲو وِتھ تازٕ بتازٕ تہٕ نوٕ ہنہٕ عشقہٕ باوٕژ ہُند تخلیقی اظہار۔ شاہد بڈگأمی سٕندِ غزلک بنیأدی موضوٗع چھُ لول مگر أہندِ یم تجربہٕ چھِ قدیم أسِتھ تہٕ جدید اظہار تہٕ انہار پٲراوان۔ یِہ چھُ انسأنی جذبن تہٕ تجربن ہٕتھہٕ گٔنڈ زبو أنان زِ پرن وول چھُ وۄلسنَس یِوان۔ أہندی غزل شعر چھُ شأعر سٕندِ شأعرانہٕ مزازُک تہٕ أہنٛز تخلیقی ہونرمندی ہُند نیب دِوان۔

دوٗپ مے بیقل پأٹھی تمٕ رٕنگی میانہِ باپتھ مأنٛزٕ نَم
میانہِ جگرٕ کہِ خوٗنہٕ أسن چھِٹھ گرِتھ تھوٗ ہو اَتھن

فاروق نازکی



بالہٕ تھونگین گٕہے وۄنٛم حال پٔنن تمو اوٗسُم
ناگہٕ جوٚیَو دِلاسہٕ دِیُت پانہٕ مگر وَدان وَدان

O

شبس بیو ٹھُس تہٕ پٔزاریوٗس زوٗن کھسنَس
مے گوٚو تَس از سبٕٹھاہ یٕکال وۄچھنَس

شاہد بڈگامی



وأنسہِ لحاظہٕ أتھی کاروانَس سٟتی شأمِل اکھ اہم شأعر چھُ قأضی غلام محمد۔



تٔسند غزل چھُ موضوٗع کِنیو ہیٚیتہٕ اعتبارٕ کلہم کأشرِس غزلس منٛز بیوٗن تہٕ بدوٗن آلو

باسان۔ قاضی غلام محمد چھُ ژ کہِ اکھ روٗمانی شاعریُس موجوٗدٕ ٹھوس زندگی نِشہٕ یہٕ ڈٔپِ زِ تہِ مویوٗس بہٕ تہٕ خوف زدٕ گوٚ ہتھ پزٕ انِہن افسانوی طلسماتی دُنی یہن منٛز پھیرِتھ پتہن یادن ہُند دُنیا بساوان چھُ۔ اُہندِس یادٕ وترِس منٛز چھےٚ گنہِ معصوم شُری سُند تہٕ گنہِ بالغ انسان سُند دُنیا دیدمان یِوان۔ قاضی چھُ اَتھ صورت حالَس اُکس بالغ ذہن شاعرہندی پاٹھی باوتھ دِوان۔

شہرکِ سہٕ اکھ مکانہٕ چھُ تو بُرک ژ گوٚ ہ وُچھ
یتھ بُرزِ دِتھ پَس تہٕ گٹھن منٛز بسان چھِ خاب

☆

چانہِ انہارٕ میون شعر وَنُن
ٹوٚپہِ تل تاپہٕ ٹیوٗک رٔٹِتھ تھاوُن

☆

یہندی قبیلُک جوان سال شاعر چھُ رفیق راز۔ دوشوٕنی شاعرن ہندِس غزلس منٛز چھُ اکھ طلسماتی کیفیت ووتلان۔ یِیتہٕ قاضی ہندِس غزلس منٛز دوشوٕنی شُری لأزی تہٕ پتھ کالکی طلسماتی منظر دیدمان چھِ تتہِ چھ رفیق رازنِس غزلَس منٛز زندگی ہندی طرحدار مگر پُر اسرار انہار تہٕ صوٗفیانہٕ چالہِ تصورات تہِ محسوٗس سپدان۔ جوان سال شاعرن منٛز چھےٚ رفیق رازٕنی آواز سارِنے سرٕس۔ رازٓ چھُ فکر انگیز موضوٗعن ستیٚ ستیٚ لوٗ کٹٕ احساسی تجربہٕ اُکس پوختہٕ کار شاعرہندی پاٹھی اکہِ منفرد اندازٕ پیش کران۔ تتھہٕ پاٹھی زِ توجہ گیر صوٗرت حال چھُ دیدمان یِوان۔ تمُ سُند آہنگ تہ

لفظہٕ ورتاو چھُ تازٕ تہٕ منفرد، یِمہٕ وار یاہ کأشرۍ نوجوان شأعر متأثر گرۍ۔

آسن چھُ میون زیوٗٹھ سیاہ غم نہٕ آسنک
بادام چشمہٕ والہِ مے گُن تیٖیے وُچھکھ تہٕ کیا



بٕرگ بٕرگ شہجار بہٕ سوٗ مبرأ وِتھ تھاوَے
ہرگاہ منٛز ربتہٕ کالہِ قداوَر بونہِ ہَرن



گُلۍ گوڈس تَل مے پٕرٛژھن أز تہٕ چھِواز وٗل کران
لنجہِ پیٹھ اوس بہتھ واو مے وُنٛس نہٕ کہنٛہ



یِتھین چھُ یَتھ کتھہِ گُن توجہ پھِرن ضروری زِ رفیق راز چھ شأعری منٛز شِتھہٕ عروٗضی پابندی ہُند روادار۔ یوٚت زِ سہ چھنہٕ شعرس منٛز کأشرِ بن لفظن اُخرس پیٹھ پینہٕ واجِبن مُتحرک آوازن ہِندِس ضِمنَس منٛز گنہِ قسمچہِ نرمی جأیز زانان بلکہ چھِ وَنان زِ ''امہِ قسمہِ چہِ نرمی ہُنٛز وکالت کرٕنۍ گوٚو عجز کلام۔'' مگر اَتھ کیا گرۍ زِ زبأنۍ ہُند مزاز چھُ شأعرس چاروناچار پأنس پتہٕ پتہٕ پکناوان۔ وُچھتَو راز صأبنۍ یہِ شعر۔

یِیتہِ اوس یِوٚ شہید گوٗمت بیا کھ نوجوان
سنہِ ہی ژٕرے گُس تہٕ ہوش گُمس اوس بایہ راتھ

دوٚیم یہِ زِ راز صأب چھُ (شارٕ ت تہٕ سأنۍ کأشر شأعری؛ شیراز: ۱۹۹۷)

ترکیب سازی ہنز بنِیاز پیٹھ گلہم کاشرِ شاعری منز فقط شمین بزرگ کیو نوجوان شاعرن تُھر کھارنچ حارٲن گن کوشش کران ۔ ہرگاہ تَس غلام محمد غمگین ، فیاض تِلہٕ گامی ، علی شیدا ، بشیر اطہر ، عزیز حاجنی ، برج ناتھ بیتاب تہٕ نسیمہ شفایی ہوی شاعر ویدی اُسی نہٕ ، اَما پوز دینا ناتھ نادِم ، امین کامل ، رحمٰن راہی ، غلام نبی فراق ، مرغوب بانہالی تہٕ غلام نبی خیال سُند ناو تہِ پیوس ناژتنَس ۔

یِمن مختلف آوازَن درمیان پنُنز منفرد آواز وجوٗدس اَنن وول بیا کھ شاعر چھُ شفیع شوق ۔ موضوعی اعتبارٕ چھُ شوق تتھی قبیلَس ستی وابستہٕ یِمیُک ذکر جدیدیت کِس فکری روجانَس تحت سپُد ۔ چنانچہ شوق چھُ روایتی قدرن ہنز مکمل مسمارِی ہُند پوت منظر قایم کرِتھ زندگی متعلق پننہِ بے پۆ‎ژی تہٕ بے تسلاہی ہُند باس دِوان تہٕ زندگی ہِندِ اَنچ اکھا کھرُم وَنہٕ کڈتھ تَمی رُمہٕ منز ی نظرتژ اونچ کوشش کران تہٕ نظریہٕ وارلس صورت حالَس احساس کِس سوتھرِس پیٹھ پیش کران ۔ تَسُند غزل پرِتھ چھُ باس لگان زِ یہ چھُ کاشرِس غزلَس منزاُکس روایت شکن طرزِ اظہارس گوڈبران ۔ یہ طرزِ اظہار چھُ شوقَس پنُن تہٕ خالص پنُن یَتہِ تجربہٕ تہِ نۆ‎ی چھِہ تہٕ زبان و بیان تہٕ نوٚ چھُ ۔

اکھ گُل مکایہِ گٕژر تہٕ ژھاوج تہٕ بہ یِکن
بازُرِ پر گیر ہُکن بے شرم کشیر
سُہ لَم تہٕ ویر ، ژھنیہ پھر مال دبد نہٕ کانہہ
سُہ وہ گہ زونہٕ گاش پچ تیو نگلہٕ روٗس ججیر

قدم قدم چھُ سفر بون مگر نظر ہیۆر گن

موٗژیٛو و گاشہِ زٕژاہ شولہٕ وُن شہر ہیۆر گن

☆

گلشن مجید، م ح ظفر، اقبال فہیم، غلام محمد غمگین، بشیر اطہر تہٕ غلام رسول جوش چھُ موضوع تہٕ طرزِ بیانہٕ رٕنگی نٔو وَتہٕ ژھارنٕچ کوٗشش کران۔ گلشن مجید چھُ زندگی متعلق فکر آمیز تصورات پیش کران تہٕ تہٕنٛد مُرژٕ گران یم غاَر واضح اٙسِتھ احساسی معنہٕ ووتلاوان چھِ۔ تَسنٛز زبان تہٕ باوٕژ طرز چھُ غاَر واضح اٙسِتھ تہِ پرن وألِس متوجہ کٔرِتھ تجربس نکھہٕ اَنان۔

اخبار لِکھان مردِ خدا اکھ چھُ وَنان غاَب

تَتھ بند قلاے منٛز چھےٚ پرٕی قاُد جواں غاَب

O

اَتھ اٙنہٕ لبہِ منٛز پانہٕ اٙخر جوٗگ سپُد بند

وَنہٕ یارِ پتو واو پٔژن یار نژان اوس

گلشن مجید

☆

غمگین تہٕ جوش چھُ نوبن موضوٗعن تلاش کٔرِتھ نٔو زبان ورتاونٕچ کوٗشش کران۔ غمگین چھ نوبن موضوٗعن نوٚو صوٗرت حال ہیتھ نِو زبأنی منٛز پیش کران۔ تَسنٛد بن شعر تجربن منٛز چھِ انسأنی دوکھ، مویوٗسی تہٕ بےبسی باوتھ پرٛاوان۔ تَس چھےٚ پنٕنی مخصوٗص زبان تہٕ زبأنی ہُنٛد ورتاو چھُ تَسنٛزِ شاعرانہٕ ہونرمندی ہُنٛد پے دِوان۔

ذاتھ پرکھاوِنی چھےٚ یَتھ شہرس اندر بالکل منع

راتھ ییٚگ گوٚژھ دربدر ہےٚ دوستو واپس یِکو

O

یہِ داستان لیکھَن وِزن اَتھے رٕہتھ چھُ کاتی ہَن

قلم چھُ حاۓرتَن بچور کاکدن اچھر بچھان

غمگین

☆

جوش چھُ نوِ حِسباگہی ہُند شاعر تہٕ تٔمند غزل چھُ کاشرِس غزلس منز اکھ

ساۓدروار آواز۔ یَتھ منز تجربہٕ تہِ ساۓدروار چھُ تہٕ زبان تہٕ باوژ طرز تہِ ساۓدروار چھُ۔

منٛزی مرگہِ نژان نَنہِ وانہٕ ننگے اَکھ واوِ رِنگا

دیوانہٕ تَوتلُو پان ژٹان جنیات بہٕ چھس

☆

خبر تَم شوقہٕ مُتۍ جانانہٕ کوٚت گۓ

دوٚرس واژوو لُکھ ژٕلی وان دی دی

جوش

☆

م ح ظفر تہٕ اقبال فہیم سُند غزل چھُ فکری تہداٗری ہُند باس دِتھ پٔنٕنۍ نوۍ

سرحد تلاش کران۔ ظفرس چھےٚ پٔنٕنۍ مخصوص زبان تہٕ زباٗنی ہُند ورتاوِیُس تٔمند منفرد

اسلوٗب قائیم کرنچ اکھ سنجید کوشش چھےٚ۔ تٔمند غزل چھُ فکری تہداٗری ہُند پاسدار یِیٚتہٕ

تجربہٕ کھوتہٕ فلسفی یا نہٕ سوچس ژٕرا اہمیت چھےٚ۔ بشیر اطہر سُند غزل چھُ زمانہٕ کِہن حالاتن

واقعاتن زبو دِتھ اٗزی کس انسانَس ہِتی پیش یِنہٕ والین معاملاتن ہُند ترجمان یِیٚتہٕ

عصری حالاتن ہُند عکس وبد اکھ بُتھ باوتھ پزاوان چھُ۔

پزِ ژھ ژےٚ کیاہ چھےٚ پزٕ ژٕ ھن ژٕ بتھ مہٕ رَچھ

میانہِ ژھوپہ ہُند صدا بن مہٕ گوٚھ

☆

م ح ظفر

گاشس چھِ تَم کھوژان عجب لۄکھ عجب ذاتھ

پزتھ بازرس اندر فقط میلان سیاہ راتھ

☆

بشیر اطہر

موجوٗدٕ صدی ہندس نۄی مِس دٕہلس منز چھُ کاشرِ غزلُک اکھ نوٚو تہٕ قابلِ توجہہ دور بارسس یِوان۔ اہم اَوِ کِنہِ زِباتےٚ شعرٕ صِنفَن مقابلہٕ پھاپھلیو وغزل مقدار لحاظہٕ تہِ تہٕ معیارٕ اعتبارٕ تہِ۔ توجُہہ طلب اَومو کھہٕ زِ غزل صنفہٕ ہنٛدی موجوٗدٕ تقاضہٕ رٕژھرِتھ چھُ کاشُر غزل پننہٕ گاشدار مُستقبلکۍ نۄی امکان تلاش کران۔ اَمہِ نوِ دورٕچ خصوصیتھ چھےٚ یہِ زِ اَتھ منز باوتھ پزاوَن وول غزل چُھنہٕ کُنہِ مخصوص تحریکہٕ یا روحجانَس آویزٕ تہٕ نہ چھُ قدیم تہٕ جدید کاشرِ غزلُک چرِ بہٕ۔ یہِ چھُ تخلیقی سوٚتھرِس پیٹھ تہِ تہٕ باوژ طرزٕ حسابہٕ تہِ اکھ بیۄن تہٕ بدۄن اظہار۔ اَمہِ قبیلہٕ کِمن امتیاز پزاوَن والین جوان سال شاعرن منز چھُ: مجروح رشید، عزیز حاجنی، فاروق فیاض، فیاض تِلہٕ گامی، بشر بشیر، علی شیدا، برج ناتھ بےتاب تہٕ اکھ نسوانی آواز نسیمہ شفایی شامِل یِم اَکی ہِے قبیلس منز روزنہٕ باوجوٗد بیۄن بیۄن اظہارِ بیانکۍ انہار پزاَوِتھ بیۄن بیۄن تجربن تہٕ احساسَن زبو اَنان چھِ۔ اگرچہ یِہُند مطالعہٕ وُنہِ کےٚ پھن سپُد مُت چھُ تکیاز

یِہُند اکثر کلامہٕ چھُ ژُنہٕ شعر سۆمبرنَن ہنز صوٗرت پرٛوانۍ۔ تاہم چھےٚ یہِ کتھ عیان زِ یم سأری چھِ باقے شعر صِنفن مقابلہٕ غزل لیکھان تہٕ ازتام یِہُند چھاپ سپُد مُت غزل چھُ اَچھو تہٕ کھورو نۆوِ حِسبا گِہی ہُند باس دِوان۔ سو حِسبا گِہی یوسہٕ نہ صرف نۆوِ نۆوِ موضوٗع تہٕ اچھوی تجربہٕ پرٛاوان چھےٚ بلکہ تِمن تجربن باوتھ دِنہٕ باپتھ ورتاونہٕ آمژ زبان تہٕ سأدر وارلہجہ پانہٕ ناوان چھےٚ۔

شادرمضان چھُ مذکورہٕ جوان سال شأعرن منز یمہِ اعتبارٕ ممتاز زِ سُہ چھُ پنُن تخیُل وو لسنَس أنِتھ پنُن تجربہٕ تخلیق کران تہٕ تتھ تخلیقَس دوران اُچھرن، لفظن کیٛو جُملن تِتھہٕ پأٹھی موضوٗعچ ترجمأنی کرناوان زِ تَسُند طرزِ بیان چھُ زَنتہٕ لامحال باسان۔ سُہ چھُ پرٛتھ کانٛہہ خیال، تجربہٕ یا احساس یہِ ڈٲپِ زِ تہِ عأن تہٕ غأن صوٗرژ منز پیش کران۔ شادرمضان چھُ مزازَن روٗمأنی شأعر مگر سُہ نہ چھُ قاضی غلام محمد ہٕندی پأٹھی فرار کران تہٕ نہ چھُ رفیق رازٕنی پأٹھی صوٗفیانہٕ باس دِوان۔ تَس چھُ باضے کلھم بے سوکھ انسأنی صورت حال تہٕ گُنہِ ذأتی زندگی ہُند کرب داوس لاگان۔ تَس چھےٚ پنٕنژ الگ زبان تہٕ سو زبان ورتاونک ول بدس۔ تَسُند جذبہٕ تہٕ اظہار چھُ اکثر شعر تجربن منز تخلیقی وو پرٛاوپرٛاوان۔ سُہ چھُ موزوٗن تشبیہن، استعارَن، علامژن تہٕ ترکیبن کأم ہیٚتھ مأرۍ مُندی پیکر تہٕ شبیہہ ووتلاوان۔

ژما ووں تاپلیو زہٕنۍ تہِ سانہِ دارِ تل سماں
یہِ وُچھ زِہے زِ کوٗت کال گوٗمے برٛأنۍ أنہٕ واں
O

خبر چھُ کُس یہ سونچہِ موت ڈ نگاں تہٕ پو تجہِ پھُلی ڈلِس
نہ چھُم مے آوُلن دِلِس نہ چھُس بہ دأرین سناں

O

وُچھان کوٗرِ کوٗرِ چھُکھ ژٕ أنہٕ بانبر ووتھَس
مے نِش یہ آفتاب تاں اوس داغدار ہیوٗ

O

جولہِ پرٕستاں بٕرتھ شوقہٕ ووتھُکھ شہرٕکِن
کشفہٕ کرامات کرٕن والہِ ژٕے ماسأنی خبر

O

فاروق فیاض چھُ غزلُک شاعرتہٕ تمو پھیٖر سبٹھاہ کم وقتَس منٛز لوٗکن ہُند توجُہ پانَس کُن۔ فاروق فیاض چھُ عصری آگہی ہُند ظون بیدار کٔرِتھ انسأنی زندگی ہٕندی وٕکھتی تہٕ کربناکھ ژٕہی محسوٗس کٔرِتھ أکِس ہونٛرمند شاعرسُند باس دِوان۔ تَہِنٛد بن شعرِ تجربَن منٛز چھُ فردٕسُند صوٗرت حال اجتمأعی انسأنی صورت حالُک أنہٕ ہُتھ أزی کِس انسان سُند ذأتی خوف تہٕ مویوٗسی ہٕندی انہار ووتلاوان۔ شعرن منٛز چھُ باضے ڈرامأیی عُنصر ووتلان یِیتہِ کردارتہٕ کردارٕن ہُند اوند پوکھ تہٕ پھانبلان چھُ۔ باسان چھُ تَس چھُ پٔتِن اوند پوکھ ویوٚ دیٚتہِ سُہ باضے عقیدتی تہٕ سمأجی تصوراتَن ہٕنٛدِس پوٚت منظرس منٛز پٔتمِن تجربن احسأسی سوٗتھرس پیٹھ انان چھُ۔ تَس چھُ زبأنی ہُند مزاز تہٕ اَمیُک محاورأتی نظام معلوٗم۔

زوٗل تَمہِ گامہٕ سبٹھاہ اوس دوٗبکھ اَز چھِے دِوٕے
ژاٗنگی ژھوٗراوِ پتو واو ژھٹل بروٗنٹھ پوٗگس

☆

گاٗمی گاٗمن دٕپان چھُ ہیوٗ تمت سوگ
نارٕ موکل چھُ پہر در شہرس

☆

تَتھ بزِمچہِ گُلِس اَز تہِ پھولان ماچھِ سیاہ پوش
یَتھ بزِمچہِ گُلِس جود ہران راتھ لنجن اوس

☆

مجروح رشید یودوٕے نظمہٕ تہِ لیکھان چھُ اَما پوز غزل چھُ تِسند مزاژک ترجمان۔ سُہ چھُ وۄہمہِ صدی ہِندِس فکری نظامَس تحت پننہِ غزلک ییٚنگی ووٗن شیران۔ اَما پوز تہٕ گرِتھ تہِ چھُنہٕ سُہ کُنہِ مخصوٗص فلسفک یا نظریک آویز روزان بلکہ ذاتی زندگی ہِندِس اَنس منز گلہم انساٗنی صورت حال ژرژان۔ مجروح رشید چھُنہٕ سیدِ سیوٗد کانہہ خیال باوان بلکہ چھُ یَسلہٕ پاٗٹھی خیال بدلہٕ شبیہہ وولاوان تہٕ سو شبیہہ چھِے پاٗنی پانے تخلیُکس وُزناوان تہٕ معنہِ تخلیق کران۔ سُہ چھُنہٕ گوڈٕے خیال ذہنس منز تھاوِتھ تتھ لفظہٕ جامہٕ وَلان بلکہ چھِ لفظ تتھہٕ کُنہِ صورت پژاوان زِ تجربہٕ چھُ تھنہٕ پیوان۔ مجروح چھُ باوژ منز اختصارُک قاٗیل تہٕ بوزن واٗلِس یا پرن واٗلِس پٹھ اعتماد کرِتھ چھُ شعرُک مفہوٗم تمِنے پٹھ ترٛاوان۔

أنس سمیہِ رہہ تہٕ لبن ژٕون وُزیوو واو
مانوٗسی شکلہِ اوس مگر خاب کیٚتھ سہٕ دژاو
جہارِ ہُوی ژٕنی گُجی پھٔلَے مے چھاونک ہوس
خبر مے کیازِ خوف ہیوٚ ژٕما تیٚونگل وُنکھ

☆

موٗنم وِشال وولرِ بٔتھس پیٹھ دَزکھ ژٕ گاش
مأنتھ وُجأری خاب أچھن منز سرکھ تہٕ راو

عزیز حاجنی چھُ پنٕنہِ مزازٕ تہٕ معیار مطأبق غزلس پأراو کران تہٕ اکھ الگ رنگ وو تلاونچ سنجیدٕ کوٚشش کران۔ تَس چھُ غزلُک مزازٕ براہ آمٕت یمہِ کنہِ سہٕ پنٕن خیال یا تجربہ غزل شعرن منز کامیأبی سان ورتاوان چھُ۔ سہٕ چھُ گنہِ گنہِ تِتھی خوٗبصورت شعر تخلیق کران زِ جذبک تہٕ باوٕ ژہُند میٚل چھُ تخلیقی وو پزٕ اوپزٕ اَتھ أکس حبہٕ ہُشار شأعرٕ سُند باس دِوان تہٕ شعر بوٗزِتھ چھُ پرٕتھ حساس قأری سٕندِ اَسہٕ واہ پھران۔

تم لُکھ چھِ پزٕی آفتابکی اَڈ تہٕ سبٕتھاہ میٹھی
تم لُکھ چھِ مگر سیدی تہٕ شرمدار لگن گتھ

حاجنی یَس چھے پننی عصری زندگی وأراگ ژلان تہٕ اَتھ منز بہنہٕ آمٕت وجوٗد چھس مویوٗسی تہٕ خوفٕک شکار گژھتھ پرٕ ژھیوٗن باسان۔ پنٕنہِ قدر شکنی ہنٛز تلخی وبترأوِتھ چھُ درپردٕ پزٕ انہن میچھن قدرن نادلایان۔ تَس چھُ راوٕنک احساس خوف

ۂنتھ بار بار وۄتلان تہٕ یہِ راوَن تیوٗل چھُ تِھنٛدِ ین شعرِ تجر ین منٛز انسانی زندگی ہُند کرب ۂنتھ باوَتھ پرٛاوان ۔ تِمنٛز عام فہم زبان چھےٚ شاعرانہٕ اظہارٕچ پابند۔

ہے بابہٕ میانہِ منٛگ ہِری یہِ کنٛز زنہٕ فی الحال

ہِر ساوٕی سیاہی چھےٚ ژووا پارٕ وٕلیتھ نال

ہتہِ رازا کھ ژھراوِ ہا کانٛہہ جاے چھنہٕ محفوٗظ

پوٚت یارِ وَنن منٛز تہِ ووٚنی ییرن نہٕ زٕلری زال

☆

کن کناں گوٚھ یہِ چھٕم مے لوٗن مگر

اَنٛتھہٕ روٚستے تہٕ بے حساب مہٕ کن

☆

فیاض تِلہِ گامی چھُ غزلس منٛز پننٛ شاعرانہٕ صلاحیون ہُند باس دِتھ اکھ فنی ارتقا پرٛاوان ۔ تِمنٛدی تجربہٕ چھِ بظاہر عامیانہٕ تہٕ ویٚدی مگر پننہِ تخلیقی ہونرمندی تہٕ باوُژ طرزِ ستی چھُ شاعر تِمن تجر ین ہنٛدی نٕوی تہٕ معنہِ ساوٕی انہار بدٕ کڈان ۔ برج ناتھ بیتاب چھ عصری آگہی ہُند نیب دِتھ پننہِ منفرد آوازِ ہنٛز ژینہٕ وَن دِوان ۔ علی شیدا چھُ اَکس نٕوِس تہٕ پرٛ مغز شاعرٕ ہنٛدی پاٹھی پننین تجر ین باوَتھ دِوان۔

کشیرِ ہنٛز سماجی زندگی منٛز روٗز نہٕ ہتہٕ بدٕ ین وٕری ین زنانہِ کانٛہہ اہمیتھ ۔ شاید چھُ سے وجہ زِلل دیدِ تہٕ حبہ خوتوٗنہِ پتہٕ چھُ کاشرِس منٛز زنانہٕ شاعرن ہُند تعداد نہ آسنس برابر ۔ اَتھ پوٚت منظرس منٛز ییٚلہِ نسیم شفایی ہنٛز آواز کنٛن گوٚھان چھےٚ ،

دِل چھُ ووٹھ کڈان۔ نسیم شفایی چھےٚ نظم تہٕ غزل لیکھان تہٕ أمہندِس غزلس منٛز چھےٚ کأشرِ زنانہِ ہنٛز نرم تہٕ نوزُک حِسا گہی محسوٗس سپدان تہٕ أمہندِس اظہارس منٛز چھےٚ کأشرِ لُکہٕ شأعری ہنٛز گنگراے کَنَن گوھان۔

تَس چھُ أچھرن ہُند خزانے رووُمت
کاکدس کیتھ سوٗزیٚ نَم شہمار راتھ

☆

یَم رُیمتی ورق یہِ پٕرزنتھ میأنۍ
پھیرِ والیا! ژٕ کتھ سا مول کھالگھ

شأعرن ہنٛزا کھ نٔوپۍ چھےٚ کأشرِس غزلس سکناوان۔ یِہُند غزل پٕرتھ چھُ باسان زِ یہُند شأعرانہٕ ارتقا بَنہٕ یِہنٛدِ شأعرانہٕ وجوٗدٕچ پٕرزنتھ، یِمن منٛز شہناز رشید، گلشن بدرنی، شہزادہ رفیق، شبنم گلزار، علی الیاس، نثار گلزار، عنات گُل، حسرت حسین تہٕ قأبلِ توجہ چھِ۔

۲۰۰۳ء

☆☆☆

# کأشر نظم

## اکھ تنقیدی مطالعہٕ

نظم چھےٚ کأشر شاعری ہنٛز اکھ ویٚز شعرٕ ذاتھ تہٕ کأشرِس منٛز چھےٚ نظم شاید تیٚوے پرأنی یوٚتاہ کأشرِ ادبک توأریخ چھُ۔ وُنۍ گوٚو نظمہٕ متعلق یُس تصور پتھ کالہٕ اوس سُہ روٗدنہٕ کُلہم پأٹھی برقرار۔ موجوٗدٕ صدی دوران یُس تصور اَتھ شعرٕ ذاژ متعلق پھانپھلیو، سُہ چھُ کینٛژن واہم خصوٗصیوٚو کنۍ بڑونٛہمہِ تصوٗرٕ نِشہِ ہنا مختلف۔ پرٛانہِ تصوٗرٕ مطأبق ہیکہٕ ہوٚ کُنہِ تہِ تتھ منظوٗمَس نظم وَنتھ یتھ مضموٗن کُن تہٕ مسلسل آسہے۔ مثلن کینٛہہ خاص دُلکہٕ بأتھ، شیخ العالمؒ سنٛد گوٚنگل نامہٕ، تہٕ حبہٕ خوتونہِ ہُند وأری وبن ستی وارٕ چھس نوٚوژن نُماہوی بأتھ بلکہ ہیکہٕ ہوٚ گُلریزٕ ہشہِ کُنہِ مثنوی یہٕ تہِ اکھ طویل بیأنی نظم وَنتھ۔

پرٛتھ شعرٕ ذأژ چھےٚ پننۍ اکھ مخصوٗص ہیٚتھ (گرتھ) آسان، اَماپوز نظم چھنہٕ اَمہِ حسابہٕ کُنہِ خاص مخصوٗص نیٚبری ہیٚو (گرتچ) پابند۔ نظم ہیکہٕ پد، واکھ، شرٛک، وژن، مثنوی تہٕ قصیدٕ ہیترٕ کُنہِ تہٕ شعرٕ ذأژ ہنٛز ہیٚتھ پانناوِتھ۔ عروٗضی لحاظہٕ ہیکہٕ نظم پابند شأعری نِشہِ مختلف یعنے نیم آزاد، آزاد تہٕ نثری آستھ۔ چنانچہ ازکل چھےٚ ہیتی اعتبار مختلف صوٗرژن ہنٛز تیٚہٕ نظمہٕ نظرِ گژھان یم پرٛانہِ تصوٗرٕ حسابہٕ شایدے بطورِ

شاعری قبول سپدٕ ہَن تِکیاز بروٚنہہ اَسی بحر، وزن، ردیف تہٕ قافیہٕ بیترٕ شاعری ہٕندی لازمی جُز گنزرنہٕ یوان۔ نیٚبری گرتہٕ لحاظہٕ نظمہِ ہُند یہِ موکجار (آزادروش) نظرِتل تھٔوی تھےٚ چھُ ازیہِ ممکن زِ کانٛہہ پد، واکھ، شُرک یا وژُن بیترٕ یییہِ نظم گنزرنہٕ۔

موٚجودٕ تاز تصوٗرٕ مطابق چھےٚ نظمہِ ہٕنز سارِوے کھوتہٕ اہم پھیرٕ ہاو خصوصیتھ تہٕ گوٚن موضوٗع تہٕ ہیٚیتہِ ہُند پانہٕ وٲنی پڑ بتھ لحاظہٕ ہم آہنگ آسُن، مطلب یہِ زِ نظمہِ ہُند موضوع یہِ کیٛژھا تہِ آسہِ تمیٛک مرکزی نوقطہٕ گژھہ پوٗرِ نظمہِ ہُند واحد محور بنُن تہٕ تمیُک باوتھ گژھہ معنہِ مفہومہٕ کنۍ تہٕ تہٕ رٔوی یہِ کیٛو احساسہٕ حسابہٕ تہِ حسبِ حال آسنۍ۔ اَمی بنۍ یادی خاصیُژ ہُند تقاضہ چھُ زِ نظمہِ منٛز گژھہ موضوٗعس وَ یہِ وُن گرتھ آسنہٕ علاوٕ موزوٗن لفظہٕ ورتاو، مناسب لہجہٕ تہٕ گُلہم پاٹھی باوژ ہُند اختصار آسُن۔ اَمہِ تصورٕ مطابق چھےٚ پڑتھ کانٛہہ نظم زنتہٕ اکھ زِندٕ وجوٗد مانٕنہٕ یوان تہٕ یہِ چھےٚ اکھ یا بیا کھ صورت حال تہٕ تتھ صورت حالس ستۍ وابستہٕ اکھ یا بیا کھ کردار ہیتھ آسان، بامے سہٕ کردار کیاز آسہِ نہٕ نظمہِ منٛز کتھ کرن وول پانہٕ شاعرٕ ے۔ مگر کردار گژھہ پنُن اوند پوکھ تہٕ پننہِ مخصوٗص زمانک پوٚت منظر ہیتھ ووتلُن۔ گویا نظمہِ ہُند صورت حال چھُ ڈرامایی خدوخال پاناوان تہٕ نظمہِ ہٕندس پڑتھ جُزس گژھہ انفرادی طور پٕننی موزوٗنیت تہٕ مناسبت آسنۍ تہٕ چھیکرس نظمہِ ہٕندس گُلہم وجوٗدس ستۍ تتھ ہم آہنگی زِ نظمہِ ہُند مُدٕ آسہِ سو تخیلی آگہی تہٕ آنندیُس تخلیقی ادبک جوہر چھُ۔ اتھ کتھہِ چھُنہٕ انکار زِ موجوٗدٕ وُہمہِ صدی بروٚنہہ تہٕ چھےٚ کاشُرِس منٛز تتھ کینٛہہ نظمہِ لیکھنہٕ آموٚیم نظمہِ ہٕندس مذکوٗرٕ تازٕ تصوٗرس نگہٕ

یوان چھےٚ اگر چہ تِمن شاعرن موجوٗد دورِ کیٚن شاعرن ہندی پأٹھی تِتھٮ۪ن مالن متعلق شاید یہِ تصور واضح آسہے، مثالے رحمٰن ڈارٕنی نظم 'شش رنگ'۔ اَتھ نظمہِ منٛز یوسہٕ زنانہٕ کردار باوکھ یِنتھ برٛگہٕ لولک اظہار کران چھےٚ، تِمۍ ہنٛزٕ زیوٚ منٛز درٛامُت پرٛتھ اکھ لفظ چھُ تٔسندِ مخصوٗص رُوئدیک تہٕ لہجُک ترجمان۔ نظمہِ ہُند کُن تہٕ مرکزی موضوٗع چھُ لول تہٕ اَتھ لوٗلس منٛز میٖل کانٛچھن وول اشتیاق۔ لفظن ہنٛز ژٲرتہٕ ورتاو، لفظو ڈٕسی موضوٗعک پھانٛپھلُن، تجربک ڈرامٲیی صورت حال تہٕ باوژ ہُند اختصار بیترِ خصوٗصیٖو چھےٚ اَتھ کأشرِ زبأنی ہنٛز اکھ شاہکار نظم بناوان۔ بقول رحمٰن راہی "اَتھ نظمہِ منٛز چھُ رحمٰن ڈارنہٕ نظرِ دِلس تہٕ ہونرِ، ترٛبِشوٕنی تخلیقی میٖل گوٚمُت[1]۔" اَتھ برعکس ہرگاہ محموٗد گأمی سُند مشہوٗر وژُن 'تمثیل آدم پرٛژھوم حُبابس' نمون یِتھ پٮ۪ٹھ نظمہِ ہُند بڈٕ وٕنت گوٚھان چھُ، اما پوز ہنا نکھہٕ پکِتھ وٕون دِنہٕ تلہٕ چھےٚ بحیثیتِ نظم اَمہِ چہِ کینٛہہ ونٛچھہِ پوٚچھہِ کوتاہیہ باس دِوان۔ تخلیقہِ ہند بن گوڈنکٮ۪ن مصرن منٛز چھُ نظمہِ ہُند باوکھ (یا وٕنو پانہٕ شاعر رٲوی یِنتھ) سبتھہِ مناسب پأٹھی آدمہٕ ہنٛز تمثیل آبہٕ بُرٛس نشہِ ڈرٛیاف کران تہٕ تَس نشہِ یہِ زانُن یَوٚھان زِ تٔھندِ وجوٗدُک انحصار کتھ پٮ۪ٹھ چھُ۔ ژےٚ یِمہِ آبہٕ منٛز ظہور پرٛ ووٚمُت چھکھ، ژٕ چھکھا پانہٕ سےٚ آب کنہٕ یِمہٕ کانٛہہ الگ وجوٗد۔ ژےٚ زِندٕ چھکھ تہٕ کتھ بٔنۍ یازٕ پٮ۪ٹھ، سوٚدرِ نشہِ بڈٕ بُرٛس کھنٛڈس ژھبنہٕ گوٚھتھ کیا چھُ چون حال تہٕ سوٚدرس ستی واپس رَلُن چھا چون وأحد مقصد تہٕ مُدعا؟ اما پوز آبہٕ بُرٛ چھنہٕ نظمہِ منٛز بحیثیت کردار

---

[1] "کہوٹ" ۱۹۷۹ء (رحمٰن راہی)۔

وۄتلِتھ سوالٕک جواب دِوان، بلکہ چھہٕ آدمہٕ سٕنز تمثیلہِ ہندی مختلف رمزٕ یِمہٕ سندِ بجایہِ باوٕ کھ (یا وۄنو شاعرٕ سندِ ذٕسی) سٕندی ذٕسی مختلف شعرن منز باوتھ پراوان۔ وۄنی ماناہوزِ تخلیقہٕ ہند بن باتھ شعرن ہُند تفصیل یا رمزٕ باوتھ ہیکہٕ نہٕ آسہٕ یِمہٕ سندِ وسیلہٕ بیانہٕ سپدِتھ، تِکیازِ اَمہِ نظمہِ ہندِ حوالہٕ چھنہٕ شاید آسہٕ یُس فکرِ ہٕنزِ رزِ لمنٛج تہٕ ذکرِ ہندِ دولانٛچ گتھ کرِنی شوٗبان۔ تِکیازِ یِمہٕ چھنہٕ تخلیقہٕ منز بطورِ کردار وۄتلان بلکہ چھہٕ سیدِ سیٛود تہٕ ٹاکارٕ پاٹھی باوکھہٕ (یا وۄنو پانہٕ شاعرے) بے جا مداخلت کٔرِتھ پانے پنٕنس سوالس جواب دِوان۔

| | |
|---|---|
| ہُبہٕ سٕتی ہُبیٖن پھوکہہ لوے حبابس | پھوکہٕ سٕتی بیٛیہٕ میوٗل آبس سٕتی |
| موٗد کیاہ تہٕ روٗد کیاہ باتھ حسابس | رندِ چھُکھ زندٕ گتھ آبس سٕتی |

☆

شاعری ہٕنز بٔنیادی وسیلہٕ چھےٚ زبان تہٕ زبٲنی ہُند سارِوے کھوتہٕ نوٗن تہٕ اہم گوٗن چھُ مناسب تہٕ موزوٗن لفظہٕ ژارٕ تہٕ تِہُند باوزن تہٕ برمحل ورتاو۔ نظمہِ منز چھنہٕ گُنہِ غارضروٗری، نالگھار یا ہرٗیمانہٕ لفظٕک سوالے وۄتھان یِیمہِ سٕتی نظمہِ ہندِس حاوی احساس گراے لگہِ تہٕ وۄپذاوگۄڈھ چھلہٕ چھانگرِ۔ اَمہِ قسمٕک ورچھُ وارِیاہن کیا اکثر کاشرین نظم نگارن سپدُمُت یِمن یاتہٕ لفظہٕ کِس معنہِ مفہوٗمس تہٕ اَمہِ کِس لسٲنی کیو سماجی پوٚت منظرس تام واتنیاہے چھنہٕ نہٕ چھِنہٕ تِم اوٚت تام واتنٕچ کوٗشش کران۔ نتیجہٕ چھُ نیران زِ نامناسب تہٕ ناموزوٗن لفظہٕ ورتاو چھُ نظمہِ ہندِس کُلہم حاوی تأثرس ددارٕ واتناوِتھ اَمیک تخلیقی وۄپذاو متأثر کران۔ اَمہِ قسمہٕ چہٕ مثالہٕ

چھےٚ پرٛانہِ کاشُرِ نظمہِ منٛز تہٕ تہٕ نوٕ کاشُرِ نظمہِ منٛز تہٕ، تہٕ جدید کاشُرِ نظمہِ منٛز تہٕ میلان۔
''یمبرزٕل'' عنوانہٕ نظمہِ منٛز چھُ مہجورس اَمہٕ قسمٕک اکھ ضمنی بُل گوٚھان۔ حالانکہ مہجور اوس اکھ حساس دِل شاعر تہٕ سُہ اوس زانان زِ یمبرزلہِ چھےٚ کُنی اَچھ آسان تہٕ توٚے چھےٚ یمبرزل پنٕنِس عاشق بومبرس متعلق گوڈٕ اَکِس شعرس منٛز پزٕ نہٕ پاٹھی تہٕ مناسب طریقہٕ ونان زِ ''مے گنہٕ اَچھ گاش اوس بومبر''۔ اما پوز یہے یمبرزل چھےٚ پتہٕ پٕھن بیٚکِس شعرس منٛز پتٕمِن دون اَچھن ہُند ذکر کران یُس نہٕ مُناسب چھُ۔

بہٕ چھس ہے بنگہٕ گاہُو، مند چھیمو اندٕ کُن پیمُو
اَچھو پنٕنو وُچھم کیا کیا گُہتھ تتھ منٛزلس وٕنہٕ کیا

یا وٕنو موجوٗدٕ دوٗرٕک اکھ اہم نظم گو شاعر غلام نبی خیال چھُ پنٕنہِ ''بنی آدم'' عنوانہٕ نظمہِ منٛز یتھ ہیوٗ مصرٕ شامِل کران۔

گردِشتی آسہ یہٕ دامن ژھیو نمت ہا یہ گومُت

شاید چھنہٕ گردِشتی دامن ژھیٚنِتھ یوان یا ہا یہٕ گوٚھان۔ تِتھے کُنی چھ وٕنِس اہم شاعر غلام نبی فراق سٕنٛزِ 'بُلبلس کُن' عوانہٕ مشہور نظمہِ ہُند گوڈنیُک لفظ 'عجیبے' غار مناسب باسان۔

عجیبے ژھکھ بُلبلو جانہٕ واراہ

'عجیب[1]' بجایہ روزِ ہے شاید ''عجب'' وٕنُن زیادٕ حسبِ حال۔ تِتھے پاٹھی چھُ اَمہٕ نظمہِ ہُند بیاکھ وٕنت متعلقہٕ واقاتی صوٗرتحالس اوٗرکنہٕ پوٗری باسان تِکیازِ یارٕ سندِس گٔٹھس

---

[1] 'عجب' گوٚ وُحارن کروٗن' تہٕ نادِر تہٕ 'عجیب' گوٚ وبکھت تہٕ بے طرح۔

برمُوراونہٕ نہ گوٚھن میٖٹھی تہٕ مٲدٕری خابہٕ وُڈِتھ تہٕ نہ یہِ ترٛٲنی شیٖنہٕ ژٔھٹھ حملہٕ آور ہُتھ۔

اچانک گٔژھس برمُور میٲنی یارٕ بَن

یہ خابہٕ وُڈِتھ گوٚو یہ بیدار سپدُس

ترٛٲنی شیٖنہٕ ژٔھٹھ ژٲیہٕ زَن حملہٕ آور

نظمہِ ہُند مضموٗن گوٚو ہیٚرِ پیٹھ بوٗن تام گُن تہٕ ہم آہنگ آسُن تِکیازِ نظمہِ ہنٛز ڈرامٲیی تہٕ احساسی وحدت ہرگاہ ناکارٕ پٲٹھی متأثر سپدِ نظمہِ ہندِس کلہم وو پذاوس پیٚیہِ ٹھوٗنٹھ۔ نتیوٗن رحمٰن ڈارٕنی 'تقدیر آم نووٕنے' عنوانہٕ نظم۔ نظمہِ منٛز چھُ اکہِ پاسہٕ یتھ ہیوٗ اعتمادٕ بوٗرت اظہار۔

کرکھے زیارتِ سرکار ہردم روز شانکنے

چشمن کھور کڈتمہِ وَتہٕ بروٗنہہ پکھ پتھ أزِ نہٕ پھیران

وارٕ ہا ٹھی وُچھہَن وجوٗدِ وحدت گژھِ منٛز گاشا بنے

نفع چھُ دیدار حیات منفعات مچھنِس منٛزوٗرِکی واتان

رحمت پلنی یُس گرنے عطا کتھِ ستی کتھ خدا بنے

تہٕ بیکہِ پاسہٕ چھےٚ نظم یتھ دلدوز کرٛ یکہِ پیٹھ انداواتان زِ 'تقدیر آم نووٕنے' تہٕ 'اَمہِ دادِ چھِس نو بلان'۔

موجوٗدٕ دورس منٛز سپٕز (یُس دور ٹاکارٕ پٲٹھی مہجورنہِ ڈسی شروع گوٚو) کأشرِ نظمہِ قأبلِ توجہہ مقبوٗلیتھ حأصل۔ موضوع، ہیٚو تہٕ ٹیکنیکی اعتبارٕ گیہ اَتھ منٛز نہ صرف

رنگا برنگی پأدٕ بلکہ گٔیہِ یہِ شعرٕ ذاتھ ہونٕزِ اعتبارٕ تہٕ بالغ سپدان ۔ مہجورس چھ[۱] کھ امتیازیہِ زِ تٔمی لیچھ ماورأیی ، عقیدتی تہٕ صوٗفیانہٕ موضوٗع اُکتھ کُن ترٲوِتھ زمینی زندگی ستی وابستہٕ کینٛہہ قابلِ توجہہ نظمہٕ یِمن منٛز گرٕیسی کوٗر ، وُزمَل ، آزأدی ، یٔمبر زل ، تہٕ سنگر مالن پیوٗ پزٕ اگاش بیترِ قابلِ ذکر چھے :

یٔمبرزَل لاجنٛس داوس گیٛس حأران بہٕ کس وَنہٕ کیا
دِپان چھس ضُچِکس واوس بہارس شبنمس وَنہٕ کیا

یٔمبرزل

یہِ آزأدی چھے سورٕ چِ حوٗر پھیریا خانہٕ پَتھ خانے
فقط کینٛژن گرن اندر چھے ماران گرٕ ایہِ آزأدی

آزأدی

'یٔمبر زل' نظم چھے بقول رحمٰن راہیؔ موضوٗع اعتبارٕ نہ صرف پانہٕ مہجورس تامٕ لیکھنہٕ آمژِ کُلہم کأشرِ شأعری منٛز بے نظیر بلکہ خود مہجورنس کلامَس منٛز تہٕ منفرد تہٕ بے جوڑ ، یوسہ جدید حسّاسیتُک ہندِ ژھیٛنَن طرزِ چ پیش آہنگ چھے ۔

[۱] ''تقدیر ساز قوتن نسبتھ یہِ غأر مُشتبھ تہٕ ورگہٕ احتجأجی اظہار ، زندگی ہنٛزن مختلف سرگرمین متعلق یہِ تلخی کھارُون زہر خندٕ ، یہِ سورُے چھُ مہجورنہِ اَتھ نظمہِ کُلہم پزانہٕ کأشرِ شأعریہِ نِشہِ بیوٗن کڈان تہٕ خودِ مہجورنہِ باقے کلامہٕ نِشہِ مُمیز بناوان ۔ امہِ

---

[۱] مہجورٕنی اکھ اہم نظم 'یٔمبر زل'، گلالہٕ ۹۷-۱۹۹۶ء کشمیر یونیورسٹی ۔

زاْوی یہِ ہرگاہ وُچھو تیٖلہِ باسہِ مہجورنی یہِ تن تہا نظم کاشرِ شاعری

منز تمہِ ژیٖنن طرزِچ پیش آہنگ یُس ژیٖنن طرز جدید

حسبا گژھی ناوِ مشہور سپد۔‘‘

لل دیٚدِ پتہٕ مہجورس تام لیکھنہٕ آمژ شاعری ہندِس پوٚت منظرس منز ییٚلہِ

مہجورنی ’گرٕ یسی کوٗر‘ نظم کنہِ گوٚہان چھے، باسان چھُ زِ نتہٕ اوٚبرِ نبس چاکھ دِتھ اکھ

سِری یہِ زِ ژتن من وُشناوان تہٕ وولساوان چھے۔ پزر چھُ یی زِ مہجورن ٹُل گنہِ ورِ وُٹھنہِ

وراۓ کاشرِ مجازی شاعری دَس تہٕ تَس پتہٕ روٗد واریاہس کالس کاشرِ شاعری پتھ

مجازے حاوی۔ یہِ پزر تہِ چھُ ٹاکارِ زِ مہجورنی ’گرٕ یسی کوٗر‘ نظم بوٗزِتھ لیچھہِ اَہندو کینٛژو

ہمکال شاعرو اَمی انہارِ مختلف طاۓفن ستی وابستہٕ کوٗرن پتھ نظمہٕ یمن منز فاضل

کشمیری سنٛز ’کرٛالہ کوٗر‘ ہِشہِ نظمہٕ عوامی سوٚتھرس پتھ مقبول گیہِ۔ تتھے پاٹھی ٹُل مہجورنہِ

’وولو ہا باغوانو‘ نظمہِ کاشرس منز وطنی تہٕ سیاسی شاعری دَس۔ مہجورن اَنی کاشرِ شاعری

سہلِ تہٕ شیر ہن روزمرس نکھہِ۔ یہِ اَس اکھ شعوری کوٗشش یتھ پتہٕ گنہِ یہِ جذبہٕ

کارفرماوس زِ کاشرِ زبانی ہُند باوژ بل گوٚژھ پزنہٕ پاٹھی محسوس سپدُن تہٕ مولہٕ ونہٕ یُن۔

مہجورس پتہٕ چھِ تَسندی زِ کنٛسی ہمکال شاعریمو کاشرِ نظم ہیٔتی اعتبارِ موخصر تہٕ مربوٗط بناونچ

کوٗشش کٔر، یعنے عبدالاحد آزاد تہٕ زِندکول۔

عبدالاحد آزادس چھُ یہِ امتیاز زِ کہیں نۓ تہٕ موضوع رٔنگی ورتاوی تمی پتھن

نظمن منز کینٛہہِ تتھی مضمون یمن سیاسی سونچہِ اعتبارِ عالمی سوٚتھرس ستی واٹھ اوس مثلن

طبقاتی کشمکش تہٕ اِشترٲکی انقلابُک تصوُر یتھ پتہٕ کنہِ مارکسی فلسفہٕ کارفرما اوس۔ اَمہِ فلسفک پٲغام چھُ آزادنِن کینژن نظمن منز ٲہندِ بن ہمکال شاعرن مقابلہٕ تھدِ ہٕتہِ تہٕ نَنہِ وانہٕ۔ وُں گوٚو پٲغام واتناونُک ظون چھُ باضے آزادس تیوٚت غلبہٕ کران زِ یوٚھن جایَن چھِ نظمہِ ہندی ٹیکنیکی جامہٕ ژھوٹان تہٕ پنہٕ پنہٕ گژھان۔ یہِ وَکانہٕ چھُ مہجورس تہِ گژھان مگر آزاد چھُ ژوٚرُے پہَن امیک شکار سپُد مُت۔ نظمن منز ووتلاونہٕ آمتی کردار چِھنہٕ موضوعس تابِیا روزان بلکہ موضوع نبر نیرِتھ اور چہِ یور چہِ کتھہٕ کران۔ مثالے 'آروَل' نظمہِ منز وونہٕ آمژ تمثیل چھنہٕ گوڈٕ پیٹھہٕ اندس تام تمثیلی انہار رٹھ ہران۔ تہِ کرِتھ تہِ چھِ کینژہہ غارمناسب تہٕ ہُریمانہٕ شعرتہٕ مِصرٕ اوکطرف ترٲوِتھ ٲہنز دُری یاوٕ نظم اکھ رُت تخلیقی فن پارٕ۔ نظمن منز چھُ لفظہٕ ورتاوٕ لحاظہٕ آزادُن انتخاب مہجورس مقابلہٕ وسیع تہٕ اوہَند لفظٕت چھُ صوتی اعتبارٕ ہنا مختلف یُس ٲتی نرم تہٕ سوٚت چھُ تہٕ ٲتی وُسوارتہٕ گرزوُن چھُ۔

دِتُم پرواز اوٚبرس راحتُک تاثیر بارانَس
وُلُم یم نیلہِ تے یم لاجوٚرِی جامے مے اسمانَس
ٹلان چھس ہوٚل گگرایَن تہٕ شولان وُزملن اندر
یوان چھم زندگی ہُند سوز سفرن منزلس اندر

☆

جگر چھس سنگرن کتران رفتارس سو گرمی چھَم
مدنوارن بدن شیران اطوارن سو نرمی چھَم

سبز رتے لول چھُم بۄری بۄری ورن پیچن دِلن اندر
یوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منزلن اندر

ماسٹر زندٕ کولن دیُت کاشُر نظم ٹیکنیکی اعتبارٕ پوختہ بناونس کُن شعوٗری توجہ یُس تِمس پانس برونٹھمین نظم نگارن منز امتیاز بخشان چھُ تہٕ موجوٗدٕ دورکین نظم نگارن نگھہٕ انان چھُ۔ موضوٗعی اعتبارٕ چھُ زِندکول روایت پسند شاعر تہٕ ژ۪ور پہَن عقیدتی۔ موضوٗع چھُس محدوٗد اما پوز موضوٗع چھُس کا پہ رٹُن تگان۔ أہنزن نظمن یُس باوَکھ سُند رٗوی یہ ووتلان چھُ، سُے رٗوی یہ چھُ پزنہٕ پأٹھی تَسُند گفتار تہٕ کردار بیترِ مشخص کران۔ بظأہر چھےٚ زندٕکول ننین اکثر نظمن ہنٛز مرکزی کردار سو عقیدتمند تہٕ نوٗزُک احساس واجینٛی کأشر بٹنٛی یوسہٕ پننس مورشدس یا وَنو دَیہٕ ہندِس لوٚلس منز غرق چھےٚ۔ یوہے چھُ وجہ زِ أہنزن نظمن منز چھِ واریاہ لفظ تہٕ ترکیبہٕ مخصوص ہوا نو اہتھ ہیٚندی تہٕ کُنہٕ کُنہٕ سنسکرت۔

پُٹھ مہِ پھرے ترٛوو یَیلہِ پوٚت زونہٕ گاہ
مشک پوشو ژھوٚٹ سپُن خوشبوے واو
پوشہِ نوٗلَن نارٕ دِتی ونہارِ بوٗل
ساز آکاشک تہٕ آرُک أدِلیاو
دیوٗر ہیتھ لوٚت لوٚت پکان سورگک ہوا
تیُتھ سماں سأپُن مے دوٚپ سُے یوٗری آو

سالہٕ روٗستہٕ آو بالے یار میون

پڑارٕوٗن سٕے آدنگ دلدار میون

☆

نا تیاری

مہجور یوٗ ذوٗ اکھ روٗمأنی مزازٕ لولہٕ شأعر اوس مگر تٔس اوس نہٕ نوٗو آلو کنن گومُت ییُس پتہٕ آزادنہٕ زیٚو باوتھ پڑاوان چھُ تہٕ تٔس پتہٕ تِمن شأعرن متأثر کران چھُ یِمن أسی ترقی پسند شأعرونان چھِ۔ کٔشیرِ منز چھُ ترقی پسندی ہُند دور پزٕ نہٕ پأٹھی ۱۹۴۷ء پتہٕ شروع سپدان تہٕ أتھی دورس منز لوگ طبقأتی تہٕ اشترأکی سوچس چلے جاو تہٕ نظم نگأری ہُند روحجان گوٚو پھاپھلان۔ نظمے بنے یہٕ موضوٗعی اعتبارٕ محنت کشن ہٕنز ترجمأنی تہٕ ہیتی اعتبارٕ پھڑاوِ نظمہٕ رِوایتی زوٗنجوٗرِ۔ گوڈنچہِ لٹہٕ گوٚو بے قأفیہ تہٕ آزاد نظمہِ لکھنگ رِواج،یتھ پوٚت منظرس منز اردوٗ زبأنی ہٕنز آزاد نظم أس تہٕ دینا ناتھ نأدِم چھُ شاید گوڈنیک کأشُر شأعر یمی اُردوٗ آزاد نظم وُچھتھ کأشرِس منز آزاد نظمہِ ہُند تجربہٕ کوٚر۔

دینا ناتھ نأدِم چھُ اکھ نمایندٕ ترقی پسند شأعر، أمِس نظمن منز چھِ کٔشیرِ ہِندی محنت کش کردار وو تلان یم پانہٕ پنٕنی وٕرتہٕ وأری داتھ بیان کران چھِ یا یِہُند حال اوحال شأعر پیش کران چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ أمِسٕنز نظمن منز کٔشیرِ ہِندِ مخصوٗص سیأسی صورتحال کہِ حوالہ مختلف موضوٗع باوتھ پڑاوان۔ مثالے "بہٕ گیوٚ نہٕ اَز"، جنگ باز خبردار تہٕ "مے چھم آش پگہچ" ہِشہِ نظمہٕ۔

مے چھم آش پگہچ

پگاہ شولہِ دنیا

دوہس گاش ہُر گُل تہٕ گُلزار پٕژ زلَن
زمینَس سوٗسر لگہِ تہٕ سبزار پٕژ زلَن
وَچھس منٛز ہِمس لولہٕ پھمور پٕژ زلَن
پگاہ شولہِ دُنیا ...... مے چھم آش پگہٕچ

نأدم سٕنزن نظمن ہُند اہم پرزٕ ناوَن نشانہٕ چھُ تیٚند زوردار بے پھژ ٕیک لہجہ۔ تیٚند آہنگ چھُ تھدِ ہٕٹہِ تہٕ تیٚنز شبیہہ کأری تہٕ تتھ سٕتی وابستہٕ لفظُت چھُ رَسہٕ رَسہٕ تہٕ قدمہٕ قدمہٕ پننہِ سأدٕر وأری ہُند باس دِوان۔ ہیتی اعتبارٕ کٔری نأدمَن نظمہِ منٛز مختلف تجربہ یم عروٗضی لحاظہٕ وزنٕچ پابندی برقرار تھٔوِتھ نیم آزاد أسی تہٕ امی نیم آزاد نظمہِ ہُند ارتقاء چھُ جدید دورٕچ آزاد نظم تہٕ نثری نظم۔ نأدمَس چھ یہِ امتیاز زِ تٔمی کوٚر گوڈنچہ لٹہِ کأشرِس منٛز سانٹ متعارف تہٕ اَتھ تجربس منٛز چھُ نأدِم ازتام منفرد شاعر۔ نأدمنی نظم ہکون دون حصن منٛز بأگرِتھ۔ گوڈنکس حصس منٛز چھ سیأسی تہٕ ہنگأمی رنگ غألب تہٕ دوٚیمس حصس منٛز چھے اَکہِ پاسہٕ تمہٕ نظمہٕ شأمل یم نفسیأتی مزاز چہِ چھے، مثلن 'نابدٹبٹھہٕ وبن' تہٕ بیٚکہِ پاسہٕ تمہٕ نظمہٕ یمہٕ 'حأری ثاتھ' عنوانہٕ چھاپ سپزٕ۔

ترقی پسند شاعرن ہندِس دٔرِس منٛز أسی نأدمَس علاوٕ مرزا عارف، رحمٰن راہی، امین کأمل، غلام نبی فراق، غلام نبی خیال، مظفر عازم تہٕ پریم ناتھ پریمی بیترٕ شاعر شأمل۔ اَتھ دورَس منٛز چھے کینٛہہ تِژھ آوازٕ تہٕ شأمل یم کینٛژھا مہجورس ہم رنگ تہٕ کینٛژھا صوفی شاعرن ہم مزازٕ آسہٕ۔ مثالے فاضل کشمیری تیٚمی گوڈٕ 'کرٛالہ کوٗر'

تہٕ ڈیٖشِتھ پہلی کوٚر، لیکھتھ مجبور ہیٚ پیٚروی کرٕتہٕ اَتھ سٟتی فطرت کین مختلف نظارن تہٕ زیٖنہ پیٚٹھ انسان سٟندی ڈٟسی بناونہٕ آمتین شاہکارن ہنٛز عکس بندی کٕرتھ 'زوٗنہٕ منٛز ڈَل' تہٕ 'تاج محل' ہِشہِ نظمہٕ لیچھہِ یِم فاضل سٟندِ تخلیقی جوہرک پَے دِوان چھےٚ۔

تاج محلچ ژھاے فردوس برین
زَن چھےٚ لَر ترٛاوِتھ یہِ دوشیزہ حسین
چاندِ منٛز گرٛکھ دِتھ اٚنٛزِنی واشا کڈان
کرٛالہٕ کوٚر جمنایہِ منٛز سرٛانٚس وسان

☆

کیا چھُ تالو مرمرین بے حد جمیل
چھا ضروری یِم وَنن لوٗلچ دٟلیل
آیہِ کٕھنی وِچ جگرن منٛز قران
زَنتہٕ محبوٗبس اٚچھن سورٕمکی نِشان

تاج محل

مرزا عارف تہٕ چھُ پنٛنِس ابتدٲیی ترقی پسند دورس منٛز آزادی پاٹھی محنت کشن تہٕ کٲشرِ ہنٛزِ تحریکِ آزٲدی ہنٛز ترجمٲنی کران۔ 'باہج بال تہٕ گرٛ وٗس'، 'دُسہٕ تہٕ 'مگر کارواں سون بروٗنہہ بروٗنہہ پکان گوٚو' ہِشہِ نظمہٕ آیہِ لیکھنہٕ۔ عارف سٟنٛزٕ اَمہِ قبیلہٕ چہِ نظمہٕ چھےٚ تَمہِ دور چہِ سماجی نا انصٲفی تہٕ انسٲنی استحصالُک عکس ووتلاوِتھ طبقٲتی صورتِ حالس زبٲنان۔ بقولِ رحمٰن راہی:

''کأشرِس سماجس منز محنت تہٕ محنٔژ ہندِس استحصالس متعلق یمن موضوعن ہٕنز شعرُک جامہٕ وۄلُمت چھُ، تمن منز چھےٚ 'دُسہٕ' اکھ مأری منز نظم۔ یتھ بربکہٕ آہٕ ہُولیہ، وبگلہٕ دُنہٕ لہجہ تہٕ خلوکہ ہار لفظ ژأرتہٕ تخلیقی وحدژ ہندِ لحاظہٕ عأرفنس کلامس منز تھز جاے چھےٚ۔'' ......کھوٹ

☆

خوجہِ پوٚ کہم پھیکہِ پیٚٹھی ترأوِتھ      داغ میأنی ہأوِتھ ما

أنہری شو گاش تھکہِ نأوِتھ      آش نفسچ تھأوِتھ ما

دأن پوشُک رنگ لیٚدرأوِتھ      داغ میأنی ہأوِتھ ما

پاک اَشہِ گے موختہٕ ژوٚنبہٕ نأوِتھ      پن پن تن نأوِتھ ما

أڑی گردے بُتھ برنأوِتھ      داغ میأنی ہأوِتھ ما

دُسہٕ

أمی دورِکس أخرس پیٚٹھ چھُ راہی، کامل، فراق، عازم تہٕ خیال بیترِ شأعر پننہِ جوان لہجک تہٕ ترقی پسند سونچک اظہار کران۔ 'وبشأکھی تہٕ رفگر' (راہی) 'یاربلگ سحر' (کامل) 'گشیر' (فراق) چھےٚ أمہِ دور چہِ قأبل ذکر نظمہٕ۔ أمہِ دورکین یمن نوجوان شأعرن منز سپدٕ کیٚنژن اُردو، فارسی تہٕ انگریزی زبان پرنک موقعہٕ نصیب، نتیجہِ دراو زِ شأعری ستی آو مشرقی تہٕ مغربی تنقیدی ادبک تہِ مطالعہٕ کرنہٕ تہٕ وارٕ وارٕ گیٚنوو شأعرن منز یہِ احساس زِ شأعری گژھ ہنگأمی بجایہِ دیرپا تہٕ مقأمی اَستھ تہٕ آفأقی آسنی۔ أتی پیٚٹھ چھُ باسان زِ کأشرِ نظم چھےٚ موضوعی کیٚو ہیٔتی اعتبارٕ نوٚو سفر پرٛاوُن

ہوان ۔مثالہِ پاٹھۍ وَنوٚ زِ رحمٰن راہی سٕنٛز پے چھہٕ ظلماتہٕ وُزان، تہٕ تخلیق ہشہِ نظمہٕ چھےٚ
انسانی صورتحال پیش کرنس سٟتۍ سٟتۍ ہیتی اختصارس تہٕ موزونیُکام ہوان تہٕ یوہے
اوس کاشرِس منٛز موخصر نظم بالغ سپدنک آغاز۔ اَتھی نوِس سفرس دوران ہناہ بروٚنہہ
پکتھ آو فکری طورٕ ریہ روجحان بارسس یُس جدیدیت ناوٕ ویوٚد چھُ۔

یہِ روجحان پھانٛپھلنس اَسی کینہہ اہم وجوہاتھ یمن منٛزٕ ویدی تہٕ ٹاکارٕ چھہٕ۔
اکھ سُہ احساس یمہِ کنۍ ترقی پسند نظریہِ تہٕ تتھ نظریہٕس تحت لیکھنہٕ آمتہٕ ادبچہِ فکری کنیو
تنقیدی کوتاہیہ دید مان سپز۔ بیاکھ یہِ زِ عالمی سوٚتھرِس پیٹھ سپدی تِم بے شُمار واقاتھ تہٕ
ایجاداتھ تہٕ کینہہ نوٚی فکری سونچ آیہِ بروٚنہہ کُن یموکنۍ مختلف براعظمن ہُند پژون
دوٗر بر انداتان واتان تِم اکھ اَکس تیوٚت نکھہٕ آے زِ مشرقی دُنیا ہیوٚتُن مغربی
دُنیہٕس اَنزی منٛزی گوٚوھن تہٕ مغربی افکار تہٕ انہار ہیٚتِن مشرقی ملکن منٛز پھانٛپھلنۍ۔
نتیجہ دراو زِ سونچک کنیو احساسک بُنیادی تہٕ مرکزی موضوع بنیو آدمُک وجوٗد۔ اَتھ
روجحانس تحت لوگ انسٲنی وجوٗد کین ازلی تہٕ بُنیادی مسلن تہٕ کاینات چہِ اصلیُو سٟتۍ
تولُق تھاون والین سوالن دَل یِم حساس دِلن ہندِ خاطرِ سر سٲوی، حٲران کروٚنی تہٕ
کربناک ثابت سپدی ۔اَمہِ احساسی تہٕ فکری تبدیلی ہندی آثار چھہٕ کاشرِ شاعری منٛز
شیٖمہِ دٲلہِ کین اَخری وٗری ین دوران نموٗدار سپدان تہٕ وارٕ وارٕ سپد یہِ روجحان
احساسی لحاظہٕ کُشادٕ تہٕ تخلیقی اعتبارٕ سوار۔ اَتھی تبدیلیہِ تحت لیچھہِ دیناناتھ نادِمس ہوی

شبقہٕ ترقی پسند شاعرن تہٕ 'نابد ٹبٹھہٕ وبن'، 'کاٹھی درواز پیٹھہٕ گرٕ تام' تہٕ 'حارٕی شاتھ' ہشہٕ نظمہٕ۔

نٕپلس پردس وٕڑھ تھترایا
گُل پٔترا ما سرٕانس درٕامٕژ
گُلدانس منٛز دون ٹوربن پیٹھ
دون سرپھن ہُند آکارا ہیو
أندی پکھی سٕدراہ شیشے ناگس
پمپوش تھنہٕ پیٛومُت برٕما

نابد ٹبٹھ وبن

☆

وُتھی دَگہِ تَل أنج بُزنی لیچا اکھ
بُتھ چھٕلی چھٕلی کھرٕ ڈٕلہٕ دوٚبی باے
وُمرن وأنسن ہندی مَتہِ کھتی ٕتی
پاپ تہٕ پُنٛز تَس چھلنے آے

حارٕی شاتھ

☆

اَمہِ تازٕ فکری تہٕ تخلیقی روحجانک سارِوٕے کھوتہٕ اہم، سرکردٕ تہٕ ممتاز نظم نگار چھُ رحمٰن راہی۔ یُز رچھٕ یی زِ أہندی ڈٕسی سپُد کأشرِس منٛز موخصر نظمہِ ہُند اکھ توجہ طلب فنی معیار ڈٕسی یاب۔ سُہ چھُ گوڈنچہِ لٹہِ کأشر موخصر نظمہِ معنہِ کیٛو صوٗرٕژ اعتبارٕ پزنہٕ پأٹھی تخلیقی قووتھ بخشان۔ موضوٗعک ڈرمأیی ووپڈاو، لفظہٕ ژأر ہنٛز موزوٗنیت تہٕ باوژ

ہُند اختصار چھُ اُہنزِ نظمہِ ہنز پھیرِ ہاو خصوصیتھ۔ سُہ چھُنہٕ برونٹھے مقرر تہٕ مشخص کُری مِتس گُنہِ موضوعس نظماونٕچ کوشش کران بلکہ چھُ سُہ لفظنٕ ہٕندی ذٕسی پنٕن احساس تہٕ خیال بِد کڈِتھ نظمہِ ہنز صورتھ دٕری یاف کران۔ پننس ارتقأیی سفرس دوران لیچھِ راہی یَن کینٕہہ ترٕٹھ نظمہٕ تہِ یمن بظاہر رومأنی مزاز باسان چھُ مثلن 'بہ چھُس راوان'، 'ترٕے کورِ تہٕ 'دٕہہِ وٕہرِ' ہٕشہِ نظمہٕ۔ تاہم چھُ یِمٕن نظمن منز تہِ چھیکرس انسان بحیثیتِ انسان سُند بشری صوٗرتحال پھبان۔ 'پٕے چھُ ظلماتہٕ وُزان' نظم چھےٚ اکھ نأدِر نفسیأتی مطالہٕ یوسہٕ اکہِ زندٕ وجوٗدٕکی پأٹھی بولان، پھاپھلان تہٕ بأکید سپدان چھےٚ۔ 'صدا' تہٕ 'قعرِ دریا سلسبیل' ہٕشہِ نظمہٕ چھےٚ مأدی کاینأتس منز پٕشہ تہٕ قدرَو نِشہِ محروٗم سپدن وألِس انسان سُند کرب آمیز صورت حال۔ 'نیوٗل غزل' عنوانٕہ نظمہِ منز چھُ بظاہر حُسن تہٕ عشق موضوع ورتاونہٕ آمُت، اما پوز 'نیٖل کأنٹھ'، 'گوتم بُدھ' تہٕ نظمہِ ہٕندی عاشق معشوق سأری کردار چھِ بُنیأدی انسأنی صورتحالکی ترجمان بنان بنان وجوٗدٕچ میٹھ دَگ للوان۔ راہی یَس نِشہِ وأتِتھ چھےٚ نأدم ہٕنز نیم آزاد نظم پزٕنہٕ پأٹھی آزاد صوٗرتھ پرأوِتھ تخلیقی جہار پرٕاوان۔

کالہٕ پٕچھو مےٚ نِش شوقہٕ کتھن کن دأرِتھ
دادِ سٕتی ہأنگنہِ کُس حال سپُد باویوٗمَس
تمی مگر بوز اَڈِے کتھ تہٕ بِندرٕ میٹھے یَس
بوولا ہیوٗ بہٕ ووتھُس بجلی پاوَر ترٕووٗم

بالہٕ ہبڈراہ ہیوٚ وُچھم وُرنہِ روٗس اند کُن لوگُمت
ہند رِمنٛزمَس تہٕ وُڈھن مُشکہٕ برٕتی ٹوٗرِ پھولان
منٛز ڈبکس عرقہٕ پھیوٗرا تازٕ طلوع سپدٕ مُت
ظاۂرا اوس وُچھان خاۓبٕ سو باقےٕ اَڈ گتھ
ظاۂرا اوس موختہٕ پھوٚلاہانکنہِ مُری مُری زامُت

پَے چھ ظلماتہٕ وُزان

گنِدان گنِدان گٔڈ گُبٲرۍ وولَنس
مے ماہ خبر اَس یتھ وَچھس تل
ستُت بُنتھ بُلبلے مے کوٗربم
خوشالہٕ ہرناہ گنِس وَنس منٛز
وُچھان تاپس گنِدان ژھاین
نظر پھرِس ناگوٲنی پرٕژھنس
ژٕگس تہٕ حاران اَچھو وُچھان کیا

قعرِ دریا سلسبیل

ژرے اَتھی کل کڈوٕنس فضہَس تُجتھ رہہ
کھوٕکھ ڈالأنی کنٛز چھیٛلیٕ متی پلو ہیتھ
وو زُل چھٹہٕ ہُند پھبرن نٕنہِ تاپہ ووشلو

اگاٚئِل پاٚٹھی نوٚو دیُت اُلچِن میٚے
اُچھن چانٛنِن اندر میانہٕ اُچھو پوٚر
غزٕل یتھ معنہٕ کرُنس واٚنٛس کم چھم
سمٛیوٚ سینٛس اندر انہور ووگنیار

بہٕ چھس راوان

☆

ٹیکنیکی اعتبارٕ یُس معیار راہی سٕندٕ دٕسی موخصر نظمہٕ حاٚصل سپُد تتھ نگھہٕ واتنچ
یموشاعرو قابلِ قدر کوشش کٔرتمن منٛز چھ امین کاٚمل، غلام نبی فراق، غلام نبی خیال،
مظفر عاٚزم تہٕ حامدی کاشمیری ہوی شاعر توجہ طلب۔ امین کاٚمل سٕنٛزٕ نظمہٕ ہنٛز اکھ
امتیاٚزی خصوصیتھ چھےٚ تٔمسٕندٕ سونٛچک فلسفیانہٕ روہ رکانہٕ یتھ اسراُرکی مِلہٕ مش چھےٚ۔
'زیرو برج'، 'پرٛیٚنی شاہراہ' تہٕ 'نیلہٕ ناگ' ہشہٕ نظمہٕ چھےٚ فکری اعتبارٕ وسوار تہٕ باوتھٕ لحاظہٕ
موزوٗن تہٕ مُناسب۔ فکرِ ہُند یہِ فلسفیانہٕ انہار چھُ اہنزن اَمہٕ قبیلہٕ چَن نظمن کاٚنٛژ نظمہٕ
منٛز امتیاز بخشان۔ کاٚمل سُند طرزِ بیان چھُ وِزِ وِزِ استعاراُتی تہٕ علامتی انہار پراوان۔
اُہندِ غزٕلکی پاٚٹھی چھےٚ اُہنزن نظمن منٛز تہِ گُنہِ گُنہِ پَرٛھن تہٕ قدرن ہٕندِ پھٕٹہٕ نِچ تلخی
محسوس سپدان تہٕ اَتھ دوران چھِ باضے طنٛزٕکی نشترتہٕ لگان۔ موضوعی اعتبارٕ چھُ کاٚمل
باضے سیاٚسی تہٕ نفسیاٚتی معاملن تہِ زیو دِوان تہٕ سُہ چھُ نظمن منٛز پابند، بے قاٚفیہ، نیم آزاد
تہٕ آزاد پرٛتھ قسمٕچ ہیٔت ورتاوان۔

یہِ چھُ زیرو برج
ییمہٕ شہرٕ تہٕ ییمہٕ ہنگامہ بدوٗن

سُنسان وِڑر پپٹھ پپٹھ آسُن دَتھ

تنِ تنہا عنبتھہِ نوٗن بیر آ گیا

اِستادِ سوٗ تِھس پپٹھ ہم قد پھرٕس

صفہِ گنڈِ تھ عیز نماز پران

لِاِیۡلٰفِ قُرَیۡشٍ اٖلٰفِھِمۡ

زیرِ وچھُ عجایب نوقطہِ، مہ پڑژھ

اَتہِ گرٛند راوان، اَتہِ گرتند وو پدان



زیرو برج

زٕ ہٹھ زَن شرٛاوٕنس اندر دِگرس

آسمان قد سفید پھرٕ سنچ ژھاے

سروٕ زَن شامہِ پٔتی ہتھ تنہا

یاوٕنس پیر مرد کانٛہہ دِیہ ناد

کاروانن یہِ وَتھ اژھین تہِ بےٚ خاب

ہند رِہوٗت پیالہِ دِتھ چھےٚ بوٗمبر اوان



پڑینٛی شاہراہ

راہی یَس تہِ کاٛ ملس لرِ لوٗر روٗد پروفیسر غلام نبی فراق تہِ کاٛشر نظم لیکھان تہِ موضوٗع تہِ ہیٚتہِ اعتبارٕ اَتھ رنگا برنگی بخشان۔ اٰہنز ن نظمن منز چھُ بےٚ پڑھی تہِ قدر شکنی ہُند بار بار احساس گنان۔ تاہم چھُ سُہ احساس یِیمہِ کِنی تہِ خوشگوار بنان زِ زندگی

پزٕھ چھےٚ تہٕ ترٕتھ، امیک تجربہٕ تہٕ احساس چھُ بہرحال قابلِ قدر تہٕ غنیمتھ۔ فراق چھُ شعوری طور نظمہِ منٛز نوی تہٕ غار معروٗف موضوٗع ورتاونٕچ سنجیدٕ کوٗشش کران۔ دُپھ عنوانہٕ نظم چھےٚ تمہِ حارانی تہٕ دگہِ ہنٛز باوتھ یوسہٕ علمِ فلکیات دٔسی مویسر سپدی متی مولوٗماتھ زانٛتھ تہٕ ژینتھ محسوٗس سپدان چھےٚ تہٕ یتھ روبرو بتراتھ تہٕ بتر اژ پٕٹھ روزن وول خودِ انسان سبٕتھٕے کم حقیقتھ تہٕ کم مول باسان چھُ۔ ’دٔری یاوتہٕ یاربل‘ عنوانہٕ نظمہٕ چھےٚ عصری آگہی ہُند احساس ووتلاوِتھ انسانی زندگی ہنٛز تلخی ژٕتبس پاوان۔ فراق چھُ روٗمانی مزاژ لولہِ نظمہٕ تہِ لیکھان مگر تمن منٛز تہِ چھےٚ جدید حسبا گہی ووتلان، مثالے دُکتھ‘ عنوانہٕ نظم۔ فراقن لیکھی سانٹ تہِ تہٕ مثنوی چالہِ نظمہِ تہِ۔ فراق چھُ اکھ پُرگوشاعر تہٕ قابلِ توجہہ نظم نگار تیٚمی شعوری طور کانٛژ نظمہِ ہیتی تہٕ موضوعی وُسعت بخش۔

ژےٚ موج اُس پٔنٕن زُو وندان تہٕ اژ ژےٚ وَن
مے اوس میوٗٹھ موٗدُر دلبر اکتہِ ڈیٚنشن
نہ ژےٚ نہ میٚ چھُ ابدتاں پیٚتر بہٕن ڈوکھ دِتھ
چھُ چون شور بے معنہِ کرِ نبر اپزس
ژٕبوزوار گنو زندگی چھ سُوز پٔنٕن

☆ دٔری یاوتہٕ یاربل

فکرِ موس ہیوٗ اوس درژامُت یِیلہٕ مے واپس واَج دُپھ
یم تہٕ اَسہِ ٹھٔلی غم یِیٚ زن نارِ تاپس شیٚن گلی

یتھ ژگوری بالہٕ پٮ۪ٹھ یتھ اَسہِ ناوتھومُت زمین

لوکھ یم ہنگامہٕ وُزناوان یمن پٮ۪ٹھ اُسن آم .

☆ ڈُپھ

سونچہِ بہہ پانس ژٕرے چھےٚ بروٚنہہ تہٕ یہِ گانگل گرٕمو

أنہٕ چھا ژوٗرِتھوان ڈینشہِ وَنٕنن ہُند انہار

تس کھسن اختابہٕ ییٖلہِ وُنی کٕنِن مے ییمہِ حالہٕ وٕچھم

میانہِ باپتھ چھُ وفاساز تَسُند اکھا کھرُم

☆ کتھ

حامدی کاشمیری چھُ تمن اہم جدید نظم نگارن منٛز شامل یمن نِشہِ جدید حسبا

گِھی ہُند پےٚ لگان چھُ تہٕ یَس نظمہِ ہنٛز ٹیکنیک بدس آموٚ چھےٚ ۔ أہنٛزٕ نظمہٕ چھےٚ یَسلہٕ

پأٹھی قدرن ہنٛز مسمأری تہٕ تنہأئی ہُند کرب باوان یُس جدید کأشرِ نظمہٕ سگوان چھُ ۔

حامدی چھ مُوضوٗع تمہِ طریقہٕ تأمیر کران زِ نظم چھےٚ کانٛہہ واضح خیال بننہٕ بجایہٕ احساسی

صورت حال ووتلاوان ۔ أہنٛزِ نظمہِ ہنٛز نمایاں خصوٗصیتھ چھےٚ کانٛہہ خیال یا تجربہٕ

ژھوٚرٕ ے وبوٚھناونہٕ بجایہ سہ خیال یا تجربہٕ صورتحال بنأوِتھ پیش کرُن ۔ تس چھُ پنُن

مخصوص لسأنی ورتاو یُس تٔسند منفرد لہجہ تہٕ آہنگ مقرر کران چھُ ۔

پتہٕ اوس راتس ژھبدٕ روٗس روٗد پیوان

أڈی جل کرٕ نزٕ گوٚو

رَسہٕ رَسہٕ شیٖنس تل

أچھ روز وُہان

پتہٕ ییٚلہِ سوٚنتس پوشہِ پھٔری گے

لوٚکھ گیہِ روٗزِتھ سڑکن پیٹھ

☆ اکھ نظم

ہتو واو دِلُک نار کیازِ ژھوراوان چھکھ

یپاُری کر ییہِ لوٗسُم مےٚ گاش وَتہٕ وچھ وچھ

یسندِ نوٗرٕ ڈیچھ بس اکاے زٕژ ڈیٚشتھ

گلن قلاے وٚستھ پیٚن سیاہ زولانے

☆ زان

غلام بنی خیال چھُ نظمن منز رنگا برنگ موضوٗع ورتاوان۔ أہنزِ نظمہِ منز چھُ بُنیادی انسأنی صورت حالُک اکھ یا بیا کھ تصوٗرتہِ ووتلان تہٕ سیاسی، سماجی کیو نفسیأتی مسلہٕ تہِ بروٗنہہ کُن یوان۔ ٹیکنیکی اعتبارٕ چھُنہٕ خیال نہِ نظمہِ منز غأرضروٗری زیچھر آسان تہٕ سُہ چھُ لفظہٕ ورتاوَس منز اکثر پأٹھی احتیاط ورتاوان۔ خیالن چھِ کأشرِ اردو تہٕ فارسی علاوٕ کینٛہن مغربی زبانن ہندی کینٛہہ ادبی شاہکار تہِ پرٛنہ پأٹھی پرٛیمتی تہٕ أہنزن نظمن منز چھُ کُنہِ کُنہِ تِمہِ مطالُک تہِ رُت اثر نظرِ گژھان۔ 'ریشماں'، 'خابن ہندی سراب' تہٕ 'تخلیق' ہشہِ نظمہٕ چھےٚ أہنزن فنی صلاحیژن ہُند پےٚ دِوان۔

ہے اگا مینو ہندبو فوجی یو

یُتھنہٕ سوٚنچو آسہِ کیا انجام تَس

یُتھنۍ زأنو کانٛہہ اچھتھس ماچھ تَس کیٛتھ چاہ کھنان

یُتھنۍ کانٛہہ سنٛدرایہٕ ہنٛز کرٛیکہِ بانٛبرٕو

تُہی چھِہوکڈٕی مَتی جنگس توٚہی جنگ کرو

پٮ۪ین کھأرِو کرتلن نیزن گوٚہ ہو کھٕہرن دِوان

اِو مگر مأدانِ جنگس منٛز یِہن تھأوِ وژ تبس

اکھ ہلبن پِیہ بازساسن آسہ دِزاہو کل تو تمام



ریشماں

مظفر عأزم چھ فکری لحاظہٕ یمہِ کتھہِ ہُند قأیل باسان زِ انسأنی زندگی ہُند سارِوے کھوتہٕ موٗلُل سرمایہ چھ لول۔ تَس نِشہِ چھُ انسان ہِندبن مختلف نفسیأتی کیٚو فکری معاملن ہُند چھیکرسی اندیہو ے لول۔ موسیقی تہٕ ترنُم دار لہجہ چھُ اہنزن نظمن ہنٛز خصوصیتھ۔ ہیٚتی اعتبارٕ روٗد عأزم نٔوی نٔوی تجربہ کران تہٕ ٹیکنیکی اعتبارٕ روٗزِ اہنٛزِ سفید نظمہٕ نأوی شأعریہِ نثری شأعری وُنن منأسب۔

اکھ شوخ طماہ اوس کمس تام سٕہ تٔبلٮ۪و

تٔبلٮ۪و تہٕ دیوانہٕ دپان واو بٔنتھ دزاو

اَتھ وارِ اندر میوٗل اُکس پوشہِ گُلس ستی

ددرایہِ دپان شبنمکی کینٛہہ قطرٕ اَتمن پٮ۪یے

زَن کانٛسہِ زُوَل مالہِ کوٗرأکی شوخ گِندن بأج

مستانہ مخولا تہٕ تمِس ٹارٕ سپدی تر

ژکھہِ سان دِتِن شاپھ ہواوس تہٕ وۆنُن تَس

گژھ چون یہِ دامانہٕ گژھن گیر کنڈ بن منز

لغزش

☆

رشید نازکی چھُ ژکہِ مشرقی جمالیاتک شاعر تہٕ اسلامی اقدارن ہُند قابل

یِیلہِ زَن سُہ جدید فکری رحجانو نِشہِ تہِ لاتعلق چھُنہٕ۔ جدید دورس منز یُس موضوعی

اعتبارٕ تہٕ زبانی ہندِ ورتاوٕ رنگی نۆو رحجان عام گۆو تتھ دیُت نازکی صابن تہِ سگ۔ عربی

تہٕ فارسی اُدبیاتَس پیٹھ نظر آسنہٕ کنی چھُ تَسند لفظت سبٹھے رتی پاٹھی پھاپھلان تہٕ

تِہنزن نظمن منز چھُ رومانی طرزِ فکرِ باوجود عصری زندگی ہُند کرب وہ پدان۔ 'زونی

ہے زونی'، 'یہِ شہر سونے'، 'ژھائے تہٕ 'صدا' ہِشہِ نظمہٕ چھے اَہنزن قابل توجہ نظمن منز

شمار سپدان۔

پھژبکہٕ وُن ژلہٕ وُن چھٹہٕ پوشپورا

رقصہٕ رۆوا گند ناوِتھ وُچھتون

پھژبکہٕ وُنی کوتر جوریا ڈینشتھ

تلہٕ سا کاژھا گلی موٗرِ نا

آدم زادو آگر چھنمن پتہٕ برونہہ وچھ وِچھ

چشمن گۆو وانکھ سمندر

یتھ کشکولس ترٛاوِو کینژھا

صدا

کتھ رازس زبو دِنہٕ آکھ اَز
یا تالہِ کھسِتھ پانٕژالہٕ وٕسِتھ
یَتھ طوٗرس تیلہِ ژھیوٚن زلر بن زال
کوٚ ترژٕج بے ناووَنن

☆ ژھاے

مرغوب بانہالی چھُ نظمہِ منٛز نٔوی ہیتی تجربہٕ کرنک قٲیِل۔ تِہنٛزن کیٚنٛژن نظمن ہکو یَتھ ماننٛیس منٛز ٹھوٗس Concrete شاعری وٕنِتھ زِ چھاپی صفس پیٹھ چھےٚ نظم سوے صوٗرتھ پراوان یُس مۍ موضوع تقاضہٕ کران آسہِ۔ یِژھن نظمن چھُ مرغوب تصویری نظمہٕ ناو کران۔ مرغوب چھُ فکری طور روایتی قدرن ہُند پاسدار یُس ٔہ کنہِ تِہنٛزن نظمن ہُند بیان سیٚدِ سیوٚد تہٕ واضح آسان چھُ۔ چنانچہ تس چھےٚ فارسی شاعری ہند بن کلاسیکی انہارن پیٹھ نظر تہٕ اَمہِ اعتبارٕ چھُ سُہ کاشرِ زبانٕ منٛز تہِ باوژُہند استحکام تہٕ اوبر گو ببر رژھراونچ سنجیدٕ کوٗشش کران۔

تس وومیدوارس ییہ گوڈ انوٗٔ رکی دِنہٕ
یَس ذٲتی مفادن ہندی خط
قومی لفافن منٛز سوزٕنی آسن تگان
یَس مِلہٕ ژار چن کتھن ٕتی
اڈ گنیارٕ کی تہٕ دوٚ گنیارٕ کی مشکوک حوالہٕ واٹنیٚ آسن تگان

یس موصوم رٕنٛچ کتھ تُلتھ

دستخط روٗس ژٕ دیہِ ہنٛز وَتھ آسہِ ہموار کرٕنی تگان

☆ اشتہار

زٕ ہتھم زٕ ہٹھ یہِ سونہٕ سنٛز ہانکل

پاٗدٕ ژٕ کرا احساس زِ کتھہٕ گنٛز

پنہٕ نبو شوٗژٕ اَتھو ہٹہِ گنڈے

تو تہٕ چھکھا وو پھرائے کران

احساس

ارجن دیو مجبور چھُ پرگو تہٕ کو ہنہٕ مشق شاعر۔ تِہنٛزن اکثر نظمن منٛز چھےٚ انسان دوستی تہٕ کٲشرِ سٕتی تِہنٛز جذباتی وابستگی محسوس سپدان۔ پتہٕ میٛن دٔہن وٕری یَن ہندی مخصوص حالاتھ پٔتہٕ نظمہِ ہُند ژٕ تہٕ زبہٕ بناوَنس منٛز چھِ مجبور تِمن تمام شاعرن منٛز شامل یِم وونی کٲشرِ نبر لسان بسان چھِ۔ 'جانہ وارا آسہا'، 'تیوٚل' تہٕ 'ژیوٕ' ہِشن نظمن منٛز چھُ سیدِ سیوٚد یا وَرگہ پاٹھی یو ہے احساس وو پدان۔

جاناوارو گرٕ ھ ژےٚ لگی نَے آے
سنکیتس ہٹس

بولہِ چانے جاودٲنی اُسی نے

جاناوارو تیز کر بوٗلیا پٔنٕز

چھس گومُت ازگیر ژےٚ تہِ کوتاہ وَنے

☆ جانہ وارا آسہا

فاروق نازکی سُند امتیاز چھُ یہِ زِ سُہ چھُ عام دوہ دِہن چہِ زندگی ہِتی وابستہٕ احساسی مامِلن شاعری بناوان ۔ لولُک مامِلہٕ آسی تَن یا سماجی مسلہٕ یا ہنگامی حالاتو دِسی ووتلیوٚمُت کانٛہہ انسانی مسلہٕ ، سُہ چھُ تتھ اَکِس حساس انسان سِندی پاٹھی ژینان تہٕ ژیٚنتھ اَکِس ہونرمند شاعر سِندی پاٹھی باوَتھ دِوان ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ اَہنٛزن نظمن منٛز چھُ باضے بظاہر غار شاعرانہٕ موضوع شاعرانہٕ قالب پراوان ۔

مےٚ وَنتہٕ کر اُس لاۓنکہِ پیٛٹھ زانٛہہ دبدرٕ مےٚ پیاران  
مےٚ وُچھ نہٕ وبتھ زانٛہہ پکان لبہِ تَلو  
مےٚ وُچھ نہٕ بُمہٕ پوش میانہِ باپتھ پھولان ڈلس زانٛہہ  
اگر بہٕ موٚدُس  
مےٚ اندمزارس اندر نیم گُس  
مےٚ نکھ دِیم گُس

ڈایلاگ

☆

چمن لال یوٚدوَے عصری زندگی ہُند کرب تہٕ انتشار تہِ پننین نظمن ہُند موضوع بناوان چھُ ، اما پوز تسٛنزِ نظمہِ ہُند غالب موضوع چھُ سیاسی انہارٕ ۔ تسٛنز باوَتھ چھےٚ سیٛدِ سیٛو دتہٕ سہل ۔ خطابی اندازٕ چھُ اَہنٛزن نظمن فوری توثُر بخشان ۔ یہِ انہار چھُ اَہنٛزن تِمن نظمن منٛز تہِ ٹاکارٕ یم جدید دورکِس انسان سِندِ صوٗرت حالچ ترجمانی کران چھےٚ ۔

مےٚ برۄنہہ کنٛ یکۍ زِنہٕ

مےٚ چھےٚ ترٛیش ہُچھو

یہِ چھُ تمہِ ساعتک ژٕہہ ییٚلہِ مےٚ نارٕ ہلم بٔرِتھ چھُ

میانٮن نارٔن منٛز چھُ لاوٕ ہُنان

تہٕ مےٚ چھُ تریشہِ ہُند طلب زیٚوِ لاکم

(ازلہٕ بوٚچھ)

☆

موتی لال ساقی چھُ جدید دورَس منٛز تہِ فکری طور سو اسرارٔری روایتھ رٹِھ ہراوان ییٚمکی ترجمان لل دیدِ پتہٕ پرمانند ہوی شاعر چھِ۔ ساقی چھُ نظمن منٛز شعوٗری طور گامی لہجہ تہٕ زبان ورتاونٕچ سنجیدٕ کوٗشش کران یُس اہٕزِ نظمہِ اکھ منفرد اندازٕ بخشان چھُ۔ لگہٕ لے چھےٚ اہٕزن نظمن ہُند بیاکھ حُسن۔

یمو ہیوٚک دژ اے تمہ مندور ترٛاوِتھ

سبٹھاہ گیہ بالہٕ بزی پھیپہِ لگو زمانس

اڈٕ بو سیکہِ شاٹھ ژٕٹی، اڈی سٔدرٕ پیتھ گے

بے گرسپدِتھ زوٗس بس راچھ تھاوِتھ

ڈوٚنے روٗدُکھنہٕ اسی کم اسی کوٚت واتی

مندوٗر

☆

غلام رسول سنتوش ہرگاہ ہیتی اعتبارٕ پٮ۪ن کانہہ نوٚو اندازٕ پادٕ ہیوٚک نہٕ کٔرِتھ اما پوز موضوعی اعتبارٕ چھُ سُہ باقٕے نظم نگارن نِشہِ ہنا مختلف۔ تٔسند فکری عنصر چھُ مزازٕ

کٔنِ اسرارٕ یتھ یُس کشیرِ ہندِ عظمتُک سۄن احساس ووتلان چھُ۔ تٔسند باوُک طرز چھُ مصورانہٕ یِمہِ کنِ تہٕنزن نظمن منز مُشرِ گری ہندی خولہٕ خط ووپدان چھِ۔ تٔسند سنسکرت آمیز لفظہٕ راش چھُ کأشرِس لفظہٕ راشس بٔرٕ ژر کران۔

وائے کأتیاہ پوشہٕ پٔدی
اَدٕ چھا خبر کتہِ کور گئے
وائے کم کم کاروان
زن وٕٹس ارمان گئے
وائے کم کم چشمہٕ شیتل شینہٕ ناگ
ہۆکھی تہٕ ہۆکھتھ گئے غاب کۆت

☆ یتھ سرکہ پیٹھ

محی الدین گوہر چھُ پنُن ژۆر توجہ نظم لیکھنس کُن مرکوز کران۔ تَس چھُ لوکٹین لوکٹین دوہ دبن کین سماجی تہٕ سیأسی مسلن ستی ستی مذہبی تہٕ عقیدتی معاملن تہِ نظمہِ ہُند مزاز بخشنگ ہُتر تہٕ یوہے شأعرانہٕ ہُنر چھُ تٔسندِس طرزِ اظہارس منز تازگی تہٕ انفرأدی یتھ بخشان۔

رٕکھہٕ پٔنزی کأتیاہ میأنس بدنس
انگ انگ بۆرہم رٕکھو ستین
زن ہتہٕ کاکدوٗر قاودُسس
لیس یی خوش گۆو تمی تی لیو کھنم

پروفیسر غلام محمد شاد چھُ ژکہِ کلاسیکی طرزِ اظہارُک شاعر۔ یمہِ کنِ سہ باوُژ ہُند سبزر، سادگی تہٕ اوبر گوبر رئژھران چھُ۔ سہ چھُ پرٛانین قدرن ہُند پاسدار تہٕ قدرن ہندِس اُتھی پوٚت منظرس منٛز چھُ موجودٕ زندگی ہند بن مختلف معاملن پیٹھ تہِ سران سونچان۔ تہنٛزِ نظمہِ منٛز چھُ روٗمانی مزاز لول تہِ تہٕ حقیقتھ پسندانہٕ سیاسی سماجی تہٕ اخلاقی وو ہارتہٕ۔ 'ڈالی' عنوانہٕ نظم چھےٚ تٔسندِ تخلیقی سفرٕک ابتدائی قدم اُستھ تہِ قابلِ توجہہ تخلیق۔

کاٗتی ہوا تھواس ژےٚ ستھن گرتھ الماس کھیوٚ و

تاج ژےٚ تاراج کوٚرتھن مصرُ کے

سرژ ٹتھ پاٗ غمبرس ژےٚ راتھ وو تلاوِتھ پٔنٛز

پیالہٕ موتُن چووتھن سقراط ژےٚ

چاکھ پوٚت نالس دِتھ ژےٚ یوٗسفس

ٹونگ فرہادس ژےٚ لویتھ خسروس ستی اُٹ گرتھ

چانہِ کتھہِ میچھر زہر ورتاوچون

☆ ڈالی

قاضی غلام محمد چھُ پننہِ موضوٗع لحاظہٕ بالکل نوٚو تہٕ نرل شاعر۔ اُہنٛزِ شاعری ہُند نوٚن پرزناون نشانہ چھُ اُہنٛز پتھ کال پسندی۔ پتھ کال پسندی چھےٚ اُہنٛزِ شاعریہِ اکھ طلسمانی اوٚند پوٚکھ تہٕ ہوا نوا عطا کران۔ لوکچارچہِ شُری باشہِ، جوانی ہندی آچھری ہاوس تہٕ خاب، کٔشیرِ ہُند پتھ کال تہٕ زندگی ستی وابستہٕ پرٛانی وٕ قاتھ چھِ اوہند تخیُل وُزناوان تہٕ ہمسوسن باوتھ دیاوان۔ قاضی چھُ باوُژ لحاظہٕ کلاسیکی طرزِ بیانک پابند تہٕ لفظہٕ ورتاوس

منز سپدتھ ہے موحتاط۔ 'اکھ پرون شہر' تہٕ 'پتھ وَن' نظمہٕ چھےٚ قاضی صأبنہِ مخصوٗص مزازٕچ تہٕ طرزٕچ ترجمأنی کران۔

اکھ جود گراہ اکھ ساس وُہر
أچھ أمی ہنٛزٕ زوتان کوتر رَتھ
وُچھ طوطس کیتھہٕ کُنی کأر وُٹھن
کس تام جنس زُو آسہِ کھاں
ئلہِ بڑادیومُت اوس کورِ أکِس

اکھ پرٛون شہر

☆

پروفیسر گلشن مجید چھُ غأر روایتی طرزِ بیان اختیار کرن وول شأعر۔ سُہ چھُ فلسفک اکھ رُت طالب علم روٗدمُت ییمہِ کِنی سُہ پننین موضوعن اکثر پأٹھی فلسفی یا نہٕ نظرِ وُچھان چھُ۔ سُہ چھُ پننس غأر روایتی روجانس تحت تیتھی ٹیکنیکی تجربہٕ کران ییم أکِس روایتی ذہنَس دِنن گرِتھ تہٕ تخلیقی حُسنٕک حِس بیدار کران چھِ۔ گلشن چھُ عصری زندگی ہُند کرب ہاوان انسان ہندِس بُنی یأدی صورتحالس زبو دِوان۔ تہنٛزن نظمن ہندی کردار چھِ وِیڈی أسِتھ تہٕ غأر روأیتی انہار پڑاوان۔

گندھک وانہِ راد نیجر یومُت
زمانہٕ کس بُجرس اندر
اکھ طویل کوچہِ
ژھاے پھنی بڑ أنتی ییتہِ واوَس کران

سِری یہ ژھایَن منز شرہ پان

راوِرتھ آسُن پنُن

بے امان و بے پناہ

شُد تولُد

صاحبِ کشف و کراماتھ، فصلِ شب کوتاہ کمند

ظلِ سبحانی

قاضی برہان الدین کرمانی

☆ قاضی برہان الدین ہنز سرگزشت

پروفیسر شفیع شوق چھُ یزنہ پأٹھی نِو حبا گہی ہُند ترجمان۔ تَس چھے جدید نظمہِ ہنز ٹیکنیک ورتاونی تگان تہٕ باوژ ہندِس اختصارس پوٚر پأٹھی کأم ہیٚنز تگان۔ أہندِس تخیلس منز چھُ کشیرِ ہُند گام، گأمی تصوراتھ تہٕ گأمی لُوکھ بُستھ تہٕ أتھی صورتِ حالس چھُ پننہِ جدید فکرِ ستی قابلِ توجہہ بناوان۔ شوق چھُ نظمہِ منز شعوٗری طورٕ نۆ زبان ورتاوان تہٕ نۆ بن استعیارن ہُند تلاش کران۔ تَسنزن نظمن منز وۄتلن وول کردار چھُ زمأنی تہٕ مکأنی حدن منز روٗزِتھ تیٚمی میٚہ ہُند انسأنی دِل تھاوَن وول فرد تہٕ تَس چھُ پنُن مخصوص اوسلوٗب۔

یُپ وٕسِتھ ہوٚچھ کول

تہٕ گنہِ داتھر دِتِن

کُچھِ شِہلِس گُرووٗ دِنی

پزٲیہِ کوٚہ کرِ گاسہٕ بنہِ پیٹھ

وٕگوٗ روٗٹمُت کُدٕ کاکن

بیٚیہِ خبرکم ژور زٲنی

نمدٕ ترٛٲوِتھ

عمہٕ طوٗطس جاے تھٲزرس

زٲنہٕ کدلہٕ کامہِ ربتھ دِتھ

بیالہِ اندرٕچ کتھ ونان

''مسلہٕ چھُ اندنس تیار''

☆

یُپ وٕستھ

کٲشرِ نظمہِ ہِنٛز یہِ موخصر سام چھےٚ اَکہِ تخلیقی سفرُک حال یُس مختلف مرحلہٕ طےٚ کٔرِتھ کُلہم پٲٹھی اطمنان بخش باسان چھُ۔ عاٖنِ ممکن چھُ زِ نوجوان شاعر دِن اَتھ صِنفہِ کُن زیادٕ توجہہ تہٕ کٲشرِ نظمہِ ہُند آیندٕکال بنہِ بیٚیہِ ہَن تابناکھ۔

۲۰۰۰ء

☆☆☆

# کأشرِ بن لُکہٕ بأتَن منٛز کأشرِ تہذیبکی آثار

**لُکہٕ بأتَن** ہنٛز مأہیت تہٕ اہمیت وبۄ ھناوان چھُ پروفیسر رحمٰن راہی معروف انگریزی شأعر ڈبلیو، بی، ییٹس سنٛز'سفر بسوئے بازنطینہٕ' "Sailing To Bazantum" نظمہِ ہُند حوالہٕ دِتھ وَنان:

ا ''......نظمہِ ہندِس اٲخرس پٮ۪ٹھ چھُ ییٹس باوَتھ کران زِ ییلہِ بہٕ اَکہِ لٹہِ ییمہِ مأدی دُنیا منٛزٕ نیرٕ، پتہٕ پزاونہٕ بہٕ ہرگز تہٕ کانٛہہ سو صوٗرتھ یَتھ ناپایدار دنیاہَس سٟتؠ کانٛہہ واٹھ آسہِ، بلکہ یِژھ بہٕ بُلبُل بنٕن یُس یونانہٕ کیو فنکار روٗدٕگی ڈگی سوٗنَس گوٗرمُت چھُ تہٕ یُس زِند رِوٕتھ بازنطینکِس شہنشاہَس وقتہٕ وقتہٕ پننہِ بولبوشہٕ سٟتؠ وُزناوان چھُ تہٕ یُس سونہٕ سنٛزِ لنٛجہِ پٮ۪ٹھ بہتھ دربارکین امیرن تہٕ خوتونَن پٮ۪تھ کال، اَزکال تہٕ آینٛدٕ کالُک حال باوان چھُ۔ راتھ ییلہِ بہٕ کأشرِ زنٛدِ ہند بن لُکہٕ بأتَن پھیُر دِوان تہٕ تم گنگراوان پننہِ پانہٕ نشہِ بے خبر گوس، مے باسیوو زنتہٕ مے بروٗنٹھہ کُنہِ بازنطینک سُے بُلبُل بولبوش کران، میأنِس زِند رِوٕتِس روحس وُزناوان تہٕ میأنِس ذہنَس اندوَند زمانک حال باوان''

---

ا کأشرِ لُکہٕ شأعری ہُند تخلیقی کردار۔ شیرازہ: ۱۹۹۵ء صفہ ۷

پزٕر چھُ یِ تہٕ زِ کاشُرۍ لُکہٕ بأتھ چھِ باز نطینکس أمۍ سےٚ شوخ بلبل سُنٛد بولبوش یُس کاشرِس ہُنٛد رِہتس روٗحس وُزناوِتھ تَس پننہٕ اندوَندٕ کالُک حال باوان چھُ۔ سأنۍ یِم لُکہٕ بأتھ چھِ مواد کنٛز معنہٕ سأوۍ تہٕ بیانہٕ تلہٕ پُراسرار تہٕ لوٗبہٕوِنۍ۔ کاشرِ قومچہِ روٗحأنۍ تہٕ ذہنی زندگی ہُنٛد حال او حال مولوٗم کرنہٕ باپتھ چھےٚ یِمن لُکہٕ بأتن ہنٛز اہمیت ٹاکارٕ یہُنٛد تخلیقی مرتبہ تہٕ اہم چھُ تہٕ یِہنٛز توأریخی پرزٕنتھ تہٕ واضح چھےٚ۔ ہرگاہ اَمہِ اعتبارٕ وُچھو تیلہِ چھِ لُکہٕ بأتھ سون اکھ مولُل میراث۔ یَتھ منٛز کأشرٕ بن ہٕنٛد بن سیأسی تہٕ سمأجی اندرٕٹھن تہٕ تمدنی قرنہٕ پھِرٕ بن ہُنٛد ویوٚد صوٗرتحال دیدمان چھُ۔ یہِ مولُل میراث مولہٕ ونہٕ ہٕتی چھُنہٕ فقط سانہِ سیأسی، سمأجی، اقتصأدی تہٕ تمدنی زندگی ہُنٛد پوٚت منظرٕ ٹاکارٕ سپدان بلکہ چھُ سون اجتمأعی شعوٗر، سوچنٕچ تٕرٛاے، نفسیات، مزاز تہٕ لسأنی شوٗد بوٗد تام سرکھرٕ سپدان۔ تاہم گوٚو کأشرٕ بن پٔنٕ یہِ مولُل میراث رٕژرٛانک تہٕ مولہٕ ناوُنک احساس ہنا ژیری پیٚن۔ شاید تیلی یِیلہِ یوٗرپی محققو یہِ مولُل خزانہٕ وُچھِتھ اعتراف کوٚر زِ ”شاید چھُنہٕ لُکہٕ ادبس منٛز کأشرِس قومس کانٛہہ جوڑ“۔ کأشرۍ لُکہٕ بأتھ، ڈٲلیہٕ، پٕرٛژٕھ، کہاوژ، تلمیح، دٕپتی تہٕ مثالہٕ بیترِ چھےٚ اَمہِ کتھہِ ہُنٛد ٹاکارٕ ثبوت۔ وُچھوٚے تہٕ کاشُر لُکہٕ ادب مُچھہِ تٕرٛأوِتھ ہیکہِ نہٕ کشیرِ ہُنٛد ویوٚد تہٕ مکمل توأریخ مرتب سپدِتھ۔ یوٚتام زِ کلہن پنڈِت چھُ لُکہٕ رِوایژن ہندی وساطتہٕ کشیرِ ہُنٛد توأریخ مرتب کران بلکہ چھُ یِتہٕ وَننہٕ یِوان زِ یِم پانٛژاہ بادشاہ کلہن پنڈِتس رأوِس تِل گأمتی أسی تِم گری حسن شاہ کھوٗیہأمی یَن لُکہٕ رِوایژن ہِندی وٚسیلہٕ پننِس توأریخس منٛز شأمل۔ یوٗ مبرتہٕ

یمبرزَل، دلیل یوسہِ حسن شاہ کھویہامی ییَن داستان رتنا کر پران کہِ حوالہ بیان کرِ ہو چھےٚ، سو چھےٚ اَز تام سائنس لگہِ ادبس منز تِتھےٚ کُنہِ سرتازِ یتھہِ کُنہِ ہی مال نا گر رائے، یا 'اُکہِ نندُن، ہشہِ دلیلہِ چھےٚ۔ اَسہِ چھُ رازِ اونتی ورمن ہندِس ناوس پیٹھ 'وونتی پور' تہٕ تہندِس انجینئر "سُیا" ہندِس ناوس پیٹھ سوپور، زین العابدین بڈ شاہ ہندِ ناوِ 'زانہِ ڈَب، زانہِ لانگ، زانہِ پور، زانہِ کدل، زانہِ کول تہٕ زانہِ گیر' بیترِ تہٕ تِتھےٚ کُنہِ زُری بوز بہہِ وُہری بڈ شاہ موٚدِ پرتاپ سنگھن دستار، شیر سنگھن دڑاگ تہٕ لارن صابُن بندوبست بیترِ تواریخی پرزن ہنزِ زِندٕ مثالہِ۔ دراصل روزِ کشیر پتہٕ وَتہٕ پیٹھےٚ سیاسی، سماجی، عقیدتی، تمدنی تہٕ لسانی انقلابن تہٕ قرنہٕ پھِربن ہنز بیٹھال۔ یزِ رچھِ لی زِیمن انقلابی قرنہٕ پھِربن منز گیہِ پزانی تہذیبی آثار پزانان تہٕ نُوی نوان۔ اما پوز یمن بدلونن تہذیبی آثارن ہندی انہار چھِ سانہِ لگہِ شاعری منز رِژھرتھ۔ وُچھتو کشیرِ ہندِ ہن ترہن اہم تہذیبی دورن ہندی ترٚے انہار۔ بودھ تہذیبک زوال تہٕ ہندو یعنے برہمن تہذیبک پھاپھلُن تہٕ برہمن تہذیب زوال پذیر سپدِتھ اسلامی تہذیب پھاپھلِتھ وولسنس یِنگ حال اوحال۔

لونگی بو دِمہِ یوکھوز بودھ دھرمس
برہمن زِنمس نمسکار

☆

وو سیتہِ کارو اَستے گرُسو
ژھائِگس وُرسو موختے ہار

وۄ ستہٕ کارس سونہٕ ہٕنٛدی ٹیٖنٛڈی یے
اَز ہے گیہٕ ہیٚنٛدی یے مسلمان
☆

یَتھ پزرس چھنہٕ انکار زِ دیو مالاتہٕ لُکہٕ ادب چھِ تحریری یا وَنو تخلیقی ادبکی جد۔ دلیلن تہٕ بادشاہ کتھن ہُند اِرتقأیی عمل چھُ داستان، ناول تہٕ افسانہٕ۔ یِتھے کَنٛی چھِ کینٛہہ لُکہٕ باتھ تخلیقی شأعری تیوٗت نکھہٕ، بَل چھُ گرٕ ہان زِ اَتھ وَنوا لُکہٕ شعر کِنہٕ کأنٛسہٕ پوختہٕ کار شأعر سٕنٛد تخلیقی اظہار۔ کأشرِ زبأنی ہند بن یِتھِن لُکہٕ شعرن ہِندِس تخلیقی معیارس کیاوٗنی زِ۔

اَیأری چھیو کنہٕ تہٕ کترِ یے
یَیأری وولو تاپلیوٗو
☆

ژٕندن گُل ؤے تون لبِ دٕری یاوَس
ژٕے تہٕ ہواوس میُل گتہٕ گوٚو
☆

نیٖلس درٕ منٛس امر بتہٕ ورشُن
مٕے ہے بالہِ کرشُن پیٖتھ آو
☆

عشق چون جنگلن مشک گوٚو جأری
ماشوق آوٕ ے ونہأری یے
☆

وُڈر پھوٗلمتہٕ ہا گُلِ لالہٕ
سوٗنٛتس چھے آسان چاٰنی تہہ
گاہ چھُم چون تہٕ ژاٰنگی کتھہٕ زالہٕ
مےٚ چھمو بالہٕ پاٰنگ سڑ بہہ

وجہ چھُ شایدٕ یہِ زِ یِیلہِ اُسی پادشاہ گتھہِ، داستانٕس یا ناوٕلس درمیان ہشر تہٕ بٕہن ژھانڈان چھِ، زیادٕ پہَن چھُ ہشر ے لبنہٕ یِوان۔ تژ بوٗے چھِ کردارن اٚندی اٚندی وونہٕ آمتٕبن واقعن ہنٛدی گُری ہا نکل۔ کردار، پلاٹ تہٕ کہاٰنی چھِ یِہنٛدی لاٰزمی جُز۔ یِہٕے پادشاہ کتھ یِیلہِ تخلیق کارن کیٚنہہ ہیر پھیر کٔرِتھ تحریری صوٗرتَس منٛز لوٗکن بروٗنٹھہٕ گنہِ تژ اٰو، اَتھ آو داستان وَننہٕ۔ یوٚہَے چھُ ناولک تہٕ افسانک ابتداٰیی انہار تہِ۔ ژکہِ چھُ لُکہٕ ڈٔلیلن یا پادشاہ کتھن تہٕ کانٛہہ تخلیق کار آسان یِم سیٖنہٕ بسیٖنہٕ پکان پکان لوکہٕ وراثت بنان گٔیہِ۔ نَتہٕ ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ مخصوٗص دٔلیل ہتہٕ بدٕبن ذہنٕن ہنٛز منفرد ذہنی کاوِش اٚستھ۔ توٗے چھُ الگ الگ ماحولن منٛز پھاٚنپھلنہٕ باوجوٗد تہِ دُنیٖہچن ڈٔلیلن منٛز باضے ہشر لبنہٕ یِوان تہٕ یوٚہَے ہشر چھُ باضے مختلف زبانن ہنٛدٕبن محاورن، ڈٔپتٕن، گنٛڈن، مثالن تہٕ پژ بوٗھن منٛز تہِ درٛینٛٹھی گژھان۔

کاٰشرِس لکہٕ ادبس منٛز ورتاونہٕ آمٕژ زبان یِتہِ شوٗژ تہٕ شوٗز چھے تِتہٕ چھے باوَزن تہٕ بامحاورٕ تہِ۔ یِمہِ ستی نہٕ صرف کاٰشرِ زباٰنی ہنٛدِ لفظہٕ خزانک باورسپدان چھُ بلکہ چھِ کاٰشربن ہنٛز زبان داٰنی ہُنٛد تہِ احساس سپدان۔ مثلن 'شہزادٕ تہٕ

گاٹج کوٗر[1]، ناوٕے دلیلہِ منٛز دوٚن کرادرن درمیان باہمی ڈایلاگن ہُند استعارٲتی ورتاو۔ شہزادِ چھُ اَمِس گاٹجہ کورِ پرٛژھان زِ چون مول موج تہٕ بوے کوٚت چھِ گٲمتی؟ جواب اوس: مول چھُ گومُت سُوٚ تھ سُم دِنہِ، موج چھےٚ گٲمژ پرٛ أنِس نوٚو کرنہِ تہٕ بوے چھُ گومُت 'گٹہِ منٛز گاش اَننہِ'۔ معنے اوس مول چھُ نچوٗ ہنٛز خاندر کتھ گنڈنہِ گومُت، موج اَس دانہ مُننہِ گٲمژ تہٕ بوے اوس گاش زالنہٕ باپتھ جنگلہٕ لَش اَننہِ گومُت۔ یِیلہِ گاٹج کوٗر شہزادس دایہ اَتھِ کوج سوزان چھےٚ تہٕ ستی چھَس وَنان زِ شہزادس وٕنی زِ وٗری چھے بہہ[12] موس'، زوٗن چھےٚ پھلہٕ ژٔندرٕ تہٕ سوٚدرچھے مالامال'۔ یعنے ژٔو چِھ چھےٚ بہہ، 'گبوٕ ٹوٗر چھے گبوٕ ستی ٹِتھ تہٕ ٹھوٗلس چھےٚ موٚنڈ گٔرِتھ۔ کوج وُچھِتھ چھَس شہزادِ واپس شیٚچھ سوزان۔ 'وٗری چھے کہہ[11] موس، زوٗنہِ چھے گٔمژ کھنڈٕ تہٕ سوٚدرس چھےٚ لُجِمژ گرٛاے'۔ تِکیازِ تَتھ اوس دایہ اَڈٕ وَتی کھٔسی پھیٖر کوٚرمُت۔ یوٗ ہےَ استعارٲتی ورتاو چھُ حاتم تِلہٕ وٲنی نِمن ڈلیلن منٛز تہٕ مِیلان۔ وُچھتو وونی کٲشرِ بن محاورن کہاوژن، پرٛژن یادٕ پٕتین ہنٛز بامحاورٕ تہٕ باوزن زبان۔

| | | |
|---|---|---|
| ۱ر | أک ژٔٹ سُم ساس گوٚو کولہِ | کہاوژ |
| ۲ر | مُتی سُند دوٚپ بلایَن تھوٚپ | |
| ۳ر | تقدیٖرس کیا گرِ تدبیر | |
| ۴ر | خاؠرتہٕ شرچھِ بارٕنی | |

---

[1] پوٗرٕ ڈلیل پرنہٕ خاطرٕ وُچھو کاشرٕ ڈپارٹمنٹُک 'انہار'- لکہٕ ادب نمبر، صفحہٕ: ۷۰-۷۱۔

**دٕپتھ**

۱۔ مُڈن ہٕنز ماجہِ نے پٔزبسن تہٕ ترٛکین ہٕندی گرٕ کھتھٕ کھسن

۲۔ کوٚکھ نے تہٕ کٔنز شیٚچھ کیا؟

**دٕپتھ**

۳۔ نوٚو شہِن چھ پٔز اُنس شینٛس گالان

۴۔ اوٚن کون گوٚو رضاے خدا بیقل گوٚو بلایہِ خدا

**محاور**

۱۔ وانٛجہِ دا دِس روہنہٕ ژیوٚٹ

۲۔ وُمرز ہٕتھ تہٕ مُہم کرٕیوٚٹھ

۳۔ بنگہِ مٔنزی ژٕن

**تلمیح**

۱۔ جمہٕ ناکیٚنز شاہی

۲۔ زٔری بوٚز بہِ وٕہری بڈشاہ موٚد

۳۔ خوجہِ موٚمنٕ ٹھوٗل

**مثالہٕ**

۱۔ ماجہِ ماسہِ تہٕ کورِ گس کاسہِ

۲۔ اکی سُند نہٕ دزان تیٖل تہٕ بیٚیہِ سُند دزان آب

۳۔ سوندرِ لوٗگ دٔب تہٕ کھرِ ترٛووُس اُسن

۴۔ اکھ اتہٕ سوا رٔی بیٚیہِ ڈِج ڈِج

یتھ ہیوٚ لکہِ ادب چھنہٕ صرف سانہِ سیاسی، سماجی، اقتصادی، تمدنی تہٕ لسانی توارِیخکی گوشہِ پٔرزلاوان بلکہ سون مزاز، عقیدٕ، سوچُن معیار تہٕ جینٛس تہٕ

دیدمان انان۔ کأشرِس منز چھے رنگا برنگ موضوٗعن پیٹھ منی ہتہٕ واوٕ ڈٕلیلہٕ۔ پادشاہ، وزیر، زِنی مۆ زوٗر، گاڑہانٛز، ٹھگ، کھوٗر، مارٕواتُل، آگر پچھنہِ تہٕ سودبزیور بودبزیور بیترِ چھہِ سانین لُکہٕ ڈٕلیلَن ہِنٛدی وِیڈی کردار۔ وزیر چھُ دانأیی ہنٛز علامَت یُس پادشاہَس موٚلِلی مشورٕ دِوان چھُ۔ گاڑہانٛز تہٕ زِنی مۆ زوٗر چھِ سانہٕ اقتصأدی زندگی ہِنٛدی وِیڈی تصویر۔ جنگل تہٕ دٔریاوأسی سانہٕ روزگارٕکی أہم وٕسیلہٕ۔ زِنی مۆ زوٗراوس جنگلہٕ زیٚن وأنِی وأنِی تہٕ گاڑہانٛز گاڑٕ کٔنِی کٔنِی پٔنُن اوذقہ ٕکماوان۔ وٕنۍ گوٚو کأشرٕ بوٚ چھُ پنہٕ عقیدتی مزازٕکی حضرت سلیمانؑ ہیوٚ مرتبہٕ وول پأغمبر تقدیرٕ نِس وال واشِس لأگتھ گاڑہانٛز گرِ موٗ ہنوی گری کرنوٗمت تہٕ أمی تقدیرٕکہِ برکتہٕ چھُکھ باضے زِنی مۆ زوٗر تہٕ کھوٗر پادشاہ تختَس بہنوومُت۔ کأشرِس چھُ پنہٕ تلنگری پیٹھ ناز تہٕ أمی چھنہٕ پٔنٕنی پرٛ تھ پتھر ترٛأوِمُت۔ حالانکہ کأشُر ٹھگ (یُس جالسأزی تہٕ بے ایمأنی ہُنٛد کردار چھُ) تہٕ چھُکھ تارن گری منز پأرِم ٹھگہٕ ہِنٛدِ کھوتہٕ ذہین تہٕ گاٹُل ہوومُت۔ نتیٖون کأشرِس تہٕ پأری مِس ٹھگہٕ ہنٛز دٕلیل۔ کأشُر ٹھگ چھُ پأری مِس ٹھگس وَنان: ’ہے بابا یامے وَنتہٕ پانٛژواہ تہٕ پانٛژہ گوٚروپیہ گیہِ؟‘ تمی دوٚپُس ’پانٛژوٕنزاہ۔‘[55] کأشری دوٚپُس: ’نسأ بابا، تم گیہِ شیٹھ‘۔ اَتھ منز گوٚو یمن دون پانہٕ وأنی تکرار تہٕ اَتھ دوران گیہِ لوٗکھ تہٕ أندٕ أندٕ سمان۔ لوٗکو پرٛژھُکھ دٕلیل کیا چھے۔ اَکھ چھُ وَنان شیٹھ تہٕ بیا کھ چھُ وَنان پانٛژوٕنزاہ۔ کأشری ٹھگن دوٚپکھ ہے بابا یو یہِ دارِمے شیٹھ روپیہ تہٕ دِیان چھم بہٕ دارٕے صرف پانٛژوٕنزاہ روپیہ تہٕ ووٚنی دی تمٕ شیٹھو بدلہٕ پانٛژوٕنزاہے روپیہٕ، تہٕ پأرِم ٹھگ گوٚو پانٛژوٕنزاہ روپیہٕ

ڈِنس مجبور۔ تِتھے کٔنہٕ چھےٚ اَسہِ ''کأشرِس ژٕ بازتہٕ پأرِمس ٹرباز'' ہنٛز دلیل ویٖز۔ یتیٚ
یوت نہٕ أسی چھِ فخرِ سان وَنان کأشُر ٹھوٗل، کأشُر ماز، کأشُر بتہٕ، کأشرِ گاڈ، کأشر ژادر
بیترِ۔ اَتھ وَنوا احساس برتری، سادگی کِنہٕ پانس پنٛٹھ پڑھ۔ اَسہِ چھُ پانس پنٛٹھ فخر
اوسمُت تہٕ ووپرن ہُند اوس کُہے پہٕن وہوان۔ پنجأبۍ بلبل تہٕ کأشرِس بُلبل ہنٛز کتھ
آسہِ وِتوہہِ ژتِبس۔ پنجأبۍ بلبل یِیلہِ پنٛن رنگ تھکِنہٕ لوگ، کأشرۍ بُلبلن ٹُل پنٛن
پھوٗت تھوٚد تہٕ وونٕس مےٚ چھِ یم رنگ پھوٗتی کنہٕ تراأو متی۔ پزر چھُ یی زِ کأشرۍ وُچھ کم
کم رنگ تہٕ سارِنے رنگن منٛز پان رٔنگتھ تہٕ تھووُن پنٛن رنگ برقرار تہٕ یوہے احساس
چھُ أمی ہنٛز انفرادیتھ تہٕ پزرتھ قأیم تھوٗتھ۔ سیأسی تہٕ سماجی وۄتل بُجو باوجوٗد تہٕ تھأو
اَسہِ پنٛنی پزرتھ رٔژھرِتھ۔ أسی چھِ ازتہٕ وَنان: 'ژبوز کأشرۍ پأٹھی' یا 'بہٕ تارے ژے
کأشرۍ پأٹھی فکرِ' گویا شعوٗری یا غأرشعوٗری طور چھِ أسی پنٛنی پزرتھ رٔژھراوان آمتی۔
وۄں گوٚو اَتھ پزرس تہٕ ہیکو نہٕ انکار کٔرِتھ زِ غولأمی ہٕندی زولانن بنوو کأشُر ذہن تہٕ
کأشُر مزاز تہٕ اوٚند پوٚکھ تہٕ غولامانہٕ۔ أسی چھِ ووپرن ہُند ظلم لأنی رِکھ زأنتھ اَسہِ وَنہِ ہونچہِ
قبول کران آمتی۔ اکبر بادشاہ سٕندِ پتٔھے روٗدۍ ووپر حکمران یُنہٕ گرۍ تہٕ تِلہِ تلاوٕ ہأوِتھ
کأشرِ بن راج کران۔ اَسہِ پُترو پنٛن پزتھ کانہہ چیز تقدیرس تہٕ پزبتھ غم یا آفت گٔر
اَسہِ وَنہِ ہونچہِ قبول۔ أسی چھِ پزبتھ کانہہ غم اسنٛس منٛز ٹالان، زَنتہٕ کہٕنی چھنہٕ گومُت
آسان۔ توے کنٕہ چھُ سأنس فوک لورس منٛز واریاہ مزاح موجوٗد ییٚس سانین
توأریخی حادثاتن ہُند پوٚت منظر بیان کرنٕس ستی ستی سانہِ سادگی ہُند حال تہٕ

دیدمان اَنان چھُ۔ دَپان اَکھ کأشُر گوٚو بمبئی تہٕ تَتہِ گوٚو ترٛ ہہ پور مکانہٕ وُچھِتھ پشیمانے ہیوٗ تہٕ لوٚگ أکِس مکانَس پور گنز راونہِ۔ پُلسہٕ وول آو تہٕ روٗٹُن۔ پرٛژھنَس کیا چھکھ کران؟ دوٚپنَس جناب بہٕ چھُس وُچھان زِ یہِ مکانہٕ کأتیاہ پور چھُ۔ پُلسہٕ وألی وُنُس یِیتہِ چھےٚ پرٛ بتھ پور گنز راونَس اَکھ اَکھ روپے جرمانہٕ۔ ژےٚ گٔژھ پور گنز رأوِتھ۔ دوٚپنَس وُہہ پور جناب تہٕ دِژنَس وُہہ روپیہِ۔ اَپور یِہَن نیرِتھ وَون أمی کأشری پنَنِس دوستَس، بمبیہٕ ہِندِس پُلسَس تہٕ تأرِم، توتہٕ کھیٚیےٚ مَس داہ روپیہِ، تِکیازِ مےٚ أسی نا ترٛ ہوٚے پور گنز رأوِتھ موکلأوِمتی۔ یِتھےٚ کُنی کیاہ وٕنی زِ یِتھیٚن توأریخی پرٛ زرن ُمرِتھ شےٚ ربتھ بقایا، 'زندہ آباد ہےٚ أتی ہے 'یا'...... بہٕ چھُس پنَنیٚن حأری ثاتن 'بیترِ أسی یِیلہِ ہَنا سنجیدگی سان سنو اَسہِ ماپیٚیہِ تیٚلہِ پنَنِس فوک لورس منٛز وہ تلاونہٕ آمُت مزاح بوٗزِتھ اَسنہٕ بدل وَدُن۔ دَپان خوجن پرٛژھ پجِس: 'کلہٕ ہیرٕ کِتیٚس چھُکھ کِنان؟' پجن وُنُس 'دہَن روپیَن' خوجن پرٛژھُس حأرانگی سان: 'یِیژ دژوج کیازِ؟' پجن وُنُس درجواب 'نِکھ ناأتھ پنُہِ کلہٕ ہیرِ بہہ[۱۲] روپیہِ تہٕ بیٚیہِ دِمےٚ قرا قُلی واپس'۔

بقولِ موتی لال ساقی:

'سأنی لُکہٕ بأتھ چھِ سانہِ ادبی تہٕ عام توأریخُک اکھ حصہٕ۔ یِم چھِ سانہٕ تہذیب کہِ لوکچارکی بأتھ یِیلہِ زَن انسأنی علوٗم کوٚٹھی کھوکھشہٕ پِکان أسی۔ تأریخی اہمیتھ أکتھ کُن ترٛ أوِتھ چھےٚ[۱]

[۱] گوڈِ کتھ 'کأشری لُکہٕ بأتھ'، جلد: ۴، ساقی۔

لُکہٕ ادبس سماجی تہٕ لِسانی اہمیتھ تہٕ حاصل۔ کٲشِر ہنز
بروٚنہہ کالچہٕ سماجی زندگی ہُند کانہہ تہٕ تجزیہ سپدِ نہٕ توتامتھ مکمل
یوٚتامتھ نہٕ لُکہٕ بأتن ہُند مطالعہٕ وارِیاہ ٹھی کرنہٕ آسہٕ آمُت۔“

سأنی شُری بأتھ، منزِلی بأتھ رۄو، وَنہٕ وُن تہٕ لڈی شاہ بیترِ چھِ اَسہِ اَمہِ پژرکی
ویدی انہار۔ شُری بأتھ گیہِ تم بأتھ یم شُری پانہٕ وأنی اکھ اکس دِل رٔنزناونہٕ موکھہٕ
گیوان یا بزرگن ہنزِ فرمأیشی پیٹھ بوزناوان چھِ۔ یم بأتھ چھنہٕ فقط شُربن ہندی دِل
رٔنزناوان بلکہ تِمن ذہنی اوسودگی دِنس ستی لِسانی اوپ ژوپ تہٕ پننہِ تمدنی وٚری ژٕچ
آپرن تہٕ کران۔ عام لُوکن ہندِ باپتھ چھِ بظأہر یم بأتھ پژرٕ یمن معنہِ مطلب کینہہ
چھنہٕ مگر سو چھنہٕ گتھ، یم بأتھ چھِ منظوٗم فارمس منز لوکچہِ لوکچہٕ ڈلیلہٕ یا افسانہٕ یمن منز
داستانوی عنصر موجود چھُ۔ یتھی ہوی بأتھ پران پران چھُ پرَن والین یا بوزن والین
ہندِ بن ذہنن منز ڈرامأیی صورت حال ووتلان۔ یتھِمن بأتن ہنز تخلیقی اہمیت مدِ نظر
تھأوِتھ ہکو نہٕ اَسی شاید یتھ پژرس انکار کٔرِتھ زِ موج اَس شُرِس دودَس ستی ادب
شنأسی ہُند تصور بیدار کران۔ اَما پوز اَسہِ ما راوُر غأرشعوٗری طور پٔنن یہِ مولُل میراث
تہٕ غأرضروری حدس تام وو پرکلچر پاناوِتھ ما گر اَسہِ پنٕنی پژرنتھ پأنی پانَے دُبانبرِ۔ دون
زبانن ہندِ بن دون شُری بأتن ہُند سرسری جایزٕ پیش کرنہٕ ستی نیرِ گتھہِ ہَنا واش۔
انگریزی زبأنی ہُند مشہور **Rhyme** یُس اَسی پننین شُربن معنہِ فکرِ تارنہٕ ورأے
فخرٕ سان آپراوان چھِ۔

**Twinkle twinkle little star,**
**How I wonder what you are!**
**Up above the world so high,**
**Like a diamond in the sky.**

بوزوَے تہٕ شُری باُتن معنہِ ژاٗرن گۆو امیک میچھرتہٕ حُسن راوِراوُن۔ ووٗنی ہرگاہ معنہِ وُچھوس یا کڈِ ہوس، تیٚلہِ چھُ تِتھِین باُتن باضابطہٕ معنے آسان۔ لوٗکٹ موٗکٹ پرٛزلہٕ وُن تُندِ بون اسمانٔی تارُکھ تہٕ کرورٕ وادٕ میل دوٗر یتھ زمینہِ پیٹھ روزن وول معصوم شُر تہٕ یمن دون ہُند پانہٕ وأنی أنی تھپس گنِد تنگ ہاوس۔ نہ اندن والہِ دوٗرِرٕ کِنی أکس اَکھ نگھہِ یتھ سمکھنُک مارٕ موٗت أستھ تہٕ نہ سمکھنُک غم تہٕ اَتھ صورت حالس منٛز شُری سُند بے سوکھ ژھوٗپ اظہار۔

ہے لوکٹہِ موکٹہِ پرٛزلونہٕ تارکا
حاٗرتھ چھُم زِ ژٕ کیاہ چھُکھ
یمہِ زمینہِ تہٕ یمہِ دُنیا نشہِ
واراہ تہٕ واریاہ دوٗر تہٕ ہیوٚر
نبس پیٹھ زنتہٕ موختہٕ پھوٚل

☆

یہِ چھُ اَکھ ڈرامأیی صورتِ حال ییٚتہٕ اَکہِ پاسہٕ معصوم شُری سِندی بے سوکھ مگر ژھوٗپ وُش تہٕ بیکہِ پاسہٕ نبس پیٹھ تُندِ باُنس تارکہٕ سُند مدٕ موت منظر۔ ووٗنی وُچھتون کأشرِ زبأنی ہُند شُری باُتھ:

وشتہٕ وشتہٕ بزاریو کھوت کھو وَن
تورٕ رکھو وولتھ ببرے پَن
سہ کمن ترٛووتھ کوترن
کوتر پیٹھی مارکن
زوٗن چھے گندان تارکن

یہِ چھُا کھ عجب داستان یاوٗنی توس ڈراما یتھ منٛز اکہِ پاسہٕ وشتہٕ بزٲرِس تہٕ کوترن ہوی زِندٕ زوٗ کردار، سرسبز تہٕ گھلہِ وَنک حسین مگر خاموش منظر، بس پیٹھ زوٗنہِ تہٕ تارکن ہُند گِندَن نظارٕ تہٕ بیٚیہ پاسہٕ معصوٗم شُری سُند بے سوکھ احساس تہٕ اَمہِ بے سوکھ احساسُک ژھوٚپ اظہار۔ وشتہٕ براری سُند وَن کھسُن تہٕ تورٕ کوترن کیٚت ببرِ پَن والُن، ببرِ پن کوترن ہُند غذانہ آسنہٕ کِنہٕ کوترن ہُند برٲرِس روشُن تہٕ معاملہٕ مارکن منٛز یعنے بازر پیوٚن تہٕ یہِ سورُے صورت حال وُچھتھ زوٗنہِ ہُند وولسنُس یتھ تارکن ستی بکھچہِ گِندُن چھُا کھ تیٚتھ ڈرامأیی صورت حال دِیِدمان اَنان یُس انسأنی وجودس حظ تہٕ آگہی یا وَنونوٗر تہٕ سروٗر بخشان چھُ۔ حالانکہ بزیور چھُ کوترن ہُند ازلی دشمن، اَما پوز شُربن ہندِس دُنیاہَس منٛز چھےٚ دُشمنی بے معنہِ کتھا تہٕ ادبی دُنیاہَس منٛز چھُ یوہے تضاد شأعری ہُند حُسن۔ کوتر چھُ شُربن ہُند اکھ دوس جاناوار یا وَنو گِندن بوج تہٕ اُمس چھےٚ توٲریخی اہمیتھ تہِ، تِکیازِ یہوے جاناوار اوس یتھ کالہِ پأغام نیٚنہ تہٕ اَنہٕ کأم انجام دِوان۔ یہِ چھُا کھ ڈراما یتھ منٛز کہانی، پلاٹ تہٕ کردار ہوی ترکیبی جُز موجود

چھ۔ کیا چھِ ہوی شُری بأتھ أسی ناشُر بن شُری پانے زبأنی ہُند لِسأنی اوپ ژوپ کران تہٕ تھمِژ ادبی شودیود تہٕ ووٚلنِس اَنان تہٕ سائنسی اعتبارٕ تہٕ ماچھِ چھِ بأتھ شُر بن ہِندی ذہنی تہٕ روحأنی غذا؟ اَما پوز اَسہِ مانیہِ شعوٗری یا غأرشعوٗری طور پٔتین شُر بن چھِ ہوی چیز انزأنی منز تَھپہٕ تہٕ گنہِ دوہہٕ ماپھرِ تَس تیتھ کجر زِ کہنی تگبس نہٕ یا بوزُن یا وٕنُن تہٕ بقولِ اختر محی الدین[1] ''اَسہِ ماپیٚیہِ عقلہِ ہندِ گرِ پٹھ وٚستھ شُری بُلبلس زار پارٕ کرُن، زِ وَن تی یہِ وَنان اوسکھ، نتہٕ ووتھہِ دژاگ''۔ اَمہِ قبیلٕکین بأتن منز چھ سأنین موسمی، جغرافیأیی، معأشی تہٕ لِسأنی حالاتن ہُند ویوٚد تصویر، سانہِ مجموٗعی مزاژُک عکس تہٕ سائین پرٕ اعین شُری کھیلن یا گِندن باشن ہُند انہار تہٕ موجوٗد۔

ہو یہٕ لیٚلہِ ژھوپہٕ گر بلایہٕ لگے سون تر

موج گیی گزٕتہٕ بَل تورٕ اَنی أٹی پَل

أڈ ہَن تھاو چندس سوہَن کھکھ وَندس

أڈ ہَن تھاو أرلس سو کھکھ ربتہٕ کأرلس

یا

نانہِ ڈِتُم دانے

دانہِ ڈِتُم کنزس

کنزن ڈِتُم توٚمُل

توٚمُل ڈِتُم گرٕبٕس

---

[1] لُکہٕ ادب تہٕ کأشُر چینِس ''انہار''، لُکہٕ ادب نمبر، صفہٕ: ۴۰۔

گرٕبٹن دِتم اوٹ

اوٹ دِتم ڈُلی چے

ڈُلی جہِ دِژٕم مئیٹ

مئیٹ دِژٕم مامَس

مامَن باٗگر گامَس

کأشرِ بن شُری بأتن منز چھِ تِتھی کینہہ بأتھ یِمن شُری مختلف گِندن موقن پیٹھ گوان چھِ۔ اَسہِ آسی وارِیاہن قسمن ہندی شُری گِنٕدنی یِم مزازٕ تہٕ ماحولہٕ کِنی تہِ منفرد تہٕ معیارَتہٕ ورتاوٕ کِنی تہِ وَکھرٕ آسی۔ یِمن بأتن چھِ گِندن بأتھ وَنان۔ مثالے یِیلہِ ٹُہنہِ وِزِ تاپس منز اوبُر کھسان چھُ تہٕ شُربن چھُ باسان زِ روٗد پینہٕ ستی پییہِ تِہندِس گِندنَس خلل تہٕ توٗے چھِ تِم پننہٕ شُری ذیہنہٕ مطأبق یِک زبان وَنان "خودایا تاپھ کر صاف کوٗگر مارَے...... خودایا دوٗر کر اوٗر کوٗگر مارَے"۔ یِیلہِ کانٛہہ مصیبت ٹالنہٕ خأطرٕ کانٛہہ گرٕتھر کران چھُ تہٕ تُھر کھبتھ چھِ شُری زورٕ زورٕ وَنان "اَلاے بلاے دوٗر خارٕ قبول"۔ شُرِس کجریاپھَھبر ژلراونہٕ موکھہٕ چھے تَس فرمأیش یِوان کرنہٕ زِ اَکی ہے شِہس پیٹھ وَنہٕ سہٕ پانُہلٕہِ یاستہٕ لٕہِ:۔

ٹنگ گُلہِ لنگہٕ پیٹھ

لَنجہِ پیٹھ تبہرٕ پیٹھ

تاپہٕ توٗت ٹنگ کھیوم

یم بأتھ مٔشر اُوِتھ مائر اَسہِ پأنی پانے پانَس تِمَس جاناورسٕنٛز بأش یُس رؤ ڈِہیل ہندِس بٔتھس پٹھ گلی لنگس پٹھ ہٕتھ یا کرٛیم یا کرٛیم پران اوس۔ دٕپان یہ بوٗلی کران کران اُس تَس جاناوٕرس لال پشیمان تہٕ یہے لال اُس رؤ ڈِہیلِ ہنٛدِ آنٛک وٚسیلہٕ۔ دٕپان اَکہِ دوہہٕ وٚون اُمِس حضرت موسیٰ کلیم اللہ ہَن زِ ژٕ چھکھ غلط پران۔ ژٕ پَر ''یا کریم یا کریم'' دٕپان جاناوٕرس گیہِ یہِ بوٗزِتھ ژھوپہ۔ تَس گیہِ لال پشٕپنٛی بندتہٕ رؤ ڈِہیل ہوٚچھ تہٕ ملکس وٚوتھ درٛاگ۔ اَما سانہِ دانٲیی ہٕتی ماپھوٗر سأنٛس شُری ہندِس بولبوشس کجر تہٕ یہ کجر ما ہوٚکھراوِ اَکہِ دوہہٕ سأنی تہذیبی تہٕ تمدٕنی وجھ؟ خانہٕ کترٕبن، ٹُلتے لنگن، ژھیٚپہ ژھأرِس تہٕ اَنی تھپس ہوی گنٛدِنی ییٚہ اَسہِ پننٮ۪ن شُربن پانے مُہتھ۔ اَما پوز تہٕ کرِتھ تہٕ پرٛزن اَسہٕ پننی گنٛدن بأتھ رٔژھرٕنی یمن منٛز سأنٮ۪ن شُری گنٛدنٮ۪ن ہندی آثار تہٕ آکار رٔژھرِتھ چھہِ۔

یتھے کٔنی چھِ سأنی منٛزلی بأتھ یم موج پننِس شُرِس ژھوپہ کرناونکہِ غرضہ یا ہوڈ ژُلراونہٕ موکھہٕ شونگن وِزِ سُلہ ناونہٕ باپتھ یا کُنہِ وِزِ تعشوقس ہِتھ تھاپھ تھاپھ یا پھَش پھَش دِوان گوان یا گنٛگراوان چھے۔ یمن منٛزلی بأتن منٛز چھنہٕ فقط ماجہِ ہُند بےلوٗس لولے یوت وولسنس یوان بلکہ یم بأتھ چھنہٕ فقط شُرِس نندٕرِ پاونک یا ژھوپہ کرناونک ذریعے یوت بلکہ چھِ یتھی ہوی بأتھ سانہ تواریخکی کورٕ ورق لیکھان یمن بأتن منٛز چھے کأشرِ زنانہٕ ہندِ ازل لانٛج داستان لیکھتھ۔ یم بأتھ چھِ سانہِ غولأمی، لاچأری، بےکسی تہٕ بےبسی ہندی ورگہٕ اظہار۔ اوہ ہنٛد خاندار اوس یا تہٕ بیگارِ نیٚنہٕ یوان

نتہٕ کانٛہہ نام نہاد جُرم مَتہٕ کھأیتھ جیل سوزنہٕ یِوان۔ اَہندِ مدماتی شوق اُسی لِرٛہ بزٕ گرٛوھانٕ۔ تَس اوس پنُن اولاد مول اَستھ تہٕ یتیم باسان۔ سو چھے پنٕنی کوچھ خیالن تہٕ خابن ہُند منزِل زانِتھ تَس گوٗر گوٗر کران۔ باضے پنٕنِس تقدیرس دوش دِوان تہٕ باضے خابن تہٕ خیالن ہندِس دُنیاہَس منٛز تِہند لِسنکی لِبنکی سنٛز کران۔

دود چو دامہٕ گلہِ گلے ہو ہو کرٕ یو اَڈٕ کلے
رچھتو کھونہِ کِنہٕ منٛزلے ہو ہو کرٕیو اڈٕ کلے
بابہٕ میون یِندرازٕ شاہ قاضی کس وَنہٕ اَزلن دِژِم بأزی
پوٗشس نہٕ اَزلنہِ ہانکلے ہو ہو گرٕ یو اَڈٕ کلے

☆

بہٕ ہا کرٕ وَتھ چانہِ لَسنٛج تہٕ بَسنٛج، لَسنٛج تہٕ بَسنٛج
مارکن نیرے مَتہِ منصوٗرو مَتہِ منصوٗرو
گوٗرٕ گوٗرٕ گرٕیو گِنہٕ کے دوٗرو گِنہٕ کے دوٗرو

☆

یِیلہِ اَسی لُکہٕ بأتن ہنٛزِ تمہِ ذأژہُند مطالعہٕ کران چھِ یِتھ رۄویارۄف وَنان چھِ۔ رۄویارۄف گیہِ تِم بأتھ یِم زنانہٕ عام پأٹھی عیدِ دوہ یا ماہِ رمضان کِنٛہن شبن گول آرٕبنأوِتھ نژان نژان تہٕ بلکہٕ کران گَوان چھِ۔ یِمن بأتن ہنٛزٕ لے چھے زنانن ہنٛزن نژن ڈالن تہٕ تِہندِس ٹلہٕ تراوس مطابق آسان۔ رۄوِس متعلق چھُ محمد یوسف ٹینگ سُنٛد خیال تو أریخی پرٛزرس نگھہٕ باسان۔

''کشیر اُس رقص کہِ فنک گہوارِ۔ اَکھتے آسہِ بڈ شاہ ہوس دہندار بادشاہ ہندس دربارس منز تہِ زناماوار تہِ باکمال گتہِ رینہِ موجوٗد۔ شروکان واژیہ ربوابتھ سائنس رُوس تہِ ونکہِ نژنس تانی، یم لکہِ گوہکی زاَنداز چھِ۔ پانہ لفظ روٗو چھُ کاشری پاٹھی نژنک کاسِکی ترتیب۔ روٗو کرنک مطلبے گوٚو نوٚن۔ رنگہِ رِوٚن یُس سانہِ لکہِ شاعری ہند اکھ اہم کردار چھُ گوٚو سیٹے جس پٹھ نژن ووئے[1]۔''

تکیازِ اُسی چھنہِ وَنان روٗو وَنُن بلکہ روٗو کرُن۔ ووٚنی ییلہِ روٗو بوزناونچ فرمائیشی تہِ کرَ وتیلہِ تہِ چھِ ونان روٚی باتھاہ بوزناوِو۔ گویا روٗو گوٚو نژن تہِ بکچہ گنڈُن کرُن۔ اَتھن چھے یہِ کتھ غور طلب زِ روٗو گوٚو نوٚن تہِ گنڈُن یُس اکثر خوشی ہندی نے موقن یادوہَن پٹھ گوہنہِ یِوان چھُ، اَما پوز سائی روٚی باتھ چھِ خوشی کم تہِ غم زیادٕ۔ وجہ چھُ شاید تی ییمیک گوڈے ذکر سپد زِ اَمیک اکثر حصہٕ چھُ سانہِ غولامانہِ دوٗرک پاداوار۔ کاشر زنان یوسہِ موج، بینہِ زنانہِ تہِ نوش بُنتھ جدا اُیی، لاچاری تہِ بے کسی ہندی وبداکھ دِتھ گہے پنُن وندلوٚژراوان اُس تہِ گہے خیالن تہِ خابن ہندس دُنیاہَس منز پائی پانَس پانے تسلادِوان اُس۔ سو چھے بچھن غنیمت زانان مگر پننس ہمسفر ہنز جدا اُیی چھنہِ زران۔ سو چھے وَندرا ژن ہنز زہتھ تہِ کزہتھ

---

[1] ''انہار'' ۔لکہِ ادب نمبر صفہ نمبر:۲۹۔

جُدا ٔیی ژا ٔلتھ پنٔنس ہمسفر بادٕس سونتہٕ کال کہِ پوشہِ بہارُک تہٕ گز بوٕنمن آبشارن ہُندیاٚ غام سوٗزِتھ تٔسنٛزٕ وَنہٕ وُچھان۔

ژٕ چھکھ بالہٕ پٔتھک لالہٕ بہٕ نو ژالہٕ جُدا ٔیی
ژٕ ٹٕل آسہٕ بہٕ تٕلہٕ تاسہٕ کرٕ و کاسہٕ گدا ٔیی

☆

ناگہٕ رادَن آب آو جارٕی
باغہٕ اَندرے گُل پھولی سارٕی
باغِ خُنٛک سبزار چھاوَو
وولو بُلبلو لول چون آوو

☆

کرٕ پٔتھہٕ یارس پیاران چھس تَے    پیاران چھس تَے
یی ہے چاوٕہَن کھاسِمن مَس تَے    کھاسِمن مَس تَے
پادَن تلہٕ گنہٕ سر ترٛاوس تَے    سر ترٛاوس تَے
بُلبلو اول یوٗر گُلو گِنزِس تَے    گُلو گِنزِس تَے

☆

ٹنگہٕ پھُلیاہ کیا چھےٚ جان
ہرٕ والان درٕ سان
بوزِ باغوان مارِ پان
پوشن بہار آو یوٗرٕ وولو

☆

پزٕر چھُیی زِ کٔشیر روٗز وٕزِ وٕزِ وو پر حکمرانن ہٕنٛزِ لتہٕ داس تہٕ کاشرِ روٗدی زندگی ہندس پزٕ بتھ شوبس تہٕ پزٕتھ حالس منٛز یہندٕ ظلمکی شکار۔ یوٗت زِ اَمہِ غولامانہٕ زندگی ہٕتی رووأسہِ پأنس پیٹھ اعتبارتہٕ پنٕن چیز تہٕ باسیووأسہِ وو پرن ہُند دیٚتمت خأراتھ۔ بھگہٕ شٕہن دفتر، پرتاب سنگھُن دستار، سلام شٕہن سوچھ، شیر سنگھُن دژاگ، بُدری ناتھنی اُدرےموہر، عظیم خانٕنی چینٹ، عطا محمد خانٕنی گاڈٕ بیگأری، گولاب سنگھُن پٹو، سِکھاشأہی، مُرِتھ شےٚ ربتھ باقے، موقدم مأمنی، اَلہٕ شہر، مٔتی آب تہٕ واننٛد رراج ہشہٕ کہاوٕژ تلمیح، مثالہٕ تہٕ کردار چھِ اَمہِ پزٕرچ زِندٕ داستان۔ اَسی ییلہِ ازتہٕ پنٕن شُر ''کھوٗکھ'' وٕنتھ کھوژناوان چھِن، خبر یہِ کھوٗکھ ماچھُ اَزیک سُہ ہیٚنٛدُ سأنی فوجی تیٚمس وُچھِتھ بلکہ تیٚمی سُند ناو بوٗزِتھ سأنی روٗح کانٛپان چھِ تہٕ یہٕند خوف ہتہٕ بدٕ بن وٕری ییٚن کأشرِس روٗحس منٛز بٕستھ روزِ۔ حالانکہ پزٕر چھُیی زِ انسأنی فطرت چھےٚ مُشراوان، اَماپوز یوٗہےٚ لگہٕ ادب چھُ ا کھ سُہ ذٕسیلہِ یُس یہٕ وأٹس کالس پنٕن مُشر وومُت پتھ کال یاد پاوان چھُ۔ شٕنی یاہ موغل، کھرِ خان تہٕ کھٕنٛزٕ خان تہٕ زوٗ سِکھ ہشہٕ مثالہٕ چھےٚ تِمن توأریخی پزٕرن کُن سون ظوٗن پھِران یِمو توأریخی دوٗرٕ ورنگہٕ رنگہٕ کأشرِ پننہٕ ظلمکی شکار بنأوی تہٕ یِم مثالہ چھےٚ یِمن ظأ لم حکمرانن خلاف نفرتُک ژھوٗپ احتجاج۔ تِم دوہ کتھہٕ مُشراوٕن کأشرِ ییلہِ تِم بیگارِ ننہٕ پتھ پننہٕ گرِبارِ عیالہٕ تہٕ پننہٕ وطنہٕ نشہِ وٕری وادن محروٗم گوٚھان اَسی۔ اَتھ صوٗرتِ حالس منٛز اَس کأشرِ زبان باضے پیٚننہٕ دٕنتھ بأے پسندٕ دادِ اوٗش ہران، باضے کوٗرٕ بٕتھ مأکی ہٕندٕ لولہٕ وِچھ ژٕٹان تہٕ باضے آشنی دٕنتھ

پننِس ستۍ بأج سنزِ جُدأیی ہُند حال تارکن یازؠنہِ بأوِتھ پئٹن ووندٕ لۆژراوان:

روشہِ وولو میانہِ دِلبرو

پوشن بہار آو یؠرٕ وولو

☆

زؠن گھرٕ مے لِو پیٚنے مے ببرے

وَسہِ زؠنی بے کستَن خبرے

بأے واجنین بأے یِوان خبرے

یَس نہٕ آسان سوچھےٚ نیران نظرے

مامہٕ لالو کونو آہَم خبرے

کامہٕ دیوس زَن بہٕ نیرے نظرے

☆

ویٚسی وے دلبر یور نا ے آمے

نامَے سوزَس تۆری

تمۍ ہندِ بأتھ پان رچھامَے

سُہ ہَے گۆو اَخر دۆر

ؤنی دِتۍ مَس شہرٕ تَے گامے

نامَے سوزَس تۆری

☆

کم گندر پنجاب اندر کٔشیرِ ترن نا

کم گندر سوندر سوندر کٔشیرِ ترن نا

بۭرِ گاٹتی پیمتی پتھر کٔشیرِ ترن نا

پوش اؠولی دوٚدٕ ہبڈر کٔشیرِ ترن نا

تَس پیٚو نہٕ فقط پردبن ہُند ظلم وبترُن بلکہ پٔزس نہٕ پٮ۪ن تہِ۔ اَکہٕ پاسہٕ جُدأیی ہُند غم تہٕ بێیہٕ پاسہٕ وأری وبن ہُند خوف۔ وأریوتہٕ مالیُن چھِ زٕ متضاد تصور۔ کأشرِ کورِ نِشہِ یوتاہ مالِنیک تصور میوٚٹھ چھُ تیوٚتے کٔڈر تہٕ کرٕ یوٚٹھ خوف چھُ تَس وأری ویک۔ وأری ویک گوٚب بار پیٚو حبہٕ خوتونہِ ژالُن تہٕ ''للہِ ژوٚل نہٕ نلہٕ وَٹھ'' چھُ اَمی ظلمچ پوٚت آواز۔ یہِ صورتِ حال چھُ اَز تہِ سانہِ سمأجی زندگی ہُند اکھ ٹاکارٕ پزر۔ وُچھتو سانِین لُکہٕ بأتن منز کِتھہٕ کٔنی چھےٚ مالِنچ مایہ تہٕ وأری ویک خوف جایہ، جایہِ پٮ۪ن حال باوان۔

گرٕ ژھ وَے مالیُن اَژوَے جنتس

کھسہٕ وَے سونہٕ سٕرٕ ہیرے زَن

باغس منز تَتہِ ناگس وَسہٕ وَے

پکوٚے ببرے بیرے زَن

☆

وَن کھرٕ ایَس دون گولابن

زَن گیایَس مالیُن

میأنی وأرِوی بڈٕ ناکارٕ وٮ۪سی وے

اگر بوزنَم دِنَم موکجار وٮ۪سی وے

ہیرٕ بابہٕ ہے بڈٕ ناکارٕ وٮ۪سی وے

بب لالہٕ ہے چھُم شہجار وٮ۪سی وے

اگر بوزنَم دِنَم موکجار وٮ۪سی وے

وَنہٕ وُن چھُ کأشرِ لُکہٕ شأعری ہنٛز اکھ اہم تہٕ وٮ۪ز ذاتھ، یُس خاندرن گھندرن پیٹھ گیونہٕ یِوان چھُ۔ وَنہٕ وُنی شعرس چھِ ''ہُر'' وَنان یُس دون مصرن ہُند آسان چھُ۔ زنانہٕ ہٮ۪تھن ہُند میوٗٹھ تہٕ موٗدُر سنگم چھُ وَنہٕ وُنس وہ ولٕنس اَنن وول ساز بخشان۔ اَتھ موقس پیٹھ چھےٚ زنانہٕ زٕ ڈٕری گنڈان۔ اکھ ڈوٚر چھُ ''ہُر'' ٹُلان تہٕ ڈوٚیم مصرٕ دوٚیہ لٕٹہِ پھِران تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ ڈوٚیم ڈوٚر اَمی لَیہِ تہٕ تُلہٕ تراوِتھ ہوے ''ہُر'' ٹُلان تراوان۔ مثالے:

بسم اللہ کُرِتھ ہیمَے وَنہٕ ونے

صاحبن انجام اوٗ نوٗ یے......صاحبن انجام اوٗ نوٗ یے

خاندرٕ کِمن مختلف موقن تہٕ صورتِ حالن ہنٛز نزاکتھ ژیٚنتھ چھےٚ وَنہٕ وَن واجنہِ ہٕری بدلاوان روزان۔ مثلن وَردن کیٚٹن، توٗمُل ژھٕٹُن، زیُن کرُن، مس کاسُن (مہرازس) آب شیرُن (مہرٮ۪نہِ) استان گرٛھن، نکاح پرٕنی، مہرازٕ سُند نیرُن یا مہرٮ۪نہِ ہُند سکھرُن بیترِ بیترِ۔ حأرانگی ہنٛز کتھ چھےٚ یہ زِ پرٕتھ ہُر چھُ موقہٕ محل آسان تہٕ

باضے چھےٚ زنانہٕ موقعٕ یا حالاتن ہنٛز نزاکتھ ژیٛنتھ موقس پیٹھے وَنہٕ وٕنی ہُری بناوان۔ وَنہٕ وُن چھُنہٕ فقط سانٮ۪ن خاندرن گُھندرن پیٹھ گیونٛک یا گنٛدِنٛک مقصدٕ یوت پوٗرٕ کران بلکہ چھُ اَتھ منٛز ہتہٕ وادٕ وٕری یَن ہندِ بدل وِنٮ۪ن سمأجی رسمن تہٕ ربواجن ہُند ویوٗد عکس رٕژھرِتھ آسان۔ اَمہِ اعتبارٕ چھُ وَنہٕ وُن سانٮ۪ن بدل وِنٮ۪ن تمدنی آثارن ہُند أنہٕ۔ پڑٕ بتھ زمانہٕ چھُ پنٕنہِ پنٕنہِ مقدوٗرٕ تہٕ تقاضَو مطأبق سماج کٮ۪ن رسمن ربواجن ہُند نوٚو تہذیب محل بناوان۔ مگر پڑانہِ لَرِ ہندی عکس چھِ اَتھ نوِس تہذیب محلس منٛز اَکہِ نتہٕ بیٚیہِ رٕنگی موجوٗد آسان۔ سون وَنہٕ وُن چھُ یِمن نوبن انہارن تہٕ پڑانٮ۪ن آثارن ہُند سنگم۔ سمأجی رسمن تہٕ ربواجن ہُند بدلُن چھُ بظأہر عام کتھا، یورٕ کُن عام پأٹھی سانٮ۪ن توأریخ دانن ہُند ظون تہِ گژھان چھُنہٕ۔ اَماپوز یِم تبدیلی چھےٚ اَکہِ قومُک سمأجی بلکہ سیأسی توأریخ مرتب کرنَس منٛز اہم ثأبت سپدان۔ مثالے کأشرِس منٛز چھِ وَنان "لاس لَبَن یا لاس زیٖٹھنٕ[1]" لاس چھُ دراصل "لہاسا" لفظُک ژھوچر یا اَچھ بگرٕ مٕو صورت۔ "لہاسا" چھُ تبتٕچ رازدأنی، یوٚت کأشری کارٕبارِکس سلسلس منٛز گژھان أسی تہٕ تورٕ أسی مالامال گژھتھ یِوان۔ "لاس" شہر بیٚیو کأشرِس منٛز دولتُک، خزانُک یا وَنو دیارَن ہُند متبأدِل۔ وونی یوٚدوَے کأشرِس تمہِ زمانُک تصورتہٕ یا تمہِ شہرُک ناو تام ژٕیتَس چھُنہٕ اَماپوز اَتھ لفظس پیٹھ گنہٕ چھُ سون اکھ زیوٗٹھ توأریخی پوٚت منظر۔

---

[1] کنہٕ کأشر بوچھُ گنہِ وِزِ تبت فتح کوٚرمُت یُس سیأسی تہٕ جغرافیأئی اعتبارٕ مشکل فتح کرُن اوس۔ اَوے کنٕ ماچھِ أسی وَنان "لاس زیٖٹھن"۔

یتھے کٔنز چھُ سون وازٕ وان یاسأنی کینہہ پوشاکھ تم یم کٔشیرِ تہٕ وسط ایشیاہَس درمیان تولُقاتن ہُند زمانہٕ ژٕتبس پاوان چھِ۔ تیلہِ اوس انگولا، کمخاب، زَربف تہٕ اطلس تہٕ اَز چھ ٹیری کاٹ تہٕ ٹیری وؤل بیترٕ۔ تیلہِ اوس گُر تہٕ زأنپانہٕ تہٕ اَز چھےٚ موٹر کار یا ماروٗتی۔ سون وَنہٕ وُن چھُ یمن سمأجی تہٕ تمدنی تبدیلیَن ہُند أنہٕ۔

دوٗدِ ملچہِ سانہِ چھےٚ انگولا نألی
بنگولا گتھرِیے اَسمأنی یے

☆

مجلوٗنہٕ زَربف اوٗنتھو وردَن
لألہِ ہو أنزنے گردن چھے

☆

سونہٕ سُند زأنپانہٕ برتل پیاران
دردِل کونے وُزناوان چھی

☆

بابو بابو گُلِ افتابو کوٗر چھے منگان کمخاب
کمخاب بنہِ نتہٕ رنگہٕ زأنپانے کورِ گوٗڈ کرٕنی روانے

☆

اَستہ اَستہ گُر پکناو سا
رونہِ وُزناو سا زأنپانَس

☆

دود ماجہِ سانہ چھے ٹیری کاٹ نائلی
ویری گُڈ چھس کران سارے یے

☆

موٹر کارس توت تیل زالی تَو
لالس ہاوی تَو بجلی گاش

☆

نیک نیک روڈ پیوٚو بادام وارے
لالہ دژاو موٹر کارے کیتھ

☆

وُچھتَو یمن ہر بن منز کتھ کُنی چھےٚ سانی سماجی تہ اقتصادی زندگی دیدمان یوان۔

أسی ہسا کر ہو کٹن بری یانے
پچھو کوٚر مازَس کری یانے

☆

أسی ہسا کرہو اَمہِ کھو تہ زبرے
کیا کرَو ووچھ خبرے چھو

☆

أسی ہسا پژھ ہو چانبن یارن
گبسٹ کنٹرول لوگ سرکارن

☆

یِتے یوت نہ بلکہ چھِ سانی کینہہ لیجنڈ، توأریخی واقعہ تہ کردار تہِ سائنس وَنہ وِنس منز رژھرنہ آمتی ۔ تِتھی ہری چھِ سانہ توأریخی پوت منظرک حال باوان۔

لل دیِدِ سانہِ چھے مرتبہٕ جادَے
نوٗٹ پھُٹ آب روٗد اِستادَے

☆

تۄتہِ دژاو سُلہِ تَے یوٚت ووت زوٗنے
یوٗسف حبہٕ خوتوٗنے آو

☆

ہارِ ہنز موج گیہِ ماٗربل آبس
ہاٗر گیہِ گُلِ آفتابس ستی

☆

ژندنچہِ راز دانہِ داٗنتو ہنگ ہا چھے
رازو رنگ ہا چھُ شولہٕ ماران

☆

لڈی شاہ چھُ غاٗرشعوٗری طورسون تواٗریخ وَنَن وول۔ لڈی شاہ گوٚو گُنہِ تواٗریخی یا نیم تواٗریخی واقعُک طنزیہ مگر ظرافت بوٗرت منظوٗم اظہار۔ اَمیُک خصوصیتھ چھے یہ زِ یہ چھُ المناک واقعن یاناس تہٕ اس حالاتَن پیٹھ تہٕ مِزاح وۄتلاوان، مگر بدقسمتی کنی ہیوٚک نہٕ اَسہِ پَتَن یہِ عواٗمی تواٗریخ مکمل پاٹھی رٔژھرِتھ یمہِ کنی سانہِ عواٗمی تواٗریخکی خبرکتی ورق زمانہٕ بُڈی گاٚمتی آسن۔ المیہ چھُ یہِ زِ موجوٗدٕ دورَس منز چھُ لڈی شاہ نہ آسنَس برابر۔ ووٗنی نہ چھُ لڈی شاہ سونتہٕ تِلہٕ پھل مانگیہِ یوان تہٕ نہ چھُ ہَر دِ داں کھلَن منز اٚژتھ اَسہِ محفوظ کران، نتہٕ چھُ سون ازکال المناک واقاتو ستی بٔرتھ مگر

لڈی شاہَس ژٕ ٹکھ زبو۔ ووٚنی ہرگاہ ریڈیو کشمیرِس ہوی اِدارٕ اَمِس عوٲمی توٲرٟیخ وَنن وٲلِس گُنہٕ گُنہٕ عوامَس بروٚنٹھہ کُن اَنتھ یہٕ ربوا یَتھ زِندٕ تھاوَنٕچ اکھ سنجیدٕ کوٗشش کران چھِ اَما پوز سہٕ لڈی شاہ موٚدیُس دستار گنڈِتھ، موٗلت پھبرن لاگِتھ، پھیکین پٔٹھ سفید کپر ژادر ترٲوِتھ تہٕ کپر ژادرِ تِلی بَرنبر کڈِتھ اَتھن منز دہرہِتھ سون آنگنن اژان اوس۔ ووٚنی یہٕ کینژہ ہاہ اَسہٕ نِش تحریری طور رٕژھرِتھ چھِ تَمہٕ منز چھُ سٕہلاب نامہٕ، دروجر نامہٕ، دژاگ نامہٕ، تِلہٕ دژاگ، نُنہٕ دژاگ، بُنلی نامہٕ، ہوٲیی جہازٕ آو ملک کشمیرس، تہٕ جنگِ جرمن ہیترِ قابلِ ذکر یمن منز سٲنی سیٲسی سماجی تہٕ معٲشی حالات دیدمان سپدان چھِ۔

وَنے رٕنبی آرن کیا کوٚر زور
مندور بن وٚسی پیٚیہٕ ژونوٚے پور
ودنس کھاری نے بڈی ٹھیکدار
سٕہلاب سنگھ گوٚو زورا وار

☆

ژوٚرِ تھوو وانو نوٚن پانَس
بتہٕ کھیٚنہٕ یِوان اوس انسانَس
موہرِلج نُنہٕ موٗٹھ یہٕ چھُ گٹہٕ کار
نوٚنہٕ دادِ ضایہٕ گےٚ کم مدن وار

☆

گٔشیرِ منز موکل گوٚو اظہار
دربارِ نوٗرالدین ژاو یکبار
ژتجہن دوہن اوس تٔتی پیارن
ژٔندرٕ وارِ بٔنیل گوٚو ژٕدن طرفن



کأشرِ لُکہٕ شأعری ہُند تخلیقی کردار چھُ سانین لُکہٕ بأتن ہنز مأہیت تہٕ اہمیت بیٚیہٕ ہَن واضح کٔرِتھ اَمیک فنی زأوی جار تہٕ لسأنی انہار بَدِ کڈان۔ یہِ چھُ اَکھ بے ووٚنت سوٚ دُر یمیک ملُر ملُر اَکھ دٕرٕی یاو چھُ۔ تِتھین بأتَن ہُند لفظہٕ راش زبأنی ہُند باوَزن تہٕ برمحل ورتاو، خیالن تہٕ تجربن ہندی پأسل انہار تہٕ یِہند ڈرامأیی صورت حال چھُ باضے سوال ووتلاوان زِ اَمایم چھاپزٕی لُکہٕ بأتھ کِنہٕ کانٛسہِ ہوٗشمند تہٕ پُختہٕ کار تخلیقی ذہنکی شأعرانہٕ اظہار۔ حالانکہِ پزر چھُ یہِ زِ یم اکثر لُکہٕ بأتھ چھِ سانین کوہنہٕ مشق شأعرن ہندی تخلیقی تجربہٕ آسن تہٕ زمانہٕ کِو قرنہٕ پھِر بو واتنأوی اَسہِ تام سینہٕ بسینہٕ لُکہٕ بأتَن ہندِس انہارس منز۔ پزٕ بتھ کانٛہہ لُکہٕ بأتھ چھُ اَکھِ نَتہٕ بیٚیہٕ رٔنگی کُنہِ تخلیقی ذہنک پأداوار بلکہ چھُ تمِس زمانہِ منز تہِ تخلیقی قوت تہٕ شأعرانہٕ شودبود موجوٗد آسان یوٗسہٕ زمانہٕ دُرس منز روٗزی تھے موقعہٕ نزٕ اکتھ ژٕیتھ وَنہٕ وُن ہُر تخلیق کٔرِتھ باقٕے زمانن کُن پزٕانان چھےٚ تِکیازِ یہِ شودبود چھُنہٕ سارِنے زمانن منز آسان تہٕ یوٗہے حال ما آسہِ باقٕے لُکہٕ شأعری ہُند تہِ۔ کتھ اُس لُکہٕ شأعری ہندِ تخلیقی کردارٕچ تہٕ

برجستہٕ شاعرانہٕ اظہارٕچ۔ سرسری طور پرنہٕ ستی چھِ یم بٲتھ ٹاسری تہٕ بے معنہٕ باسان، اَماپوز یمن منز چھُ اکھ مکمل شعرٕ تجربہٕ ژھٔپتھ آسان۔ یمن بٲتَن ہُنڈ ڈرامٲیی صورت حال چھُ پرَن وٲلِس اَکِس نوِہِنہٕ صورت حالس منز واتناوِتھ حظ تہٕ آگہی بخشان۔

یمن بٲتن منز ووتلاونہٕ آمُت کردار چھُ باضے پنٹین سیاسی تہٕ سماجی بندَن منز پھیوُمُت لاچار فرد یُتھ کُنہِ ژھوٗپ احتجاج کران تہٕ کُنہِ پنٕنسے تقدیرس دوش دِتھ وبدا اکھ دِوان۔ باضے پنٕنہِ ازل لانیک نیاے گلہم انسانی صورتِ حالک لٲنی نیاے زاٲنتھ پنٕنہِ بے کسی تہٕ بے بسی پیٹھ اوٗش ہَران تہٕ کُنہِ اَتھ نیایس انسانی کارستانی زاٲنتھ ژھوپے روپہٕ سٕنز زانان۔ کُنہِ چھُس پنٕنہِ غلطی ہُنڈ احساس تہٕ کُنہِ جواب طلبی ہُنڈ خوف۔

رہنز س گینڈُم رہنز س گینڈُم
بَنِن اوٗنم باز رٲے
شیشہِ دارے پانٕے لوٗیم
رُم گیہِ شیشَس ہے ہاے
بب ہے دٕپہم یہِ کیا کوٗرُتھ
بہٕ ژھوپہٕ ژھوپے پھرس چاے



ہیسے مے گوڈ بوٗر باغ وَسہٕ وٗنیے
دٕژِھس تہٕ وٕژِھس یارٕ بل گٔییے

تتہِ ہے سمکھُم بب پنہٕ ئیے

نِوان تہٕ نی نَس گرٕ پنہٕ نیے

ہیرِ ہیرِ کوٚرنَم پوشہِ ووتھرُییے

کھاَرنَس تہٕ کھاَجنَس گُتھ پَنہٕ نیے

ہنگہٕ گُتھہِ کوٚرنَم پرنگہٕ وتھرُنیے

دوٚچھٕنِ کنِز تھوٚونَم طوطہٕ بولہٕ وٚنیے

کھوٚورِ کنِز تھوٚونَم شمع دزوُییے

لوٚت لوٚت ہیوٚتمَس سیر باوُییے

ویوٚٹھ ویوٚٹھ ہیوٚتمَس اوُش تراوُنیے

دوٚپنَم کوری گرِدھ ژالُن ییے

☆

اتھہٕ تژاُوی تون جاناوارا

اتھہٕ تژاُوی تون جاناوارا

پھیرِ باغس تہٕ گرِ گُفتار

اتھہٕ تژاُوی تون جاناوارا

چھاو یاوُن ورِ شہجار

یہِ چھُ نغمن ہُند تندار

اتھہٕ تژاُوی تون جاناوارا

منہٕ ہَے تو أمؠ سُند بار
اتھہٕ ترٛأوی تون جاناوارا

☆

بقول[1] پرٛوفیسر رحمٰن راہی، ''تیمؠ جاناوار موچھہٕ منٛز روٗژمت چھُ سُہ چھُ پننِس شوٗقس گنٛدِ ان تہٕ جاناورٕ ہنٛدِس تیٖرٕ لوٗبِس رنٛگ مولہٕ وان تہٕ تَسنٛز ژھرٛ ژھرٛ ٹھ دِل بہلٲیِی زانان تہٕ موچھہٕ منٛز پھسیوٗمُت جاناور پننہِ یاونٛک تہٕ فطرتُک وِرٕ شیٖچار اتھہٕ گژھنکؠ زار وٕ نان۔''

یوٗ ہے گوٗ واسرار بن ہنٛدِ عقیدٕ موجوٗب آدم ہنٛدِ ازل لانیک المنا کھ باب۔ اَکہِ پاسہٕ خود موختٲری ہنٛز ہانٛژھ تہٕ بیٚیہٕ پاسہٕ لاچٲری ہنٛز ستم ظریفی۔ جاناور چھُ ٹھپس منٛز پننہِ بے بسی تہٕ لاچٲری ہنٛدی ژھرٛ ٹھ دِوان تہٕ شکٲرؠ جاناوار ہنٛد بن وبد اکھن بولبوش زأنتھ حظ تُلان۔ اتھ وَنوا ازل لانیک زألی پنجرٕ کِنہٕ انسٲنی کٲرِستٲنی ہُند زولانہٕ کرہوس ناو؟ توأ ریخی اعتبارے وُچھو تہٕ جاناور مأنی تون بے کس تہٕ لاچار مظلوٗم کاشُر تہٕ جاناوارس پنجرس منٛز قاؤ کرن وول شکٲرؠ گوٗ سون جابر تہٕ ظالم حکمران۔ اَمہِ رنٛگہٕ تہٕ چھےٚ لُکہٕ ادیٖچ لُکہٕ ہٲری موجوٗدٕ دورس منٛز جادٕ ے پھن ٹا کارٕ سپدان۔ تتھین لُکہٕ شعرن متعلق کیاؤنی زِیم فنی اعتبارٕ اعلیٰ شاعری ہنٛدی نموٗنہٕ مأنتھ ہکہٕ ہوکھ۔

---

[1] شیرازٕ ۱۹۹۵ء صفہٕ ۱۱

قھوچہِ اُلہٕ پیٚیہٕ گُرتھٕنۍ نالَس
رٕٹۍ تو کھ روپیہٕ پیٚالَس کبتھ

☆

نیٚلس درٕمنَس امربتہٕ ورشُن
مےٚ ہےَ بالہٕ کرشُن پُتھ آو

☆

تیٚلہٕ کونہٕ آیوکھ یتھ بازارَس
ییٚلہٕ اَسہٕ تِلہٕ اوس پاُزارَس

☆

گنہٕ کڈ گنہٕ واُج لاے اَسمانَس
خمہٕ دِو روٗمہٕ بِکس ماُدانَس

☆

ژندن گُل وُوی تون لب ڈری یاوَس
ژےٚ تہٕ ہواوَس میک گتہٕ گوٚو

☆

وونۍ وُچھتو نوٗ زمانکۍ نوی انہار تہٕ وُنۍ تو زِ لُکہٕ ادب کتھہٕ کنۍ چھُ سانہٕ سیاسی تہٕ سماجی تواُرٟیخکۍ باب لیکھان۔ وُں گوٚو اَسی ساری چھِ لُکہٕ ادبچہِ اہمیُو تہٕ پننہٕ والین زمانن ہندِ باپتھ اَمہِ چہِ لگہاری نِشہِ بے خبر۔ یوٗ ہےَ چھُ تُہ مولُل سرمایہٕ یُس سون تواُرٟیخ مرتب کرنک اکھ اہم تہٕ بُنیادی وسیلہٕ چھُ۔

سأری سمہٕ ہَو کعبس نَمہٕ ہَو

آغس منگہٕ ہَو آزأدی

☆

دارِ بر بَند کر لأل مبر جأنی

ہێندُستأنی فوج ہے آو

☆

رتہٕ چھێپہٕ اَسہِ دِژ مُلکِ کشیرس

یہِ چھُ تقدیرس اَسہِ لیکھتھ

☆

گلشن کوفس لگے بلایے

پنو لڑایے پَتھ پھیرکھ

☆

کرفیوٗ لوگکھ گامن شہرن

یہِ چھُ مکارن ہُند دوٗستوٗر

۱۹۹۶ء

☆☆☆

# کأشرِس منٛز فارسی لفظن ہُند ورتاو

کأشر زبان چھےٚ دُنیِہچہ قدیم کألی زبانو منٛز اکھ زندٕ زٕو زبان یتھ ووپر زنانن ہُند اثر قبوٗل کرنہٕ یا یمن زبانن ہُند لفظہٕ راش پانناونہٕ باوجوٗد پنٕنی پرٛزنتھ تہٕ ساخت رٕژھرتھ تھأو۔ کأشرِ زبأنی چھُ الہ پلہٕ پنٛژمین پاژن ساسن ؤرِیَن ہُند توأریخ ڈکھس تہٕ اَمہٕ کِس لفظہٕ راشس، محاورن، دُپِتمن، پرٛژن، کہاوژن، تلمیحن تہٕ مثالن منٛز چھُ اَمیک ساختیأتی نظام تہٕ پرزنٛو ہندی آثار تہٕ آکار ہیتھ یُس تہٕ ٹاکارٕ زِ تِمن لوٗکن ہندِس وَنتاولی بیانس چھُ کُجر پھران یم کأشرِ زبأنی سنسکرت یا عبرأنی ہِشن زبأنَن ہنٛز کوٗر مانان چھِ۔ حالانکہ محض لفظن ہنٛز بنیأدِ پٮ۪ٹھ اکھ زبان بیٚیِس زبأنی ہنٛز کوٗر مأنٕنی یا دون زبانن اکی ہے لِسأنی خاندانس سٟتی واٹھ دِیُن گیِہ جلد بأزی۔ بلکہ چھُ مانٕنہٕ آمت پزرِ زِ گنہٕ زبأنی ہُند لِسأنی مطالعہٕ گژھہ تمہِ کِس گرٛتس، بناوٕتس، صوتیأتی نظامس تہٕ بیٚیِہ دُپِتمن زِ تہٕ تمہِ کِس گرائمرس پٮ۪ٹھ مبنی آسُن۔ تہٕ دون زبانن ہُند لِسأنی مطالعہ کرن وألِس گژھہ یا تہٕ دوشوٛنی زبانن ہندین لسأنی زأوی جارن ہُند پوٗرٕ پوٗر علم آسُن نتہٕ گژھہ سوے وَنن یوسہٕ سانٮ۪ن تِمن محققن گأمُت چھےٚ یِم فقط کیٚنٛژون لفظن، ناون، جاین تہٕ ذاژن ہنٛز بنیأدِ پٮ۪ٹھ کأشرِ زبأنی ہُند آگر سنسکرت یا عبرأنی (بلکہ چھِ ووٚنی کینٛہہ لوٗکھ اتھ اوستأوی زبأنی سٟتی تہٕ ہشراوان) ہِش زبانن منٛز

ژھانڈان یالبان چھ۔ یوٚدوَے سرابراہم گریرسن لسانٔی اصوٗلَن تحت کأشرِ زبأنی درد خاندانَس سٟتۍ رشتہٕ جوڑِتھ اصلس نکھہٕ وانٛچ اکھ سنجیدٕ کوشِش کران چھُ، اَماپوز گریرسنس پتہٕ گیہ نہٕ اَتھ نظریہَس مُتلِق تہٕ ہ کانٛہہ مُستند کأم یتھ اَتھ نظریہَس سٟتۍ واضح پأٹھی یا حتمی طور اتفاق یا اختلاف سپدِتھ ہیکہِ ہے۔ ہرگاہ فقط أسی لفظہٕ رأش ہٕنز بیأز پٔتھ زبأنی ہُند آگُر یا اَمیک لِسأنی رشتہٕ مُشخص کرَو، تیٖلہِ کیٛاہ ؤنی زِ فارسی والین یہِندی لفظ ہرگاہ موجوٗدٕ کأشرِ منٛزٕ نسبر کڈ ہوکھ تہٕ کأشر زبان گژِھ یہٕ ڈٟلۍ زِ تہِ یتیم تہٕ ہرگاہ زمانک رفتار یوٗہَے روٗدٕ تہٕ کینٛہہ کال گوٚتھ مالگن کینٛہہ جذبأتی تہٕ جلد باز محقق کأشرِ زبأنی ہُند آگُر اُردو منٛزٕ ژھانڈنہِ تہٕ وأرۍ ماواتہِ انگریزی والین ہٕنز تہِ، تکیازِ ووٗنی چھِ اُردو تہٕ انگریزی زبأنی ہِندی ہتہٕ واد لفظ کأشرِس منٛز ورتاونہٕ یوان۔ پزر چھُ یِی زِ کُنہِ زبأنی ہِندِس لغوی سرمایَس وٚون دِتھ چھےٚ یہِ کتھ عیان زِ دون زبانَن ہُند باہمی ورتاو چھُ اکھ أکی سِندِس لفظہٕ راشِس پٔٹھ اثر تراوان۔ پٔتھہٕ یٟیلہِ اکھ زبان آسہِ حأکِم تہٕ بیاکھ آسہِ محکوٗم۔ کأشری روٗدٕ تواریخ کِنہِ بیشتر دورن منٛز محکوم تہٕ حکمرانن ہٕنز زبان روٗز ساعین تعلیمی تہٕ ثقافتی شعبن سٟتۍ سأنِس دوہ دِہن کِس لین دینس پٔٹھ تہِ حأوی۔ محکوم زبان چھےٚ باضے شعوٗری تہٕ باضے غأر شعوٗری طور پٔنٛنی لفظ مُشرأوِتھ دوٚپر زبأنی ہِندی لفظ قبوٗل کرِتھ تِتھہِ کٔنی پانناوان زِ تَس چھُ نہٕ یمو دوپر لفظو ورأے پٔنُن اظہارِ بیان یا پننہِ وٚجوٗدُک تعمیر نامکمل تہٕ نالگہار باسان۔ یہَے بأش گیہ کأشرِ زبأنی تہٕ اَتھ صورتِ حالس منٛز ترأوی کأشرو مختلف سیأسی دورن منٛز غأر ضروری حدس تام

وو پر لفظ ورتاوِتھ پننِ کأشرِ لفظ تِتھ مشرف خانس منز یِیتہٕ یِہند نیب لگُن بہرحال نا ممکن نَے تہٕ مشکل ضرور چھُ۔

کأشرِ زبأنی یمن زبانن ہِند لفظہٕ راشُک غالب اثر قبول کوٚر تِمن منز چھےٚ سنسکرت تہٕ فارسی سرِس، تِکیازِ یِم دوشوَے زبأنی روزِ ہَتہٕ واد وٕریَن کشیر ہِنزٕ دربأرِ تہٕ علمی زبانہٕ تہٕ کشیر ہِندی زِبڈی تہٕ اہم تہذیبی دور چھِ کأشرِ زبأنی ہِندِ وساطتہٕ تہٕ اَسہِ نِش رٕژھرِتھ۔ اکھ گوٚو ہندوٗ دور تہٕ دوٚیِم مسلمانن ہُند دور۔ دوٚیِمہِ دوٗرُک تہذیبی کیو ثقافتی میراث گوٚو گوڈِنکس دورس پٮ۪ٹھ تیوٗت حاوی زِ اَمکِ تہذیبی آثار چھِ یا تہٕ توأریخ کِنِ صفن ہندی زیٚنتھ نتہٕ روٗدی کم کاسہٕ کأشرِ زبأنی تہٕ کأشرِس لُکہٕ ژبتہٕ وٕترِس منز رٕژھرِتھ۔ بوزوَے تہٕ فارسی زبأنی ہِندی اثرات آسہٕ ہَن کأشرِس پٮ۪ٹھ رازِ للتادِتیہ (۷۲۵-۷۶۲ء) سِندِ دورٕ پٮ۪ٹھےٚ پننِ یِتِ تِ یِیلہِ کشیرِ منز مسلمانن ہُندیُن گژھن شروع گوٚو[1]۔ اَما پوز ژوداہمہِ صدی منز کوٚڈ فارسی زبأنی تِمہِ ساتہٕ واش وہراو یِیلہِ شہمیری دورس منز فارسی سرکأرِ زبان بنِنس سِتی سِتی علمی تہٕ تدریسی زبان بنے یہٕ۔ اَتھی دورس منز آیہِ کشیرِ وسط ایشیا پٮ۪ٹھہٕ صوفی تہٕ سادات یِمو پأنس سِتی پنُن تہذیبی تہٕ لسأنی میراث تِہ اوٚن۔ یہٕ اوس کشیرِ ہُند اکھ انقلأبی دور یِیتہِ پرأنی عقیدٕ تہٕ رسم ورواج پرٛانان تہٕ نٔوی نوان گیہٕ۔ اَتھ رٔدٕ قبولس منز گیہٕ سنسکرت لفظ موژان تہٕ فارسی

---

[1] فتح اللہ الکشمیری سُند قرآنِ مجیدُک فارسی ترجمہٕ یُس بقولِ محمد یوسف ٹینگ ۱۲۳۷ءیَس منز تحریر کرنہٕ آمُت چھُ، چھُ یِمہِ کتھہِ ہُند واضح ثبوت زِ کشیرِ منز چھےٚ فارسی زبان ترٛواہمہِ صدی منزٕ ے پوٗرٕ پوٗرٕ پھانٛپھلے مو آسان بلکہ چھُ کأشرِ بَن اَتھ زبأنی پٮ۪ٹھ دسترس اوسمت۔

لفظن ہُند ورتاو گوٚموٚل دِوان۔ پٔنٕنۍ لفظ مُشر اٚ وِتھ یِم لفظ کأشرِ زبأنۍ سنسکرت زبأنۍ ہِندۍ پانٕناوۍ، تِمن متبأدِل روٗدۍ اکثر پأٹھۍ فارسی لفظ جاے رٹان۔ مثالے:

| کأشُر | سنسکرت | فارسی |
|---|---|---|
| رٗو | سِری یہِ | آفتاب |
| ووٗنۍ | پونۍ | آب |
| شوٗژ | پوٚتر | پاک |
| نب | گگن | آسمان |

پیٚتِمن ہیکہِ یہِ سوال تہِ وُتھِتھ زِ اَمایِم لفظ چھاپٔزۍ کأشرۍ تِکیازِ دوہ دبن چھہِ زبأنۍ منٛز چھنہٕ تِتھین لفظن ہُند عام پأٹھۍ ورتاو سپدان۔ اما پوز وو پر زبانن ہُند غألب اثر قبول کرنہٕ باوجوٗد چھنہٕ کانٛہہ زبان موٗلے مران یا پٔنٕنۍ بنیأدی پژ زنتھ راوراوان بلکہ اکثر نے تہٕ وار یِہَن لفظن ہُند موٗلہٕ انہار چھُ زبأنۍ منٛز اَکہِ نتہٕ بیکہِ رٔنگی رٔژھرِتھ آسان، یِہُند شعوٗری یا غأرِشعوٗری ورتاو چھُ لفظن ہُند موٗلہٕ انہار رٔژھرِتھ زبأنۍ ہُند ساختیأتی یا صوتیأتی نظام زِندٕ تھوان۔ مثالہِ پأٹھۍ نِیتو کھ ییے گوڈ نِکۍ زٕ لفظ؛ یعنے 'رٗو' تہٕ 'ووٗنۍ'۔ یِمن دوشونی لفظن ہُند چھُنہٕ از کل زبأنۍ ہِندِس لین دینس منٛز ورتاو سپدان۔

اَما پوز اَسی چھِ از تہِ وَنان 'کاجُک رٗو' تہٕ کاجُک رٗو گوٚدُ پیہرُک اختاب۔ ووٗنۍ وُچھتون یہِ ترکیب تشبیہہ تہٕ استعارس ورتاوس منٛز تہِ۔ 'سُہ چھُ زنتہٕ کاجُک رٗو' (تشبیہہ)۔ دارِ دژاو کاجُک رٗو (استعار)۔ یِیلہِ اَسہِ کأنٛسہِ خوبصورتھ انسان ہِنٛز

مثال دِنی آسہٕ، أسی چھِ وَنان 'سہ چھُ زنتہٕ کاجُک رَوٗ' یا 'سہ چھُ کاجُک رَوٗ'۔ زبانٕی ہندِس اَتھ بےٚ شوٗنکی ورتاوَس نے پرٛٹھ کرٛ وشاعرانہٕ اظہارس کیاوٕنی زِ۔

جُمی جُمی لزایہِ ووگنے لرے
ڈبہٕ تلی تھنزرے پکان اوس رَو
موت یِیِلہِ آس تہٕ گو بانبرے
چھُم گرِ گرے لائین نیاے

☆ نامعلوم

شِو چھے تھَلہِ تھَلہِ رَو زان
مو زان ہیٚندتےَ مسلمان

☆ لل دید

کاجُک رَو دزاو پنجرے منزی یے
أنزی یے گردن شوٗبان چھیٚے

☆ رحمٰن راہی

یتھے کیٚنژ نیتھون 'ووٗنی' لفظ یُس أسی غار شعوٗری طورنہ ورتاونہٕ باوجوٗد تہٕ بار بار ورتاوان چھِن۔ مثلن روٗدٕ ووٗنی، آدرٕ ووٗنی، گرٕ ووٗنی، سہلاب ووٗنی تہٕ ووٗج ووٗنی تہٕ چھلن ووٗنی بیترِ۔ أسی چھِنہٕ عام زبانٕی ہندِس لین دینس منز 'نب' لفظ ورتاوان بلکہ 'اَسمان' مگر زبان ورتاوان ورتاوان چھِ بےٚ شوٗنکی پأٹھی 'تار کھ نب، اوبرٕ نب، نبکی تارکھ، نبہٕ ڈُب، نبہٕ نار، نبہٕ ترٛٹھ، نبہٕ گرٛزٕنی' بیترِ اظہار ورتاوان۔ ووٗنی وُچھتو کھتم کأشرِ لفظ یِہنز جاے فارسی لفظو پرٛأوِمژ چھےٚ مگر تہٕ گرتھ تہٕ چھِ یم سأنس یادٕ ؤترِس

وٚیدی تہٕ تِتھی ہوی لفظ چھِکھ أسی وِزِ وِزِ ورتاوان۔ شاید اوٚے کٔنی تِکیازِ لفظہٕ راش بدلنہٕ سٍتی چھنہٕ ہرگز تہٕ زبأنی ہُند مزاز تہٕ اَمِچ جُملہٕ گرتھ بدلان۔

| فارسی | کاشُر | ورتاو |
|---|---|---|
| زمین | پٔتھر، بُتراتھ | پٔتھری وان، پتھر بہُن، پٔتھری ملأیک، موج بُتراتھ۔ |
| نار | زوٚنگ | زوٚنگ لگُن، زوٚنگ دیٚن، زوٚنگ زالُن، نارٕ زوٚنگ۔ |
| جسم | پان | پانہٕ مور، پان وتھرُن، پان پأرُن، بالہٕ پان۔ |
| مرد | موہنیو/زوٚن | مردٕ موہنیو، کُن زوٚن، اکھ زوٚن۔ |

زبانن ہندِ باہمی ورتاوٕ سٍتی چھ باضے تِتھی لفظ یا ترکیبہٕ بارسس یِوان یِم دون زبانن ہندی زٕ ہم معنے لفظ کٹھے ورتأوِتھ تہٕ کُنے معنہٕ دِوان چھِ۔ مثالہٕ پأٹھی نیٚتوکھ کاشری تہٕ فارسی لفظ یِم ہم معنے آسنہٕ باوجوٗد تہٕ کٹھے ورتاونہٕ یِوان چھِ تہٕ معنہٕ مفہوم تہٕ چھکھ کُنے روزان۔

| کاشُر | فارسی | رَلہٕ مِلہٕ ورتاو |
|---|---|---|
| زُو | جان | زوٗجان |
| پلو | پوشاکھ | پلو پوشاکھ |
| کھێن | خوردن | کھێن خوردن |
| ژوٚک | آتش | ژوٚک آتش |
| کرٕہُن | سیاہ | کرٕہُن سیاہ |

| نارِزٕونگ | نار | زٕونگ |
|---|---|---|
| توٚت نار | نار | توٚت |

اَمہِ قسمہٕ کہٕ باہمی ورتاوٕ سٟتۍ چھےٚ باضے شعوٗری یا غأرشعوٗری طور زبأنۍ منٛز کینٛہہ تٕرٕ ھ تبدیلیہٕ بارسس یِوان یِم زبأنۍ ہُند لفظہٕ راش بختاوَر بناونٕس منٛز بار آور ثأبت سپدان چھےٚ۔ اَمہِ اعتبارٕ تہٕ چھےٚ فارسی زبان کأشرِس لفظہٕ راشس اِضافہٕ کران۔ زبأنۍ ہُند یہِ مارفیمی پھیرِ چھُ اکثر پأٹھۍ پأنۍ پانے وجوٗد لبان تہٕ وارٕ وارٕ زبأنۍ ہُند پٔنُن لفظہٕ راش بنان۔ وُچھتوٚ فارسی لفظن سٟتۍ کأشری گوڈٕ لگی (Prefix) تہٕ پوٚت لٔگی (Suffix) تہٕ کأشرِن لفظن سٟتۍ فارسی گوڈٕ لگی تہٕ پوٚت لگی تہٕ یِہُند باہمی ورتاو کتھہٕ کٔنۍ چھُ کأشرِس منٛز چھرا کأشُر اظہار بنان۔ مثالے؛

۱/ کأشُر لفظ تہٕ فارسی بروٚنٛہہ لوٚگ : بےٚ مند چھ، بےٚ زٕو، بےٚ بوٗج، بےٚ سوٚم، بےٚ سوکھ یا بد ہوٗن، بَدبُتھ، بیترِ۔

۲/ کأشُر لفظ تہٕ فارسی پوٚت لوٚگ : پوشہٕ دان، ژُکھی در، دَکہٕ زَد، دگ دار، گوٗھی خور۔

۳/ فارسی لفظ تہٕ کأشُر بروٚنٛہہ لوٚگ: وَردار، اَڈ سیر، اوک انگ، ہنگہٕ طومار۔

۴/ فارسی لفظ تہٕ کأشُر پوٚت لوٚگ : شامہٕ پٕٹۍ، راتھ کیٛتھ، دیدن تَل، یار بَل، روف گر۔

پٔرتھ زبأنۍ چھُ پٔنُن اکھ صوتیأتی نظام آسان یُس دوٚیِمٕو زبانن ہُند اثر قبول کرنہٕ باوجوٗد تہٕ زبأنۍ ہنٛز اصل پٔرزنتھ یا موٗلہٕ انہار برقرار تھوان چھُ۔ اَمہِ اعتبارٕ یِیلہِ اکھ زبان بٔیِس زبأنۍ ہندی لفظ قبوٗل کران چھےٚ اَما پوز سو چھےٚ تِمن دوٚیِمٕو لفظن پننہٕ مزازٕ، ماحولہٕ تہٕ صوتیأتی پھیرِ مطأبق ورتاوان۔ باضے چھُ لفظن ہُند مھوٚر بدلان تہٕ

باضے آوازن ہُند نظام بدلان۔ وچھتو فارسی زبأنی ہٕنز آوازٕ کتھہٕ کٕنی چھےٚ کأشُر بھوٚر پٕز اُوِتھ ورتاوٕس یِوان۔ مثلن:

- فارسی ' اُ ' آواز چھےٚ کأشرِس منز 'او' آوازِ منز تبدیل گوٚھان،
- فارسی ' آ ' آواز چھےٚ کأشرِس منز 'اٗ' آوازِ منز تبدیل گوٚھان،
- فارسی ' خ ' چھُ کأشرِس منز ' کھ ' لفظیٚ آواز کڈان،
- فارسی ' ق ' چھُ کأشرِس منز ' ک ' لفظیٚ......تہٕ
- فارسی ' غ ' چھُ کأشرِس منز ' گ ' لفظیٚ آواز کڈان۔

باضے چھُ فارسی ' ع ' کأشرِس منز ' ی / ے ' لفظن ہٕنز آواز کڈِتھ ورتاوٕس یوان۔ حالانکہ اکثر جایَن چھِ یم لفظ لکھایہِ وِزِپنہِ اصلی شکلہِ منز روزان، فقط چھےٚ یِہٕنز آواز بدلان۔

| فارسی | | کأشُر | |
|---|---|---|---|
| آواز | لفظ | آواز | لفظ |
| اُ | اُستاد، خُدا | او | ووستاد، خودا |
| آ | عالم، عاقل، ظالم | اٗ | عأٔلم، عأٔقل، ظأٔلم |
| خ | خار، خالق، خواب | کھ | کھار، خأٔلق، خاب |
| غ | غنیمت، غنیم | گ | غنیمتھ، غنیم |
| ع | عزت، علاج، عبادت | ی | یِزتھ، یلاج، یبادتھ |

زبان چھےٚ اَکہِ قومِچ ارزتھ تہٕ پرٛزنتھ۔ یتھ منٛز تمہِ قومُک تہذیبی میراث تہٕ
جینیَس رٔژھرِتھ آسان چھُ۔ ووٚنی ییلہِ زبان بیٚیکس زبانٔی ہُند اثر قبول کران چھےٚ، سو
چھےٚ تمہِ کہِ تہذیبی میراثہٕ نشہِ تہِ استفادٕ کران۔ یتھہٕ کٔنی کاشرِ زبانٔی فارسی زبانٔی ہُند
استفادٕ کٔرِتھ پنٕن لفظہٕ راش مالامال کرٔنس ستی ستی پنٕن تمدنی میراث تہٕ پچھنو و۔ اَتھ
صورتِ حالس دوران چھِ اثر قبول کرن واجنہِ زبانٔی ہندی لفظ تہٕ تہندی تہذیبی آثار
وقتس ستی ستی گہہٕ (گسہٕ) یِوان تہٕ نٔوی لفظ تہٕ تہندی تہذیبی آثار چھِ اَتھ متبادِل پٔنٕز
جاے شیران۔ پانہٕ کنہِ زبانٔی ہُند یا کنہِ تہذیبُک اثر قبول کرُن یا بیٚیکس پیٹھ پنٕن اثر
ترٛاونس چھِ بظاہر ترٛےٚ اہم وجہ۔ اکھ گوٚو شعوٗری طور، دوٚیم غاٗرشعوری طور تہٕ ترٛیٚم
مجبوٗری کنٕز۔ کتھہِ ہنا واش کڈنہٕ باپتھ ہکو نہٕ اَسی شےٚ ہتھ وٕری پتھ گوٚھتھ ژودا ہمہِ
صدی ہندِس لفظہٕ راشس تام واَتتھ بلکہ چھُ اَسہِ اَمہِ حوالہٕ موجوٗدٕ زمانک لِسانی مطالہٕ
کرٔتھے حقیقتس نکھہٕ واتنٕچ کوٗشش کرٕنی۔

شعوٗری طور تہٕ غاٗرشعوری طور چھُ بعض اوقات کانٛہہ شخص محض احساسِ
کمتری کنٕز غاٗرضروری حدس تام پنٕن علمی دباو ترٛاونہٕ موکھ یا پنٕن تعلق سماج کِس
بارسوٗخ طبقس ستی پنٕن وجوٗد گنڈنہٕ کنٕز دوٚیمس شخوس ستی وو پرٛ زبانٔی منٛز تھدِ ہٹہِ کتھ
کران۔ باضے چھُ چھرا اَن پرٛھ تہِ وو پرٛ زبانٔی ہندی لفظ صحیح یا غلط پأٹھی ورتاٗوِتھ باٗر
والین ستی تھک دیُن یژھان (خاص کٔرِتھ چھےٚ یہِ بماٗری کاٗشرِن زنانن)۔ مثلن
پٔنٕز لفظ موجود آسنہٕ باوجوٗد چھِ تم پرابلم، پین، بیوٹی فُل، کپ، باتھ روٗم بیترِ لفظ

ورتاوان۔ تِتھے کنٛز چھِ أسی 'مول' بدلہٕ 'ڈیڈی'، 'موج' بدلہٕ 'ممی یا مما'، 'بێنہٕ ٹاٹھ' بدلہٕ 'سِسٹر جی'، 'بأے جان' بدلہٕ 'بڑد رجی' بیترِ لفظ ورتاوِتھ احساس برتری ہُند باس دِتھ ژکہِ احساسِ کمتری ہندی شکار۔ غأرشعوٗری طور چھِ أسی 'سمکھن' بجایہِ 'میلُن' 'پرأرُن' بدلہٕ 'انتظار' 'مژراوُن' بدلہٕ 'کھولُن' 'وتھرُن' بدلہٕ 'بستر' ہوی لفظ ورتاوِتھ پننٛی لسأنی تہٕ تہذیبی پژژنتھ مسخ کران۔ مجبوٗری کنٛز چھِ عام پأٹھی تِم وو پر لفظ ورتاوَس یِوان یِم نوٚو عقیدٕ تہٕ نوٚو تہذیب پھانٛپھلنس دوران ردٕقبول کِس صورت حالس منٛز ورتاونہٕ یِوان چھِ۔ یہِ عمل چھُ پرٛتھ زبأنی تہٕ پرٛتھ زمانس منٛز زمانہٕ کِہِن تقاضن مطأبق جأری روزان یِمہِ سٟتی بہرحال زبأنی ہندِس لفظہٕ راشس بٔرژر سپدِتھ زبان مالدار بنان چھے۔ اَمہِ اعتبارٕ کوٚر کاشرِ زبأنی مختلف دورن منٛز باقیہ زبانن نِشہِ استفادٕ۔ مثلن: نماز، روزٕ، توحید، سجدٕ، جماعت، حوض، درویش، عرش، کعبہ، ٹی وی، ریڈیو، دوٗربین، تھرمامیٹر، کریک ڈاوٗن، بنکر، کراس فائرنگ تہٕ کرفیو ہوی وو پرٛ زبانن ہندی لفظہٕ پانناوِتھ بنوٚوِن پنُن لفظہٕ خزانہٕ بختاور۔ اَمہِ اعتبارٕ چھِ کأشرِس منٛز فارسی لفظن ہُند تیوٗت ورتاو سپُد مُت زِ ہرگاہ کأشرِ زبأنی منٛز فارسی الفاظ، ترکیبہ تہٕ محاورٕ بیترِ کڈ ہو کھ تتھ گژھ سُے حال یُس انگریزی زبأنی لاطینی تہٕ فرینچ یا اُردو زبأنی فارسی، عربی تہٕ ٹھیٹھ ہندی الفاظ کڈنہٕ سٟتی گژھ۔ تکیازِ سانہِ زندگی ہندِس پرٛتھ شعبس منٛز چھ فارسی لفظن ہُند تیوٗت ورتاو زِ کُنہِ کُنہِ چھُ باسان زِ کأشرِ زبأنی چھ فقط پنُن کرٛنُر روٗد مُت تہٕ وجوٗد چھس فارسی لفظن ہُند۔ مثالے پأٹھی نیتو کھ زندگی ہندی کینٛہہ اہم شعبہ تہٕ تِمن شعبن

مۆز ورتاونہٕ یِنہٕ واجینٛز زبان۔

**پوشاکھ**: دستار، ٹاکاٗنی، پھیرن، قمیض، پاٗجامہ، سینہٕ بند، چوغہٕ، اچکن، موزٕ، دُشالہٕ، قصابہٕ تہٕ قورابہٕ بیترِ۔

**گرٕگروٗسٹھ**: دیگ، دیکچہ، مجمہٕ، سرپوش، پیالہٕ، رِکاٗبی، طشت ناٗر، چِلاماٗنی، صندوق، پھوٗلدان، نمدٕ، قالین، پلنگ، گنجینہٕ، فرش، مسنَد تہٕ بالینہٕ بیترِ۔

**کھین چین**: رِستہٕ، گوشتابہٕ، آبگوش، روغن جوش، فراش بین، کباب بیترِ۔

**دوہ دِہَن چہٕ زندگی مۆز ورتاونہٕ یِنہٕ واٗلی لفظ**: علم، قلم، کتاب، زبان، صبح، شام، شاعر، فقیر، خاندان، مدرس، بیان، تشریح تفصیل، غزل، مثنوی، رُباعی، مرثیہ، غلامی، آزادی، افلاس، دوست، دشمن، خوش، ناراض، عشق، عاشق، وصل، فراق اضطراب، انتظار، انقلاب، موسیقی، نغمہٕ، فن، تنقید، تحریر، حال ماضی، مستقبل، تعارف، اصطلاح، آدم، مومن، حوض، قلمدان، قلم تراش، دُر، صدف، نیست نابوٗد، اعتراض، بزاز، اظہار، اعتبار، افواہ، اقدار، اُلفت، اُلوالعزم، الوداع، اِملا، اَوتار، ایمان، باب، جائز، جَد، حرف، حکیم، خلق تہٕ خاٗلق بیترِ۔

**کہاوژ، تلمیح تہٕ محاور بیترِ**: گوڈ خویش اَدٕ درویش۔ تو بخیر ما بہ سلامت، بد بدی خود گرفتاری۔ چاہ کُن را چاہ در پیش۔ من ترا حاجی بگویم تو مرا حاجی بگو۔ آب نہ دیدم موزہ کشیدم۔ نقل کفر کفر نہ باشد۔ خلق بر خدا خدا بر خلق۔ نارِ نمروٗد تہٕ سوزِ منصوٗر بیترِ۔

کأشرِس منز ورتاونہٕ آمو مثنوی، غزل تہٕ رُباعی ہشہِ شعر ذاژ تہٕ چھےٚ فارسی پیٹھےٚ آمٕژ بلکہ چھِ یِہندی رسوٗم Conventions تام تورے آمتی ۔ ووں گو پزر چھُ یی زِ اَسہِ کرِ یم صنفہٕ وژِھ وأنجہِ قبوٗل تِکیازِ یِم صِنفہٕ آسہٕ سأنِس مزازس موأفق تہٕ براہ، یِیمہِ کنِہ یم سانہِ باپتھ مرغوبِ خاطر ثابت سپزٕ ۔ نتہٕ ہے انیو اَسہِ انگریزی پیٹھٕ 'سانٹ' تہِ، اماپوز سُہ آونہٕ سأنِس زمینَس تہٕ مزازس براہ ۔ ووٗنی ہرگاہ کانْہہ وَنہِ زِ اَسہِ چھےٚ نظم تہِ انگریزی پیٹھےٚ أنی ہو ۔ اَماپوز نظمہِ ہندی آثار اَسی گوڈے مشرقی ادبس منز موجوٗد ییمکی انہار کأشرِ شاعری منز شیخ العالمؒ سِندِ پیٹھےٚ میلان چھِ تہٕ کأشرِس منز چھےٚ موجوٗدٕ زمانہٕ بروٗنٹھے 'تمثیل آدم'، 'دپیوس تہٕ دوٗ بنم'، 'شش رنگ' تہٕ 'شُنی یاہ گوھی تھے' ہشہِ کامیاب نظمہٕ لیکھنہٕ آمٕژ ۔ لہٰذا چھُ یہِ وَنُن شاید صحیح زِ انگریزی اثر پیٹھ پتہٕ یوسہٕ جدید نظم کأشرِس منز لیکھنہٕ آیہِ تمہِ باپتھ اَس زمین گوڈے ہموار ۔ اَتھ برعکس چھُ فارسی زبأنی تہٕ ادبک اثر تیوٗت ہرٕ ژون زِ سانیو شأعرو چھُ باضے فارسی استعارن تہٕ تشبیہن ہُنٕد ہو بہو تقلید کوٚرمُت ۔ مثالے اَسی چھِ دِوان زُلفن سوٗنبلس سِتی مثال ۔ یوہن جایَن چھِ اَسی سیدِ سیوٚد فارسیک تقلید کران تِکیازِ سأنِس سوٗنبل پوشس تہٕ زُلفن چھُنہٕ موٗلے کانْہہ ہشر یا مشابہت ۔ یِتھ فارسی وألی 'سوٗنبل' وَنان چھِ سُہ گوٚو کأشرِس منز 'گُکلہِ پوٗٹ' یُس نرم، نوٗزُک تہٕ کاژِری مُستس ہیوٗ آسان چھُ ۔ اَماپوز رسول میرس ہوی ووستاد شأعرن تہِ چھُ فارسی اثرِ کنِہ 'گُکلہِ پوٗٹ' بدلہٕ 'سوٗنبل' ورتوٚومُت ۔

سۄنبُل مستَس مے ژَٹھ زاُلی
تنبلَن دِل سأنی بأڈی یے

یتے یوت نہٕ بلکہِ چھُ سأنس لُکہٕ ادبس تہٕ خاصکرِ تھ لُکہٕ بأتن منز فارسی لفظن ہُند یَسلہٕ ورتاو سپدان تہٕ باضے چھِ اَسی تہندی طرز تام پاہناوان۔ خاصکر تھ مہرازٕ کڈنہٕ پیٹھہٕ مہرینٛز وأریُو واتنَس تام یم رٔوی ہُری گبونہٕ یوان چھِ تِمن منز چھُ بقولِ پروفیسر رحمٰن راہی کینٛہہ بأتن ہندی طرز خألص تاجکی رٔوی بأتن ہندِس طرزس پیٹھ۔ اکھ مثال چھے پیش یمیُک طرز تہٕ آہنگ تورُکے چھُ۔

زوٗن گھوڈَ بے اَسی وأتی پننے لبے تل

کأشرِس منز فارسی لفظن ہندِ ورتاوٕ ستی یُس موٗلُل اضافہٕ کأشرِ زبأنی ہندِس لفظہٕ راشس نصیب سپد تمیُک اندازٕ ہیکہِ مرحوم حضرت مولانا محمد یوسف شاہ صأب نہٕ "بیان القرآن" پرِ تھ ٹھیک پأٹھی سپدِ تھ۔ سُہ چھُ اَزی یِک مأرِ موٚندتہٕ معنہٕ سوو کأشرُ یُس اصل کأشرِس تہٕ فارسی یُس میٖل سپدنہٕ ستی تیار سپدمُت چھُ۔

۱۹۹۲ء

☆☆☆

Dr. Shad Ramzan is an eminent Kashmiri Poet & Writer. He has been teaching in the Post Graduate Department of Kashmiri, University of Kashmir, since 1985. He has authored and edited quite a few books related to Kashmiri Language and Literature, Published by various National Institutions like National Book Trust and Sahitya Akademi. His areas of interest are Poetry, Research, Literary Criticism and Folk Literature. He is associated with various academic and literary organizations at the State and National Level.



کٲشُر شاعری منز گژھتھ حُسن شناسی ہندی پرتو چھِنہٕ عام طور نہٕ
وانہٕ یا پٔنٹھے بانہٕ۔ تمہٕ چھِ معنہٕ ساوٕ لفظن ہند بن گٔنٛتھن گرٕتھن
شیشن منز ویپراوتھ تہٕ اَبساوتھ۔ کٲشُر حُسن شناسی چھےٚ آدن
کالہٕ پٔنٹھے پننہٕ خاص مزاز تہٕ اے تہٕ الگ گزاے روزٕ مٕژ۔ اَتھ
چھُ سانٛتن پراچین سوندریہٕ شاسترن ہند بن دونہٕ تہٕ النکارٕ رسن
ہُند تُند بانبر ڈکھس ڈکھس۔ کٲشُر شاعری چھےٚ کانٛسہٕ صاحب نظر سٕنٛز توٚ مٕ نظرٕ ستیٚ ووزلان
ووشلان، اکھِتےٚ ونہٕ وُن ہوان۔ ڈاکٹر شاد رمضان سٕنٛز دَرِدَس کتاب چھےٚ اَمی طلسماتی ہیرِ
ہُند اکھ ہیو رُے پہن پوو۔ تنقید چھُ وُنہٕ سانہٕ قداوار شاعری ہندِس کزِھس تلےٚ واش ڈہراو
کڈان، مگر سانیٚ تازٕ وارد لیکھن والی چھِ ساہ روارژ بٔجتمن تہٕ بہتر زانکاری ہندی دستر ورتاوتھ
سانس تنقیدس اَکھ نٔو اعتبار تہٕ اعتماد عطا کران یمن منز شاد رمضان اکھ معتبر ناو چھُ۔ تنقید تہٕ
تحقیق چِھ وٕ تہٕ چھےٚ وُنہٕ کٲشرِس منز کیہہ پہن مانڈنہٕ آمژٕ مگر شاد رمضان چھُ یمن وتن سُرتھ
سوٗنچتھ تہٕ اعتماد اعتبار سان پکان۔ دَرِدَس کتابہٕ منز چھُ تٔنٛد بن یتھمن واصلاتن تہٕ حاصلاتن ہُند
اکھ بوڈ میزان یکہٕ وٕتہٕ۔ تحقیق کُس رکنہٕ چھمبس پتھ چھُ نہٕ پوٗرٕ دُچھتھ دا چھتھ قدم کڈان تہٕ
کیثون زٕتھمن وتہٕ گٔنن ہندی ڈنٛجو تہٕ وشفہٕ ہاوتھ دِوان، یتھنہٕ کتھن کوتھ گوٗ ہ۔ ہرگاہ اَتھ
شمشیر دارِ ہشہٕ سُمہٕ پتھ پکن والین یتھ ہیو داد ووادیہٕ نہٕ کرنہٕ، خبر کتیٚ بچاری راہ مسافر ہکن
وٕ تہٕ ڈلیتھ تہٕ پٔہن نہٕ ٹُھٹھی۔ کتابہٕ ہُند تنقیدی حصہٕ چھُ اوٗرد دوٗر، معتبر تہٕ بل بٔرتھ ادون وول۔ یہِ چھُ
کتھمن پرانمن کٕنیو جدید شاعرن سان وہاب کھارنہٕ کلام کہ وٕستوٗرکی وٕنہٕ منزٕ لالن گوہرن ہُند گنجینہٕ
ٹرٕراوان۔ اَتھ تنقیدی کھوچہٕ پتھ چھُ محمود گامی تہٕ واز محمود ہوی پاسہٕ سوخن گو ییہٕ ہمن پژلان تہٕ
پُن کسب وکمال ڈیہرس کھالان۔ تنقید نگاری ہنز بشارت گیہٕ یوچھِنے "اَتھ ظلماتس لعل کیاہ چھِ تےٚ"
زٕژُن ہُند جیشنہٕ تہٕ شبدن ہُند گاشہٕ فموار۔

محمد یوسف ٹینگ

**ATH ZULMAATAS LAAL KYA CHHI TAI**

*Dr. SHAD RAMZAN*